# شیرازہ

(کأشر زبان تہٕ ادب ۱۹۴۷ؑ تا ۱۹۹۷ؑ)

جلد: ۳۲ ۰ شمارٕ: ۲/۱

نِگران
بلونت ٹھاکُر
معراج الدّین

مُدیر
بشیر اختر

جموّں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز
سرینگر

کِتابت : شبنم ایبن۔ توحید گُل، سیدہ نگہت، حمیدہ بانو

تصاویر : بشیر اختر۔ او پی شرما۔ غلام محی الدّین، چوہدری پرویز

چھاپ خانہٕ : جے کے آفسیٹ پرنٹرز۔ دہلی۔

شیرازٕکین مَقالَن تہٕ باقی نثری کہو شعری تخلیقاتَن مَنٛز ظاہر کرنہٕ آمژن رایَن ستی اکادمی ہُنٛد یا ادارُک پوٗرٕ یا جُزوی طور مُتفِق آسُن چھُنہٕ ضروری ۔

# فہرس

- کأشرِ اِملاہیح عمل — ڈاکٹر شفیع شوق
- کأشُر ڈراماہ تہ تھیٹر (۱۹۴۷ تاں ۷۰۶۹) — سجوٗد سیلانی
- کشیرِ ہُند لُکہ تھیٹر — موتی لال کیمو
- کأشُر تہذیب بالہٕ اَپارِ — بشیر بھدر رواہی
- شارٕت تہٕ ساأنی کأشُر شاعری — رفیق راز
- کأشُر افسانہٕ (پھیُن تہٕ پھانپھلُن) — موتی لال ساقی
- کأشُر کلچر - ریڈیو تہٕ ٹیلی وِژن — موتی لال ساقی
- کأشرِس اَدبس منٛز تحقیق — ناجی منوّر
- نوٚین کأشُر شاعری — سیّد رسول پونپر

کأشرِ زبان تہٕ سون تعلیمی نِظام — پروفیسر غلام نبی فراق

بشیر اختر

# کلچرل اکادمی تہٕ کٲشُر زبان

اَز چھُ ۱۹۹۷ء۔ سنہ ۱۹۴۷ء پیٹھ گُذریہ برابر پنٛژاہ وٕری یَنہٕ برصغیرکۍ ڈوٚڈ اَرب بیٚیِٹھی لُوکھ یوٗرپی اقوامن، خاص کٔرِتھ انگریزن ہٕنٛزِ غولامی تلہٕ آزاد سپدۍ۔ برابر گو یوٗتے وقت یِنہٕ کشیرِ اٚندر تہٕ شخصی راجس خاتمہٕ سپد تہٕ حکومت کِہن بٔڈین الوانن اندر ذِمہٕ دار حفرالو باضابطہٕ طور تحریر کرِنہٕ آمتِس اَکِس دستورالعمل تحت پننہٕ ذِمہ دٲری ہِنہ نِبھاونٕک حلف ییمہٕ آیہ ہیوٚت تِمن زِہ تہٕندی اقدام آسن نہٕ ییٚتہٕ یوٗرِ کانٛسہٕ اَکِس شخصہٕ سٕنٛزِ وفادٲری یا کانٛسہٕ اَکِس جماژ ہُند یا فرقُک مفاد نظرِ تَل تھٲوِتھ تلیہٕ یوان بلکہ یتھ ریاستس اندر روزن وٲلِس پرٛتھ اَکِس فردِ واحد سُند مفاد تہٕنٛز پایہ جایی تہٕ فلاح و بہبود بُنیادی مقصد زانِتھ۔ اَتھ دستور العمل یتھ اُسی دوٚیمین لفظن اندر آیین تہٕ ونان چھِ، چھُ باقی چیزو علاوہ ییمہٕ کتھِ ہُند تہٕ واشگاف لفظن منز تذکرہ زِ ریاستس اندر روزن والین لُوکن ہٕنٛز زبان تہٕند کلچر تہٕ تہذیبی وراثتھ رٔژھراونہٕ تہٕ تتھ پوچھر دِنہٕ باپتھ

ییٚن عملی اقدام کرنہٕ۔

کشیرِ ہندِس تواریخس اندر اُس یہِ گوڈنیچ وزیٖلہِ سرکٲری
کاکُنن اندر تہٕ سرکٲری اعلان ناماَن اندر کٲشرِ زبٲنۍ ہُند ناو ہیٚنہٕ
آو۔ اَمہِ برونٛہہ چھِنہٕ کشیرِ ہندِس اَکھ شتھ وُہرِس تحریری تواریخس
منز اَکھ تہِ مثال ییٚتہِ شاہی ایوانن اندرٕ کُنہِ یا رازٕ دربارٕ نیبر
لیکھنہٕ آمتِس کُنہِ تہِ تحریرِس یا مُسودِس منز کٲشرِ زبٲنۍ ہُند ذِکر تہٕ
کرنہٕ آمُت چھُہ۔ یہِ زبان چھےٚ کلہن تہٕ زونہ راز ہیو تواریخ دانو تہٕ
تِتھےٚ کٔنۍ نظرانداز کٔرمٕژ یِتھٕ کٔنۍ یہِ حسن کھوٚہ یٲمۍ ناگراہس تراوِمٕژ چھےٚ۔
حالانکہِ یہِ زبان اُس تمہِ وقتہٕ تہٕ عام کٲشرِن ہندٕ ترسیلک کُن
تہٕ کیول ذٕری یہِ ییٚلہِ سٲنۍ "وِدوان" سنسکرت زبٲنۍ منز رازٕ دربارن
اندر راجن تہٕ مہاراجن ہنز "تو تا" اُسۍ کران۔ یہِ اُس تمن وۄہن تہٕ
کٲشرِن ہندٕ بول چالک اہم وسیلہِ ییٚلہِ کٲشرۍ عالم تہٕ فاضل
فارسی پٲٹھۍ بادشاہن ہندۍ قصیدٕ اُسۍ پران تہٕ یہِ چھےٚ اَز تہٕ عام
کٲشرِس اظہارُک سارِوے کھۄتہٕ مؤثر وٚسیلہِ ییٚلہِ سرکٲری دفترن
اندر سٲنۍ افسر تہٕ حاکم خوبصورت انگریزی ڈرافٹنگ ہند تحریری ذٕلگ
چھِ تھٔکِتھ وان۔ خوشی ہنز کتھ چھےٚ زِ سانہِ ییتھ کٲشرِ زبٲنۍ چھےٚ ٹکلنگ ڈر
یوٚہ کٔنۍ نہٕ یہِ صدی ین ہنزٕ لاتعلقی تہٕ ووپر زبانین ہنز ناجایز پیٹھ ٹھوولی
باوجود تہٕ ختم ہیچ سپدِتھ۔ بلکہ چھُن اتہِ میوٚنیشراہو وٕری یٔو پیٹھ لفظہٕ
راشہِ رٔنگی تیوت کاڈ وُہر ووُت زِ شاعری تہٕ داستان گوئی علاوہ چھہِ

اَتھ زبانہِ منز کُنہِ یا جدید علوم تہٕ فن وِشٕرٕ ھناوُن چھ توٚژھ پاٚدٕ گامُت۔ اَتھ مقابلہ نِش توکھ عالمی سوٚتھرس پیٹھ تسلیم کرنہٕ آمٕژ تمہٕ "بدیسی" زبانہِ یمہٕ زبردستی لاگو کرِے یِکھ۔ اَتھ تہٕ چھنہٕ ژُنی۔ تہنٛد ناو چُھ ازخاب تہٕ تِمن زبانن اندر لیکھنہٕ آمٕژٕ موجِہ تہٕ مقدس پوٚتھِ تہٕ کتابہٕ چھےٚ ترجمہ دادِہ ڈولان۔ تکیازِ اَز نہ چھ کاٚنسہِ فارسی لگان پرُن تہٕ نہ سنسکرت۔ لوٚکن اگر زیوٚہ پیٹھ چھےٚ تہٕ سوے لل دید تہٕ نُندہ ریوٚش یِمی لوٚکہ ہنٛزٕ زبانہِ اندر لوٚکن تام پنُن پاٚغام واتہ نوو۔ تِمن اگر وُنیز چھےٚ تہٕ حبہ خوٚتون تہٕ محمود گامی۔ حالانکہ مُلا احمد کشمیری دیان اوس سیٹھاہ بوٚڈ عالِم۔

کتھ آس چلان دستورالعملچ۔ ییٚمن ناٚفذ سپدنس ستی آو زبانن لوچھر دِنہٕ باپتھ خصوصی محکمہ چالو کرنک اعلان کرنہٕ تہٕ ۱۴ اگست ۱۹۵۸ء کیُت آیہ کلچرل اکادمی وُجوٗدس تہٕ اَمی دوہہ گو اکادمی ہُند دفتر تہٕ چالوٗ۔ یِتھٕ کِنی اگر وُچھو، یِیتہِ سون مُلک آزادی ہنٛز پنٛژٲہم سالگرہ مناوان چھُ، تتہِ چھےٚ کلچرل اکادمی ہنٛز واٚنس ژٕتجہہے وٕری۔

ژوٚرن دٔہلن ہِندس اَکھ موختصر دورٲنس اندر کاٚژاہ کامہِ کرِہ کلچرل اکادمی کاٚشرِ زبانہِ تہٕ کاٚشرِ کلچرکہِ جہار باپتھ، یَتھ مضموٗنس اندر تِمہٕ سارِہے وِشٕرٕ ھناوِنہٕ چھُ ناممکن۔ نہٕ ہیکو اَسی اعداد و شمار وٕنِتھ تِمہٕ سارِہے کامہِ وِشٕرٕ ھناوِتھ تکیازِ یِم اعداد و شمار چھ اَسہِ وِزِ وِزِ کتابن ہنٛزِ شکلِہ اندر شایع کرِمٕتی۔ تاہم چھُ کینژن اہم کامیابین ہُنٛد تذکرہ نہایت اہم۔ مگر کاٚشرِ زبانہِ نِسبتھ اکادمی ہنٛدی فرائض وِشٕرٕ ھناوِنہٕ

بروٗنہہ چھُ لازِم زِ اَسی کَرو عام لوٗکن اندر اَکھتھ یاڑہ کرنہٕ آمژِ اَکہِ غلط فہمی ہُند اِزالہٕ۔ غلط فہمی چھےٚ یہِ زِ کٲشیرِ ہندِ ہن سرکٲری کہو پرایٔویٹ سکوٗلن اندر کٲشُر زبان ذریعہ تعلیم بناوٕنۍ چھےٚ کلچرل اکادمی ہُند کام۔ یہِ اہم کام چھےٚ اکادمی ہندِ دٲیرٕ اختیارٕ نیبر۔ کلچرل اکادمی ہیٚکہِ مُشخص کرنہٕ آمتین قٲیدٕ قانوٗنن تحت سکوٗلن تہٕ کالجن اندر کٲشُر زبان پرناونہٕ باپتھ صرف مواد رنگی ضروری INFRASTRUCTURE فراہم کرِتھ۔ تہٕ ڈیٖتھ گوڈٕ اوٚل جماژ پیٹھٕ ہایر کلاسن تام ضروری سلیبس، تتھ ستی والبتہٕ (AIDS) تہٕ (REFERENCE BOOKS)۔ اَسہِ چھُ اَمہِ کتھِ ہُند فخر زِ ۱۹۵۸ء پیٹھٕ از تام شایع سپدی متین کٲشرِ شیرازٕ کین ہتہٕ واد شُمارن تہٕ سالانہٕ انتھالوجی سون ادبس اندر چھُ بےشمار مواد گوڈٕ شایع سپدُمُت۔ لِس زبان، اَدب، شاعری، تحقیق تہٕ تنقید علاوٕ واریاہن تتھین علومن چھُ وِحاطٕ کران یم اَز کالہِ کُس طالب علمس پرناوٕنۍ یا ہیچھناوٕنۍ ضروری چھہِ۔ اَتھ اندر چھُ ماحولیات، سماجیات، عمرانیات، توارِیخ، جغرافی، بُنیادی سائنس، فلکیات، سیاسیات، اقتصادیات، تہٕ حساب ہی خوشِک مضموٗن تہٕ یم کٲشرِ زبٲنۍ اندر گوڈٕ پھیرنہٕ چھہِ آمتی، شایع سپدی متی تہٕ مادری زبٲنۍ اندر لیکھنہٕ ییٚنہٕ کِنی خوشکھ اَستھ تہٕ نہٕ صرف عام فہم تہٕ مزٕ دار چھہِ بلکہ چھہِ پرن والِس (EDUCATE) کرنہٕ باپتھ سمتھاہ کارگر۔ کلچرل اکادمی چھُنہٕ سلیبسُک مواد جمع کرنہٕ باپتھ ہرگز تہٕ کانٛہہ لوٗڈ پیٚل پھیرن یا کوہ بے ستون تلہٕ دِدٕ کوٗل

نٕنی کڈٕنۍ۔ اَز نیرِہ آڈر تہٕ پگاہ صُبحس آسہِ یہٕ سوٗرُے مواد حاکمَن ہندس ٹیبلس پیٹھ۔ سوال چھُ آڈر تہٕ آڈر کڈُن چھُنہٕ اَکادمی تام۔

کینہہ چھےٚ چلان مواد چ تہٕ اَکادمی ہنزِ ن کارگُذارِیَن اندر کرو اَسی گوڈٕ کتابن ہِنزٕ رے کَتھ۔ ۱۹۵۸ ٔ پیٹھ اَز تام کرِہ کلچرل اکادمی منصوبہ بند طریقس پیٹھ کاشرِ زبانۍ اندر ہتہٕ واد کتابہٕ شایع۔ کاشرِ زبانۍ اندر کتابہٕ شایع کرنُک چھُ یہِ ساریوٕے کھوتہٕ بوڈ اِدارہٕ۔ ریاستی سطحس پیٹھ تہِ تہٕ مُلکی سطحس پیٹھ تہِ۔ اَسی ہیکو یہ کتھ تہِ وَنتھ زِ یوہ تام کتابہٕ شایع کرنُک تعلق چھُ کلچرل اکادمی تحت کام کرن والین باقی زبانین ہندین شعبن مقابلہ چھُ کاشُر سیکشن نہ صرف سرِس بلکہ چھُ کتابہٕ فروخت سیدہٕ تلہ حاصِل کرنہٕ آمتِہ کُل REVENUE اَندرہٕ کاشرِن کتابن ہُند حاصِل شُدہٕ رقم تہِ ۶۰ فیصدی کھوتہٕ زیادٕہ۔ یہِ تہِ چھےٚ خوش آیند کَتھ زِ اکادمی ہندِ شعبۂ مطبوعات طرفہٕ یِمہٕ کتابہٕ پرن والین اندر (SALE PROSPECTS) مدِنظر رٕٹِتھ مزید ایڈیشن شایع کرناوٕنہٕ باپتھ (PROPOSE) کرنہٕ یوان چھےٚ، تِمن اندر تہِ چھُ کاشرِن کتابن ہُند تعداد نمتھ (۹۰) فیصدی کھوتہٕ تہِ زیادٕہ۔ چنانچہ آیہِ مرحلہٕ وار طریقس پیٹھ لگ بھگ سار بے کاشرِ کتابہٕ نوِ سرِ چھاپنہٕ یِمہٕ ژٕتِمین ترٕہن وُرِیَن دوران چھاپ آسہٕ سیزٕہ مژہ۔ یِمَن کتابَن اندر تہِ چھِ درجن واد ٹایٹل تِم یِمن ہندی ترتیبی، ژوٗرِمی تہٕ کُنہِ کُنہِ ینٛژرِمی تہٕ شٕیمی ایڈیشن چھاپ سپدی تہٕ کتاب گھرس پیٹھ کینہہ تِہ آیہِ۔ دوٗیِم کتھ یہ زِ ییتہِ اَسی

باقی زبانن اندر پرٛتھ ٹایٹلس صرف پانژھ ہتھ کاپی چھاپ کرنہٕ باپتھ آرڈر چھےٚ دِوان۔ تتہِ چھےٚ کاشرٕ ین کتابن ہنٛزٕ ساس کاپی تہٕ کُنہِ کُنہِ زٕ ساس کاپی تہٕ کُنہِ کُنہِ زٕ ساس کاپی تہٕ پرٛنٹ سپدان۔ یہِ چھُہ عام ییرن والِس اندر کاشرٕ ین کتابن کُن رجحان بڑٕ نُومت تہٕ کتابہٕ پرٛنک شوق ہُرٕ نُومت۔

حالانکہِ اکادمی ہیٚچ نہٕ وُنہِ گامن گُھٹن تہٕ لال چوکہٕ نیبر سرینگرٕ کین باقی بڈٕ ین بازرن یا شہرن تہٕ قصبن اندر پننیٚ SELES OUTLET قایم کرِتھ۔ نہ چھُہ سرکاری سطحس پیٹھ محکمہ تعلیم، محکمہ لائبریریز یا پنچایت ہولو ادارو اندرٕ اکھ تہِ محکمہٕ قابلِ ذکر سطحس پیٹھ کاشرٕ ین کتابن کُن مازان یا بڈس پیمانس پیٹھ کتابہٕ سپلائی کرنُک آرڈر دِوان۔

اکادمی یمن موضوعاتن پیٹھ وُنِس تام کاشری پاٹھی کتابہٕ شایع کرٕ تمہٕ چھےٚ لغت یعنی ڈِکشنری۔ لُوکہٕ ادب، فوک لور، شاعری، تنقید، توارٲخ، ادب، ثقافت، مذہبیات، شخصیات، زبان سازی، تنقید، کلاسیکی اَدب تہٕ اَمہِ علاوٕ زٕ درجن پیٹھی صوفی شاعرن ہنٛدی کُلیات یمَن اندر للہ دید تہٕ شیخ العالم ہندِ زمانہٕ پیٹھ صمد میر تہٕ احد زرگرس تام تقریبن ساری برگزیدٕ شاعر شامِل چھِہ۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ مُلکی تہٕ بین الاقوامی سطحس پیٹھ مقبول سینٛزٕ مترٕ کینٛہہ کتابہٕ تہٕ یمن ہندی کاشری ترجمہ شایع کرنہٕ آے۔ اکادمی کٔری کینٛژن مشہور شخصیاژن پیٹھ خاص نمبر تہِ شایع یمَن اندر نہ صرف تہنٛز زندگی، تہنٛد دیت تہٕ کارگزاری دیٛژھ صحاو نہٕ آیہِ بلکہ آیہِ کاشرِس ثقافتس پیٹھ تہِ شیرازکی خصوصی نمبر شایع

کرنہٕ۔ اکادمی ہندِ شیرازُک "عجائبیات نمبر" چھُ وُنہِ تہٕ لوکن یاد تہٕ پرٛتھ دوہ چھِ زٕ ترٛےٚ ترٛےٚ نفر کتاب گھرس ییٚتھ یوان تہٕ اَتھ خصوصی شمارُک دوٚیُم ایڈیشن چھاپنُک تقاضہٕ کران۔ تٲلیٖ وساٲلن ہِنزِ کمی کِنہِ تہٕ قواعدن ہِنزِ سختی کِنہِ چھِ نہٕ اَسی بیک وقت سارِی تقاضہٕ ہکان پوٗرٕ کٔرِتھ۔

اکادمی ہندِ قوانینو مطابق ہیکن سارِی انعام یافتہ ادیب تہٕ فنکار اکادمی ہِنزِ کتابہٕ مُفت حاصل کٔرِتھ۔ یہ قانون چھُ ۱۹۵۸ہس منز پاس کرنہٕ آمُت تہٕ ییٚمِن حضراتن ہُند تعداد چھُ ہتہٕ واد۔ اَما یوٗزٕ کاشُرِ زبٲنۍ ہِنٛدِس سانِن ادیبن ہُند تذکرٕ چھُ۔ اکادمی ہِنٛدِ شعبہٕ مطبوعات چہِ فایلہٕ وُچھِتھ ظاہر سپدان زِ ییٚتہِ پانٛژھ ہتو شایع شُدہٕ کتابو اَندرٕ ژور ہتھ تہٕ پیٚٹھی کتابہٕ باضابطہٕ کِنہِ یوان چھےٚ، تتہٕ چھےٚ صرف ۱۴ ہیٚچھ ۵ہ تام کتابہٕ مُفتِ بٲگرنہٕ یوان حالانکہِ مُفت کتابہٕ منگن والین ہُند تعداد ہیکہِ قاعدن اندر نرمی ورتاوِتھ ترین ہتن تام تہِ واتِتھ۔ زبٲنۍ پوچھر دِنس نِسبتھ چھےٚ یہِ سانِن بڑین ادیب حضراتن ہُند (POSITIVE APPROACH) یُس پرٛتھ رنگہٕ قابلِ احترام چھُ۔

زبٲنۍ ہِنٛدِس پوچھرس نِسبتھ چھُ ڈکشنری سازی ہُند کارنامہ سٮ۪ٹھاہ اہم۔ یِمہِ پرٛو جیکٹہٕ سیٚتی نہ صرف ہیوٚک اَسہِ پرٛتھ لفظس پنُن مانہٕ تہٕ مطلب مشخص کٔرِتھ بلکہ پھورہ SPELLING تہٕ۔ اَکھ سیٚتی گو کاشُرِ زبٲنۍ اَندر لفظٕ اِملاہ تہٕ مقرر ییٚتھ ییٚتھ عمل کٔرِتھ وارِیاہس حدس تام کاشُرِ اِملا سازی ہُند ٹلی گھرٛاکرنہٕ آمت کھوکہِ بژوٹ لیس لیٚنت تراونہٕ ہیکِہ ییٚتھ۔

کاٹشر ڈکشنری چھےٚ ستن جلدن پیٹھ مشتمل یتھ اندر ینزاہ سلس پیٹھ
لفظ محاورہ تہٕ تراکیب جمع چھہِ آمتۍ کرنہٕ ۔ اکادمی چھےٚ امہِ ڈکشنری ہُند دۆیم
تہٕ ترمیم شُدہ ایڈیشن شایع کرنُک منصوبہ زیرِ غور یتھ اندر نہٕ صرف
تمِ لفظ شامِل ین کرنہٕ ییم گوڈنِکس جلدس اندر آمتۍ چھینہٕ بلکہ املاہس
تہٕ ڈکشنری ترتیب دِنس اندر تمن مشکلاتن ہُند ازالہ کرنہٕ ہیکہِ یتھ ییم مشکلات
یہ ڈکشنری وُچھن والیس طالب علمس ہُتھ چھےٚ لوان ۔ اَسہِ چھےٚ واریاہ
تجاویز اُولہٕ پیٹھے نوٹ تھاوی متۍ کرِتھ تہٕ دۆیم ایڈیشن ترتیب دِنہٕ وقتہٕ
لیکھو اُسہِ پننہٕ نین وۄستادن تہٕ زۄہ تمِ دِن اَسہِ یہ ڈکشنری بییہ ہِسن
کارآمد بناونہٕ باپتھ پننۍ مشورہ ۔ ڈکشنری پتےٚ آو انسایکلوپیڈیا
ترتیب دِنُک پروگرام دردٔس نِنہٕ ۔ چنانچہ چھہِ ازٕ امہِ کتابہِ ہِندی ترےٚ
جلد شایع سپدی متۍ ، ییم تمن دون موضوعن ہُند وِحاطہ چھےٚ کران ییمن
پیٹھ نہٕ ازتام خاص کہنۍ اوس لیکھنہٕ آمُت ۔ سون مطلب چھُ فنِ تعمیر
تہٕ کاشُر دستکاری انسایکلوپیڈیاہُک ژۄرِیُم جلد چھُ از کل زیرِ ترتیب
یُس ادب تہٕ ثقافتس پیٹھ مشتمل چھُ ۔ انسایکلوپیڈیا چہ کامیابی
تہٕ مقبولیتُک ساری وِے کھوتہٕ لوڈ ثبوت کیاہ ہیکہِ امہِ کھوتہٕ آسِتھ
زہٕ ریڈیو کشمیر تہٕ دوردرشن پیٹھ نشر تہٕ ٹیلی کاسٹ سپدن والین ثقافتی
پروگرامن اندر چھےٚ امی انسایکلوپیڈیا کہ ENTRIES سرہ سالِم
نقل کرِتھ نشر تہٕ سپدان تہٕ ٹیلی کاسٹ تہٕ ۔ تہٕ بوزن والی چھےٚ دۄ شوبنی
الیکٹرانک اِدارن یتھی پروگرام ترتیب دِنس پیٹھ شاباش دِوان ۔
کینہہ ENTRIES کرٕ سکول بورڈ آف ایجوکیشن پننہٕ نین سلیبس چین کتابن

اندر تہٕ شامِل۔

کلچرل اکادمی کوٚر لکہٕ بأتو تہٕ لکہٕ کتھو رٕنگی لوکہٕ ہندِ بن سینن اندر گیتھ لگبھگ ہزار سوٗرے مواد کتابی رنگس منز محفوظ تہٕ ووٚنی چھہٕ یمن پیٹھ مختلف زاوی لوکہٕ تبصرٕ لیکھناونک تہٕ چھاپنک تہٕ پروگرام۔ کاشرس فوک لورس پیٹھ چھپے از کل (ANTHROPOLOGICAL STUDIES) عنوانہٕ کأم چلان تہٕ اکھ فوک لورچ ڈکشنری تہٕ دردس نہٕ آمٕژ۔ اکادمی کرٕ تاریخ حسن تہٕ کلہن سنٛز راج ترنگنی ہندِ کاشرِ ترجمِچ کأم تہٕ مکمل۔ بروہہٕ کُن ییٚن سوم دیو نہٕ کتھا سرت ساگرٕچ باقی حصہٕ تہٕ کاشرِس کُن پھیرنہٕ۔

اکادمی چھہٕ نہٕ صرف اکھ مستند اشاعتی ادارٕ بلکہ چھہٕ کتابہٕ چھاپنہٕ باپتھ ادیبن تہٕ مصنفن کتابہٕ شایع کرنہٕ باپتھ مالی امداد تہٕ فراہم کران۔ یمیک فائیدٕ یہ چھہٕ زِ پرٛتھ ؤری یہ چھپے جان تعدادس منز ترٛٹھ کتابہٕ تہٕ بازر واتان یمہٕ نہٕ بظاہر شایع ہکہٕ ہنہِ سپدتھ۔ از تام آیہٕ تقریبن پانژھ ہتھ پیٹھی کتابہٕ مالی امداد فراہم کرِتھ ادیبن تہٕ شاعر حضراتن دٕسی چھاپنہٕ۔

گامن گٹھن تہٕ شہرس اندر مختلف جاین ادبی محفلہٕ، مشاعرٕ تہٕ سیمنار بیترٕ منعقد کرٕنی چھہٕ کلچرل اکادمی ہُند مستقل پروگرام یُس برابر ترٛہو ؤری یو پیٹھ چلان روٗد تہٕ از کل تہٕ چھہٕ نامساعد حالات آسنہٕ باوجود چلان۔ یِژھن محفلن ہُند بوٚڈ فائیدٕ چھہٕ یہ زِ مختلف الخیال ادیب تہٕ دانشور حضراتن چھہٕ پانہٕ وأنی سمکھنک تہٕ INTERACT کرنک موقہٕ میلان۔

کلچرل اکادمی چھہٕ کے حال ییمہٕ دُنیا اَندرٕ ڈرامتن ادیبن فن کارن تہٕ

دانشورن ہندین مزارن پیٹھ شاندٕ کنہٕ تہٕ لوحِ مزار نصب کرنُک پروگرام شروع کوٚرمُت ییمہٕ ستی تہندٕن قرارگاہن ہنٛز مستقل پأٹھۍ نشاندہی سپنٛز تہٕ ییم کُنہٕ حدس تام محفوظ روٗزی۔ ییٚتھ کٔنۍ سپنٛز تقریبن تمام صوفی شاعرن ہندین مقبرن ہنٛز نشاندہی تہٕ مُکمل تہٕ حال حالے گُذریمٕتۍ قأبلِ ذکر شاعر تہٕ فن کار تہٕ روٗدی ییٚنہٕ واجہ نین پیٚرین ہندٕ باپتھ نہ صرف وٚیدی بلکہ روٗدی تہندۍ مقبرٕ محفوظ تہٕ۔

نوجوانن تہٕ نوٚین طالب علمن اندر کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبس کُن رُجحان بیہرنہٕ باپتھ چھُہ کلچرل اکادمی مستقل ورک شاپ منعقد کرنُک ارادٕ ییمَن ورک شاپن اندر تِمن شاعری، افسانہٕ نگاری، ڈراما تہٕ باقے فنونِ لطیفن ہنٛز درسی طور ٹریننگ ییہِ دِنہٕ۔ پوئیٹری سوسائٹی آف انڈیاکہ اَکھٕ واسہٕ آوٕ یُہُس ییٚتھی اکِہ ورک شاپُک اہتمام کرنہٕ ییٚتھ اندر پینٛژرٕ کھوٚتہٕ زیادٕ لڑکو تہٕ کورِ لوٚ حصہٕ نوٚ۔ ورک شاپ کِس آخرس پیٹھ یہ کینژھا ییمو نوآموزو لیوٚکھ، سُہ آو کتأبی صوٗرتس اندر شایع تہٕ کرنہٕ۔

اَما پوٚز اَسہِ چھُہ احساس زِ کلچرل اکادمی تہٕ تتھ ستی ستی مختلف سرکأری ادارن ہنٛز کأشرِ زبأنۍ تہٕ کلچرس نسبتھ یہ وٕ وٕکھ ژھانٛڈ چھے توٚتام لایعنی تہٕ بے محل یوٚتام نہٕ کأشُر زبان سکوٗلن تہٕ کالجن اندر مستقل پأٹھۍ تہٕ سنجیدگی سان ییہِ پرناونہٕ۔ یوٚتام نہٕ لوٗکن اندر مادری زبأنۍ نسبتھ شوق ییہِ اُجاگر کرنہٕ تہٕ پننِ زبأنۍ ییٚنہٕ لِس کلچرس نسبتھ لُس COMPLEX سانین لوٗدگرِ دولت مندن اندر پأدٕ چھُہ آمُت کرنہٕ، سُہ

پۆر پاٹھی ختم ییہ کرنہٕ۔ آزادی ہِند بن ینٛتراہن وٕری ین اندر
کوتاہ کوٚر اَسہِ اقتصادی تہٕ معاشی رنگہٕ حاصِل، تتھ متلق چھیٚنہٕ زہ رایہ۔
سون معیار زندگی ووت کتہِ کوٚرُس تہٕ ہیکہ نہٕ کانٛہہ نظر انداز کٕرِتھ۔ شہر
سرینگرٕکِس مرکزی حِصہ لال چوکس اندر اُسی اَز بروٚنٛہہ ترٕہ دہ ؤہرہہ
وٕری چھ ٹانگہٕ کٔرٕتام پکان، شرٕی پاٹھی اُسی اُسی اَتی نٔس تارکول ترٲوتھ
سڑکہِ پیٹھ شامہٕ پتی سٔنرہ ٹنگس گِندان، زن اوس تمن دوہن لال چوکُک
کھجہ اٲزیکِس پولو گراونڈس یوت تکیازہِ ٹریفک اوس کم آسان۔ لال چوکہ
ہرگاہ دور تجیہ لِگارِ کُنہٕ رکاوٹھ واتہٕ ہوگرٕی دوکدٕس پیٹھ دطرفانہ سڑکن
اَپارہِ یپورتہٕ یپارہ اَپور کران۔ تہٕ اَز ہرگاہ اَچھ تُلو تر یٖیہ کٕنزہ اَپور پلہ تہٕ
نظر۔ حالانکہِ سڑکن ہُند کھجر چھ اَز برونٛٹھی مہ کھوتہٕ دوہ گُنہ۔ پرتاپ پارکہ
نیوکھ نصف زمین تہٕ رلوٚوکھ دہ شوٚونز سڑکن دٕرہ گژھن پیٹھ اُمراکدل
تام تاکھ تٔو نٛٹھی کولہِ تہٕ ویٖتھہ اوٚڈ درجن پینٛٹھی کدل۔ مگر تہٕ کرِتھ تہٕ چھ
مُشکِل زہ کھوٚنکل دکہِ یا زیر لگنہ ورٲے کیاہ کٔرٕی زہ کُنہٕ جایہِ سڑکھ کراس۔
وجہہ چھ یہ زہ سڑکن پیٹھ ہُرلوٚکتہ کور موٹرن تہٕ گاڑین ہُند آون جاون۔
یتی تہٕ انسان تہٕ تیٚتر چھے گاڑہ۔ ظاہر چھ زہ رسل ورسایٕلس اندر یوت
بوڑ ہُرر چھ سانہ اقتصادی پایر جاٲیی ہُند ٹاکار ثبوت۔ یہ چھ پٔزی کِنی
خوش آیند تہٕ اَتھ ہکن نہٕ زہ رایہ آسِتھ۔ یتھے کِنی ہرگاہ یاد یاوو تہٕ ترٕہ
ژٕ تجیہ وٕری برونٛٹھ تام اوس نمتھ فیصد مکانن بُرزہ لیش آسان۔ اَز
چھ تمن ہٕتو وُہ گیسچ نالہ داریٚن۔ لبن اُسی تیٚلہ لوان ہُری میٚنشرہ ستی تہٕ اَز چھ

کھسان تِمن جِپسم GYPSUM تہٕ دستٕمیر۔ بازرس اندر اُسی اُنِتھ رۅٗسی سوداگار وان ییتہِ گانگرہ تہٕ چوٗچہ، کریٖنچلی یا کرہ مٔتھ ژٔنگہٕ لایہ کھنہٕ آسہٕ آسان۔ اَز چھہِ تِمہٕ نِے بازرن اندر جدید ترین شوٗ رٗوم یِمَن منز خوبصورت ترین (CONSUMER GOODS) کیاہ زبر پأٹھی سجأوِتھ چھہِ آسان۔ پۅتٕژھ ہنے تیلہِ کالہِ ییہِ ہاتہٕ تھیکتھ اُسِس دِوان باگرخانٕ یا کلچہٕ۔ اَز ہرگاہ وُچھو تہٕ سورُے بِکٕری وان چِھس مُجمَس منز تھوان۔ مطلب یہ زِ PURCHASING POWER ہُرٕ تہٕ سیٹھاہ بڑٕلو معیارِ زندگی۔ رۅپیہِ ییٚلہِ وُفوٗر گیہِ، قودرتی طور کھٔلیہ نظر۔ اَز چھہِ اُسی نَرم کھۅتہٕ نَرم کپیر پیس ژھانڈان۔ دروہ گہِ کھۅتہٕ دٔرۅگ ٹیٹھ گنہٕ ہوان۔ برونٛہہ کالہِ ییٚلہِ پھیرن شوہ ہوتہٕ کھروادس آسان تیٚر تُلہِ تھچھہٕ۔ اَزیٚلہِ لاگون تہٕ ہاوسہٕ لاگون۔ شوبہِ پٔزِھی لاگون۔ تہِ سورُے بدلیوو یہ برونٛہہ کالہِ اوس۔

مگر نیٚتھ کیٚتھہِ تہِ سُنوٗزِہ اَز کالہِ لُیس تہٕ چیز اُسی کھیوان چھِہن یا لاگان چھِہن۔ ورتاوان چھِہن یا پانس یأران چھِہن، تہِ سورُے چُھہٕ تہنزی کیٚتھہِ "IMPORTED"، باہنالہِ اَیارہ بیٚٹھ درآمد شُدہ۔ اَدہٕ سُہ تُوٗمل اُسن یا بنیان ووننہٕ باپتھ بیرِ۔ سُہ یا لکہِ تھوپ اُسن یا بُجتِس ملنہٕ باپتھ صابنہٕ چاگٔڈ۔ سہ سیٚرن تہٕ پینہٕ داو اُسن یا پُھترس وٕہراونہٕ باپتھ ژاٚنگج۔ سُہ کاکز وُرق اُسن ہولڈر رِچ نِب یا شِراکہٕ پیٚچ۔ اَسہِ نہٕ چھیٚے اَزگند کھ رُیچ ییٚنچ تہٕ نَہ کھورَن لاگنہٕ باپتھ کھور بانہٕ۔ نہٕ چُھہ اَسہِ گُگرٹِنڈہٕ بناوُن تُگان نہٕ چلے چیٚنہٕ باپتھ کھاسی پیالہ۔ یَتھ کالہِ اُسی گوٗری گاموٗ پیٚٹھ دوہ دِنکھَن کیٚتھ شہر

والان۔ از چھینہٕ تمہٕ گاوٕ۔ کُنہٕ ہے آسن تہٕ، شہ دوہ ہے چھُ ہوکھمت۔ سائنس گرلیتس چھے زمینداری گال۔ سائنس کھارس چھُ دوہ کرٕ تلن ہتکھ۔ یِتھے کُنی چھے کرالس تہٕ کونڈہ زالنی شرم۔ حٲرانگی ہنز کتھ چھے زِ تھدین دُکانن منز یتہٕ باٹا کمپنی ہندی بوٗٹھ تہٕ چینہٕ کمپشنس پیٹھ کنتھ سائی (FOOTWARE AND CO) یُزتھ دار بنیے، تتہٕ ہر گاہ یمے یا پاٹری یا نہٕ لاگن کھور بانہٕ بناوِنہٕ، نیتھر تہٕ دِنکھ نہٕ شُترہن۔ گرُداسپورہ پیٹھ درآمد شُدہ دوہ دیتھ بیٚلہِ سائی ہونہارٕ بچہٕ انگلش میڈیم سکوٗلن اندر بہان چھِ ہمن چھِ پرٕمس دِتھ سو زبان ہیٚچھِ ناوان یوسہٕ نہ انگریزی چھے، نہ چھے اُردو، نہ چھے پاٹرم تہٕ نہ کاشُر۔ وُنڈہ رائژن اندر بیٚلہ یمہٕ بنے شُترہن کھور ٹینڈہن تمام دگ چھے کران، بے وایہٕ چھُ کرکہٕ ناد کران زہ "MUMMY۔ میرا نزولو آیا ہے"۔ نزولو چھِ تِم اوٗنگجہٕ ہندس نالس ونان۔ اَتھ لفظس کیاہ چھُ اُردو یا انگریزی تہٕ نہ چھکھ میڈم جی خبر نہ زانکھ ممی تہٕ نہ ڈیڈی۔ رسمی تالیم پرِتھ ہیٚکہِ سون شُتر انگریزہ سندِ کھوتہٕ زیادہ فرفر کران انگریزی زبان بولِتھ۔ اما پوٗز مختلف لفظن ہندی نوزک ترین شیڈ ہیٚکہِ شہ مادری زبانہِ اندرے سمجتھ۔ مثالے دانہٕ کُٹھس اندر ہیتھ بیٚلہ تس مُشکھ لوان چھُ۔ خلپے ہیٚکہِ شہ وُنتھ زِ ہوہس اندر آمُت چھاکِنہ دہن۔ وُژن چھاکنہٕ کنزُن۔ مختلف ہونرن ہندی نوزک ترین مرحلہ چھِ مادری زبانہِ اندرے یوت ہیچھناوِنی سہل تہٕ فایدہ مند پرٕمتس کیتھی تہٕ تہٕ ان پرس کھتی تہٕ۔

آزموده مثال چھےٚ اُچھن تل۔ وُسیلہ آسہٕ ریڈیو، مُقرر ڈاکٹر
الطاف، موضوع BREAST CANCER تہٕ یوزن واجینۍ آسہٕ اَن پرٛتھ
مالۍ نالۍ یا ماجہ نالۍ۔ پینٛدہن منٛز ہندس اتھ پروگرامس اندر یوسہٕ
تہٕ HUMAN-ANATOMY ڈاکٹر صاب وتھرٛاوِہ۔ سو سارے لوٗکھ ہرگاہ
بُڈِہ نالہٕ سوال کرو ——— یا تہٕ بانہٕ دِیہ جواب۔ یوہے سبق ییلہٕ انگریزی
لفظن منٛز ہیمہ جماتہٕ ہندس کاریگ لڑکس گوتہٕ کرُن وَلو ہیتہٕ منٛزٕ پینٛس
ستہٕ نمتھ نمبر۔ تہٕ دوہلۍ ہرگاہ یوہے سبق تس پننہٕ نین لفظن اندر دوہراون
وَلو تہٕ۔ ذٕہو منٛزہ دِیہ ووس نہٕ ڈاے نمبر تہٕ۔ پتھ ییلہٕ پیمے ڈاکٹر صاب
ہپتالن اندر شہ ریتی لسنے بچس آپریشن کرِتھ ماجہ ہنٛزہ شکمہ منٛزہ نیبر
کڈان چھہ تہٕ INCUBATER تاوی شیشہٕ صندوقن اندر لدِتھ دم پھٹی کرِتھ
ازجان کران چھ تہٕ قصور وارکُس؟ ۱۹۴۷ تہٕ بروہنہٕ اُسی شُری اَن پرٛتھ وارنین
ہندی ڈسو زِلوان۔ خبر تمہ کونہٕ آسہٕ آپریشن کران۔ شاید اوے زہ لوکہٕ
وانس بیٹھے آسہٕ تمہٕ اصل کاریچھان۔ TERMINOLOGY ہندس آولینس
اندر اُکھ نہٕ نیصف وانس ضایہ گژھان۔ کاشرِ لو کاری گر وکمو و تا
پشمین سازی تہٕ کاغذ سازی منٛز ناو۔ تمو کور تا بینتہٕ تگن گری کینی پرٛتھ
فنس اندر KASHMIR SCHOOL قایِم۔ چاہے سو خوشنویسی اُس یا شال
باقی۔ تہٕ فلسفہ اوس یا کنہٕ گراے۔ بنجرہ کاری اُس یا حِکمت۔ اُز کیازِ
نہٕ آسہٕ سواے کمیشن اَجنٹی بنیہ کِہنی تگان۔ وجہ چھُ یوہے زِہ اُسی
فاری TERMINOLOGY۔ آسہٕ پھوگوتہٕ کرُن۔ اُسی سُنے یہ گوتہٕ کرنس زیادہ

تہٕ اصل کار رُود اُتی۔ اُسی گےٚ نہٕ EDUCATE بلکہ رُودی LITERATE۔

•

شیرازٕ کِس ییتھ شمارس اندر شامِل اکثر مضمونن ہُند غرض و غایت چھُ ۱۹۴۷ء برونٹھ تہٕ پتہٕ کاشرِ شاعری تہٕ نثرِ کین مختلف اصنافن ہُند تقابُلی مطالعہ پیش کرُن۔ ۱۹۴۷ء برونٹھ اُسی شاعری اندر ژٕے اصناف مقبول۔ اکھ گوو ترٕ مصرٕ وژن چالہِ بند ییتھ ژورِیُم مصرٕ ووج کنہِ گنڈان اُسی تہٕ ییتھ اندر سانہٕ صوفی شاعرو پننی پاٹھی پننی خیالات باوی متی چھِ۔ خیر کمہِ غلط فہمی کِنی اُسی لُکھ اَتھی صِنفس "غزل" وَنان۔ حالانکہِ غزلس چھےٚ پننی الگ ہندِش، بحر وزن تہٕ مضمون ہندی۔ شُرکھ، واکھ یا ٹلکھ چھِ پٔزی کِنی کاشرِ شاعری ہنزٕ قدیم ترین اصناف مگر مقابلتاً اوس یمن ہُند سٕہتھا کم چلے جاو۔ وژن شاعری علاوہ چھےٚ "مثنوی" لیوٚنہٕ بزمیہِ کِہو رزمیہِ دوشوٚنی مضمونن ہندِ باپتھ استعمال چھےٚ سپدان آمژ تہٕ امہِ علاوٕ چھُ پَد، یُس نہٕ ووٚنی استعمال سپدان چھُ۔ صحیح معنین منز ییتھ صنفِ اُسی "غزل" وَنان چھِ، سُہ چھُ بہر طور ۱۹۴۷ء پتہٕ کٕی یادگار تہٕ از کال چھےٚ شاعری اندر ساری وٕے کھوتہٕ مقبول صنف۔ امہِ علاوٕ چھُ نظم تہٕ رُباعی۔ یمن ساری اصنافن اندر طبع آزمایی کٔرِتھ کیتھ حدس تام چھِ سانی شاعر "شارُت" یا POETICS پانٕ کٔرِتھ منز کامیاب سپدی متی، تہٕ وٕتھ ڈھونڈنٕچ کوشش تہٕ چھےٚ اکِس مضمونس اندر کرنہٕ آمژ۔

کاشُر نثر اوٚ ۱۹۴۷ء پتے بارسس۔ افسانہٕ، ڈراما، مضموٗن تہٕ خاص
کٔرِتھ تنقید۔ کاشرِس افسانس پیٹھ نزرین خیالات باوٕنہٕ باپتھ اوس اَسہِ
ژوٗرن ناودار کاشرین افسانہٕ نگارن درخاس کوٚرمُت مجبوری کِنہِ پیوٚ یہِ
ساقی صأبس اَتھہِ لیکھناوُن ممکن چھُہ سأنہِ کیٛنہہ پرن وٲلی ماروزن یہِ
مضموٗن پٔرِتھ تہٕ تشنہٕ تکیازِ یہِ چھُنہٕ (DETAILED) تیوٗتھ گٔژھ اوس رُباعی،
سانیٹ علاوہٕ زبأنی مُتلق کیٛنژن اہم موضوعن تہٕ مسلن پیٹھ اَسہِ پننہِ نین
وِدوٚستادن وونمُت لیکھُن۔ باربار تقاضہٕ کٔرِتھ تہٕ زون نہٕ تِمو صاحبو
پننی مضموٗن سوزُنی مُناسب۔ لوک ڈراما تہٕ سٹیج ڈراماہس پیٹھ آسے
اَسہِ اکِھ کھوتہٕ زیادٕہ مضموٗن۔ اَسہِ کٔری شُکریہ سان ساری شایع۔

کاشرس تھیٹرس لُس وہ دلیوٗسٹی ہین تریٛہن ؤریٛن کلچرل اکادمی
دیُت سہٕ ویژھناونس اندر یتہٕ کیمو صأبن نخُل چھُ کوٚرمُت تہٕ چھُ باسان
زِ ستجو دسیلأنی صأبن تہٕ چھےٚ زأنِتھ مأنِتھ سۭہ ڈلیٛشتھ خرگوش لارِ گنیٛج
کوٗشش کٔرمژ۔ تھیٹرس مُتلق چھےٚ بُڈ تہٕ ٹاکارٕ حقیقتھ زِ ہرگاہ نہٕ کلچرل
اکادمی وسیع دِل لأگِتھ تھیٹر فن کارن ہنز حوصلہٕ افزأیی کرِہا، کوٗشُر
تھیٹر آسہِ ہا نہٕ اَز کُنی۔ اَدٕہ سہٕ بھانڈٕہ پأتھرنی توان یا ماڈرن سٹیج
کرافٹ۔ سہٕ نوٚ رنگ آسن یا بھگت تھیٹر۔ PERFORMING آرٹس لیوچھ پردین
چھُ اکادمی ہندس مستقل پروگرامس اندر شأمل تہٕ ڈراما چھُ اہم
(PERFORMING ART) ییمہِ باپتھ اکادمی ہندس بجٹس اندر مستقل
پأٹھی پیٛن مُشخص چھُ۔ ریاستس اندر تہٕ ریاستہٕ نبر ییم تہٕ جموٗں

کشیرِکۍ ناوِدار آرٹسٹ اَز ہندوستانکۍ برگزیدہ فن کارمانہٕ یوان چھِ۔ تمن ہُنٛد TALENT دراو ہیٚتھے بانہٕ کلچرل اکادمی ہندِ ہِسے چھیٚچ دار سالیس تل خط۔ چاہے سُہ رامانند ساگر ہیوٚہ فلمساز چھُہ یا وید راہی ہیوٚہ لکھاری۔ سُہ پران کشور چھُہ یا فاروق مسعودی۔ سُہ ژٕوی کیموٗ چھُہ یا سِدھارتھ کاک۔ یہ چھےٚ دوٚیم کتھ زِ ناشکرگذاری چھےٚ کاشرِس قومَس خوٗنس۔ ژِ چھِتھ یاٚلِتھ تہٕ خوٗن جگر کھیتھ تہٕ چھِ اَسی پننہٕ ماجہِ بےشرفی سان نیوہ کھٹھ ہادان تہٕ وَنان ___ "ژٕے کُس سو چھُے کوٗرتھم"۔

کلچرل اکادمی ہندِ طرفہٕ پیش کرنہٕ آمٕت منظوم سٹیج ڈراما یا اوپیرا "وتستا" چھُ کاشرِ سٹیج ڈرامُک عروٗج۔ نہ صرف مُسودہ تہٕ مضموٗنہٕ ژٕنگی بلکہِ ڈایریکشن۔ منظر بندی، سٹیج کرافٹ، لایٹنگ تہٕ مینیجمنٹ کنۍ تہٕ۔ اَمی ڈراماہن کتھ حدس تام پراوٗ ہندوستان کِہن اہم ترین ڈراماہن اندر جاے، تہٕ چھُ کلکتہ، مدراس، یوپی، بنگلور تہٕ دِلہِ ہندیو قومی اخبارو کرِ تام وشرِ ھنتھ تروومُت۔ یہ چھےٚ دوٚیم کتھ زِ فی زمانہٕ کلچرل اکادمی ہٕندِن بڈِہن افسرن ستی ذاتی برابری یا نابرابری کنۍ روٗدی نہٕ ساٗنۍ پننۍ CRITIC یا پرنٹ میڈیاہَس ستی والبسطہٕ کینہہ افراد زِہنی تہٕ مخلص نظاہر یاٚتھ اکادمی ہندیو مختلف کارنامو نِشہِ اچھ ڈٕلِتھ واتہٕ نوٚ وُکھ نہ صرف کاشرِ نہ باٗنۍ ذرایہ بلکہِ مِن حیثیت القوم ساری نےٚ کاشرِن تہٕ۔ حالانکہ یمو فن کارو واتھ ڈراماہس اندر سٹیجس پیٹھ کھیتھ پننہِ صلاحیتہٕ ہُند مظاہرہ کوٚر، تم اَسی نہٕ کُنہِ رنگہٕ AMATURE بلکہ PROFESSIONALS آرٹسٹ تہٕ اکثر

اُسی ہائی سکولن تہٕ کالجن ہِندی طالب علم۔ کلچرل اکادمی چھُ یہ سوٗرے اوپیر اصداب بند کرِتھ گراموفون ریکارڈس پیٹھ رٕٹرہِتھ تھوومُت۔ افسوس زِہ تمن دوہن اوس نہٕ VIDEO کیمرہ تہٕ نہٕ اُسی ٹیلی وِژَن۔ گراموفون ریکارڈد علاوہ چھہِ اکادمی کاشرہ موسیقی ہِندی زہ CASSETTE اَز تام بازر ترٲوی متی۔ صوفیانہٕ موسیقی ہندس کیسٹس پیٹھ چھےٚ ازکام چلان تہٕ وۄمید چھےٚ زہ جلدے ییہِ یہِ کرنہٕ تہٕ۔ اَمہِ علاوہ چھُ اکادمی تِم ساری باتھہٕ ریکارڈ کرِتھ تمن ہندی CASSEET بناونک یرادہ ییم سانہٕ مشہور صوفی کہو روٗمانی شاعرو چھہ لیکھی مِتی تہٕ مشہور فن کارو چھہ گیوٚی مِتی۔

کٲشیرِ تہٕ کاشرہ زبأنی ہسبتھ ییلہِ تہٕ بروٚنہہ کُن کانہہ کام سپدہ، تحقیق دردس نِنہٕ ییہِ، کلچرل اکادمی ہندی SOURCES کرن ہمیشہٕ بطور BASIC BOOKS کام۔ چاہے سُہ ادب اُسی تن یا تواریخ، سُہ سماجیات اُسی تن یا موسیقی۔ دست کأری اُسی تن یا فنِ تعمیر۔

اُڑائے کچھ ورق لالے نے کچھ گُل اور بُلبُل نے
چمن میں ہر طرف بکھری ہوئی ہے داستاں میری

غلام نبی گوہر

# کاشُر زبان ـ پنژاہ وری

## (مقام ـ "تلاشِ مقام تہٕ حاصِل؟")

کاشِر تحریکِ آزادی رُود بیُتھ بدٕوُن تہٕ منفرد اظہار تہٕ مسلن ہُند کرب تہِ ۔ تِم مسلہ اُنز رادینہٕ خاطرٕ رُودا اُتھ اَنہار تہٕ بدٕوُن ۔ نیشنل کانفرنس دیُت "کشمیر چھوڑدو" نعرہ تہٕ مُسلم کانفرنس دیُت اَتھ واس تہٕ یِتھہٕ کُنی بنیاو بلا اختلاف آلوس تاپید کُرٕز حاصِل تہٕ قربانین ہُند تسلسلہ رُود دراز گژھان۔ دوشہِ ونی جماژن ہِند س لایحہ عملس منز اوس مقامی زبانن خاص کر کاشرس جایز مقام دِنک وعدٕ تہٕ شامل کرنہٕ آمُت ۔ نیشنل کانفرسہٕ کِس پروگرامی دستاویز "نیا کشمیرس" منز اوس خاص کر اَمیک اظہار ثا کارٕ ۔ مگر حالاتو کھوتیُتھہٕ ول گتُن زِ باشیاو کہٕ کاشُر زبان سیدٕ تواریخس منز گوڈنچہ لٹہٕ سرکاری پُشتپنا آہی حاصل ۔ یہٕ گو واضح تکیا زِ مدرسن منز ژایہٕ گوڈنچہ لٹہٕ یہٕ زبان ۔ مگر حالاتو کھوبیا کھ وُل گتُن تہٕ نیا کشمیرک" دستاویز بناون والی' لیکھن والی تہٕ پرکھاوُن والی یا تہٕ آے جیل لدنہٕ یا لبہٕ تاپس تھونہٕ تہٕ آیین بناوینخ عمل رُوز تمن بغار بلکہ تِم بدٕوُن گُنڈِتھ جاری تہٕ یہ کار آد تمن اَکھن منز یمن ہٕ اَمہٕ لِیہٕ ہُند سوہٕ رے اوس کُنن ۔ ۱۷، نومبر ۱۹۵۶ء یُس

آیٖنس جموں وکشمیر آیٖن ساز اسمبلی پاس کورُ سہٕ اوس بانبرٕ ہوٚت نقل ہندوستانٕکِ آیٖنُک تہٕ سہٕ تہٕ بُنیادی حقوقن ہُند باب ژٹھ ۔ یتھ نتھ چھُنہٕ اسہِ یہِ ہُنٛن مگر نقلہٕ چہ بامبرٕ ہنزِ خامی ہُند تذکرہ چھُ ضروری ۔ اَمہِ برونہہ اوس ۲۶ ، جنوری ۱۹۴۹ء ہندستانُک آیٖن بنٕنتھ حاوی تہٕ گومُت ۔ اَمہِ کِس اٹھمِس جدولس منز آیہ ۳۴۴ تہٕ ۳۵۱ ۔ دوٚن دفعہ ہٕن ہنز روشنی منز ہندستانہٕ خاطرٕ ژوداہ قومی زبانٕ نشان دیہہ کرنہٕ ۔ آرٹکل ۳۴۳ چھُ ہندی زبانٕ مُلکٕچ سرکاری زبان تسلیم کران ۔ اَمہِ منز چھُ یہ واضح پاٹھی ثابت زِ کاشُر، اردو، مرٲٹھی بیترِ سداہ وٕے زبانٕ چھےٚ آیٖنی طور اکی ہیٚے تہٕ ہوٚسِ سوٚ کھرِس بیٖٹھ ڈرِتھ ۔ یہ نہٕ آس کانٛہہ سیاسی مصلحت تہٕ نہٕ کانٛہہ رٔشوٚ ۔ بلکہ اوس یہ فیصلہ تمن سُفارشاتن ہُند نتیجہ یِمہٕ آیٖن ساز اسمبلی ہندِ طرفہٕ مقرر کردہ لسانی کمیشنن ژن ہتن زبانٕن تہٕ بولن ہُند جایزٕ ہیتھ کرِمژٕ آسہٕ ۔ اَمہِ کمیشنن آسہٕ پرکھ زبانٕ ہُند بَتُر، اَمیُک ادب، بولن والین ہُند مخصوص خطہٕ آسُن تہٕ پرکھ زبانٕ ہُند ارتقایی تواریخ پرِتھ تہٕ دِل دِتھ سفارِشہٕ کرِمژٕ ۔ اَتھ اوس واضح خطہ بولن والین ہُند ۔ یِمہٕ خطہٕ اکثریت آس اَمہِ وزِرِ تہٕ ازتہٕ چھےٚ کاشُر زبان بولان (اکثریت لفظ گژھِہ نہٕ فرقہ وارانہ ڈکشنری ہتی وابستہ کرُن) نہٕ چھُ یہ بٹہٕ تہٕ نہٕ مُسلمان ۔ نہٕ کشیرِ ہُند تہٕ نہٕ جوٚمیُک بلکہ بٹہٕ تہٕ مسلمان تہٕ کاشری تہٕ جموی تہٕ) ترقی پذیر تہٕ ترقی یافتہٕ زبانٕن ہندی ہیمے گون مدِ نظر تھوٚتھ آیہ اَمہِ ساتہٕ یِمہٕ ژوداہ زبانٕ آیٖنی طور تسلیم کرنہٕ ۔

---

۱ ۱۹۶۷ء تہٕ ۱۹۹۲ء منز گیہٕ بٔیہ کیٚنہہ زبانٕ اَتھ زُمرس منز شامل تہٕ وۄن چھےٚ کُل ۱۸ قومی زبانٕ ۔

لسانی کمشنک رپورٹ یمن کینٹرن زبانن امہِ وزِ کاشرِ زبانۍ ستی ترقی پذیر نشاندہیہ کران چھُ، تمہِ پتھ چھے اَز کل پننہن ریاستن ہنز سرکاری زبانۍ۔ بلکہ چھے ہائے کورٹ سطحس تام تتہِ یمہ پنہ زبانن منز عدالتی کاروائی تہ چلان۔ نیتون "اُوریا" یا "آسامی"۔ صرف شُرے وُری برونہہ ترایہِ "منی پوری" اَتھ شیڈولس منز، تمہِ کُے حال ٹھری تو۔

منےٚ چھُنہٕ لسانی تعصب (Liguistic Chauvenism) مگر کمتری ہُند احساس تہ چھُم نہٕ، تہ نہٕ چھُس مصلحت پسند۔ بوونہٕ بےٚ کھُتُک پاٹھۍ "زِ کاشُر" چھے ریاستِ جموں وکشمیرِچ علاقائی (Regeonal) زبان۔ امہِ حوالہٕ چھہِ اَتھ یتھۍ خطس منز تِمے حقوق حاصل یم کرناٹک ریاستس منز کنڑ زبانۍ حاصل چھہِ مگر یتھہٕ کنۍ تتہِ سپریم کورٹن مراٹھی تہ اُردو بشن اقلیتی زبانن آیینہ کِس آرٹکل ۲۹ شق الفس تحت یتھہٕ نکۍ تہ پھانبھلاونکۍ حقوق تسلیم کرِتھ واضح کٔرۍ، تِتھے گنۍ چھے اَتھی آرٹکلس تہ ریاستی آیینہ کِس دفعہ ۲۳ ہس تحت سانۍ ریاستی سرکار تہ ریاستس منز اقلیتی زبانۍ ترقی دِنہٕ پابند۔ آیینی حق آسنہٕ باوجود زِ "کاشُر" چھے سارے ریاستچ علاقائی زبان، تہ تو تہ چھہ اُسے قناعت اَتھی پیٹھ کران زِ اَسہِ تہ پھانبھلاوی تون زبان اقلیتی زبانے زانِتھ۔ اَسہِ تہ دی تَوتے حقوق یم سپریم کورٹن اقلیتی زبانن ہندِ خاطرٕ تسلیم کٔرِتھ پوٚرکرنکۍ ہدایات صادر کٔرۍ متۍ چھہ۔ ییٚکرِ امہِ عظیم عدالتہٕ کہ اکہ اہم فاصلک اقتباس پیش — Under Article 29(1) a

liguistic minority has the fundamen-tal right to conserve its own lang-

uage and Art 350-A directs every state to provide adequate facilities for education at the primary stage in the language of linguistic minority for children belonging to such a community.....[۲]

واضح چھ زِ آرٹکل ۳۵۰ الف (سانہٕ آینک دفعہ ۲۳)

تہٕ سپریم کورٹہ کہ اَمہٕ فاصلک رۄح چھ :-

الف :- اَکِس اقلیتی گرۄپس پنٕنی زبان تہٕ کلچر رٔژھراونک بُنیادی حق دِوان؛

ب :- تِہندِ ن اولادن، تِہنٛزِ مادری زبانہِ منز تعلیم دِنک بُنیادی حق تسلیم کران تہٕ۔

ج :- یم حقوق رۄبہ عمل اَننہٕ خاطرٕ پابند کران۔

اقلیتی گرۄہن ہنٛزن زبانہِ ہندِ مقام چھ واضح کرنہٕ آمت زِ یہ اوس نخدشہ اکثریتی گرۄپ ماکرِن یہندی حقوق پامال، اُوکینٛہ آیہٕ نہٕ مخصوص طور اکثریتی زبانن ہندی حقوق وبڑھ ناوہٕ نہٕ تم چھ خود واضح Self Explanatory —

کأشر زبان چھے نہٕ بحیثیت اکثریتی زبان پننی حقوق منگان بلکہ یہ چھے صرف منگان زِ اتھ دی تو اقلیتی زبانہِ ہندی حقوق ۔ اگر کرناٹکس منز آبادی ہندس قلیل طبقس پننہِ مرأٹھی زبانہِ منز بچہ پرناونک حق چھ، مئے کیا زیہ یہ

---

۲ :- انگلش میڈیم ایس بی اے بنام ریاست کرناٹک (۱۹۹۴) اکھ: U.J.S.C ص ۲۹۱ پیرگراف : ۱۷ - ۱۹ - ۲۰ - ۲۴)

حق غضب کرنہٕ ۔ یوٚہ موکھ ہاز بوچھس اکثریتس منز تہٕ ریاست جموں وکشیر منز چھے ۶۵ فیصد آبادی کاشُر بولان تہٕ وادی منز ۹۵ فیصد لوٗکھ؟ اَسہِ گوکیاہ ساٗنہِ زبانہِ ستی کم حیلہٕ گرِ چھہ بہانہٕ سازی کران تہٕ کم بہانہٕ چھہ گرنہٕ یوان؟؟

ریاست جموں وکشمیر کہِ آیٔنک دفعہ ۱۴۵ چھُہ اُردو کشیرِ ہنز سرکاری زبان تسلیم کران ۔ یہ چھُہ اکھ ضروری قدم یمہِ کنی یہ ریاست وحدتہٕ کِس بنس گنڈنہٕ آیہ۔ مگر سرکاری زبان آسُن کیاہ گو؟ ۔ ہندی چھے ہندستانٕچ سرکاری زبان۔ سرکاری زبان گو ہ سیکریٹیٹس منز نوٹانوٹی دفتری خط وکتابت، سرکاری دستاویز تحریر کرنٕچ زبان تہٕ عدالتی کاروائی ہنز زبان۔ کُنہِ فایلہٕ پیٹھ چھا سکرٹریٹس منز اُردو پاٹھی نوٹ یوان لیکھنہٕ؟ کُس سنا ہیڈ آف دی ڈپارٹمنٹ چھُہ سکرٹریٹ اُردو پاٹھی خط ٹپتھ سوزان۔ ہاں محرومی تہٕ انکار کِس حدس تام چھہ اکھ زٕ ساین بورڈ نصب ۔ مثلاً "ملازمت ژھانڈنہٕ خاطرٕ مہ پھیریو ر......" ۱۹۵۷ ہس منز ژاس بہ وکالت کرنہٕ ۔ تمہِ دوہ بہٕ اوس اُردو لگ بھگ ہائ کورٹ حدس تام۔ جج صاحبان احکامات درمیانی ۔ اُردو پاٹھی لیکھان، دعویٰ، جواب دعویٰ بیتر تہٕ آسی اُردو تہٕ از تہٕ وُچھی توٚ کانسہِ وکیلس یا جج صابس چھا اُردو تگان۔ تگہِ تہٕ کِتھ پاٹھی؟ نظام تعلیمس چھے اُردو بچارٕ پرایہِ بیہناوِتھ تہٕ انگلش میڈیم کرٕ اَسہِ اُردو گُنتی تہٕ بوٗل۔

آفیشل لینگویج ییتھ ناوہٕ کِس حدس تام اوس لڑکہٕ اُردو پرناوُن تہٕ ذریعہ تعلیم گوژھہ لابُدی طور مادری زبو آسُن مگر چہ جایہ کہ مادری زبو چھے نہٕ بطور اختیاری مضمون تہٕ پرناونہٕ یوان۔ حیلہٕ چھُہ یی زِ اُردو چھے سرکاری زبان تہٕ بییہ چھُہ وَننہٕ یوان زِ ریاستی آیینکی شیڈیمی شبدٕ ولن چھہ امُیک درجہ "دردی" تہٕ

"بلتی" زبانن ہندِس درجس تام رٕسہٕ نوومُت ۔ اَسہِ ووٚن گوڈےزِ کاشُر آیٖین آو جلد بازی منز نقل کرنہٕ ۔ تہٕ امہِ کِنہِ شیڈولس نقل کران نیٖو کھ شیٖیُم شیڈول مارِتھ ۔ مگر تو تہِ یُس تاویل دِنہٕ چھُ یوان سُہ چھُ غلط' مکارانہٕ تہٕ حیلہ بازی پیٹھ مبنی ۔ شیڈول ع۶ چھُ آیینہٕ کس دفعہ ١۴٦ اَس وضاحت کران ۔ شیڈول ع۶ چھُ ۔

Sixth Schedule
(See Section 146)
Regional Languages
1. kashmiri

146: Academy for development of Art, Culture and laguages :- The sadr-Riyasat shall —— astablish an academy. --- where opportunetiees will be afforded for the deve-lopment of —— Hindi, Urdu and other regional languages of the State specefied in the Sixth Schedule.

یعنی ؛ سربراہ مملکت کرِ کُنہِ تاخیر ورأے ' آیٖین نافِذ گژھنہٕ پتے اکھ اکادمی قایم یوسہٕ "فنی" "تمدنی" تہٕ "لسانی" اکادمی فنون تہٕ تمدن پھانپھلاونکی مواقع بہم کرِ تہٕ یٖیہِ دِیہِ ہندی اُردو تہٕ ریاستی علاقایی زبانن ووٚدبوٗ ۔ یِمہٕ علاقایی زبانٕ چھے شیٖیِمِس شیڈولس منز ۔ شیٖیُم شیڈول چھُ علاقایی زبانن ہنز ژینہٕ وُنہ

دفعہ ۱۶ ہس منز چھےٚ اَتھ دفعہ کِس دوٚیمِس منز تشریح کران ۔ اَتھ پوٚت منظرس
منز گژھہِ نہٕ لفظ Regional (علاقٲیی) تِتھہٕ لیٚہ منز پرنہٕ یِن یِتھہ منز ہندوستانی
آیٖن اَتھ استعمال کران چھہ ۔ کاشرِس آیینی ڈھانچہ کِس ہیتِس منز چھہ اَتھ لفظس
یہی مانے زِ تِمہٕ زبانہٕ یِمہ ریاستِ جموں وکشمیرس منز بولنہٕ یوان چھےٚ ۔ یعنی
اکادمی کرِ دوٚن غیر ریاستی زبانن ہندی تہٕ اُردو زبانن ترقی دِنکی مواقع فراہم تہٕ بیٚیہِ
ریاستَس منز بولن واجین زبانن ہِنز واضح نشاندہی شیڈولس منز کرنہٕ آمژ
چھےٚ ۔ یہ حد بندی چھےٚ مخصوص طور کلچرل اکادمی ہنٛدِ دوٚیمہِ عملہٕ وضاحت کران
نہٕ کہ ریاستی حکومتہٕ خاطرٕ کُنہٕ لسانی پالیسی ہنز پابندی عاید کران ۔

یوٚتام علاقٲیی زبانن ہنز تاریف وشرحنہٕ تہٕ دوٚیمہٕ طے کرُن چھُ سَہ بیٚیہِ
صرف آیٖن ہندِ کُسے حدس منز تکیاز اَتھ بارس منز ژھوپہ کرِتھ چھہ ریاستی آیینس
دٲنستہٕ طور مرکزی آیینس بالادستی ہُند موقعہ دِتمُت ۔ مرکزی آیینہٕ چہ روشنی منز
چھےٚ کاشُر زبان ریاستِ جموں وکشمیرٕچ علاقٲیی زبان تہٕ یہ علاقہٕ چھُ واضح ۔
کشیرِ ہنز وادی تہٕ بالہٕ اَپار یہاڑی، پسماندہ تہٕ گوجری ۔ کشمیری بولن وول
علاقہٕ یُس جوٚم خطہٕ کین ڈاین ضلعن پیٹھہ حاوی چھُ ۔ اَمہِ پتہٕ روُد مخصوص علاقہٕ
یِتھہ آسی ماداتی ترقی یافتہ تہٕ ڈوگری تہٕ پنجٲبی بولن وولن علاقہٕ دُنوٚ تہٕ بیٚیہِ
گُیہ کرگل تہٕ لداخ ۔ علاقٲیی باگنےٚ تہٕ روقبن ہنز مُشخص (Compact) ہیکیمت
واضح کرِتھ چھےٚ کاشُر زبان تِتھےٚ کُنی ریاست جموں وکشمیرٕچ علاقٲیی زبان یِتھہ
کُنی کنٹرا کرناٹک ریاستَس منز چھےٚ تہٕ ڈوگری، پنجابی، بلتی، دردی، گوجری
زبانن چھہ اَتھ مقابلہٕ آیین ہند کِس دفعہ ۲۹ ہس تحت بُنیادی
حقوق حاصل گژھان ۔ یہ واضح تہٕ غالب پوزیشن آسنہٕ باوجود چھہ اَسی

صرف مساوات ژھانڈان تہٕ محض اقلیتی زبانٮ۪ن ہندی حقوق یٲتی طلب کرِتھ وناں زِ سانِین اولادن تہٕ گوژھ کوٗشر پرناونہٕ یِن۔

مگر مکارانہٕ حیلہٕ سازی چھےٚ اَسہِ دم چھٹی کرِتھ۔ یِتھ کٔنی چھےٚنہٕ صرف کٲشرِ زبٲنی یوت گٕلۍ وَر لگان بلکہ چھُ کٲشرۍ سُند ووتھ بۄ وٕٹھی گژھان۔ اَمِس مستقبل شروہ کان تہٕ آینٕدٕ خٲطرٕ مواقع مسدوٗد یِوان کرنہٕ۔ یہِ ژوے نہٕ چھُ کٲشر افسر سمجھان تہٕ نہٕ کٲشرۍ خود ساختہٕ لیڈر (بامے سہٕ برسرِاقتدار چھُ یا اپوزیشنس منز چھُ یا آیینی حدودَو نیبر چھُ) یہِ دِمہٕ اکھ ژینہٕ وَن:

ہندوستانکی سرکٲری زبانن ہِندِ کمیشنن یوٗژھ کشیرِ منز تہٕ قوٗنوٗنن ترجمہ کرنہٕ خٲطرٕ اکھ ادارہ قٲیِم کرُن۔ خرچہ اوس سٲلِم مرکزی سرکارُک۔ ۹ تا ۱۲ الاگریویٹ بَنہٕ ہن اُتھ منز لاء (سماے) افسر تہٕ بییہِ تہٕ لگہ ہَن واریاہ مُلازِم تہٕ بو سمکھس اَکھ سِلسِلس منز تمِہ وقتہٕ کِس مرکزی وزیرِ قانون آنجہانی گوکھلے صٲبس۔ تمۍ وۄن نا کارٕہ۔" کٲشر چھےٚنہٕ ۰ پٕنٛج زبانہٕ یہِ چھےٚ محض بوٗلی۔ مےٚ کوٚر واریاہ زِ بوہا وٕ اَمِس کٲشرِ کتابہٕ۔ مگر تس آس یہِ کتھ بہناونہٕ آمژ سہٕ کتہٕ مانہٕ ہا۔ شرارت کھوٚن چھُ کُنہِ وِزِ فٲیدٕ ہتہٕ دِوان تہٕ دیٛت ژکھہٕ مےٚ تہٕ فٲیدٕ۔ تمۍ دیٛت مےٚ کتاب بوٗ قیچہ شاستری بھون واتناوک ہدایتھ۔ دِلہِ منز چھُ جے۔ کے آفیسٹ پربہٕ وول ییٚس یمن دوہن اکادمی ہنز کتابہٕ چھپاوان اوس تہٕ تمۍ دِژٕ مےٚ واریاہ کتابہٕ تہٕ بوٗ قیچہ گوٚ بوٚڑ۔ منسٹر صٲبس بیوٚٹھے پنٕزِ یمہٕ آسن کٲشر کتابہٕ۔ تمۍ منگہٕ نوٚو اکھ بُڈ بَٹہٕ تہٕ مےٚ چھُ وٲنِجہٕ دُب دُب گژھان۔ مگر بٔن دِژٕ اکسپرٹ رأے زِ یمہٕ سارے کتابہٕ آسہٕ کٲشرِ۔ گوکھلے گو حٲران تہٕ وۄنُن، "اُف کوتاہ اَپُز ــ تُہندی وزیرِ قوٗنوٗنن تہٕ میانۍ رفیق منسٹر دوہ شوہے کوٚت اَپُز ووٚن"۔ اَمہِ پتہٕ

لیوٚکھ تِمۍ زبردس ڈ‍ٲی ۔ اوٚ خط مگر ۹۶ دوٚیم کتھ چھےٚ زِ گوکھلے صٲبن کٔر تو تہٕ اکھ کٲم زِ یُونین پبلک سروس کمیشن مانہٕ روٗون کٲشُر آئی اے ایس، آئی پی ایس پٮ۪ین امتحانن منٛز گوٚڈ بطورِ اختیاری مضمون داخل کرُن تہٕ پتہٕ آو اصوٗلی طور مانہٕ زِ مُمتحن ہیٚکہِ کٔرِتھ تہٕ علاقٲیی زبانۍ منٛز سوالن جواب دِتھ ۔ یمن منٛز چھےٚ کٲشُر تہٕ شامل اَمہِ شہولِیژرٕ ستۍ چھہ کٲشرِس طالب عِلمس زِ فایدٕ ۔ اکھ زِ اختیاری مضمون دِیِس سخت مقابلس منٛز تیوٗت فایدٕ یُتھ کٔنۍ چھِہ آستھ برونہہ ہیٚکہِ یکِتھ ۔ یِہِتے کٔنۍ چھےٚ مُسلمہٕ کتھ زِ کٲشرِ ہن چھےٚ خُداداد صلاحیت مگر باوتھ چھکھ کلیٚژرٕ ۔ یِتھہٕ کٔنۍ سَپدِ کٲشرِس وومیدوارس مقابلک داٮ۪رٕ نہ صرف محدود بلکہ اظہارُک مقابلہ روزِ تس صرف کٲشرِس ستۍ تہٕ صلاحیتک مُلک گیر ۔

اکھ کیاہ کٔرۍ زِ ساٚنۍ افسر چھہٕ زانتھ مانتھ پننہِ نوٚپیہٕ دِتہٕ مسدوٗد کران ۔ مقامی افسر چھہٕ اوٚکنۍ وٚتن ٹیلیارِ گنڈان زِ تہندۍ کٔنۍ روزٕ آئی اے ایس افسری ہنٛز نامزدگی اکھ "دایمی مُراعت" تہٕ نیبرِ می درآمد شُدٕ افسر حضرات چھہٕ اوٚکنۍ کٲشرِس گلۍ وٚردان زِ کٲشُر گٔژھِہ نہٕ مستقبلِ قریبس منٛز ڈپٹی سکریٹری سَطحہٕ ہیوٚر کھٔسِنۍ ۔

اکھ جُلے ۱۹۷۴ء، سَپدِ ٹی ٹی کالجِ کِس کھُلہٕ ہالس منٛز اَکِس شاندار تقریبہِ ہیٚتھ "کٲشُر اخبار" اِجرا ۔ سید میر قاسم وزیرِاعلیٰ آسی صدرِ محفل، مرحوم شیخ محمد عبداللہ صٲبن دیت اجرایٕچ ہُند رسم سرانجام تہٕ بحیثیت خاص مہمان اوس وزیرِ اطلاعات شری اندر کمار گجرال تہٕ موجوٗد ۔ مٮ۪نے آو موقہٕ تہٕ تقریرِس منٛز نیوٚم داستان "دارالترجمہ قوانین" تہٕ پھیٚر دِتھ ۔ چیف منسٹر صٲبس گوٚو نہ بوٗزِتھ "ترٛتھ" ونان تہٕ وٚتن بدٕ ہیٚن" چِیانٛز معلومات چھہٕ نہٕ دُرُست "اُردو پاٹھی دِتِس

اُتی گژھال صاٲبن جواب "مُقرِرصاحب بلکُل درُست ہیں آپ کو شاید علم نہیں ہے۔" پتہ نیوٗ شیخ صاٲبن تہٕ اُتھی بیٹھ تقریر مارِتھ تہٕ صرف شیٖنہٕ رٮ۪تی آو پانٕے اقتدارس منٛز پوٗرس یاد تہٕ ۷ ر اگست ۱۹۷۵ء نیٖن اَمہٕ خاطرٕ اکھ عدد کمیٹی بناوِتھ یمتھ بےٚ صدر بناونہٕ آس تہٕ مرحوم حاجنی صاٲب حکیم محمد صادق (ییٚس تیٚلہٕ اَمہٕ کمشنگ دِلہِ منٛز کاشُر ممبراوس) تہٕ جناب غلام نبی فراق آے اَمہٕ کمیٹی ہندی ممبر بناونہٕ۔ راتھ دۄہ صَرف کٔرِتھ نیوٗ اَسہٕ رپورٹ بناوِتھ ییٚس ۱۶ ر اگست ۱۹۷۵ءٔ اسمبلی لابی منٛز مرحوم حاجنی صاٲبن وزیرِ اعلیٰ شیخ صاٲبس پیش کۆر۔ تِمو کۆر رپورٹ وزیرِ قونونس حوالہٕ۔ اَمہٕ وِزِ اوس یہٕ قلمدان ڈی ڈی ٹھاکر صاٲبس اَتھہٕ تِمو کۆر یہٕ وٕنِتھ واپس زِ اگر سہٕ اَتھ کانہہ کمی بیشی کرِ کاشرِ گٔژھن ناراض تہٕ اگر ڈوگری زبٲنۍ ہِندِ خاطرٕ یِژھ اکھ سیل (Cell) قایم کرنٕے یہٕ رپورٹ مانہٕ جوٗمہٕ گٔژھن ناراض تہٕ تٔہندے مشورہ آو وۄہن صفن ہِندہٕ رپورٹ نایب وزیرِ اعلیٰ مرحوم افضل بیگ صاٲبس اَتھہٕ دِنہٕ زِ سہٕ کرِ فوری جایزہٕ ہیٚتھ عمل آوری ہنٛز سُفارش۔ مگر بیگ صاٲبن کۆر سہٕ دَفن تہٕ پتہ نیاوِ مٕنے معتبر پاٹھی زِ مرحومن زاٲلی تِم ساری حِصہٕ[۳]

۲۸ ر فروری ۱۹۸۲ء اوس۔ اَمہٕ پتہ سۭپُد جناب شیرِ کشمیر صرف شیٖنہٕ رٮ۪تی بہٕ عالمِ فانیٖ روانہٕ۔ مٕنے آو جوٗمہٕ تس ہتی کھُلہٕ ملاقاتک موقہٕ۔ بےٚ کُھٹک کلامہٕ سۭپُد تہٕ مٕنے "گو خوجن دۄشوٕنم پُھٹ کھے" تہٕ نیوٗم وٕنِتھ۔

---

۳:۔ یہٕ تہٕ گوم پتہ معلوم زِ ٹھاکر صاٲبس تہٕ اوس مرحوم بیگ صاٲبہے نسبت کیٚنہہ ژامت۔

"جناب ٹہنز حاکمی منز تہٕ رۄدی میانہِ مطالبہ کاشرِ زبانہِ متعلق تِہِنی" ؟ ــــ
اُمی مار گردن ۔ مےٚ گیہِ ہمت افزائی تہٕ بیہ کوٚرُم عرض ! "حضرت ییلہٕ نہٕ ازتہٕ ادٕ کرِ ؟
"پگاہ یی زِ بو" اوس جواب ۔ پگاہ شامَن گوس ۔ اُمی اُس کشمیر کلچرل آرگنایزیشنہٕ
ہِن مطالبن ہنز فایل مَنگہٕ ناوِمژ ۔ تہٕ حوالہ کٔرِتھ ووٚنُن ۔ " افسر شاہی چھے
ڈینجہٕ تلی پَن تہٕ پہنہٕ تلی ڈینجہٕ انان" ناووہمید پاکھٕ پژرُھ مےٚ ؛ "اَدٕ کیاہ کرو ؟
"نالس یوٚت تام نہٕ کھیچھ ترآویو کھ توٚت تام مانہٕ نو نہٕ زانہٕ ۔" یہ اوس نہٕ اُمہ وزیر چیف
منسٹر بولان' یہ اوس محض کاشر مُشیخ محمد عبداللہ بولان تہٕ اَتھ پیس منظرس منز ؤچھتھ
چھُ ثابت سپدان زِ کاشرِ زبانہِ چھے آیینی حقوق حاصل کرنہٕ خاطرٕ آیینی طور
دامنس تہٕ نالس کھیچھ ژھننی تہٕ اَمایہ بِہتر چھا مےٚ یُس پننہِ مفادک آویز چھُہ ؟ ۔
"نہ" "وَنِتھ گو کاشر ادیب ییمی یونیورسٹی اندر کاشر ہنچھ ناوِتھ صرف ادبے یوت یاد ٕ
کٔرِ تہٕ پننی کتاب عوامس تام واتہٕ ناوِتھ ہنچِن نہٕ ۔ تہٕ یوٚت تام نہٕ سُہ کاشرِ زبانہِ
ہُند مسلہ عام کاشرِ سُند مسلہ بناوِتھ ہیکہِ ، توٚت تام لگہِ یوہے باس زِ زبانہِ
ہُند مسلہٕ چھُنہٕ عوامی بلکہِ کینژن مفاد خصوصی تھاوَن والین آوارٕ گردن ہُند مسلہ
یم پانس شاعر تہٕ ادیب چھِ ونان" ۔

•

غلام نبی آتشؔ

# کأشر مثنوی

# رِوایتھ تہٕ جدید نظریہ

## مثنوی ہنز رِوایت :-

فارسی زبأنی ہنزِن وارِیاہن شعرِ ژأنژن ستی وأژ مثنوی تہٕ کُشیر ییوٚ سہٕ کأشرِس مزازس یُتھ یأژھی برٲہ آیہٕ۔ اَسہِ آس منظوم تعشوقہٕ وُلیلن، سمأجی واقعاتن اکھنٕے جنگنامن ہنز مقأمی رِوایت تہٕ ییوٚسہٕ رَسہٕ رَسہٕ لوسہٕ نِس آمژ آس۔ اَمہِ رِوایتکِ مۆل چھہ سلطان زین العابدین بڈٕشاہ سٕندِس زمانس منز لیکھنہٕ آمژن کأشرین کتابن اندر سیلان، یِمو منز اکثر کِتابہٕ تاحال رأوِس تَلے چھےٚ، دِیان گو بھٹ اوتار سٕنز بانا سُر کتھا چھےٚ بدس آمژ یَیتھ متعلق سو رگہٕ وأسی پروفیسر پرتھوی ناتھ پُشپ چھُ لیکھان :-

"بانا سُرنہٕ خانہٕ ماجہِ اُشا یہٕ تہٕ کرِشن جی نِس نیچوِ سٕندِس خانہٕ مألِس اَنِرُدھس چھُہ دِلہٕ مِیُل سپدان، ژورِ رٕو ہتو بندو منز چھُہ مصنفہٕ کھوتہٕ زیادٕے یہن جنگہٕ کِس

---

ح ۱:- دِیان بڈٕشاہ سٕنزِس زمانس منز آسہٕ نھتہٕ سوٚ سَن "جین چرِت" "بھٹ اوتارن" "جین وِلاس" تہٕ ییوٚ د بٔن "جین پرکاش" "کأشر کتابہٕ سٕمپھ" پیم راوِمژ چھےٚ۔ بانا سُر کتھا یہِ ہُنٛد نوسخہٕ اوس بھنڈارکر اورینٹل رِسرچ، انسٹی ٹیوٹ پونا کِس محافظ خانس منز یہِ اوس شاردا رسم الخط منز، اَمہِ برونہہ اوس جارج بوہلرس اِمِیُک اَکھ نوسخہٕ راجستانس منز بیکانیر اَتھہِ آمُت۔

ہنگامہ سے منز ہیتھ آمُت۔ اَشایہ تہٕ اَنہٕ دُھنی لولہٕ کتھ ہیٚۓ اوتار بھٹ پننہٕ شاعری
ہُند گول بناوِ ہیٚۓ کاشُر ادب روٗٹھ ہیٚۓ نہٕ کُنہٕ، توتہٕ چھےٚ بانا سُر کِتھا یہ سیٹھاہ اہمیت،
زبانٕی ژُنگی تہٕ تہٕ اَسلوٗبہٕ ژُنگی تہٕ، ییٚمہٕ کِنی کاشرِس ادبس مَنز اِمیُک مقام دستاویزی
ہیٚنوٗ مُت چھُہ۔" (انہار جلد ۵ شمارہ ۶ ص ۱۲)۔ سلطان حسن شاہ سِندِس زمانس مَنز
گنک پرشست ناؤی شاعرن "سوکھ دٕکھ چرت" تہٕ چھےٚ اَتھ آہتر[۲]، لوٗسہٕ بانا سُر کتھا یہٕ
ہِندِ کھوتہٕ کاشر زبانی زیادٕ نِکھ چھےٚ۔ اتھ کِتابہِ منز چھےٚ شاعرن پننہِ نِس زمانس منز مروٗج
علمن ہُند ہَر ترپیش کرنٕچ کوٗشش کرٕمژ، ییٚمہٕ کِتھ کِنی پزٕ انسانس زندگی گذارنٕچ لیس
چھےٚ یہ کِتھ صمی زِ منظوم داستان نِگاری ہنز روایت[۳] اوٚس مگر مَنِف اوٚس مختلف،
لوٗسہٕ وارِ یہس حدس تام واکھس تہٕ شُرکس ستی رَلہٕ وِنی اوٚس۔ شاید چھُہ اَمی روایژ
ہِندِس نتیجس منز حضرت شیخ نورالدین ریشی رحؒ سُنز صدوسی مسلہٕ، ییٚتہٕ کِنی بگہٕ ژھو،
ہوٗن چھےٚ کران وۄ یاوۄ، بیکھ پالیس یاون مُثری، ہشہٕ زیمیٚرہ تہٕ بیانیہ نظمہٕ مثنوی
ہِندِس موجودٕ انہارس کُن اکھ معنہٕ سوٗد قدم باسان۔ حضرت شیخ نورالدین ریشی رحؒ ہِندِ
زمانہٕ پیٹھہٕ محمود گامی سِندِس دورس تام چھےٚ زیمیٚن بیانیہ نظمن یا وۄنو مثنوی ین
ہنز وٕتُرہٕ ہے، اَمہِ وِتُرعیہ ہنٚدی چھِہ مختلف وَجہ وَنہٕ یوان مثالے بقولِ نشاط انصاری
"اکھ خاص وجہ چھُہ یہ زِ ییمن دۄن شاعرن ہِندِس درمیانی دورس مَنز چھُہ ییٚتہٕ

---

۲۔ سوکھ دُکھ چرت" کِتابہ ہُند نسخہ تہٕ اوس جارج بوہلرس بانا سُر کِتھا یہ ہِندِس نوسخس ستی
بیکانیر (راجستھان) اتھ آمُت تہٕ وۄنی کِین چھُہ پونا بھنڈارکر اورینٹل ریسرچ انسٹی ٹیوٹس منز۔ ۳۔ دیان
بڈشاہ سِندی درباری شاعر شری ورن اوس مولانا جامی رح سُنز یوسف زلیخا یہ سنسکرت پاٹھی ترجمہ کوٚرمُت
لُس ۱۹۰۱ء منز بمبیہ پیٹھہ چھاپ تہٕ چھُہ سُپدمُت۔ تہٕ کرٕہن کلہن سُنز راج ترنگنی چھِنا منظوم داستان۔

گیان دھیان صوفی ازم تہٕ نِرگُن فلسفیہٕ شاعری ہُنٛدٕ چلیٚ جاو اوسمُت، ماسواے حبہٕ خاتون تہٕ اری نہٕ مال چُھ تمام شاعرو اَتھی نہجہِ لولہٕ متہٕ لاے کوٚرمُت، نتہٕ چھُپنہٕ مثنوی خاطرٕ ماحول سازگار اوسمُت یا تہٕ چھُپنہٕ محمود گامی ہُنٛدِس پھٔبنس تمام کشیر اندر مثنوی صنفکٕ پرتوے پیٛومُت"[1] اشیر ازٕ لولہٕ مثنوی نمبرِس ص ۲۳۲۔ امہ پوز مے پیٛچھے ییٚژھ نِزانہٕ کاڈٕ ماسپدن کیٛہہ تم مثنوی یہٕ دستیاب یمہٕ اَتھہ بہٕ ظاہر راوی مُتُس دورس منٛز لیکھنہٕ آسن آمژٕ تہٕ ژھین پیہٕ پرونہٕ۔ ناجی منور ہُنٛدِس ذاتی کتب خانس منٛز چھ کتام فارسی شاعرٕ ہُنٛز اکھ لوکٹ مثنوی ییٚتھ منٛز فارسی شعرن ستی کیٛہنہٕ کاشُری شعر تہٕ چھ، امیکٕ موضوع چھُ حضرت اسماعیلؑ سُند قربان گژھُن، یہٕ مثنوی چھے ۸۱۲ھ منٛز نقل آمژٕ کرنہٕ، امیکٕ مطلبیی گو زٕ محمود گامیس برونٛہہ ساڑھ ترے ہتھ وری چھ کاشرِس منٛز مثنوی ہُنٛد رواج سپدُن ہیوان۔ امہٕ مثنوی ہُنٛد نمونہٕ چھُ یہِ ــ

گنڈی زٕ سخت تھپہٕ ژھٹ دِتھ زانہٕ لو
اضطرابم دوٚرتا گردد ازو
ییلہٕ نہٕ حرکتھ کیٛہنہٕ گژھی یکہٕ صاف شراکھ
پس رہا کردیم از یزدان پاک
گژھی نہٕ نو تمہٕ وقتہٕ ژرے ہیٚے کُن نظر
پیش آید مرترا مہرِ پدرؔ

ییٚتھے پاٹھٕ چھے اَتھی کتب خانس منٛز کتام عبدیؔ پالپنی بیاکھ لوکٹ مثنوی "طوطہٕ نامہ" یوس ۱۲۰۱ھ منٛز تخلیق کرنہٕ آمژ چھے، امیکٕ مطلب گو عبدی یا لہٕ چھُ محمود گامی سُند

---

۱، ۵ء۔ کاشُر ادبُک تواریخ گوڈنیک ایڈیشن، ڈاکٹر شفیع شوق، ناجی منور ص ۲۶۱

ہم عصر اوسُمت۔

تاحال چھِ ساڑی یِتھ کتھ ستی مُتفق زِ محمود گامی چھُ باضابطہٕ پأٹھۍ کأشِرِ زبانۍ اندر مثنوی نگأری ہُنْد وسلابہ کران، تمۍ کُر کأشرِ اوِ مترن مثنوی ین اندر فارسی مثنوی ین ہنْدِ بن فنی لوازِمان ہنٛز پاروی، تمۍ کرنأو مثنوی تھِ پأٹھۍ متعارف یِتھ پأٹھۍ ایرانہٕ پیٹھ آمتۍ باقی شعرۍ آثر مثلاً غزل، کأشرس ستی زان کرناونہ، شیرین خسرو مثنوی چھےٚ مختلف بحرن منٛز، خبر یہِ ما چھےٚ پرانہِ مقامی رلوایتی ہانکل نتہ بقولِ محمد یوسف ٹینگ" منٛزس کُن نیرِ یلہ ونکی اُرِ سٕر" فارسی پیٹھ یوسہ مثنوی اَسہ تام وأتۍ، سو چھِ اکھ تیٛزھ شعر زاتھ یمہِ کین شعرن ہُنْد تعداد گنٛڈِتھ چھُنہٕ آسان، اکھ بیانیہ بأڈو دار شعرۍ زانٛہ منٛز چھِ پرتھ شعرک دوہ وۍ مِصرعہ ہم قافیہ تہٕ ہم وزن آسان، ردیف تہٕ قافیہ چھُس شعر پتہٕ شعر بدلان، واقعات نگأری خأطرٕ تہٕ زیٹھو عشقہ قصو، سماجی، سیأسی، تواریخی تہٕ مذہبی واقعاتن ہنٛز باوتھ خأطرٕ چھےٚ یہِ شعرۍ زاتھ سٹھاہ مُناسب تہٕ موزوٗن، عام طور چھِ موضوعن ہُنْدِ لحاظ فارسی شأعر مثنوی خأطرٕ سٹھ بحر ورتاوان۔ یمےٚ لوازِماتن ہنٛز پاروی کران دِیت محمود گامین فارسی مثنوی ہنْدس دوہ ہمٹس چھوٚنپھ تہٕ اَتہٕ بدس آمتی دوہ دِہک، یُس تہٕ گرٕ ہکی پیالہ چاوِن کأشرِ لوٗکھ۔ تمۍ پیٚر لولہٕ مثنوی یہ تہٕ کأشرِس منٛز، مذہبی حکأیژ تہٕ مُتصوفانہٕ قصہٕ تہٕ، ہارون رشید تہٕ محمود غزنوی ہشہٕ ڈلیلہٕ تہٕ، تہٕ چھُ لسیار پاسل گونماتھ تہٕ زبان ساز شخصیت اوسُمت۔ اُتھۍ ستی گو یتہٕ مثنوی نگأری تہٕ مثنوی خوانی ہُنْد اکھ شاندار دور شروع، مثنوی نگارن رٕنٛج قلمن زیر تہٕ دگنہٕ ہشرن مثنوی نیر نہٕ، ۱۹۴۷ء تام روٗز یہے صورتِ حال،

---

۶۷۔ شیراز ۱۹۸۲ء شمارہ ۲.

مٔنزٕ مٔنزٕ ہرگاہ معمٗولی سوٗدرِ تہٕ آس مگر سُہ اوس عارِضی۔ اَز تام چھُپی وَنہٕ آمٕژ زِ کٲشرِ مثنوی چھےٚ تقلیدی۔ اَسہِ چھےٚ صرف اکھ زِ مثنوی یمن ہندۍ قصہٕ خالِص کٲشرۍ چھِ، اَما پوٚز مثنوی ین ہُند زیادٕ تعداد ہرگاہ تقلیدی چھُ، تمہٕ ہرگاہ وۄپرِ زبانو پیٚٹھٕ ترجمہٕ یا تلخیص کٔرِس صورتَس منز کاشرِ اوٚنہٕ آیہِ، یہِ چھُنا پوٚز زِ اکرم بقال دٕردمند سٕنز مثنوی "مہر و ماہ" احد زرگرُن" اکہٕ نندُن (یُس بیٚیہ شیٚنیو شاعرو تہٕ منظوم کورمُت چھُ) غلام محمد حنفی سٕنز مثنوی "حبہٕ خوتوٗن" علی گنٔیے عاشق سٕنز "نوٗرٕ مال" مقبوٗل شاہ کرالہٕ وٲری سٕنز مثنوی "گریسی نامہٕ" تہٕ "ملہٕ نامہٕ" عبدالغفار فارغ سٕنز مثنوی "ملہٕ نامہٕ" بہار شاہ کابرن سٕنز "احوالِ کشمیر" غلام محمد لون پارے پورہ (وفات ۱۹۲۵ء) سٕنز "آگر نامہٕ" مہدی ترٲلی سٕنز "اعجاز قرآن" پیر علی شاہ کھوہٲمی سٕنز (یہٕ عہدِ گلاب سنگھ) اکھ بلا عنوان مثنوی تہٕ حبیب ٹھوکرٕنی "الہٕ شہر" میرزٕ میرنی "پھواری نامہٕ" عبدالغنی ٹھوکر مشہوٗر سٕنز "وزرا حال" تہٕ عزیز میر سوٗپہ بگ سٕنز مثنوی "پھریسی نامہٕ" چھےٚ کشمیرِ الاصل، یِمن ہندۍ قصہٕ چھِنہٕ یہانہٕ آمتۍ بلکہ چھِ یِیمی مٕژرِ منز وۄپدیامتۍ "ہی مال ناگی راے" یوٗدوے ولی اللہ متوٗ فارسی زبانہِ پیٹھےٚ اُنی مگر امیک داستان چھُ موٗلہٕ کٲشُر۔

## مثنوی، اکھ تمدنی ضوٗرِ وٲرتھ:۔

کٔشیرِ پیٹھ رٕودی وٚری یہِ وادن وۄپر حکمران قٲبِض، مُغل بادشاہ اکبرٕ سٕندِ کٔشیرِ پیٹھ قبضہٕ کرنہٕ پتہٕ ییوٚٹھ کٲشرِ ن پاٗر، تِمو ہیوٚک نہٕ وٚری یہِ وادن وۄچھُک ڈُپھاٹھ زٕھٹِتھ، حاکمن خلاف وۄتھہٕ نٕکھ پترے اوسکھ نہٕ، جاگیرداری سماجس منز اوس لولہِ اظہارس تہِ ٹھاکھ۔ اَتھ ہیٚنہٕ تہٕ نِنہٕ آمہٕ تَس محکوٗم و مجبوٗر قومس آس

فقط مُفلسی نصیبس، مَن رٔنزِ وَنکہِ وُسیلہ تہٕ آسس نہٕ دستیاب۔ اکھ بانڈٕ پاتھر،
حبہٕ خوتونہِ ہنٛدی لولہٕ وژن، گامی ماٹکہٕ تہٕ لکہٕ پاؤژ ہنٛدی کینٛہہ چیز آسکھ کم زیادٕ مَن
رٔنزٕ ونک ساماں نہٕ مُہیا کران مگر ریتہٕ کالہٕ کین کتھرن تام رٔہتن، ژھرن، چھنن تہٕ
نیتھہ نننن کاشرن اوس شُہ موس وَندہ یُندہٕ دوسہ واجہ نہن جایہ پاوَرن اندرے
گُساوُن پیوان، پننی کنی آسی یم زیچھہِ، کرچھہِ تہٕ ہٕندر راتنہٕ گُساونہٕ خاطرٕ پیشہ ور ڈیلہٕ
گرٕہن سال کران مگر ماگہٕ ژھٕصہٕ ژالہٕ نُک بترٕ ہرٔ راونہٕ خاطرٕ زیچھہِ وَندہ راتنہٕ گُساونہٕ
خاطرٕ تہٕ وَچھہِ کِس وُپھاٹس اکھ دِنہٕ خاطرٕ آسی تمہ کُنہِ باگہٕ بُرتہٕ غم ہوٚمرادن والہٕ تہٕ
مؤثر وُسیلہٕ ضرورت محسوس کران۔ یہ ضرورت گیہ مثنوی ستی پوٗرہٕ۔ مثنوی آیہ تہٕ
مجلس آرائی تھٔکیہ شروع، مثنوی خوانی ہنٛز جلسہ لگہٕ محلہ پتہ محلہٕ، گامہٕ پتہ گامہ بلکہِ گرٕ پتہ
گرٕ گرمہنہٕ، گامکی یا محلکی لوکی بڈی آسی اکس گرس منٛز جمع سپدان تہٕ مثنوی خوان اوس مثنوی
پران، بوزن والی آسی غمہِ دُنیا مُنٛزِ تھہہ تن گوش سپدان، منٛزی ووہ لنس پوان۔ کاشرٕ
روٗدی وُری یہ وادن مثنوی یہ بوزان تہٕ غم دفاع کران۔ چھاپ خانن ہنٛز غاٚر موجودگی
منٛز لگی لوکھ دوٗرِ دوٗرِ پیٹھہٕ مثنوی ین ہنٛدی نقل سنگناونہِ، چھاپ خانہ آے تہٕ مقبولِ
عام مثنوی ین ہنٛدی ایڈیشن چلیے یہ اَتھو اَتھی۔ لولہٕ مثنوی یو
ستی اوس ووہ نی لوکن لولہٕ اظہارس اکھ ہیوٗہ لگان، ایرانی ڈیلن منٛز اوسکھ پننٛن
دود دگ محسوس سپدان، جنگنامہ تہٕ سماجی تہٕ عقیدتی مثنوی یہ لگہٕ تمن غاٚر تھٕ یاد
یاونہٕ، ووہ پرٕ حکمرانن خلاف نفرتس اوسکھ واوہ ہیوٗہ ڈلان۔ مثنوی خوانی دِژ وارِ یہس
کالس یہ ڈیپہٕ زتہٕ سوے کام یوٗہسہ از ریڈیو، ٹی وی تہٕ ٹیپ رکارڈر بیترٕ دِوان چھہِ، مثنوی یہ
سیز غاٚر رسمی تعلیمہ ہُند ذٔری یہ تہٕ تا یتھہ، ناخواندٕ کاشرن گیہ، پرٕتھے ترٕ تھے نہٕ سہی،

تمن علاقن ستی زبانٕ زان یمن علاقن ستی تمن مشنوی ین تعلق اوس، یا مے سہ ایران اوس، پنجاب اوس یا ہندوستانک بیدل کانہہ علاقہ۔

مشنوی ین ہندِ یہ شاندار دور چھُ الہ پلہ ڈوڈ ہٕس ہتس وری یس پیٹھ پھہلتھ یہ اوس کاشُر زبانِ ہندِ خاطرٕ خوش نصیبی ہُند زمانہ، شعرٕ سرمایس منز گوس ہُرہ ہُر، زبانِ ہیوٗل نوین لفظو تہ ترکیبو، فنی لوازماتو ستی نوٚو زود زہتہٕ، یہ چھےٚ ڈکھر کتھ زِ فنی لحاظٕ چھےٚ سانہ اکثر مشنوی یہ کمزور مگر مشنوی یو دِژ بےٚ شونکی پاٹھی زبان سازی ہنر کام، اکھتے کوٚر یموٚ نٕتھر چہ عدم موجودگی منز امہ چہ جانشینی ہُند حق تہ ادا۔ "مشنوی ہندِ برکتہ تور کاشُرِ شاعرن زبانِ تہ تحریری ادبس منز باگ کائل۔ مشنوی چھےٚ کاشرس منز نثرکہ ڈمب لگہ تک گوڈنیک مرحلہ اوٚسے چھےٚ یہ کتھ معنی خیز زِ مشنوی ہندِ عروج کس زمانس منز ےٚ اوٚ نثرگ انتہ کُل تہ پھلتھ، تہ زن گو ۱۸۲۱ء منز بیلہ محمود گامی جوان اوس تہ مشنوی آسہ تس وہراٹھ رِوِ ڈکی پاٹھی قلمہ منز شرانہ وسان، کوٚر مشنری یو انجیلِ مقدس کہ نوِ عہد نامک کاشُر ترجمہ شاردا رسم خطس منز چھاپ۔ ۱۸۸۶ء منز بیلہِ پوٗر انجیلہِ ہُند ترجمہ چھاپ سپُد تمہِ وِز آسی امیر شاہ، وہاب حاجنی، محی الدین مسکین وغارٕ مشنوی ین داٹھہ کران۔" (مشنوی تبلہِ تہ اَز، محمد یوسف ٹینگ، شیرازہ ۱۹۸۲ء شمارہ ۲)

اکہ اندازٕ مطابق چھےٚ کاشُر زبانِ منز ۱۹۴۷ء تام زٕ ہتہ پیٹھی بزمیہ تہ رزمیہ مشنوی لیکھنہ آمژٕ، یمن منز زیادٕ تعداد لولہ مشنوی ین ہُند چھُ۔ یم آسے فارسی تہ کینہہ اُردو تہ پنجابی زبانو پیٹھہ یہا اُنتھ کاشراونہ۔ محمود گامین لیچھ لولہ مشنوی یہ تہ اُتھی ستی لوٚگ شاعرن ہُند اکھ کاروان یہ صنفِ سوخن ورتاونہ، مشنوی ین منز چھُ

عام ہندوستانی فلمن ہنز کہانی ین ہندی پاٹھی اکھ عاشق، معشوق تہٕ تہندی مددگار تہٕ ہمدرد کیہنہ کردار آسان۔ عاشق چھُہ معشوقس حاصل کرنچہ کوشش دوران باضے جانہٕ مرگ تہٕ گژھان تہٕ باضے واصل سپدنس منز کامیاب تہٕ، اُتھ ہندِس عشقس چھِ سماجی، فطری یا منزی منزی بالافطری ٹھری تہٕ ٹاکھ تہٕ بُتھ یوان۔ وۄنۍ گوٚ اسہِ چھِ کیہنہ تژھ لولہ مثنوی یہٕ تہٕ یم مجازی عشقچہ ہیرِ کھسِتھ حقیقی عشقس تام واتہٕ نچ ژینہ وَن دِوان چھِ۔ یہ دوے تیمہ سارینے لولہ مثنوی یہٕ لوکو چیتس منز تھ یم تمن تام واتناونہٕ آیہ مگر تو تہٕ چھےٚ کینژ تلے مثنوی یہٕ یمہ پر یژھ وقتہ سرس روزنہٕ مثالے مقبول کرالہ واری سنز گلریز، ولی اللہ متو سنز ہی مال، محمود گامی سنز یوسف زلیخا، یمو منز تہٕ سپز ساروے کھو تہٕ عوامی پذیرائی گلریزی حاصل۔ لولہ مثنوی ین ہُند فہرس چھُہ واراہ زیٛوٗٹھ، تو تہٕ چھےٚ خاص لولہ مثنوی یو منز نو مہ کیہنہ داستانہٕ کاشرِ پو بار بار پھیر منز تہٕ پیر منز۔ محمود گامی سنز یوسف زلیخا، شیخ صنعان، لاَل مجلون، ولی اللہ متو سنز ہی مال، عبدالاحد ناظم سنز زین العرب، مقبول کرالہ واری سنز گلریز، مہدی ترالی سنز تہٕ ندر بدن، عاشق ترالی سنز زہرہ ہیر ابہرام، نور مال، گلزار حسن، سیف الدین تارہ بلی سنز وامق عذرا، ہی مال، لکھمن کول بلبل سنز نل دمینتی، محی الدین مسکین سنز زیبا نگار، تہٕ ندر بدن، سوہنی مہیوال، ہیر رانجھا، حاجی محی الدین مسکین سرائے بلی سنز وامق عذرا، یوسف زلیخا، گل نور، حنفی سوپوری سنز حبہ خوتون، ہزار داستان، گل وصنوبر، قمر الزمان، عبدالرحیم اعمی سنز گلبدن، کافی شاہ سنز شاہ بہرام، شعبان ڈار پشواری سنز شاہ بہرام پیسر عزیز اللہ حقانی سنز بے نظیر بدر منیر، جوہر عشق، گلبن عشق، گلدستہ بے نظیر، ممتاز بے نظیر، ماہرو گل اندام، عبدالغفار فارغ سنز یوسف زلیخا، محمد

اسماعیل ناکی ہنز شیرین خسرو، حاجی الیاس سنز ممتاز بے نظیر، خنجر عشق سیف الدین عارض ہنز نوبہار، غلام احمد بشیر ٹنکی پوری سنز قمر الزمان بدورا، محمد اکرم درد منز سنز "مہر وماہ"، صدیق اللہ حاجنی ہنز بہرام گل اندام، بیتر۔ تمن مثنوی نگارن ہنز کینہہ لولہ مثنوی یہ تہ چھے مشہور یم ۱۹۴۷ء پتہ رحمتِ حق گئیہ مگر مثنوی آسکھ ہم بروٹھ ہیے لیکھنہ۔ مثلن حیرت کاملی سنز مثنوی رعنا زیبا، لسہ خان فدا سنز گل بکاولی، نعمت اللہ پرے سنز گلِ بکاولی، عبدالاحد آزاد سنز قمر الزمان بدورا، غلام احمد مہجور سنز پہاہ پہاہ گٹنی، احد زرگر ن گل و صنوبر تہ عبد الغنی ٹھوکر مشہور سنز بلبل ہزار داستان تہ وزہ رامال بیتر۔

صد وسی ملہ (حضرت شیخ العالمؒ) ایک حکایت، پھلی نامہ، اکھ حدیث (محمود گامی) کاشر منطق الطیر (مومن صاًب) سلطان ابراہیم ادھم (شاہ قلندر) شمایلِ نبویؐ (واعظ حیدر بابا اول)، ضروریاتِ دین (ولی اللہ متو) خدیجہ نامہ (سید علی خان ژورژاری) درویشی، بے لوج نامہ (وہاب حاجنی) قصص الانبیا (غلام مصطفیٰ مصفیٰ) مثنوی مولانا رومی دفتر اول (حیرت کامِلی) معجزاتِ رسول، شکل و شمایل آنحضرتؐ (صدیق اللہ حاجنی) منظوم سورہ یوسف (مولانا انور شوپیانی) منصور نامہ، گریسی نامہ (مقبول کرالہ واری) احکام الصلوات" (نامعلوم) رامائن (وشنہ کول) دردِ حیرت (نارائن جو کھار) دہ صفات سُنی، کاشر عقاید زان (میر عبد اللہ) احوالِ قیامت، اعجازِ قرآن، قصۂ اصحاب کہف (مہدی ترالی) آلہ شہر (حبیب اللہ ٹھوکر) پھوآری نامہ (مرزہ میر) احوالِ کشیر (بہار شاہ کاپرن) وغیرہ۔ یمہ سارے چھے لولہ مثنوی علاوہ یمن اندر مذہب، سیاست،

سماج، تہٕ ایڈمنسٹریشن ہی موضوع وِہتاوِتھ چھہ۔ یمہٕ مثنوی چھے نہ صرف ساٲنِس شاعرن ہندِ موضوعاتی رنگارنگی ہُند آیینہ دار بلکہ پرن والین ہندِ روحجانک تہٕ۔

رزم نگاری ہرگاہ موضوع تہٕ مواد رٹنگی اکھ بیون تہٕ بدون شعر ذاتھ مانٕنہٕ تہٕ ییہٕ مگر فارم چھے اَتھ منز قریب قریب سوے ورتاونہٕ آمژ یوسہٕ لولہٕ مثنوی ین خاطرٕ ورتاوس لاگنہٕ آمژ چھے۔ اَوے چھہٕ مثنوی ہُند رزمی اظہار امیک اکھ اہم روپ۔ اکثر لولہٕ مثنوی ین ہندی پاٹھی چھینہٕ کاشر زبانی منز کُنہٕ تہٕ جنگ نامک داستان مولہٕ کاشُر۔ یو دوے یمن پہاٲنہٕ تِھین رزمیہ داستانن رزمیہ ترجمہ کارو کاشُر ماحول پادٕ کرِتھ کُل بوٗد تہٕ ہاوِمژ چھے اماپوز ڈلیہ، کردار، حالات بلکہ ملکہ تہٕ میدانِ جنگ پرتھ کیہنہٕ چھُ وو پر۔ یمن جنگ نامن ہندی آگر چھہ فارسی ہنسکرت، اُردو تہٕ پنجابی زبانن منز لیکھنہٕ آمتی جنگ نامہٕ، بوزٕوے تہٕ یمن چھُنہٕ سِدٕ سیود کُشیرِ تہٕ کاشرِ ین ستی کانٛہہ مولی واٹھ، وو ذ گو یمِ ساری چھہٕ ییتہٕ مذہبی خوش اعتقادی ہنٛدِس سالس منز زامتی تہٕ اَمی رِشتہٕ کنی گئیکھ ییتہٕ پزیرٲیی حاصل۔ خالص مذہبی جنگ نامن منز تہٕ چھے پزرہٕ بیٚیمی خوش اعتقادی موکھ نامُناسب افسانوی رنگ آمیزی ٹسینر منز، حقیقت اِچھے یہِ زِ کشیر چھہ اکھ یٚمن شاندار تمدُن، ساسہ بوٚد وٗری پرون تواریخ، ییتہٕ چھہٕ للتادتس تہٕ سلطان شہابُ الدینس ہوی فاتح حکمران آمتی ییتہٕ چھہ کاجی ژکس تہٕ مبارک خان بیہقی یس ہوی سیاہ سالار تہٕ پادٕ گمتی، کاشرِ بو چھے وو پر حملہٕ آورن ہمیشہٕ زِ سمہٕ بہاوِمژ، یہٕ آسِتھ چھینہٕ کانٛہہ کاشری رزم نگارن ییٚنہٕ نین بہودُرن، سرفروشن، پہلوانن تہٕ سیاہ سالارن ہنٛدی تہٕ کلہم پاٹھی کاشر قومکی قابلِ فخر تہٕ قابلِ یادگار کارنامہٕ نظماوی متی۔

دیان کاشُر زبانی منز تُل کرِ گامِکی پرکاش رامن، ہندوستانُک مشہور
رزم نامہ تُلسی داسُن رامائن، کاشرِ پاٹھی منظوم کرنہٕ ستی رزم نگاری ہُنٛد دس۔ پرکاش
رامُن رامائنہٕ تہٕ مرن سنہٕ چھِنہٕ شیتھ پاٹھی معلوم، اما پوز گریرسن چھُ وناں زِ سُہ اوس سُکھ
جیون (۱۷۷۴ء) ہنٛدِس دورس تام زندٕ۔ پرکاش رامس ورآے چھُ رامائن بیٛیہ
تہٕ شیٖعیو شاعرو کاشرِ زبانی منز پیٛیرمُت۔ پرکاش رامُن رامائن چھُ ریاستی کلچرل اکاڈمی
چھاپ تہٕ کوٚرمُت۔ پرکاش رامس پتہٕ آیہ کاشرِ زبانی تِرٛے اہم رزم نگار باگہِ، لکھمن جُو
بُلبُل، امیر شاہ کریری تہٕ وہاب پرے حاجنی۔ امیر شاہن چھُ فردوسی، خواجو تہٕ عسجدی
تربنہٕ ولی ایرانی شاعرن ہنٛدی نوسخہٕ برونہہ کنہِ تھوٚتھ مشہور رزمیہ سام نامہ
کاشرِس منز پیٛیرمُت، تمی چھُ پننس سام نامس منز لیوکھمُت زِ یہ کینٛژھاہ تریوٚو
فارسی مثنوی نگارو ساس متلق وونمُت چھُ تہٕ چھُم درنظر روٗدمُت۔ امیر شاہنس
سام نامس چھِ ۹۹۵۸ شار، تمی چھِ امہِ علاوٕ خاور نامہ، ظفر نامہ تہٕ جنگِ علقم تہٕ
لیوکھمُت۔ بُلبُلن تہٕ کوٚر سام نامس کاشُر ترجمہ مگر تُہُنٛد سام نامہ چھُ امیر شاہنہ سام نامہ
کھوتہٕ موختصر تہٕ فنی لحاظہٕ کھسِتھ، وہاب پرے ین کوٚر فردوسی ہنٛدِس شاہ نامس
کاشُر ترجمہ، فردوسی سنٛدِس شاہ نامس چھِ شیٛٹھ ساس شار ییلہ زن وہاب پرٕنس
کاشرِس شاہ نامس ۹۱۴۲۲ شار چھِ، امہِ علاوٕ چھُ وہابن حمید اللہ شاہ آبادی سُنٛد
اکبر نامہ تہٕ کاشرِس منز پیٛیرمُت۔ یہ کینٛژھاہ مواد جنگنامو ژنگی اَسہِ نِش موجود چھُ تمہِ
منز چھُ امیر شاہن تہٕ بُلبُل سُنٛد سام نامہ، وہابُن شاہ نامہ اکھُتی مولوی صدیق حاجنی
سُنٛد سکندر نامہ تہٕ امیر شاہن خاور نامہ بلتے جنگنامو کھوتہٕ ڈرامایت، رزمیہ
طمطراق، طلسماتی فضا، زبانی ہنز وُسعت، واقعہ نگاری، کردار نگاری تہٕ جنگی

ماحولہٕ کِنۍ کتہِ کور اعلیٰ درجہ تھاوان بلکہِ چھُہ بُلبُل سُنٛد موختصر سام نامہٕ فنی خوٗبیو کِنۍ سارِنۍ جنگ ناموکھوتہٕ سرس مانتہٕ یِوان بنان چھُہ یہِ دلوا ماہیکہِ ڈیوٗل ثابت سپدتھ ییٚلہِ جنگنامن ہُنٛد پوٗرٕ پوٗرٕ تقوٗبلی مطالعہ کرنہٕ ییہِ۔ سانہٕ زبأنۍ مَنٛز چھےٚ جنگنامن ہٕنٛدین شعرن ہُنٛز گرٛنٛدِ پیٚمٕن تام واتان۔ فنی روٗخ اۆک طرف ترأوِتھ چھُہ یہِ ترٕ پزر زیم شارٕ امیار چھِہ نہٕ صرف زبأنۍ خأطرٕ محض اکھ ٹُرزٕر بلکہ چھےٚ ووہتہٕ وُنین زبأنین ہٕنٛدِ خأطرٕ بیٛرھِ کوٗشِشہِ ژُر اہمیت تھاوان، بقولِ محمد امین کأمِل ''دُنہٕ ہیچہِ سارییے بجہِ زبانہٕ چھےٚ ییمےٚ وتہٕ مأنٛدِتھ برفہٕ ہہ پیچھٕر'' (سرنامہٕ جنگ نامہٕ نمبر شیرازہٕ)

سانہو اکثر رزم نِگارو یودوے جنگ نامہٕ لیکھہٕ پِچھ کأم مذہبی خوٗش اعتقأدی موکھے کرٕمٕژ چھےٚ مگر واریاہ چھِہ تِم تہٕ یِہُنٛد مقصد کأشرین پیٚنٕن پیٚتھ کال یاد پأوِتھ غولأمی ہٕنٛدِس دورس مَنٛز وُچھِکِس وُچھاٹھس واو ہیوٚہ ڈٕلہٕ ناوٕن اوس تہٕنٛدِن جوشس تہٕ جذبس وُتشُ دِیُن تہٕ تہٕنٛدِس غأرتس کھتہٕ کرُن اوس ؎

چھہِ کأشرِ ہِنٛز گورٕ زٕ خنجر وُچھِتھ  اَثرٕ لرزٕ چھکھ کانٛہہ دِلاورٕ وُچھِتھ

مُنٛلی جامن اندر گمتی ٹھیلہٕ پوٗش  کُجا ورع خفتاں کُجا تاو و توٗش

مگر تِم چھِہ ہنگام سرما دِلیر  کڈان کانگرین کٔشِ بمانندِ شیر

مےٚ کوٗر غیرت از بہرِ کشمیریاں  گرم چیست وچوٗیکُ یہِ کأشر زبان

(سام نامہٕ)

پرکاش رام، امیر شاہ، وہاب تہٕ بُلبُل سٕندٕ یو جنگ نامو علاوٕ ییم جنگ نامہٕ وُری یہِ وادن کٔشیرِ ہُنٛدِس گرس گرس مَنٛز پرنہٕ، پرناونہٕ تہٕ بوزنہٕ یِوان آسی تِمن مَنٛز چھِہ نوم تہٕ شأمِل۔ جنگ خیبر (مہدی ترآلی) خاور نامکُ اۆرٕ حصہٕ (میر قبوٗل کریری) جنگِ مختار (مظفر

شاہ) جنگِ امیر حمزہ (غلام محمد حنفی) زین العرب، جنگِ امام حنف، جنگِ تال، جنگِ زیتون (علی شاہ ہرل) مغازی النبیؐ سکندر نامہ (صدیق اللہ حاجنی) مغازی النبیؐ (محمد اسماعیل ناقی) زین العرب، جنگِ قندور (شیخ غلام نبی منڈھول) جنگِ موتہ، (عبدالغنی ٹھوکر) جنگِ بدر (محمد افضل) جنگِ دینور (شیخ عبدالعزیز) جنگِ یرموک (بہار شاہ آبادی) جنگِ بدر، جنگ احد (مولانا انور شوپیانی) وغائرہ۔

## مثنوی ۱۹۴۷ء پتہٕ :-

مثنوی بوزنُک تہٕ بوزناونُک رواج اوس بیٚیمہِ صدی ہنٛدِس سٕتی مِس ڈلِس تام تہٕ اما پوز من زنٛز ونکو جدید ترین وسیلو نیوٗ یہٕ شوق تہٕ ذوق مُہتھ، ووٚنی نہٕ چھہِ مثنوی خوانے کُنہٕ تہٕ نہٕ مثنوی خوانی ہنٛز مجلسے۔ گرن اندر چھہِ ٹیپ رکارڈر، ریڈیو تہٕ ٹی وی، وانہِ آمہٕ تہِ پرانہِ ہےکانہہ پرانی مجلس آرائی زٕہتس تہٕ چھے مگر ٹوپے چھہِ فلمن تیوٗت لور زنتہٕ یتھ کالکُ تہٕ ینہٕ تہذیبک احساسے چھٕنکھ مُہتھ نیوٗمُت۔ ۱۹۴۷ء پتہٕ گو مثنوی نگاری ہُنٛد یُپ تھامہِ، شاعرن زنتہٕ ہو چھہِ کوٚلہٕ مثنوی نگاری ہنٛد تہٕ مثنوی خوانی ہنٛد شاندار تہٕ یادگار دور ووت اند۔ ساری واراہ مثنوی نگار گیہِ ۱۹۴۷ء پتے رحمتِ حق مگر عوامی بے ذوقی وُچھتھ آس تمو ۴۷ء پتے مثنوی نگاری ترآومژ، اما پوز یہ سپدِتھ تہٕ مانچھے کانہہ طویل تہٕ ڈر رلواہتھ گال کھاتس تراوٕنی یا چھٹراوٕنی کانہہ گمچھِ کتھاہ! رلوایتھ روز تو تہٕ زندے، آدلیتھ کھوکھ شٕنن ریچ، اوٚسے چھے مشہور مقامی لکہٕ کتھ پیٹھ مبنی حبیب اللہ ٹھوکرسنز طنزیہ تہٕ مزاحیہ مثنوی "الہٕ شہر" لیوہٕ سہ استجاجیہ شاعری چھے، ۱۹۴۷ء پتے لیکھنہٕ یوان، ییتھ منز قبائلی حملک تہٕ تنہٕ درالگک تہٕ کم زیادٕ ذکر چھُ۔ مثنوی ین ہنٛد چلے جاو تہٕ چکہٕ سورنُک مطلب

گوٚڈٕ نٕ زاریٛ رلوایتھ تہٕ سوریایہٕ ۔ اکھ شہر پتہ تہ آیہ کیٛنہہ مثنوی چالہٕ نظمہٕ تہٕ مثنوی یہٕ لیکھنہٕ مِثالے محمد امین کامل سُنز ساقی نامہ تہٕ تاے نامہ، پروفیسر رحمان راہی سُنز کینہہ نہ بیچھ بیانیہ نظمہ، ارجن دیو مجبور سُنز سنگرہٕ سنگرمال ہشہٕ نظمہٕ چھےٚ مثنوی نگاری ہِنٛدی نوٚو تجربہٕ۔ شمس الدین غمگین سُنز "یژ شیٖچھ" (سورۂ یوسفک ترجمہ) تہٕ غلام نبی ظہور سُنز باغ و بہار ہشہٕ نظمہٕ چھےٚ مثنوی نگاری ہِنٛدِس رلوایتس ڈکھ عطا کران۔ ایوب صابر سُنز لوکچہٕ بجہٕ کیٛنہہ مثنوی یہٕ تہٕ چھ امی رلوایژہ ہانٛکلہٕ ہِنٛدی کڈی۔ فاروق نازکی سُند مرزا نواب شوق سُنز مشہور اُردو مثنوی زہر عشقک کاشُر ترجمہ چھُ "مہ جبین" ناوی حالے حالے شائع کرنہٕ آمُت، اتھ پیٹھ ناقدانہٕ نظر تراونچ چھےٚ ضرورت۔ وونی گو فاروق نازکی سُنز یہ مثنوی چھےٚ کاشُر زبانی خاطرٕ اکھ فال نیک بلکہٕ موجودہٕ صورتِ حالس منٛز مثنوی نگاری خاطرٕ اکھ ٹومیلہ کنہ۔ ۱۹۸۸ء منٛز چھپیاو غلام محمد رفیق "عرفانِ وجود" ناوی پینٛژ مثنوی، یہ چھےٚ سارِوے کاشرِ لو مثنوی لو نش مواد ہنٛگہ مختلف، امکی کردار چھہٕ شاعرن پانے تھرٕ مٕتی تہٕ قصہٕ تہٕ تخلیق کوٚرمُت۔ یہ مثنوی چھےٚ سانین مثنوی ہِن منٛز اکھ موٗلُل اضافہٕ۔

حال حالے کوٚر سانہو دوہ یو اہم شاعرو مثنوی نگاری منٛز نوٚو زُو زہ بتہٕ پاد کرنہٕ خاطرٕ نو اندازٕ تہٕ ذوقہٕ شوقہٕ نوٚو تجربہٕ، اتھ صنف اندر تلکھ نوٚوِن تجربن ہنٛز باوتھ کاری دِس۔ اکھ چھُ فاروق نازکی یٖنی سُنز "ناد" مثنوی ہُنٛد اکھ پڑاو یُس واد رسالہ کِس ستمہ جلدٕکس دوٚیمس شمارس اندر و آد ادارک یہ نوٹ ہیتھ شائع ــ "فاروق نازکی سُنز یہ مثنوی چھےٚ اردو تہٕ فارسی مثنوی نِش بدون تہٕ اکھ اہم آواز، اَسہٕ چھُ یہ سوال زِ کیا مثنوی ہکیا شاعری بنتھ، اگر مثنوی چھ زیاد کھوتہ

زیادٕ کلام موزوٗن تیٚلہِ چھُ سوال پادٕ گژھان زِ شاعری ہُنٛد موضوٗع کیا چھُ، زیرِ نظر مثنوی ہُنٛد پرٛاو چھُ وضاحت یژھان۔" ۵

بِشنواز نے چوٗں حکایت می کُنَد　　واز جُدایی ہا شکایت می کُنَد
چھس نٔیِستانٕچ کُکلِ زن کنٛج گامژ　　چھنٛدٕ ہیٚمژ، آہر ہیٚمژ، ڈٔسی پیٚمژ
میانہِ سینٛکی ہٕرٛو کران باوتھ غمس　　ژھُنہ زانکھ چھس بہٕ نغمن ستی مس
تارٕ کرُنس نے نوازن شوقہٕ ہٕژ　　تس خبر چھاکس وُٹھن سفر اتھ کھٕژ
کوہِ قافکُ تاپھ یاوُن میوٗنوٗ نے　　چھُم بیابانن کوہن منٛز کروٗنوٗ نے
آبشارکُ گرٕز بہارکُ زیر و بم　　سونتہٕ واوس پیٹھ چھِ گُل شیٖران قدم
تیٖر آچھو میانہِ لیٚہ عرفان لوٚب　　عرشہٕ والین میون آلو گونہٕ گوٚب
نے نوازو بال ترٛاوِتھ کوٚت ژاکھ　　شہرکین دلوان خانن کیاہ زاکھ
لوکہٕ ارساتس اندر کوٚ واتِتھَس　　لے خبر پاٹھی تاوِنس کوٚ لاجِتھَس
بال تھاوان لال سینٕس منٛز ژھٕتھ　　شینہٕ مانٛہن تل چھِ کم کم سر کھٕتھ
بال وہتہٕ راوان چھِ کم کم نارٕ تتی　　طوٗرٕ کِس بالس چھِ کم کم ژہِ لیکھِتھ
زِگ تہٕ پروٗن نیران ونن منٛز بآن　　رام، لکھمن، پرمہٕ لیلا عآن نمآن
ناد گو نوٗرس ژلِتھ سیدہو وجوٗد　　لوٚمبر گٕنٛگرالو وجوٗدس دِیت سروٗد
ناد گو جبریل سُنٛد اقرأ وَنُن　　ناد گو یزدانہٕ سُنٛد آلو کڈُن
ناد گو "کُن" حکمُ ربِّ ذوالجلال　　ناد گو ہٕروان معراجُک کمال

دوٚیُم شاعر چھُ ناجی منوٗر، یِمی لکہٕ رلوایشرن ہُنٛد پوٗرٕ پوٗرٕ فائدٕ تُلِتھ اکھ نٔنٛد بانی تہٕ پننہِ طرزٕچ جُداگانہٕ مثنوی لیٚچھمٕژ چھےٚ، ناو تہٕ چھُنس تھوو مُت "مثنوی"

یہِ مثنوٗی تہٕ چھےٚ اکھ نوٚو تجربہٕ، اِمکان چھُہ یازِ پیٹھ پھٔٹراون یِمہِ دٔہ نٔہ وٕرے مثنوی یہِ الزام زِ مثنوی شعر داتھ کیا چھِہ وۄہ نٕ ہانٛھیاہٕ تہٕ دریٖنٛھیامٕژ، ناجی منوٚرٕ سٕنٛز مثنوٗی ہنٛدی ۲۸ شعر چھِہ کلچرل اکاڈمی ہنٛدِس ۱۹۹۶ ئہٕ کِس سوون ادبس منٛز شایع سپدٕمتی، نموٗنہٕ خاطرٕ وُچھو کینٛہہ شعر ـــ

یوٗرٕ کھےٚ پانہ ژٕ لبکھ اکھ مثنوٗی      دِلہٕ برٕنٛزٕن کینٛژن گژھی حاصِل خوشی

اَنہٕ ہٕن اکھ کونٕہ پانس کژٕ گرٕکھ      صوٗرٕ ژٕن پینٕہ نٕن ژٕ پانٔے تاہ کرکھ

لوٗرِ ہٕن ژھارٕے نٕ ڈُکھراوو پکوٚ      سر پھٕہ ہَن یِلہٕ ناوٚ یارٕو دوستو

کوٚکرِہٕ ہٕن ژھِ ٹھوٗل تروٗون پرٕ گرٕس      ہوٗل ہانگے کرنہٕ آمٕژ بیٖٹھ برس

کوٚت سٕنلگےٚ خوش لیوٗنِ تمِ پرٕآئی دۄہ      مِکرِ رٕوس، بےٚ غم تہٕ بےٚ پھِکرٕ سآئی دۄہ

سٕتہٕ تٕت تاں آرٕ گُنٛجِہ تِل رووٕ مُت      نٕنجہٕ گلہِ ژھُس چھیٖٹٕ یِلہٕ وِن مل بیوٚمُت

ڈٕینٛشہِ کُس آکاشہِ کِڈٕیا پیکان      وۄہ نٕ چھُہ کُس کسکایہ کرِ ماآیا منگان

گوٗلہِ کھیٚیہِ سینٕن تہٕ تھُتھی منٛز لوٚب نجات      زہرٕ پیالن وٕوٚن یِہ گو آب حیات

ہلے وۄہ نٕ ڈٕینٛشان چھِہ دۄہ ہٕش ساڈٕسٕتی      شاہمتو وٕوٚل نال گےٚ اَسہِ کوٚکرِ پیٚتی

علم پرناوان چھِہ اَن پرٕ ماشٹرٕ      سٕننٛدن کُھتی مٕتی چھِہ سروٕ نٛٹی بآر خر

ریڈیوٗ، ٹی، وی جہالتھ باگران      عقلہِ قلمس گےٚ ژٕٹان دۄہ ہٕش زبان

یِژھہِ کوٗششہِ وُچھتھ چھےٚ وۄہ میدگٕنان زِ مثنوٗی ماپھیرِن بٕییہ دۄہ، تہٕ بنان چھُہ محمد یوسف ٹینگ سٕنٛدیہ وٕنُن مانیرِ لیوٚزٕے زٕ ــــ" مثنوٗی ہیکن وُنہٕ تہٕ اہم تہٕ شاندار ادبی کارنامہٕ ڈٕنب لگِتھ تہٕ زیوٚٹھ تہٕ۔ اَز ہرگاہ نےٚ کانٛسِہ شاعرس صلاحیت یا فرصت چھےٚ، تہٕ گو نٕہ زِ اُسی مناوون یِہ آر تہٕ

دُرشعر ذاتھ، کیٛا خبر زِ کاشرس ییٚلہِ ریڈیو تہٕ ٹی۔ وِی کہٕ ٹکسالہٕ منٛز یِڈپیہٕ تہٕ ژاپہٕ کوٚٹ کرِتھ بسٕہنیچ ژریڈپاۄد گژھِ، سُہ ماگژھ کُنہِ ساتہٕ مثنوی تہٕ ناول چھن زُلفن گُنگنِ والنِس منٛز آوٕرٕ"

(شیراز ۱۹۸۲ء، شُمارہ ۲ ص ۱۱)

---

کِتاب نامہٕ :۔

۱۔ شیرازہٕ لولہٕ مثنوی نمبر

۲۔ شیرازہٕ جنگ نامہٕ نمبر

۳۔ شیرازہٕ ۱۹۸۲ء شُمارہ ۲، مضمون "مثنوی تیٚلہٕ تہٕ از" محمد یوسف ٹینگ

۴۔ کاشرِ ادبُک تواریخ مولفہ ڈاکٹر شفیع شوق، ناجی منوّر۔

۵۔ سون ادب ۱۹۹۶ء

۶۔ وادسری نگر شمارہ ۷ جلد ۲

۷۔ انہار جلد ۵ شُمارہ ۸۔

۸۔ انہار جلد ۱۲ شُمارہ ۱۵۔

غلام نبی ناظرؔ

# غزل

## ( تیلہ تہٕ از )

غزل چھےٚ مشرقی شاعری ہنٛز سارِوٕے کھوتہٕ مقبوٗل صنف ـــ یہ چھےٚ تہٕ مہ لگ بھگ ڈوڈ ہتہٕ وُریہ پیٹھٕ ساٗنہٕ شاعری ہنٛدٕ زُو زبتہٕ ۔ ۱۹۲۰ءتام آس یہ محدوٗد تہٕ تنگ دامان صنف ماننہٕ یوان تکیازِ اتھ اندر آسہٕ مخصوٗص تہٕ محدوٗد خیالات، مجازی عشقکۍ تصوّرات تہٕ محسوٗسات وہرِہناو نہٕ یوان یم اٗنٛکی پارادماننہٕ آے ۔ بنیاٗدی طور چھےٚ شاعری ہنٛز یہ صنف اَسہٕ ایرانی شاعری پیٹھٕ ڈالہٕ کنہٕ میجمٕژ ۔ اَمِچ بناوٹ ہیت تہٕ خاٗرجی اسلوٗب تہٕ چھ توٗرے آمٕژ ۔ اکھُے چھ امیک مضموٗن، موضوٗع اوہٕ کے تخیّل، مفروضہٕ تہٕ تصوّر تہٕ اَمِچ ظاہری شکل یعنے وزن بحر تہٕ خیالات بیتر سپدی ساٗنہٕ کوڈ کالچہٕ شاعری منٛز یانے داخل تہٕ یہ آس تہٕ کانہہ لوکٹ کتھا ۔ سوٗرے آدتمہٕ وزساںٕ ابتداٗیی شاعری منٛز ییلہٕ اتھ پھبنس، پھاپھلنس وُسعتھ تہٕ پوختہٕ گژھنس ستی مستہٕ پارادس بیتر صفاٗیی کرنس ہتہٕ بدٕ وُری آس لگمژ ۔ اَمہٕ تھدٕ پایہ سرمایک آگر آس عربی زبان ییتھ منٛز زور تہٕ جوش اوس، مواد اوس پہلوٗ دار تہٕ وُسعتھ دول ۔ تجربن تہٕ خیالن منٛز آس حقیقت تہٕ واقعیت ۔ عرب شاعری آس بنیاٗدی طور اکہِ صنفہٕ یعنے قصیدس پیٹھٕ مشتمل یمیٚ جاہلیت کِس زمانس منٛز ترقی ہنٛدی منزل طے آسہٕ کرٕمٕژ ۔ تہٕ اسلاٗمی اقدارو نہٕ اتھ قباٗیلی تعصب خاصیت چھلتھ تکیازِ قباٗیلی تفریق اوس جاہلیتک اصل وجہ ۔ خلافت راشدہ ہس منٛز روٗز شاعری جوش و خروش نشہٕ خاٗلی ۔ تہٕ بنی اُمیہ ہن ہنٛدِس دورس منٛز گیہ بدٕ وی زندگی ہنٛز قدرہ ییٚنہٕ زٕ تہٕ عربی قصیدس منٛز آو بیہ سے شان تہٕ قصیدٕ ووت اَوچتہٕ ایران ییٚتہٕ تمہٕ غزلہٕ زنم دیت ۔ ایرانیو قصیدٕ نشہٕ کوڈ ٲنیک حصہٕ تشبیب الگ کٔرتھ تہٕ

تراُوِکھ غزلٕچ بُنیاد۔ اگرزن مثنوی تہٕ رُباعی تہٕ وۄتھ بۄلۄب مگر غزلہٕ ہُنز ترقی ہُنٛدے پوتر رُوٗد زیادٕ گوٗب۔

غزلہٕ ہندی ساماہٕ سیتۍ کوٚر تمو مثنوی تہٕ رُباعی منٛز حُسن پادٕ۔ فارسی شاعری ہُنز ترقی چھے دراصل غزلہٕ ہنزی ترقی پیٹھ دارٕ مدار تھاوان تہٕ یوٚہے غزلہٕ ہُند بُنیاد چھوٚوٗن تہٕ مضبوٗط کُل اوس یمیٚک تھوٗ ہندوستانس منٛز ازبرونٹھ پٕہتھ وری تہٕ کیٛتِھ منٛزٕ لگ بھگ ڈوٚڈ ہتھ وری لاگنہٕ آو تہٕ اَمہٕ پتہٕ تُل محمود گامی سۄتہٕ ڈٕسی غزل لیکھنس دَس۔

اگر یٔہے کتھ کُھر کرزِ زِ کأشُر غزل چھےٚ محموٗد گامی ہُندِ پٔیٹھے زنم لبان، وُچھُن چھُ زِ امہٕ خاطرٕ اوسا فضاہٕ مزازٕ بیترکأشرس سماجس منٛز موٗجوٗد۔ اگر اوس تہٕ تتھ منٛز کُس چیز اوس ورگٕ غزلٕچ ترتیش کاسان۔ اگر ئہ وۄنہٕ زِلل دیدِ تہٕ حضرت شیخ نورالدین رحمۃ اللہ علیہٕ سُندِ یم واکھ تہٕ شٕرکی پٔنُن اکھ مخصوٗص مقصد تہٕ رُدیہ زیرِ نظر تھاوِ تھ وُنی تمن اندرِ تہٕ چھِ کینہٕ تتھی وصف موٗجوٗد یم معنے کِس وُسعتس، اظہارکِس نزاکتس، خیالہٕ کِس نُدرس تہٕ زبانی ہُندس حسین ورتاوس آے پالے بخشنس اتھ روٚٹ کرٕنی چھ۔ تمہ پتہٕ تہٕ چھےٚ تہٕ چہ گٔکہ شاعری تہٕ زَن گوٚڈ وَنہٕ وُن تہٕ روٗدیِس واکھو تہٕ شٕرکیو تہٕ پیٚرٕوون چھُ، تمہٕ اوس اکھ نرم، نوٗزُک حسین، میوٗٹھ، لولہٕ پوٗرت وُشُن تہٕ جذبٲتی ماحول تیار کرنس برونٛہہ کُن گوٚڈ بوٚزمُت تہٕ یمو سارِوے چیزو لیتھ میلنتھ تہٕ کٔشیرِ ہنٛدی ابدی حُسنُن، شہجارن، مستی تہٕ پُراسرار ماحولن اوس ازلے اُکس تُرتہٕ شاعر ذاتہٕ ژزاین دیُتمت تہٕ پھاپھجار ڈٕنکی سامانہٕ کرٕی مُت۔ یمہ پتہٕ غزلہٕ ہُنٛد شوٗبہٕ دارناوِ پراوُن اوس۔ امہٕ خاطرٕ اوس لُکہٕ ہُنز زبوٚہہ ہُنز بُنیاز پیٹھ وزنو حبہ خوتو نہٕ ہندِ ڈٕسی وُجوٗد پٕرووُمت۔ یم وزن آسہ مزازہٕ تہٕ ماحولہٕ کنہٕ غزلہٕ پٔیٹھی ییٚرُن ییٚرھان امابوٚز حالا تو ئہ بہو دریافتو تہٕ تخلیکی وزن دار وہراوُن دیُت تہٕ اتھ تتھ حدس پیٹھ واتنہٕ تہٕ یہ اوس اَمہٕ موکھ جان تہٕ تکیازِ امی وصفہٕ روٗدا میٚک الگ وجوٗد زِندہٕ تہٕ قایم تہٕ اَمکی نہٕ اوصاف، بناوٹ تہٕ ہیتیت روٗز الگ پأٹھی باقے۔ یہ آو نہٕ رتہٕ چھپہٕ دِنہٕ بلکہ بُنیادی ہُنز کام دِتھ کوٚرُن غزلہٕ ہُنٛدِ خاطرٕ اکھ سازگار فضا تیار تہٕ یا نہٕ روٗدِ پننِس مخصوٗص فضس اندر زِندہٕ تہٕ گرایہ ماران تہٕ بیہ سازہٕ تہٕ آواز مِلناوِتھ پننین تارن ضرب دِتھ میوٗٹھ گس گس گنگراوان۔

مطلب چھُ مزازٕ کنِہ چھےٚ کاشُرِ غزلہٕ ہنٛز بنیاد وُنہٕ تہٕ رۄزِ (رۄزِ) پتہٕ وزنس پیٹھ کھرنہٕ یِنہٕ - وۄن گوٚو تخیل چھُ اتھ غزلہٕ منٛز ییتھ جذبہٕ کِس تٕنزرس تھپھ ژھٕنِتھ تھزرس کُن وُڈو کرناوان - جذبہٕ نشہٕ، بلکہٕ ژھین یا جذبہٕ کےٚ اوت اظہار تہٕ چھُنہٕ غزلہٕ ہنٛد وصف بنان - دۄنوٕنے چیزن ہنٛد امتزاج چھُ غزلہٕ باپتھ اہم -

رٕود سوال زِ حقیقی معنین منٛز کتہٕ پیٹھٕ گیہٕ غزل شروٗع تہٕ کوٚت واتٕ - تمہ خاطرٕ چھُ مے باسان زِ یہ باگراو وفا آسہ وُنِیکٕ پُوٚٹھ پانٛژ ترٕن دورن منٛز ییمہ اَسہِ کاشرِ غزلہٕ ہنٛد ارتقاؤکی راونس منٛز ہنا آسانی گژھہ - گوڈنیک دور گوٚو محمود گامی ہنٛدِ شاعری شروٗع کرنہٕ پیٹھٕ مہجورنس کاشرِ پاٹھۍ شاعری کرنس تام یعنی لگ بھگ ۱۸۰۰ءٕ پیٹھٕ ۱۹۲۳ءٕ لِس تام - دوٚیِم گوٚو مہجورٕ سنٛدِ پیٹھٕ دیناناتھ نادمس تام یعنی ۱۹۲۳ءٕ تا ۱۹۴۷ءٕ تہٕ ترٛیِم دور گوٚو ۱۹۴۷ءٕ پیٹھٕ از تام - ییتھ زٕ حصہٕ گژھن، اکھ گوٚو ۱۹۴۷ءٕ پیٹھٕ ۱۹۶۰ءٕ تام تہٕ بیاکھ تتہٕ پیٹھٕ از تام -

**گوڈنیک دور** یہ آو برونٛہہ ونہٕ زِ کاشرِ غزلہٕ ہنٛز بنیاد چھےٚ ساٛنۍ لَلہٕ شاعری، ییتھ منٛز وُنہٕ وُن تہٕ رۄزٕ بنیادی تہٕ اہم حیثیت تھاوان چھہٕ -

یہ چھےٚ خاصکر زنانن ہنٛز شاعری ییمۍ کاشرِ ذہنکہٕ زاوی جارُک، حسن پسندی ہنٛد، نزاکتُک تہٕ زبانی ہنٛد کھلہٕ ڈلہٕ صحیح تہٕ حسین وتہاوُک اظہار چھُ کوٚرمُت - دۄیمہِ بن لفظن منٛز چھُنہٕ یہ وُنۍ غلط زِ یمہ وصف عموٗمن فارسی غزلہٕ ہنٛدی گٹہٕ پوشاک آسی، تمہِ چیزٕ آسی حتی الامکان برونٛہہ ییتہِ کِس تتھ ادبی تہٕ فنی ماحولس منٛز موجود - اِدکنِہ آونہٕ غزلہٕ ییتہٕ پہاٛنٛچھلنُک وُل تہٕ طور طریقہٕ اختیار کرنس منٛز کانٛہہ مشکل پیش - یمن وزنن تہٕ رۄزِ منٛز آس روانی، سادگی، زبانی ہنٛد میچھر، لفظن ہنٛز موسیقی، فراق تہٕ دۄہ گُھک اظہار، دود تہٕ دگدار ماحول، عشقہ مزہٕ کی مختلف رنگ عموماً زنانہٕ ہنٛدِ طرفہٕ عشقُک اظہار[1] - یہ زَن کاشرس مزازس ازلے باگہِ آمت چھُ تکیاز کینٛژی یوت نہٕ بلکہ اوس سارِسے مُلکس منٛز اکھ تیُتھ تہذیب چلوٗن، ییتھ منٛز زنانہٕ ہمیشہ مردٕ ہنٛز محتاج تہٕ تابیا چھےٚ رۄزمٕژ، تکیازِ اتھ اندر چھُ شِوتہٕ شکتی ہنٛدِ بنیادی تصورُک اثر ییمِس ہنٛدی مذہبچ اکھ بنیاد چھُ - اَمی تصورن چھُ سون اجتماعی لاشعور گُنہِ نتہٕ گُنہِ پاٹھۍ آورمُت، ییمہِ نہبر نیرُن سانہٕ باپتھ مشکل اوس.

[1] وۄن گوٚو تہٕ کرِتھ تہٕ چھےٚ رۄسُل میرن زنانہٕ تہٕ پننِس وزنی سرمایس منٛز مخاطب کرٕمژٕ - مثالے

"رند پوش مال گندنے ودایہ لولو"

رۄد - " ژٕ چھکھ بالہٕ پیٹھٕ کٕ لالہٕ یہٕ لوٚ زالہ جُدٲیی
ژٕ تلُ عاجہ یہٕ ژٕھ تاسہ کرد کاسہ گدٲیی

لکہٕ باتھ -

چھم فراق وٕنہٕ کسے          یارٕ داد کٕ ماٚرٕ نسے
یمہ چھ آبِ کوثر          کرٕہس تورٕچ نظر
سرٕ یہ بتیہ کاوٕسے          یارٕ داد کٕ ماٚرٕ نسے " ؎

اُتھی بنیاد پیٹھ وٕنی حبہ خوتونہ بیتر تہ وزن چمن عبدالاحد آزاد ن یتہٕ غزل ناو کور۔ سہ چھ لیکھان : ترجمہ : " وننہٕ چھ یوان زِ سارِوے کھوتہٕ برونٹھ کوٚ حبہ خوتونہٕ ایرانی طرزس پیٹھ غزل لیکھنک احساس، چونکہ اُمس خوتونہ ہند تعلقات آسی خوش بختی تہٕ اتفاقہ کنی شاہی خاندانس ستی وابستہ گامتی۔ حکومتچ زبان آس فارسی تہٕ بازرن تہ دربارن منز اوس فارسی ٹیک ٹھوٚطہ بولان۔ اَو کنی چھ قیاس یوان کرنہٕ زِ سارِوے برونٹھ سپد حبہ خوتونہ ایرانی نمونس پیٹھ غزل لیکھنک خیال۔ یہ کتھ چھنہ بلکل قیاسس قریب بلکہ شکس لایق، بلکہ وچھون حبہ خوتونہ ہنز سو غزل یوس یہٕ تمہٕ پننہٕ زندگی ہندس تتھ حصس منز لیچھمٕژ چھے ییلہ تہندس دلی و دماغس شاہی تہ دربارٕ کٕ چسکٕ ہواتہ اوس نہٕ لوگمت تہ سو آس گرٕ ییسی کورٕ ہندِس روٗپس منز پننس کھسس پیٹھ گوان زِ یوسف شاہ چک سپد تس پیٹھ عاشق۔ عروضہ لحاظ چھے یہ ایرانی طرزچ۔

وارٕ کر وٕنی استی          وارِ چھس نو          چارٕ کر میثون          مالنیو
فاعلاتن          فاعلاتن          فاعلاتن          فاعلات

یہ چھے بحر رمل مثمن۔ امہ تلہٕ چھ ظاہر سپدان زِ ملکہ حبہ خوتونہ ہنز شاہانہ زندگی برونٹھ تہٕ اوس کشیرِ ہنز بلکہ ہندس پننس شاعرانہ ذوقس پیٹھ فارسی شاعری ہند رنگ غالب سپدمت۔ " ؎

؎ کشمیری زبان اور شاعری حصہ اول صفحہ ۱۱۰-۱۰۹

حبہ خوتونہِ ہُند منٛد کوٗر بأتھ کمہِ صنفہِ ہُند چھُہ تہٕ اَتھ چھ تقطیع تہٕ فارسی چھا صحیح، تہٕ چھُنہٕ وُننک ضرورت۔ بییہِ فارسی غزلہِ ہٕنز اصل ہیت بارسس آیہِ، امکہِ یم قواعد اَسہِ تم سیدی ساری کأشر شاعری پیٹھ لاگو تہٕ تتہٕ دراے محمود گأمی سٕندی تہٕ کینہہ بأتھ یم غزلہٕ ہٕنز کھوچہِ پیٹھ وُترتھ ہیکہِ تہٕ یمو محمود گأمی کہہ ڈٕنیک پوٗرہِ پوٗر غزل گو شاعر مانٛنہٕ آو۔ محمود گأمی یس برونٛٹھ تہٕ دیان اَکہِ شاعر فاخرن چھہ۔ کینہہ غزل لیکھی متہِ۔ بہر حال اَتھ متعلق چھُنہٕ وُنہٕ پوٗرہ ثبوت اَسہِ نِش۔ اَمہِ کہِ ڈٕنکہِ دوٗرچہٕ غزلہِ ہٕندی چھہ کینہہ مخصوص اوصاف تہٕ عناصر تہٕ اہم غزل گو شاعر چھہ محمود گأمی، رسول میر، وہاب پرے، حاجن تہٕ عبدالاحد ناظم بیتر۔

اَتھ دورس منٛز یم کینہہ غزلہٕ لیکھنہٕ آیہِ، تِم اَسہِ عام طور فارسی غزلن ہٕندزن تہٕ ترجمہ یمن منٛز اوس نوٗہر تہٕ اجتہاد کم تہٕ تقلید تہٕ تابیاد آری زیادٕ۔ فارسی غزل آیہِ ہیت، تشبیہ، استعارہ تہٕ تلمیحات تأنی ہیتھ وَہہ زٕمم اَنٛنہٕ۔ اَکھتے مضموٗن تہٕ وارِہس حدس تام۔ اَمہِ دورچ کأشر غزل چھُنہٕ تجربکس تُنٛزرس پیٹھ کھرٕمتہٕ۔ اَتھ منٛز آیہِ لأزمن کأشر روٗدکہ تہٕ وترنٛگی اثرات۔ غزل آسہٕ روٗد امیک مزازٕ ورثن تہٕ روٗدِہن ہٕند۔ اَمہِ ہوک تہٕ اصل فارسی غزلہٕ ہٕند زوٗز تہٕ حاصل کرِتھ بلکہ روٗد اَتھ کأشرن مقأمی باتن ہٕند اثر تہٕ لہجہ غالب، آہنگ تہٕ فضا وَہہ زٕمم۔ ژھوٗٹی پاکھہِ ونوٗنہِ شکلہِ اَس یہِ غزل مگر مزازٕ کنہٕ اوس یہِ کأشر وٗژن یمن وارِہن وقتس تمہٕ قُدٕ تہٕ کیو سانٛنو نقادو غزل ناو کوٗر تہٕ یمیک سے پیٹھ کنہٕ تہٕ ثبوت دیت۔ اَکھ کتھ چھےٚ زِ یمہ ساتہٕ غزل اَکِس روٗدی کِس یا وترٕ کِس فقہس تام محدود روٗزٕ یہِ چھےٚ پننہِ اَدبرگو برتہٕ مُشکہ مرٕ نشہِ چھوٗنی روزان۔ اَمہِ دورچہِ غزلہِ چھ یم چیز متہِ ہیتہٕ تاہم اَتھ کرِ لوٗرچھ یمن منٛز کیٛتر فنی خوبیہ تہٕ۔ یمہ خوبیہ اَمہِ دورچن غزلن منٛز چھےٚ یمن منٛز چھُہ خاص پأٹھی جذباتن ہٕند وٗژن شٕتیہجارتہٕ مستی، خیالن ہٕنز نزاکت معنیک پھالاو، لفظن ہٕنز موسیقی، آوازن ہٕند یکُت تہٕ کٔشش تہٕ تشبیہن ہٕند پوشل ورتاو بیتر میثالے ے

یتاَمو بالہٕ یارو حال باوٕے      دِتاَمو بالہِ دَرشُن کاًڑ راوٕے
وُزان زن بالہِ مے چھُم تالہِ پیٹھ ناگ      مدآنو ژالہِ کوتاہ اوٗشس بہ تراوٕے

اَمہِ حوٗرِ ماہ رو خسارٕ ہاوِتھ ژوٗرِ نیوٗنم دِل
امہِ دوٗرِ دَرشُن دِتھ مےٚ سوٗر گژھہٕ حوٗرٕ نیوٗنم دِل

گوم کوٚت معشوق نیرتھ پیوٗم از سُے یاد تےٚ
خستہٕ دِل پیٚتہٕ بہٕ دراَیس اَستہٕ لاَیس نادتےٚ

یتوٗ ژھُم پوٚشن پھُلے ساَری توٗشن ڈرٕے
گوشن گگرے ناہا بُلبُلو گوشن ژٕھتھ جاے      (محموٗد گاًمی)

کیاہ وٕنےٚ زُلفو تہٕ دوٗرو میوٗن سیاہ سفید
گاًمتِس حرفِ پریشانَس تھوٗوِتھ کَن تی بزِبِلا

متہٕ روز دما روزٕ دَرہم چانہٕ لولِ رے
شرونی دار سونہٕ سٔنزٕ بنگرِ گرہم چانہٕ لولِ رے
ذاتَس مےٚ ڈونِم زار دوہس عاریمی نا
راتَس مےٚ تژہ سیپارٕ پَرہم چانہٕ لولِ رے

مگر اَتھ دورس منز کوڑ رسوٗل میرن اکھ اہم رول ادا۔ تمۍ کوڑ اَکہ طرفہٕ غزلہِ ہنٛدِ باپتھ بحر تہٕ وزن جان پاٹھۍ قائیم تھونس کُن توجہ بیٚیہ طرفہٕ دیُتین اَتھ تھفرز، شان، وقار تہٕ ترز، مگر سُتہٕ روٗد سبٹھاہ کم ورژنکہِ آہنگہٕ تہٕ مزاژنشہٕ دوٗر۔ تمۍ سٕنٛدی کینہہ وژن نُما غزل چھ کامیاب تہٕ اعلیٰ پایہٕ چنٛ غزلن ہنٛد نموٗنہٕ لہجہ مواد تہٕ مزاژ ہیتھ سو

آہٕ گٹہِ وٕنہٕ نم ننہٕ کیٚتھ اُمۍ لال فروشن

کنہٕ منز ہنیرٕ یا جوہرے بال مرآیو

تصوف چھ بنیاٗدی طور کُلس ستی جزوکہِ ژھینہٕ گژھنک اظہار تہٕ انسانہٕ سٕنٛدِ خاطر تیٚتھ اکھ جذبہٕ یتھ عشقچ ملون دوٗ آتشہ بناوان چھےٚ۔ ووہ دی گو اَکس وقتس منز اَس اَتھ اکھ شکل تہٕ بیٚیس وقتس منز کھوٚت اتھ بدل رنٛگ۔ امیٚک بیاکھ وجہ چھ یہِ زِ مختلف انسانن ہنٛد اَتھ ستی مختلف رنٛگہٕ ورتاو تہنٛدی ذاتی تجربہٕ تہٕ ہمکی نتیجہ الگ الگ آسنہٕ کِنۍ سپدی اَتھ مختلف تعریف تہٕ یہٕ گو تقسیم۔ پروفیسر نکلسن سٕنٛدِ وننہٕ مطابق چھےٚ تصوفچ سارے توآریخ سہٕ احتجاج پیش کران یُس خدا یس تہٕ بنٛدس پانہٕ وانی ژھینہٕ گژھنس پیٹھ وُجوٗدس آمت اوس۔"

یہِ چھےٚ اکھ موختصر تمہید تصوفچ تہٕ یہِ چھ فارسی یس منز خاص کرِتھ غزلہِ ہنٛد موضوع بنیومت تہٕ تمہٕ پتہٕ اردوٗہس منز تہٕ تصوف چھ یتہٕ تہٕ وژھناونہٕ آمت مگر غزلہِ اندر تہٕ بلکہ چھ سہٕ سورے وژنی شاعر سرمایہ تصوف باوان یُس اَتھ دورس منز کاشرس منز بادس آو۔ ییتھے کنۍ چھ رحمان ڈار، حقانی تہٕ ولی اللہ متو بیترِ تم شاعر تصوف نٮ۪ن موضوع بناوِتھ، مگر اَتھ منز چھ غزلہِ ہنٛد سرمایہ سبٹھاہ کم۔ وہاب پرین چھےٚ کینہہ غزلہِ تصوف موضوع بناوِتھ لیچھمٕژ تہٕ غزلہٕ تکنیک حتی الامکان ورتاومٕژ۔ ووہ گو تغزل کِنۍ چھےٚ تمنز غزلہِ ہنا بوٗنے تہٕ زبان چھنہٕ پوٗرٕ پاٹھۍ غزلہِ ہنز۔ اَتھ تکنیکی ورتاوس منز چھےٚ رحمان ڈارن تہٕ کینہہ غزلہِ لیچھمٕژ۔

ظاہر چھُ زِ طرزِ بیانس اندر کانہہ نوٚو بر یا نُدرت چھِنہٕ، نہ چھےٚ سو کینہہ یتھ زن جدت دِنو۔ وۄن گوژھان چھُ رحمان ڈارُن مقام تۄتہٕ بٔہون۔ بیاکھ کینہہ چھےٚ زِ یتہِ فارسی کہ ذریعہ کاشرس منز تصوف داخل سپد۔ تتہِ اوس کٲشر منز پنُن اکھ سِلسلہ یتھ زن رٔیشِت ونان آسی۔ رٔیشِت چھُ پانہٕ پٔتمین کینژن فلسفن ہُند شوٚبہ دار امتزاج پیش کران یمین منز شیو فلسفہ، بودھ فلسفہ تہٕ ترکا فلسفہ بیترِ شٲمِل چھِ۔ یہ رٔیشِت تہٕ اوس تمِہ تصوف چی اکھ صورت یس فارسی ذریعہ یور ووت۔ یمن سارنے ملہٕ مستہٕ سۄتی یو یہ صورت ییتہِ تصوفن زٹ، تمِہ کِس نتیجس منز یُس شار سرمایہ بٔرس آو، تتھ منز چھُ غزل سٹھاہ کم اُمہِ پتہٕ چھُ دوٚیم دور مہجورس بروٚنٹھ شروع گژھان

دوٚیم دور :-

تہٕ زن گوو ۱۹۲۳ ئیس منز ییلہِ تمۍ سہ غزل لیچھ یمیک مطلع چھُ ؎

نیرہا سنیاسس لاگتھ یار ہُندِ پئے ژھارہا
پھیرہا گامن شہارن بال تس پتہٕ لارہا

یہ دور چھُ ۱۹۴۷ ئیس تام قایم روزان ییلہِ یتہٕ نادم نوٚو آواز ہیتھ آدانس منز ووت۔ اتھ دورس منز چھِ کاشرِ غزلہِ ہِندی تِم شاعر ظاہر سپدان یِہند موضوع ییٚنہٕ نا اوسُو دۄدِ اوندیکھ آزادی ہِنز خاہش اوس۔ یہ چھُ سہ دور ییلہِ انسان پانس اندۍ کھ فضاہس ٹھیومُت ہیریخ یتہٕ محسوس کران اوس۔ سہ اوس یژھان اتہٕ نیرتھ تہٕ ژۄتھ کنہٕ کھُلہِ فضہس منز ڈوکرُن۔ ینس سماجکس سطحس یتھ چھےٚ یہ تھۄ پھیرے سماجہ کین پرانین تہٕ لتر ہ لد قونونن خلاف احتجاجُک اظہار۔ اتھ صورتس منز چھُ سہ وقت واتان ییلہِ شاعر سماجکو قاعدو تہٕ ضابطو بیترِ نیرتھ تمن اُچھ ناٹھ کران چھُ۔ اتھ دورس منز چھےٚ کٲشر عام طور تتھس زانس منز پھیمبر آسان یتھ ستی نالہٕ متی کرن وألۍ تہٕ اُند تہٕ اتہٕ موکلن پانے ژھانڈن وألۍ تہٕ آسی۔ یم آسی اکثر بتس منز۔ اتھ دورس منز چھےٚ رِوایتی اسلوبس تہٕ اندازس تہٕ راچھ کرنہٕ

آمژٕ نٔوٕ دٔطیرٕ تہٕ پاناوٕنہٕ آمٕت - اوے چھُ مہجورس پیوٗمٕت وَنُن

اَکھ دودٕ صورژ پردٕ تُلتھ گوٚ سہٕ رۄشُل میٖر
مہجورٕ لاگِتھ آو بییہٕ دوٚبارٕ اَتی روز

یہ اوس اکہِ بغاوتٕچ کِہ آغازُک دورٕ یِلہِ ذہن بے حسی تل ہینہٕ آمتی آسی - تھٕرِ قدرٕ آسہٕ زوالُک شکار سپدان - پرانین رسمن تلِ آسی لوکھ دبونہٕ آمتی - مذہب اوس پننین وے اتھو پیٹھ تلی گرِتھ پوٗزا کرناوان - ہاوباوٕ تہٕ ژھرے ہم ہستی آسن ژٕ پاری نال وُلتھ - امی ہوا بشٕ ماحولہٕ منز آس کاشر شاعری نیبر نیرتھ تہٕ یِتھان آزادی سان دٕہرس کھُسِتھ پننی کینہہ نوٚی تہٕ نبرل کرتب ہاوِنی - اَتھی منز آیہ کاشر غزل تہٕ اکہٕ نوٚو زوٗبہٕ تہٕ گہنہٕ ستی پارادٕنہٕ - اَتھ منز آو حُسنس تہٕ نوٚو رنگ رٕچھ، وُسعت تہٕ زو زوبہٕ بخشنہٕ تہٕ رۄچھکی زخم تہٕ آیہ آزادی ہِندِ بلغارٕ بُلراونکی سنزِ تہٕ سامانہٕ کرنہٕ:

- چھُ صُبحن بُتھ چھٔلِتھ پوشن ژٕلاں شبنم چمن ترأوِتھ
  یِتھس دادس تہٕ لوٚسس کُن وُچھتھ اکھ راونس وٕنہٕ گیاہ
- بہارس تٔلر گرٕتھن دورٕ اہٕنن مانجھ سوٚنبرأوِتھ!
  فِضا چھُ چھنہٕ صاف یتہٕ گس گس کران پٔننن پھرن اندر
- چھنہٕ عاشہ متین استیٚ رلان دادی لہ غمگین
  منز پوشہٕ چمنن جاے توٚے ژٹ تہٕ گُلالن
- تُلی میأنی پانن سارِ سمیک بوزنکھس پیٹھ!
  مُلکن تہٕ فلکن لرزِ وٕتھ ڈلیشتھ یہ جگر میون

اَتھ دورس منز گیہ غزل ؤژن تہٕ رۄوٕ کھواشر ولنشہٕ آزاد - اَمی شیٚروٕ ژٕ فارسی علاوٕ غالبنہٕ تہٕ اقبال ہِندِ کلامکہِ برکتہٕ نوٚی استعارٕ، تشبیہ، ترکیبہٕ تہٕ خیالکی نوٚی پیکر وٕ ژمی آنی تھٕے نی

پاناوٕنۍ۔ ذہنن لۓ تحریک تہٕ ذاتھ پرٛزناونس کُن گینہِ کل۔ امہِ سیاسی، ثقافتی تہٕ سماجی سطحس پیٹھ پیٛنہٕ واجنہِ تبدیلی ہندۍ تاثیرن منگیٚ نوٚی حس تہٕ نوِ علامژ تہٕ نوٚو کُشادِ فضا۔ حُسنن تہٕ بتہٕ پیٹھ تہٕ دٕرزن عشقس نوِ آیہ زیرِ تہٕ نوٚ اظہاری صوٗرت ہتھ پییہِ غزل تھنہٕ:

- ژٕلہِ لارِ وُچھکھ حال ونہٕ ہئے وارِ وُچھ ہئے رٕوے  
گلہِ زلہِ مۓ گیٚم اوٚش وٚتھم دوراہہ ونۍ کیٛاہ
- وٚتھ شورِ یامت واو حُسنٕس موج تُلتھ گوٚو  
اظہارتی کوٚر زُلفہ چہ تھتھراییہ ونۍ کیٛاہ
- ژٕیارن ستۍ ژھوٚہ ماران بہٕ تہٕ تہا خوٗنِ دِل ہاران  
دوہس کوٚت نیرِ چھُس تھاران بہٕ ژھارتھ روتلے بوٚنبرو

یہ دور چھُ بے شک غزلہِ نوٚو زُوز بتہٕ تہٕ یار اوکرُنک دور۔ اتھ منٛز چھے غزل کاڈکڈان تہٕ پننہٕ پنہٕ والہِ کاسنداد تہٕ پرٛزلونہٕ برونٛہہ کاچ ژینہٕ ون دِدان۔ زبان چھے لفظوٗ استعارو، تشبیہو، محاورو تہٕ ترکیبو رنگہ برٛزرٛ پٕراون۔ اسلوٗب چھُ خوبصوٗرتی تہٕ معنہِ ساوِرس کُن لمان، تہٕ یہ چھُ ترقی پسند دورٕچ تہٕ بُنیاد بنان۔

گوڈنکہ دورُک حاصل چھُ موٗخبر یا اُٹھی محموٗد گامی ہندۍ بے شمار وژن یمن غزلک ناو دنہٕ آمُت چھُ۔ اگرچہ یمۍ کینہہ غزلہِ لیچھ تہٕ، تم تہٕ آسہ وژنُک لہجہ تہٕ مزاز ہتھ۔ لکہِ شاعری ہندن وژنن تہٕ ژوٚی باتن ہنرِ بنیاذ پیٹھ اوس یوٚ ہئے مہوٗنیرن وول کُل پھیٚن تہٕ پھانٛچلن مُمکن۔ یمہِ پتہٕ دیُت رسول میرن غزلہِ ہند لہجہ، تہٕ مزاز بناونس تہٕ زبانٕۍ ہُند تھزر تہٕ وُقعت پادِ کرنس کُن توجہ۔ تو تہٕ رُود ... اتھ وژنۍ لباس وارِیہس حدس تام ناوٕۍ مگر غزل گیہ وارِیہس حدس تام وژنہٕ نشہِ الگ۔

دۆیمہِ دورُک حاصل چھُ مہجورٕ تہٕ آزادٕنۍ غزل یمن منٛز تکنیکی تہٕ وژن چھُ۔

غزلِہ پیٚہ زبان تہٕ لہجہ تہٕ مزاز وارِیاہس حدس تام۔ بحر ردیف تہٕ قافیک حٔل امکان صحیح ورتاوٕ آو بارسس یعنی بحرن منٛز بے حساب زحوٗژ تہٕ ہُرہُر گوٚو کم۔ ستیٚ آیہٕ کأشرِ مزازٕ مطأبق زحافن تہٕ کأم ہینہٕ تہٕ بحرن منٛز ہنانو بریاہ دکرنہٕ۔ مثالے یہٕ زمین سہٕ

"ژٕ لیوان روشہٕ چھکھ نتہٕ ہوشہٕ ڈلایو مدنو"

خاص کتھ چھےٚ یہٕ زِ موضوعُک وسیع تہٕ موادس منٛز آیہٕ رنٛگا رنٛگی تہٕ پتِم یکرنٛگی گیہٕ وارِیاہس حدس تام ختم۔ فنی خوٗبی پأدٕ کرنس منٛز کوٚر مہجوٗرن تہٕ موادس منٛز رنٛگارنٛگی تہٕ وسعت پأدٕ کرنس آزادن اہم کردار ادا۔ یمو دوشوٕے آس گوڈٕ اُردوہس منٛز شأعری کرٕمژ، توٚرکنہٕ اوس یمو غالب، اقبال تہٕ ستیٚ حالی سُنٛد تنقیدٕ پوٚرمت، یمیُک اثر تِہنزِ شأعری پیٹھ ٹاکارٕ پیو۔ یہ اثر روٗد وارِیاہس حدس تام فأیدٕ مند تہٕ ہنا گیہٕ اَمہٕ ستیٚ زیادتی تہٕ مگر توتہٕ اوس یہ کأشرِ غزلہٕ ہُند اکھ اہم ارتقأیی منٛزل۔

ترٛیِم دور:- اَتھ ہیکن زٕ حصہٕ کٔرتھ، اکھ گوٚو ۱۹۴۷ہٕ پیٹھہٕ ۱۹۶۵ہٕ ییٚس تام پیٚلہٕ زنٛن کأشرِ لگ بھگ سأرے شأعری ماسوائے صوفی شأعری اُردو تہٕ انگریزی کہِ برکتہٕ یُس روٗسی انقلأبی لٹریچرٕ کہِ اثرن وولمُت اوس ترقی پسندی ہنٛدِ نظریہٕ آویز گیہٕ یمہٕ ستیٚ شأعری ہُنٛد داکھر وہراوٕ آو، ہرٕیوٚو تہٕ یھایوو مگر ستیٚ تہٕ تھزِ لبٕن گوس مُشکل تکیازِ یہٕ سوٗرُے سِلسِلہٕ اوس دیکھا دیکھی تہٕ نقل۔ اگرچہ اَمہٕ خأطرٕ ذہنن تمہٕ برونٛہہ تیار آسی گامتٕ، مگر تجربہٕ اوس بلکُل کورٕ یُس نہٕ صحیح رنٛگہٕ ورتاوٕ نہٕ آو۔ اَتھ دورس یمو شأعرو ووٚس جوشس تہٕ جذبس دٔس تُل، تِمن منٛز چھُ دینا ناتھ نادم رحمان راہی، امین کأمِل تہٕ غلام نبی فراق تہٕ غلام حسن بیگ عارف بیترِ شأمِل۔ اَتھ دورس منٛز پیو اُردوہس منٛز ورتاوٕ نہٕ آمتِس ترقی پسندی ہُنٛد پوٚرٕ اثر۔ وارِیاہ شأعری گیہٕ کمی زیادتی ہنٛز شکار تہٕ عموماً یم شأعر پیٹھ کنہٕ چھکاونہٕ آیہٕ تِم روٗدی وارِیاہس

حدس تام تو تہٕ غزلہٕ فنی خو بیوٚستی پارٕ وٕنٛ کوشش کران۔ مولانا حالی سُنٛد غزلہٕ منٛز اصلاح کرنُک اثر تہٕ پیو ولیس یِرٛھان اوس غزلہٕ منٛز تقلیدی رنٛگ، بے مزگی تہٕ یک رنٛگی دوٗر کرِتھ تبدیلی اِنٛز۔ بیٚیہٕ طرفہٕ پیو ترقی پسندی ہِنٛد اثر یمِہ کِنہِ نتیجس منٛز سو غزل وجوٗدس آیہ یتھ منٛز روایتی عشق و عاشقی ہِنٛز لوٚت آواز تہٕ کنن گژھان روٗز یتھ منٛز زن خاص کرِتھ غالب بنٛ تہٕ باقی یتھی نے اردوٗ شاعرن ہِنٛد اثر تہٕ اوس تہٕ ترقی پسندی ہِنٛد تہٕ لو سہ وُنہٕ غزلہٕ ہِنٛدس مزاز س لایق آسہٕ، ووٚن گوو غزل روٗز تو تہٕ غزلے۔ اَمی دیُت ہاوتھ زِ غزلہٕ ہِنٛد مزاز، لہجہ، زبان، انداز بیان تہٕ قالب چھُ تم چیز یِم یِہٕ اَتھ کِنہِ دوٚیمہ شارِ ذاتٕ ستی رل گژھنے دِن ۔

- اَتھو گژھِ واتناوُن عاجزس خار
  تہٕ چھا جمعس یہِ خرچاوکھ زبانی! (رسا جاودانی)

- سٕنزِ نظر تس یار سنٛزِ رچھیٚح یتھ واتہٕ یور
  طالعس زاہ کاڈ ساتس تیتھ سبز آسیا سنا؟ (ماسٹر زندکول)

- دِلس چھُو کُن آم اَنگ کا تیاہ جگر ژٕھتھ پھوٚلمت رنٛگ کا تیاہ
  ژٕ گژھتہٕ لوٚت لوٚت قرار میانے بہار اَنتن شُمار کرہے (دینا ناتھ نادم)

- یارانہٕ لاگتھ تراوو نہٕ یمی یار ماری زانہہ
  تس غار زانس پتھ پننی بے گانہٕ بناوِم (راہی)

- ساقیہ ووٚن شولناو تہٕ محفل قرار کر
  پگہُک خیال پوز مگر پگہچ چھے کَس خبر؟ (فراق)

- خطا چھُ یتے مے سوٚر نار لوٗر منسوُوم
  مگر خدایہ ژٕ تیتے ڈرکھ اَنتھ روٗس ہاٹزل

یِم شار چھِ غزلُک قالب ہیتھ مگر مزاز تہٕ لہجہ تہٕ اظہار چھُ سیٹھاہ کمزوٗر باسان تہٕ مقصدُتیٚکیا مخصوٗص اثر چھُ اَتھ ٹاکارٕ۔

اَتھ دورس منٛز تہٕ چھُ رِوٲیتی حسن وعشق تہٕ تصوف تہٕ پننہٕ پننہٕ جایہ غزلہٕ منٛز نوٚو آیہٕ رنگ تہٕ مُشک ژھٹان۔

- دِلس منٛز چانٛی تعشوقن کٔرِم جاے
  سِرس منٛز رَنتہٕ لوٗگ نیلوفرس آے (رساجاودانی)

- سُہ گوٗلاب روے ڈیوٗ کُھم بیٚیہ از گوٗلاب چھاوان
  مےٚ چھِ وۄنی مثالہ نے منٛز رنبہٕ وۄنی خیال راوان (راہی)

بیاکھ رنگ۔ آباد سرو پایہ وارانچہ ژھایہ بوزِم کتھ!
حبس کر بیٚنایہ وسٕتہ شنایہ مُنٛز رٕ چھےٚ پکنٕ دتھ

- رنگ تہٕ بیرنگ جلوٕ مےٚ معشوق ہردۄ وُچھ منُبو!
  ننگ تہٕ ناموٗس کتہِ چھُ روٗزان عشقہ طوٗفانس انٛدر

امہِ پتہٕ چھُ امہِ دورُک دوٚیم حصہ یعنی ۱۹۶۰ہس پٮ۪ٹھہٕ یوٗتین نوٚوم لگ بھگ ترٛہ ۳۰ دۄ تیرہِ ۳۲ ؤری یِم زن سیٹھاہ اہم چھِ۔ یتھ دورس منٛز غزلہ پننہٕ وقتچ پرٛبتھ کانٛہہ حرکت ژھینٛنہٕ تہٕ ژینتھ پننس مخصوٗس لہجس منٛز اظہار کرِتھ باوتھ دِتھ۔ اَزیک غزل گو شاعر چھُ رمز تہٕ ایماکہِ مدتہ ہیتی اُچھن تلکی چیز اکہِ مخصوٗص تجربہ رنگہِ ظاہر کرنہٕ باپتھ ورتاوان۔ وۄنی آو غزلہِ انٛدر سُہ ورتہ پیچیدٲری تہٕ تہدٲری پٲدکرنہٕ یوس غزلہِ ہندِ شار باپتھ اہم تہٕ لابدی چھےٚ۔ اَتھ منٛز آو مواد گرٛہہ ڈپشتھ تہٕ برنہٕ چھاپنہٕ ورتاوس اَنہٕ۔ اَزیک غزل گو شاعر چھُنہٕ پامال تشبیہن، استعارن تہٕ علامژن پیٹھے قرار کران۔ نوٚو زمانچہ وُژھوٲری چھِ اَمِس منٛز بے قرٲری تہٕ انقلابس زیر دٕ رٕ تہٕ سُہ چھُن وُزنومت۔ یہ چھُ نوٚون قدرن وُنی زاوان ہرٛونہٕ پکان۔ تس چھےٚ پننی اوندپکھِ منٛزی ترٛسی دار علامژ میلان۔ وۄنی

چھُن غزل ہنٛنہِ ہُبترأتر تہٕ اوٚندٕ کھِس اَمہِ رٕنگہٕ زیادٕ نکھٕ ہٮ۪تھرمژ ہنٛنہِ۔ نوی کیٚو پرأنی شاعر چھِ غزلہِ نوٚو پارادتہٕ زوٗزتہٕ دِنس کُن لگمتۍ۔ کینہہ چھِ کامیاب تہٕ کأتیاہ چھِنہٕ سہ چیٖم خم ہکی ہتی حاصل کٔرِتھ یُس پوٚرِ پوٚرٕ دٔہرِس کھہِ ہے۔ یمہِ کینہہ شار کرُن حتّی الامکان نوِ غزل ہنٛز نمایندگی تہٕ یم چھِ مُختلف رنگ، وزن تہٕ موٗل تُل ہاوان۔

- صبحچہ پرٕ تھ گرٕتھہِ اکھ شرٕر شایہ
  أتھہِ نیوٗن ٹوٗرِ رٕس نالس کُن (ناظم)

- ییٚلہِ وِ تیٚلہِ روزٕ وہ پرٕ ژھایہِ وِلس
  نظرِ زأنٛہہ پان سُپنُن آونہٕ یتھ شہرس منٛز (کامل)

- شیٖشہِ خانس منٛز ہہتھ چھُکھ کٔم تُلان
  کأنٛشہِ ہٮ۪چھٕنے پانٛسے ہٮ۪چھ کر رحم (فراق)

- چھوٚکل یہ ژٕہہ یہ بٔنے پرٕ ژھوون، نہ داوِ سرایہِ نہ وٹھن کرِو
  أنہِوأچھوِے چھُ منٛے ہرنس شبس کٕرُن سحر آخر (راہی)

- ترٕژھ تیٖر یوان آسس زِرتھ شیٖشِٹھ سے رگن منٛز!
  اکھ پرأنی چیٖٹھِ ہیاچ أنی ییتھن دارِ مٔرم راتھ (عازم)

- ہیٖرِ گوٚو کھٔس تہٕ دل ہیوٚتن راوُن!!
  ژھایہِ ہش گٔیہ تہٕ ژانگر ہیوٚت کھوژُن (آفاقی)

- یتھ زمانس وَنان قیامت چھکھ
  بےقلی پانہٕ چھکھ قیامت ہِش (ناجی)

- وُنہِ تہٕ اوسُم بِکھے وَچھس وُشنیر!
  دِہ چھِہ لرٕوُنہِ تہٕ اوس نار دٔزان (مشعل)

یہ چھُ اکھ کاروان یُس زَن پننِہ احساسات اَنٛدی پکھ کیٛو نشانو تہٕ علامژن ہٕنٛز زٕیو باوُن یٔژھان چھُ۔

اَز کِہ وقتن چھُ نوو آوازو تہٕ مُظاہرو ڈٕسی انسانہٕ سُنٛد حِس آوُرمت۔ یمن ہٕنٛدِ ذٔریعہ کٔھنٛہٕ تہٕ چیز انسانہٕ ہندِس حِسَس بدس گٔمتہٕ یم دٔور آسی۔ ڈُچھتو دریاو، بال، آفتاب تہٕ پہاڑ بیتر لفظ چھُ اَنٛو رمزی یا علامتی انداز ہٕتھ ورتاونہٕ آمتی سو

- آبہٕ دریاو چھینس قطرٕ نہٕ رٲکھِتھ راجَس
  لاشہٕ اَنٛبار کھٔنس کاو نہٕ سِتھ شہرس مَنٛز (کامل)
- ناربالَس کھنٛگر ترٛاساں ہوِی آسِہ
  کرٕنٛز قبرن اَنٛدر اَساں ہوی آسہ (راہی)
- شبگ پہاڑ ژٹن واڈِ سرِیہ لوٗبنہٕ وٕنیکُت تام
  ڈُھکُ لاشہٕ پٹُن وول لوٗگ بلایہ نصف راتُھ (راز)
- تہہ دار ژنگ ژوعایہ لبوان آفتاب اوس پرٛتھ کانٛہہ سلیٹ ہیش کراں کُن جوب اوس (شوق)

یمہٕ کٔینہٕ مثالہٕ چھےٚ نوِ تہٕ جدید غزلہٕ ہٕنٛدِ لہجُک نشاندہی کران تہٕ امکِ روہ رکارٕ ہٕ ڈٔنی راونس اَتھ روٗٹ کران۔ یِتھ روٗدِ یمن ترٛہن دہے ترٛہن ؤرین مَنٛز دہرس کھسن واجِنی غزلِ تہٕ تمیُک بارٕڑ تہٕ وُسعت تہٕ جدید اوصاف وَنہٕ کرٕنہٕ خاطر گرٕتھ یتھ دورس پیٹھ الگ مفصّل بحث کرنہٕ یِن۔ مےٚ کوٗر پیش خار مَنٛز موٹھا نمونہٕ۔ یہ چھےٚ اکھ مانِنہٕ آمژ حقیقت زِ یتھ دورس مَنٛز چھُ غزلہٕ ہٕنٛدٕ تہٕ غزل گو شاعرن ہُنٛد اتھر سٹھاہ وسیع تہٕ اَتھ کُن چھُ بھرپوٗر توجہ دِتھ لیکھُن وقتُک ضرورت

نشاط انصاری

# کاشُر کلچر تہٕ سانہِ ادبی تنظیمہٕ

ستھ اٹھ شتھ وُری واَنسٕٹھ کاشُر زبانہِ ہُنٛز ترقی باپتھ ہیٚژن ژمہ وقتہٕ پیٚٹھٕ مُثبت کوشِشہٕ سیٚدنہٕ ییٚمہِ وقتہٕ مہاراجہ ہری سنگھنس دورِ حکومتس اندر سیاسی جدوجہد بیتہٕ ہڑتالن تہٕ گلانسی کمیشن چین سفارشن تحت دُرستس ریاستس ۱۹۳۲ئیس منٛز پریس تہٕ پلیٹ فارم آزادی دِنہٕ آیہٕ۔ یہٕ اوس کشیرِ اندر تحریک آزادی ہُند ابتدایی دور۔ اَتھ دوران ییٚنہٕ ریاستس منٛز سیاسی تحریک مُستحکم سپٕز، اَتہِ لجہٕ تمام وادی خاص کر شہرِ خاصس اندر تہذیبی تہٕ کلچرل تحریکہٕ شروع سیٚدنہٕ۔ اَمہِ حوالہٕ ییٚہٕ وادی اندر غار سرکاری تنظیمیٚن ہندِ قایم سپٕدہٕ تِک زمانہٕ ۱۹۳۲ئ پیٚٹھے گنٛزراونہٕ۔ چنانچہ چھُہ پریم ناتھ بزاز سُند ہفتہ وار وِتستا ناوہِنس قابِل ییٚمہِ کہِ ذریعہٕ ۱۹۳۲ئ کیت کاشُر زبانہِ تہٕ کشیرِ ہندِ تہذیب و تمدن کہِ پھانپھلنہٕ باپتھ وِتستا اخبارُک اَکھ حصہٕ وقف کرنہٕ آو۔ اَمے رِسالہٕ کنہِ آو البقول موتی لال ساقی (مہجور تہٕ آزاد لوکن برونہہ کُن۔ یہٕ اخبار رُود ۱۹۳۵ئ تام شایع سپدان تہٕ کورُن پننہِ مقدورٕ مطابق کاشُر زبانہِ ہند باپتھ اَکھ خاص رول ادا۔

بیاکھ کوشش سپٕز سرینگر شہرس اندر عیسایی مِشنری ہندِ طرفہٕ

تمہِ وقتہٕ، ییلہِ کرالہ یار تہٕ دروگجن کِہن شفاخانن اندر بیمارن ہندِ باپتھ اکھ کلی چھاپ اخبار دراو۔ یہِ اخبار اوس کُنہِ غار سرکأری تنظیمہِ ہندِ طرفہٕ کأشُر زبأنۍ ہنٛز ترقی باپتھ اکھ ابتدأیی قدم۔ یہِ اخبار روٗد تیتِس کالس شایع سپدان، یوٗنانی ڈاکٹرن تہٕ ڈاکٹرِ ارن زنٛدٕ روٗدی۔ صوفی غلام محمد چھِ اَتھ مُتلق رقمطراز:۔

"عیسأیی مشنری ہٕنٛد یہِ قدم یوٗدوے لوٗگہٕ کُنہِ اَنٛدس، مگر اَمہِ ستیٚ لوٗگ کأشرِ زبأنۍ منٛز صحافتس کُن"۔ ڈاکٹر مشعل سلطانپوری پوری سُند گُف چھُہ زِ۔ "مہاراجہ پرتاپ سنگھنس دورس مَنٛز کوڈ محمد کلی رفیقی یَن گاشہٕ تارُکھ ناوٕ اخبار"۔ رفیقی سٕنٛز یہ کوشش ییہِ انفرأدی نوعیچ ماننہٕ۔

غلام احمد مہجور سٕنٛز ذأتی کوششو ستیٚ آو کأشرِ زبأنۍ ترقی دِنہٕ کہٕ غرضے گوڈنیُک ہفتہٕ وار اخبار گاش ناوٕ کڈنہٕ۔ امیُک ابتدأیی پرچہ سپُد ۱۲ ساون ۱۹۹۷ء بکرمی (۱۳ مئی ۱۹۴۰ء) محمد امین ابن مہجور سُندِس ادارتس مَنٛز شایع۔ ۲۴ ہفتن اندر درایہِ اَمہِ اخبارُک فقط ژور شُمارٕ۔ آخری شُمارٕ اوس ۱۲ نومبر ۱۹۴۰ءیُک تہٕ امہِ پتہٕ سپُد یہِ اخبارے بند۔ یہِ اخبار کیاز آو بند کرنہٕ تہٕ چھُنہٕ کُنہِ جایہِ تہٕ لیکھنہٕ آمُت۔ تاہم وَنہٕ یہ یِہ زِ مہجور آسنہٕ امیُک مالی دباو برداشت کرِتھ ہیوٚکمُت تہٕ عوام کہٕ طرفہٕ آسہٕ ہس نہٕ اشتراک حاصل سپُدمُت۔ مہجورن دیُت پننہٕ اَمہِ اخبارہٕ ستیٚ کأشرِ زبأنۍ خأطرٕ خاہ دوٚدھہِ بوٚتہٕ کیشہٕ کرنچ ابتدأیی تحریک۔

مہجورنہٕ گاش اخبارہٕ پتہٕ سپُز بیاکھ انفرأدی کوشش اخبار اَپ لفٹاکہِ ذریعہ۔ یہِ اخبار اوس خواجہ عمر بٹ سُندِس ادارتس مَنٛز شایع سپدان۔ تمہِ کِس سرورقس پیٹھ آس اکھ مُستقل سوٗرخی "ہمہِ پیوٚمُت تھوٗدُ ٹلن"۔

اپ لفٹ اخبار کہ اَمہ کأشر جُملہ تلہٕ چھپے باوتھ سپدان زیٚہ اوس کأشرِ ہن اندر کأشرِ زبان پانہٕ ناوٕنگ احساس پأدٕ کرنہٕ خأطرٕ اکھ مُثبت قدم۔

۱۹۴۹ء منز سپُد سرینگر شہرس منز کلچرل فرنٹ قایم تہٕ اَمہٕ تنظیم طرفہٕ جأری کرنہٕ آمتس کوٚنگ پوشس رسالس اندر آیہٕ جدید تہٕ انقلأبی طرزٕچہٕ نظمہٕ، غزلہٕ، افسانہٕ تہٕ ڈراما بیترِ لکھنہٕ بڑونہہ کُن انہٕ چہٕ کوشش تیز کرنہٕ تہٕ یہٕ رسالہٕ آو کلہم پأٹھی کأشرِ زبأنِ ہندے باپتھ وقف تھاونہٕ۔ پریم ناتھ پردیسی سُند ڈراما "قدٕ گوٚ جوأری" دینا ناتھ نادم سُند "جوأبی کارڈ" تہٕ سوم ناتھ زتشی سُند "پیلہٕ پھوٚل گاش" افسانہٕ آو اُتھی رسالس منز گوڈنچہٕ لٹہٕ چھاپنہٕ۔ ترجمہٕ کرنہٕ آمتی قلم پارٕ تہٕ آیہٕ گوڈنیتھے اَمے کوٚنگ پوشکہ ذریعہٕ منظرِ عامس پیٹھ انہٕ۔ پروفیسر حاجنی چھہ اَتھ کتھ کران وَنان:—

"کأشرِس نظمس تہٕ نثرس آیہٕ جدید ترقی پسندن ہنز وتھ کوٚنگ پوشس رسالس منز ہاونہٕ۔"

کلچرل فرنٹ تنظیمہٕ ہُند سرپرست اوس دینا ناتھ نادم تہٕ نور محمد روشن تہٕ سوم ناتھ زُتشی آسی اَمہ کہ ایڈیٹوریل بورڈکی ممبر۔ مہجور، ماسٹر زندہ کوٗل، دینا ناتھ نادم، نور محمد روشن، رحمان راہی، پی این پُشپ، امین کامل، عزیز ہارون، حبیب کامران تہٕ عارف آسی کوٚنگ پوشکی مُستقل لِکھأری۔ ۱۹۵۱ء منز گوٚ کوٚنگ پوش بند، مگر ۱۹۵۵ء اندر آو نوٚ سرٕ شروع کرنہٕ۔ اَتھ دوٚیمس دورس منز اوس کوٚنگ پوش آل سٹیٹ کلچرل کانفرنسک ترجمان۔ کلچرل فرنٹُک دفتر اوس نمأیش گاہ تہٕ کلچرل کانفرنسک رأیل ہوٹل ریگل چوک کِس ہیٚرِ مس

پورس پیٹھ۔ ہم کال دوہ کُ ستتھ شیٹھ وُری وآنس ہندی قلمکار آسی کونگ پوش
رسالس ستی سیٔد سیود وابستہٕ

کاٗری تنظیمی سطحس پیٹھ آیہ تھکی لایق کوشش ۱۹۵۲ء اندر
بزم ادب کشمیر کہ قیامہ پتہٕ کرنہٕ۔ اتھ انجمنس تحت آو نومبر ۱۹۵۲ء کیٛت گلریز رسالہٕ
اجرا کرنہٕ، یتھ اندر اکھ حصہٕ کاشر زبانٕی ہندین تخلیقاتن ہندِ باپتھ مخصوص اوس۔
اَمہٕ بزمکی سربراہ آسی مرزا عارف تہٕ امین کامل۔ پرنٹر پبلشر اوسُس محمد صدیق
کبروی۔ گلریز رسالہ ذریعہٕ سپٕز کاشر زبانٕی ہندی تحقیقی، تنقیدی مقالات تہٕ منظومات
عوامس تام واتناونہٕ باپتھ وَتہٕ دُسوار۔ اَتھی رسالس اندر آو پروفیسر حاجنی
سُند ڈراما، گریسی سُند گرہٕ تہٕ میر سید علی ہمدانی سُندہ چہل اسرارُک ترجمہ (ازولی
اللہ متو) شایع کرنہٕ۔ کاشرِ زبانٕی ہندین تمہٕ وقتہٕ کین نوآموز شاعرن ہنزن منظوم
تخلیقاتن ہند ابلاغ و ترسیل تہٕ سپُد امے رسالہٕ ستی۔ کینژن گمنام شاعرن
ہنز بازیافت تہٕ آیہ گلریز رسالہ ذریعہ کرنہٕ۔ اننت ناگ علاقس اندر اکس
گُزرٕ ہٕ وآلِس گونماتھ سندی یمہٕ ہوی شعر تہٕ آیہ نُنٕہ رواونہٕ ؎

دُرکی گاشن تماشن دِژ ذرکی مے
فُرکی دِتھ کرٕ فرقِ شاہِ ترکی مے

کینژو وُجوہاتو تہٕ باہمی نزاع کِنی سپُد گلریزِ رسالہ جولائی ۱۹۵۵ء کیٛت بند۔
مے پرٕژھ اتھ متلق اکِہ دوہہ کامل صابس زِ گلریز رسالہ کیازِ گو جان کارکردگی
ہاونہٕ باوجود بند، تمو لیوٚکھ توٚہ۔

"گلریز دراو نومبر ۱۹۵۵ء تہٕ ستمبر اکتوبر ۱۹۶۲ء گو بند۔ گلریز گو

بند تکیاز عارف صابن کور بند تہ بس، باقی چھُ سہ کافی          مجبر بازہ۔ چون گژھس

دُبارہ خط لیکھُن زِ حضرت تحریری ثبوت یُس تو ہے نش چھُ، تمیچ فوٹوسٹیٹ کاپی

گژھیم ضرور سوزنٕی"[1]۔

اَتھی کتھِ متلق لیوکھ مے مرزا عارف صابس تہٕ ۹۳ہٕ خط زِ کشیری

بزم ادب کہ ایڈیٹوریل بورڈ نشہ کیاز سپدی پروفیسر حاجنی الگ۔ تموٗ یُس جواب

تحریری طور تور دیُت، تمہ اندر چھِ ہنٛد بیان۔

"گلریز مرحوم کے ترتیب کاروں میں امین کامل کے علاوہ محمد

امین کچھ، ڈاکٹر عزیز احمد مرحوم، پروفیسر حاجنی مرحوم، غلام نبی خیال شامل

رہے ہیں۔ حاجنی صاحب کے دلوں میں اسکی علمی وادبی شان دوبالا ہوئی۔

ہاں رسالہ کا انجام بخیر کیسے ہوا اس کا تحریری ثبوت اب بھی میرے پاس موجود

ہے"[2]۔

مے منیچہ یہ اَمہ پتہٕ عارف صابس تمہٕ تحریرچ کاپی، مگر زانان خدا

زِ تموکیا مصلحت زانتھ کرٕ توارٕ ژھوپہٕ۔ گلریز بند گژھنک چھُ بیاکھ وجہ

یہ زِ عارف صابس تہٕ پروفیسر حاجنی یَس درمیان سپدی اختلافات پاد ییمہِ

ٹاس رسالس پیٹھ پیو۔ اَتھ متلق چھُ عارف صابن سُہ خط تہٕ دلچسپ یُس تموٗ

تنہا انصاری مرحومس تمہِ نے اَیامَن اندر لیوکھمت اوس تہٕ یُس پروفیسر حاجنی

گلریز رسالک رُوحِ روان اوس، سُہ سپُد اَمہ نشہِ علاحدہ تہٕ اَمہ مخالف۔ کینہہ چھِ

---

[1] ۔ مکتوب کامل مطبوعہ "چھِ مہ میانہ ناد" مؤلفہ نشاط انصاری

[2] ۔ مکتوب عارف مطبوعہ حرف خوب مؤلفہ نشاط انصاری۔

ونان زِ اَمی کِہن پکہِ ناوِن والِہن چھپٹ اَرِچ آمدنی باگرنس منز پانہٕ واَنۍ گگر۔ مگر پتہٕ دراو دُبارٕ ۱۹۶۰ ہس منز نوٚو سر۔ اَمہِ وقتہٕ آسۍ اَمِکۍ ترتیب کار مرزا عارف، غلام نبی خیال تہٕ مرزا حبیب الحسن۔ زٕ ژور شمارٕ شایع سپدِتھ گو یہِ دوٚیم گلریز تہٕ ہمیشہ خاطرٕ بند۔

اُتھی دورس منز آس دہلی اندر بزمِ ادب کاشُر زبانۍ ہنز ترقی باپتھ معرضِ وجود اَنِنہٕ آمٕژ۔ اَمہِ بزمہِ ہند طرفہٕ آیاو نندلال بریڈو سندس اِدارتس منز "ہیمپوش" رسالہ اِجرا کرنہٕ یُس اردو، ہندی تہٕ کاشُر زبانۍ ہندِ ترٛین حصن پیٹھ مشتمل اوس۔ اتھ رسالس اندر آسۍ وادی ہندِ قلمکارن تہٕ تمن کاشرِن لکھارِن ہندی منثور تہٕ منظوم تخلیقات شایع سپدان، یِم ۱۹۴۷ء برونٹھ یا تمہِ پتہٕ دہلی تہٕ مُلکہٕ چین ہِیَن جاین مُلازمت کرنہٕ کِنۍ منتقل آسۍ سپدۍ متۍ۔ یہِ تہٕ گو پتہٕ مالی حالاتو کنۍ بند۔

شمبوناتھ بٹ حلیم سُند مکتوبی گُف چھُ زِ ۱۹۵۷ء اندر آیہٕ دہلی منز کاشرِ بٹہٕ برادری ہنز اکھ ادبی تنظیم قایِم کرنہٕ یمیُک مُدا مقصد کاشُر زبانۍ اندر لیکھنہٕ یِنہٕ واَنۍ تخلیقات عام لُکن تام واتنہٕ ناوِنۍ اوس۔ اَمہِ غرضہٕ آو کاشُر سماچار رسالہ اجرا کرنہٕ یُس حلیم سِندِ دعوی مطابق اَز تہٕ نیران چھُ۔ یہِ جریدہ چھُ انگریزی، ہندی تہٕ کاشُر زبانۍ ہُند اکھ مخلوط رسالہ تہٕ اَمیُک کوٚشُر حصہ چھُ فارسی رسم خط بجایہ دیوناگری رسم خطس منز چھاپنہٕ یوان۔ حلیم سُندوٚنۍ چھُ زِ سماچار جریدہ چھُ ۲۹ ورِی برونٹھہ کشیر پیٹھ نقلِ مکانی کرن والِہن کاشرِن ہنز زبان تہٕ ادب زندہ تہٕ برونٹھہ کُن پکہٕ ناونس منز اہم رول ادا کران۔ اَمِکۍ کیٛنہٕ گراکھ چھِ یوٗرپی

مُلکن اندر مُقیم سپدی متھ۔

موتی لال ساقی چھ وَنان زِ دیوناگری خطس منز یم کاشر جریدٕ وادی نِبر چھپان چھِ، تِمو منز چھِ ہلہ ٹار جِھیے، وِلتا کلکتہ، سُندر وانی چندی گڈھ، چِنارِ کا الہ آباد، کوشر سماچار دہلی قابلِ ذکر رسالہٕ۔ دِیان کنیڈا پیٹھ تہٕ چھ کشمیر ناوِ اکھ رسالہٕ انگریزی زبانی منز شایع سپدان۔

حلقۂ ادب خانیار سرینگر سپُد ۱۹۵۵ء اندر قایم۔ اَمہ تنظیمہِ ہُند منشور اوس کاشر زبان ترقی ہنز وَتہِ لاگنی، مگر یہ تنظیم آس مُشاعرہ کرنس تام ہتھے محدود۔ اَمہِ حلقہٕ طرفہٕ آو نہٕ کانہہ رِسالہٕ اجرا کرنہٕ۔

بیاکھ ادبی تنظیم آل کشمیر کلچرل سوسائٹی آیہ ۱۹۶۳ء منز قایم کرنہٕ۔ اکھ اوس غلام رسول حسرت گڈھا آرگنایزر تہٕ مخمور بدخشی سیکریٹری۔ یہ تنظیم تہِ روز مشاعرہ کرنس تام ہتھے محدود۔ اَمہِ پتہٕ سپز کشمیر کونسل آف ہسٹاریکل ریسرچ تنظیم ۱۹۶۴ء منز قایم۔ ایس اے ایس قادری اوس اَمہِ تنظیمہِ ہُند سرپرست تہٕ فدا محمد حسنین صدر، ڈاکٹر عبدالاحد سیکریٹری تہٕ ریاض پنجابی، محمد زمان آزردہ بیتر آسی اَکھی ممبر۔ مگر اَمہ تنظیمہِ تہِ ژُیت آخر کارہ دم تہٕ روُدُس ناوٕ یوت باقی۔

کاشر زبانی ہِند ترویجہِ باپتھ آیہِ بیاکھ انفرادی کوشش غلام نبی خیال ہِندی ذٔسی ۱۹۵۵ء کرنہٕ، ییلہ تِمی ہفتہ وار اخبارِ وطن سٕتھے چکہٕ چاوِ سان کوڈ۔ وطنہٕ کِس گوڈنکس شمارس اندر یِمن خیالاتن ہُند اظہار خیالن کوٚر تمیُک متن چھُ۔

"کاشُر زبان چھےٚ کاشِر قوم کہِ وُجوٗدُک اکھ ٹاکارٕ ثبوت. سون قوم تمدن رنگی بڑونہہ پکہٕ ناوُنس منٛز یُس حِصہٕ زبانہِ ادا چھُ کورمُت، تتھ چھُ تاریخ گواہ. بدقسمتی کِنۍ اگرچہ یہ زبان پتِمہ اَرٕدہ ہوٗرِ وُرِی پیٹھٕ سیاسی حالاتن ہنٛز شِکار رٕوز سیدان تہٕ اَز تہِ چھےٚ یہ کُسی ہندس عالمس منٛز پیٚٹھ، مگر یہ چھےٚ توتہٕ زنٛدٕ. تہِ کیازِ اَتھ منٛز چھُ زنٛدٕ روزنُک تہٕ ترقی کرنُک قوت موجوٗد، نَتہٕ چھےٚ تاریخی انقلابن ستۍ زبانہِ تہٕ مران، یِمن ہُنٛد باقی روزُن سکت چھےٚ آسان. کشیر آس ہتہٕ بدہن وُرین غولام مگر کاشِر زبان ہیٚچ نہٕ محکومی ہندِ غلبیچ شِکار سپدِتھ. تِمہِ ساتہٕ تہِ رُوز یہ زبان زندگی تہٕ موتس درمیان پنُن دَم کڈان. زندگی لَب فتح تہٕ ساًنۍ زبان رُوز موجوٗد. اَز تہِ چھےٚ یہ ساًنۍ ذِمہ داری زِ اَسی کرو اَتھ خدمت تہٕ واتہٕ ناوُن عروجس. یہ چھُ سون قومی فرض تہٕ کیازِ کانٛہہ قوم ہیکہٕ نہٕ تیتِس کالس مُہذب بنِتھ، یوتاًن نہٕ تمیٚچ زبان پایہٕ پرِ واتہٕ پھولان آسہِ." امہِ اخبارُک درایہٕ کینٛہہ ماًرۍ مُنٛدۍ نمبر تہٕ، مگر ۱۹۶۷ء گوٚو یہ ہفتہ وار اخبار اچانک بنٛد تہٕ پانٛس یتھ کٔنۍ کھوٚوٗن پنُن ناوِ یوت نہٕ زنٛدٕ. خیال صابس اوس خیال زِ وطن شایع کرنہٕ یتہٕ دِنہٕ تمام کاشِری تمِس اَتھہ بنٛدِت تہٕ ساًنۍ امداد تہٕ روزان کران. مگر تسنٛد سوٗنچُن تہٕ ییٚژھن گوٚو نہٕ پوٗرٕ لہٰذا اَژ تمۍ بیاکھ وتھ تہٕ وطن ییوٚو لیہٕ تالِس. دوٚیِم خاص کتھ چھےٚ یہ زِ خیالس اوس توقع زِ یہ اخبار چھاپنہٕ ستۍ بنہِ سُہ لوٗڈ ہیٚنو مگر تہِ سپُد نہٕ.[1]

کشمیر کلچرل لیگ آیہِ ۱۹۶۰ء اندر قایِم کرنہٕ. امیُک مقصد تہِ اوس کاشِرِ زبانہِ ترقی دِنۍ. اَتھ اوس مرزا عارف صدر تہٕ محمد یٰسین منظر، عبدالغفار مجبور

---

[1]: اَسہِ چھےٚ اَتھ کتھِ ستۍ اتفاق تہٕ نہٕ چھےٚ کاًنٛسہِ ہندِس نیتس پیٹھ شکھ. (ادارٕ)

محمد زمان آزردہ، عبدالحق برق، پروفیسر حاجنی، پی این کول سائیل تہٕ پی این دٕر فالی آسی اَمکی ممبر۔ لۆو کلام ناوٕ رسالہ اوس اَمہِ تنظیمہٕ ہُند جریدٕ، ییمیک اَکُے شمارٕ شایع سپد بتہٕ یہِ تنظیم تہٕ موکلیایہ تہٕ سُہ رسالہ تہٕ۔

کاشُر بزم ادب تنظیم سپز ۱۹۶۶ء غلام رسول سنتوش سٕنز سربراہی منز قایم۔ محمد امین کامل، علی محمد لون، مکھن لال صراف، آرٹسٹ صادق، بنسی نردوش۔ محمد یوسف ٹینگ، اوتار کرشن رہبر، فاروق نازکی، حسرت گڈھا، فرحت گیلانی، چمن لال چمن تہٕ سجود سیلانی آسی اتھ انجمنس ستی وابستہ۔ کوشُر ادب جریدٕ اوس اَمہِ انجمنک آفیشل آرگن۔ یہِ رسالہ رُود ۱۹۶۷ء تام دم دِی دِی نیران تہٕ بالآخر سُپد ہمیشہ خاطرٕ بند۔ کاشُر ادب بند گژھنک وجہ بیان کران چھُ کامل وَنان۔

"کاشُر ادب دراو اکتوبر ۶۶ء تہٕ ۶۷ء سپد ہمیشہ خاطرٕ بند۔ ہمیشہ خاطرٕ وونم اَوٕ کنہ زِ یہِ اوس گوڈٕ پیٹھے بند گژھی گژھی نیران۔ اکھ زٕ شمارٕ آسہ پان ہاوان تہٕ پتہٕ ترٕیٚن ژٕٚون شمارن ژھیچھ ہوان۔ وجہ یہِ زِ سنتوش صاب ریمن یہِ رسالہ حوالہ اوس کران۔ تم آسِس گنڈٕ باشہ کران تمن کتیک پنُن رسالہ اوس"[۱]

کاشُر زبانی ہندِ احیا باپتھ سپز بیاکھ انفرادی کوشش کامل صابنہ دٕسی، ییلہِ تمو ۱۹۶۸ء منز نیب رسالہ شایع کوٚر۔ یہِ اوس گوڈٕ گوڈٕ ترےٚ ریتہٕ وار تہٕ پتہٕ دُریتہٕ وار۔ اَمہِ جریدک ادارہ یہِ اوس ہٕنہ دۆ ناوٕ چھپان۔ کہوچہ، سام

---

[۱]: مکتوب کامل مطبوعہ چھٕہ میانہ ناوٕ مؤلفہ نشاط انصاری

خبر نامہٕ، راے ترٛاے، ژۄدک موٗدُر، زِنتہٕ زۄٗل بیتر آسی نیب رسالکی مخصوٗص عنوانات۔ کٲشیر ہندِس شاندار بیتھ کالس تہٕ اَچھہِ ازلی خوبصورتی متلق چھُ کٲمل سُند واحد قصید نیب کِس کِہیٚمِس شمارس مَنٛز شایع کرنہٕ آمُت۔ یُس اکھ تیتھ قصید چھُ یُس نہٕ کٲنٛسہِ پادشاہ یا حکمران ہندِ بابتھ لیکھنہٕ چھُ آمُت، بلکہِ چھُ ماجہِ کٲشیر ہندِس بجرس نذر آمُت کرنہٕ۔ اکہٕ رسالس اوس ایڈیٹر انیس الرحمان تہٕ فاروق مسعودی تہٕ فاطمہ محبوبہ آسس ترتیب کار۔ ڈاکٹر مشعل سلطانپوری سُند گف چھُ زِ نیب چھُ سہٕ واحد رسالہٕ، ییمہِ کِہ ذریعہٕ کٲمل صٲبن کوشر نظم کیو نشر نوٚن سرحدن ہنٛز ترٛیش چاونوو۔ اَمِکی دراہ کِل بِل سٲداہ شُمارہٕ تہٕ اکتوبر ۱۹۷۱ء گو ہمیشہ باپتھ بند۔ ییمُک وجہ بیان کرِتھ کٲمل چھُ ونان۔ "رسالہ بند گژھنُک بوڈ وجہ سپد اَمِیُک خسارس کُن گژھُن الغرض اوس نہٕ کانٛہہ مٲلی مدد کران ہرگاہ کانٛہہ کرِہس تیٚلہِ کیا گیاو، سہٕ کونہٕ آسہے ابلیس ترِ تہٕ زبانی تہٕ واتہٕ ہے فایدہ۔"[1]

اَمے وٗری یہِ آو اننت ناگ قصبس مَنٛز کوشر کلچرل فورم وجوٗدس، ییمہِ کِہ طرفہٕ زاہد نذیر احمد ہندِس ادارتس مَنٛز آش ناوُک رسالہٕ شایع سپُد۔ یہِ اوس اکھ تنقیدی تہٕ تحقیقی جریدہٕ۔ ایڈیٹر اوسُس ڈاکٹر شفیع شوق تہٕ ڈاکٹر گلشن مجید۔ اَمِیُک ژوٗریُم تہٕ پیٚنٛژیُم شمارہٕ آو نومبر ۱۹۷۵ء اندر بزم ادب کاپرن طرفہٕ اجرا کرنہٕ۔ ناجی منور اوس تمِیُک نگران تہٕ گلشن مجید ترتیب کار مگر یہِ تہٕ گو یہِ رسالہٕ ترِ بند، وجہ صرف پانہٕ وٲنی کھٲرِ سِل ووتھنہٕ۔

بنڈ پورہِ آیہِ سمن بَل تنظیم ۱۹۶۹ء بناونہٕ۔ اَمِکی بٲنی کار آسی

---

[1] مکتوب کٲمل مطبوعہ چیٹھ میانہِ ناوِ مؤلف نشاط انصاری۔

غلام نبی گوہر، ڈاکٹر رشید نازکی، غلام نبی شاکر تہٕ محی الدین گوہر۔ اَمہٕ تنظیمہٕ ہنٛدِ طرفہٕ آو سمن بل جریدٕ شایع کرنہٕ، یتھ اندر معیاری ادبی تہٕ علمی مضمون چھاپنہٕ آسی یوان، مگر فقط ترٛے شمارٕ شایع سپدنہٕ پتہٕ گوٚو رسالہٕ تہٕ بند تہٕ تنظیم تہٕ وٲتٕ انٛد۔

اَمہٕ کہٕ بند گژھنک خاص وجہ چھُ یہٕ زِ اَمکی چلاون وٲلی آسہ نہٕ بنڈپورٕ کی بلکہِ اوس اکھ ژرارک یُس تَتہِ سب جج اوس بیاکھ شہرِ خاصُک تہٕ بیاکھ سوپورُک۔ اکھ رشید نازکی، یُس بنڈپورٕ نیک اوس، کیاہ ہیکہٕ ہا گنُنٕ زوٚن سمن بل رسالہٕ چلٲیتھ یا سوٚ تنظیم برونٛہہ کُن پکہٕ نٲیتھ تہٕ کیازِ تس آسہ نہٕ تِمن دوہن اَتھ رسالس کٲشر مواد فراہم کرنس تہٕ مٲلی امداد دنہٕ باپتھ لکھاہن ہُند افرٲدی قوت بہم۔

کرٕوہن کلچرل فورم کریری سیٚد مرحوم منظور ہاشمی سٕنز وٲتی کوٗشِشو ستی ۱۹۷۰ء قایم۔ یہ تنظیم چھےٚ کریری، تلگام، کھیوہ مقام، دردٕپورہ تہٕ وٹرگام کین ادیبن تہٕ شاعرن ہیٚنٛدٕ مُشتمل۔ اَمہٕ کہٕ طرفہٕ آو ۱۹۷۲ء انہار ادبی رسالہٕ شایع کرنہٕ، یُس وُنہٕ تہٕ شایع چھُ سپدان۔ اَمہٕ رسالکی تحقیق نمبر، ترجمہ نمبر غزل نمبر، شہیدِ کربلا نمبر، تہٕ مناجات نمبر چھ کٲشر زبٲنی ہنٛز یا پرجٲنی ہنٛدی غمٲز۔

ادبی مرکز کمراز س ستی والبتہٕ ڈوڈ درجن ادبی انجمنو مٕنز چھ کرٕوہن کلچرل فورم ثقافتی تہٕ ادبی رسالہٕ چھاپنس مٕنز گوڈنیک انجمن۔ اَمہٕ تنظیمہٕ ستی آیہٕ اَمہٕ علاقہٕ کین نوآموز شاعرن حوصلہ افزٲیی کرنہٕ تہٕ کینژن گُمنام گوٚمتن ہُند کلام آو بدٕ کڈنہٕ۔

وادی کشمیر چھو دٕہیمو ادبی تہٕ ثقافتی تنظیمو مٕنز چھےٚ ادبی مرکز کمراز سوٚ واحد تنظیم، یوسہٕ ترٛین ژوٚن ضلعن یعنے بارہ مولا، کپوارہ، بڈگام تہٕ سرینگرچین

ارد ہَن ادبی انجمنن کوّم چھپے کرِتھ۔ یہ چھےٚ ریاستس منٛز گہ ڈیٚژ وفاقی طرزِچ تنظیم یوسہ مرحوم پروفیسر محی الدین حاجنی سنٛز نگرانی تہ سرپرستی منٛز ۱۹۷۲ء اندر قایم سپز۔ اتھ ستی چھہ حلقۂ ادب حاجن، دایرۂ ادب دلنہ، کلچرل فورم کریری، حصارِ ادب لچھوامقام، تحریک ادب سوپور، رفیع آباد ادبی مرکز، کاروان ادب (دب اگاندریل) جہلم بزم ادب نایدکھے، دیارہ ادب بانگل، بزم فن بانگل، گلشن کلچرل فورم بدرن گام، بزم ادب کانہ ہامہ، کلچرل ٹرسٹ کپوارہ، شہباز کلچرل ٹرسٹ ہندواڑہ، کہی پورہ ٹرسٹ اینڈ ویلفیر فورم، بزم روحانیت سوپور، مرکز ادب و ثقافت سوپور، انجمن ارباب ذوق بارہ مولا، حلقہ یاران بارہ مولا تہ تحریک ادب بانڈی پورہ وابستہٕ۔ ادبی مرکز کمراز طرفہٕ آیہ ۱۹۷۳ء پیٹھہٕ ۱۹۹۷ء تام اَرداہ دُروزٕ کاشُر سالانہ کانفرنسہٕ کپوارہ، وِرمُل تہ بڈگام ضلعہٕچن کینٛژن مرکزی جاین منعقد کرنہٕ۔ کاشُر زبانہٕ ہنٛد رسم خط عام کرُن تہ نوٚپےٚ کاشُر زبانہٕ نِش واقف کرنہٕ باپتھ آیہ ادبی مرکز کمراز طرفہٕ وارِیاہ مُقابلکی انعامی امتحانات، سیمینار، سمپوزیم، کوئیز تہ مختلف موضوعاتی مشاعرہٕ کنڈکٹ کرنہٕ۔ مرکزس تحت آو مڈل، ہائی تہ ہایر سیکنڈری سکول سطحٕکین شراہَن ساسن لڑکن کاشُر زبانہٕ ہندی امتحان ہینہٕ، یمن اندر کامیاب امیدوارن اسناد تہ امتیاز پراوَن والین انعامات دِنہٕ آیہ۔ اَمہ بانٛڈوٕ دار ادبی تنظیمہِ طرفہٕ آو ۱۹۷۳ء منٛز مشاہیر کمراز ناوٕ اکھ ادبی، تحقیقی تہ تنقیدی رسالہ مشاہیر کمراز اجرا کرنہٕ تہ اَمہ کین گوڈنکین ترٛہن شمارن اندر رسیدی کمرانہ علاقہٕکین رزمیہ تہ بزمیہ مثنوی نگارن، صوفی شاعرن، کلاسیکی مرثیہ نگارن، نعت گو شاعرن، عالمن، فاضلن، مشایخن، رئیسن تہ خوش نویسن متلق تحقیقی تہ تنقیدی مقالات شایع

شاہیر کمرازٕ پتہٕ آو اُتھی رسالس پرٕ ونا و تھاوِنہٕ، ییمکی ازٕ تام اَتھ اٹھ شُمار معرضِ اشاعت اَنِنہٕ آیہٕ، ییمو منٛز مہجور نمبر، حنفی سوپوری نمبر، علی شاہ ہرل نمبر تہٕ پروفیسر حاجنی نمبر قابلِ ذکر شُمارٕ چھہٕ۔ اَمہٕ رسالکی ترتیب کار چھہٕ شُغل سلطانپوری، نشاط انصاری تہٕ محمد احسن احسنؔ۔ ادبی مرکز کمرازٕ چھے ازٕ تہٕ بیین تنظیمن مقابلہٕ سرگرمی سان رواں دواں تہٕ کاشُر زبانٕی ہنٛز ترقی باپتھ اَکھ محترک تنظیم، ییمہٕ یتھ کُن ۲۵ ؤری پوٗرٕ کٔری۔ اَمہٕ لحاظٕ چھے یہ تنظیم سو واحد ادبی جماعتھ ییمکی کارکُن پنٕنی کٲشر زبانٕی ہند باپتھ ژِرکہٕ سان کام چھہٕ کران تہٕ ذٲتی مفاد الونٛشہٕ چھہٕ بالا تہٕ باقی تنظیمن ہندی پاٹھی وُڈھ نہٕ نہٕ تہٕ ادبی مرکز کمِن ممبرٔن یا ایڈیٹوریل بورڈس پانہٕ وٲنی ٹھاس۔

حلقۂ ادب حاجن سُیہٕ ادبی مرکز کمرازٕ برونٛہہ اَکھ زٕ ؤری حاجنس اندر قایم۔ اَمیکی سرپرست آسی پروفیسر حاجنی۔ کاشرِ امتحانات کنڈکٹ کرنٕی، سمینار بُلاونی، سمپوزیم، کوئیز بیتہٕ منعقد کرنٕی چھہٕ اَمہٕ تنظیمہِ ہند منشور۔ گمنام شاعرن تہٕ گوہ نماتن ہُند کلام بدٕ کڈِتھ تہٕ کتابی صورتس منٛز اَنُن تہٕ چھہٕ امِیُک اکھ خاص پہلو۔ ووہ لرکہٕ ملرٕ ناو آتیشُل آرگن چھہٕ حلقۂ ادب حاجن طرفہٕ پابندی سان چھپان۔ وادی اندر ناسازگار سیاسی حالات رونما سپدنہٕ کنی ہیوٗک تہٕ یہ انجمن ۱۹۹۰ءٔ پیٹھہٕ ووہ لرکی ملر رسالہٕ شایع کٔرِتھ۔ تاہم ییم جریدٕ ازٕ تام چھپاونہٕ آے، تِمو منٛز چھہٕ شیخ العالم نمبر، پنداہ صدی ہجری نمبر تہٕ وہاب حاجنی نمبر تنقیدی مقالاتن پیٹھ مبنی تھکی لایُق شُمارٕ۔ اَمہٕ رسالکی ترتیب کار چھہٕ محمد احسن احسنؔ، غلام حسن تسکینؔ تہٕ عزیز حاجنی۔ گلشنِ ادب شاہ آباد ڈوٗنٛدہ پورہ (بڈگام) سُیہٕ ۱۹۷۳ءٔ قایم۔ اَمہٕ انجمنُک سرپرست چھُہ سید محمد انیس کاظمی۔ کاشرِ زبانٕی ہند احیاء باپتھ سیٚز اَمہٕ تنظیمہٕ

ہندِ طرفہٕ کأشُر ادب تہٕ مرثی نگأری، وبداکھ، ہلکی تہٕ ووٚش، ہیچ وہراتھ تہٕ کحل البصر شایع۔ یِمہٕ کتابہٕ چھےٚ کأشُر کلاسیکی مرثی ناوِنس منٛز اہم تصنیفات۔ تہٕ یہٕ انجمن چھےٚ کُنہِ انتشارہٕ وراے ازتہٕ کأم کران۔

سنہ ۱۹۷۲ کِس وٕرِ ہِس اندر سپُز کأشر زبأنۍ ہنٛز ترقی یاپٹھ موتی لال ساقی سٕنٛز سرپرستی منٛز آزاد کلچرل فورم چاڑورہ تنظیم قأیم۔ اَمہِ انجمنہٕ طرفہٕ آو اَکھ تار رسالہٕ شایع کرنہٕ مگر ژٕ شمارہٕ شایع سپدنہٕ پتہٕ گوٚو رسالہٕ تہٕ بند تہٕ تنظیم تہٕ موکلیہٕ تھمتہٕ ستی۔ جواہر لال سرور، غلام رسول جوش تہٕ نور محمد بٹ اُسی اَمہِ رسالکۍ ترتیب کار۔ ہرگہہ موتی لال ساقی ٹس اَمے علاقٕک روزن وول اوس لوٗرہٕ دلچسپی ہاوِہے یہٕ تنظیم روزِہے تیلہِ چلہٕ وِنی مگر تِمو کوٚر نہٕ سُہ رول ادا یُس تِس اداکرُن پیزِہے۔

سید میر قاسم وِزارتس دوران سپز کشیرِ منٛز گوڈنچہٕ لٹہٕ کلچرل آرگنائیزیشن تنظیم قأیم یتھ شہری تہٕ گأمی دانشورو، ادیبو تہٕ شأعرو ییٚنہٕ بھرپور اشتراک دیت۔ کأشر زبان ترقی ہنٛز وتہٕ لاگنہٕ کہِ قصدہٕ آو کلچرل آرگنائیزیشن کہِ طرفہٕ ۲۲ جنوری ۱۹۷۴ ہٕ کوشر اخبار اجرا کرنہٕ۔ ابتدأیی مرحلس پیٹھ اُس تاج بیگم رینزو اَتھ ایڈیٹر تس پتہٕ آو عبدالغفار مجبور، تہٕ آخری مرحلس پیٹھ ڈاکٹر امین تالشس اَمیُک ایڈیٹر بناونہٕ۔ ۱۹۸۲ ہٕ تامتھ دراو اَمیکہ الہ پلہٕ شیٹھ شمارہٕ۔ دوٚہ دأتھر، بالادرِ پیٹھ، وپوٚرہ سون تاریخ بیتر اُسی اَمہِ اخبارکۍ مستقل عنوانات۔

ہرگاہ یہٕ اخبار ہیتھے چھپان روزِہے، کأشر زبان آسِہے کتہٕ کور ترقی ہنٛز وتھ لبمژ، اَما یہٕ تنظیم سپز ژھوٚین ہنٛز شکار، یِمہٕ کنی یہٕ تنظیم تہٕ روز نہٕ۔ حالانکہ اُسی اَتھ ستی پروفیسر حاجنی، غلام نبی گوہر، پروفیسر رحمان راہی، پروفیسر آزردہ، محمد

یوسف ٹینگ، پروفیسر مرغوب بانہالی، معراج الدین، نشاط انصاری، رشید نازکی، مشعل سلطانپوری تہٕ شاہد بڈگامی، غلام محمد آزاد ہوی بہلہ پایہ ادیب وابستہٕ۔ مگر امہٕ تنظیمہٕ ہندۍ یم اہم رکُن آسی، تیمن سپدۍ یانہٕ وأنہٕ امہٕ کِس حساب وکتابس پیٹھ اختلافات۔ نتیجہ دراو یہ زِ امہٕ انجمنُک لُس وار یاہ سامانہٕ تہٕ فرنیچر اوس، تمہٕ تانی آو خرد برد کرنہٕ حتیٰ کہِ امیُک دفتر تام آو اکِس اہم ادیب تہٕ دانشورسندی دسی پگڑی پیٹھ دِنہٕ تہٕ کأشر زبانۍ فایدٕ واتنہٕ بدلہٕ سپُد فردن فایدٕ ہ۔ نہٕ زِ پتہٕ پیٹھ کأشر زبانۍ تہٕ وُنہٕ تہٕ چھ امہٕ انجمنُک سُہ دفتر کسٹوڈین محکمہٕ طرفہٕ کشمیر کلچرل آرگنائیزیشن کِس ناوس الاٹ۔

کأشر بزم ادب اننت ناگ تنظیم سپٕز ۱۹۷۱ھ منز قایم۔ بیین ادبی انجمنن ہنٕز دیکھا دیکھی کوٗر امہٕ تنظیمہ تہٕ پننی مادری زبان برونٹھ کُن پکنہٕ ناونہٕ کہِ ارادٕ ہ ناگہ راد جریدٕ اجرا۔ لُس گوٗ مہر سندس ادارتس منز شایع آیا وکرنہٕ، مگر امیُک اکُے شمارٕ شایع سپدنہٕ پتہٕ دراو نہٕ ناگہ راد رسالُک دوٗیم شمارٕ ازتام تھ۔ وُنہٕ چھ لیوان زِ امہٕ انجمنکۍ یم ممبران آسی، تیمن اندر اوس نہٕ یکُت تہٕ نہٕ خیالاتن ہنٕز ہم آہنگی۔ نتیجہ دراو یہ زِ انجمنے روز نہٕ کنیہ۔

دایرہ ادب دلنہ ثقافتی تنظیم بنیہٕ ۱۹۷۳ھ۔ امیُک منشور چھ کأشر زبانۍ ہندِس ثقافت تہٕ ادبس جلا دِنہٕ تہٕ زبان ترقی ہنٕز وتہٕ لاگنہٕ۔ گمنام ادیبن ہنٕز باریافت تہٕ نوٚیہٕ اندر پننہٕ مادری زبانۍ ہندِ اہمیتُک احساس یاد کرُن۔ امہٕ مقصدٕ آو دایرہ ادب کہِ طرفہٕ ۱۹۷۵ھ پیٹھ پرتو ناوُک رسالہٕ شایع کرنہٕ لُس تنہٕ پیٹھ پرٕتھ وٚری چھپان چھ یہ چھُ سُہ واحد جریدہ، لُس وادی اندر

عسکری تحریک زوٗرن پیٹھ آسہٕ باوجود ۸۹ ہس پیٹھ پیٹھے شایع روٗد سپدان۔ غزل نمبر، مہجور آزاد اکھ تقابلی مطالعہ نمبر، تنہا انصاری نمبر، رباعی نمبر، قرآن نمبر، مرثی نمبر، ترجمہ نمبر، انشائیہ نمبر، کاشر صحافت نمبر، حمدیہ نظم نمبر تہٕ ثقافت نمبر چھِ اَمکۍ قابلِ ذکر تہٕ تھٲکنۍ لایق شمارٕ۔ یہ تنظیم چھے پٔرتھ ؤرۍ یہ موضوعاتی مضمون نویسی ہندِ مقابلکۍ کاشرۍ امتحانات، سیمنار، کوئیز تہٕ مشاعرٕ منعقد کران پرتو رسالکۍ ترتیب کار چھِ نشاط انصاری تہٕ قاضی منظور۔ یہٕ تنظیم تہٕ سینرٕ وٲں ۲۴ روٗرِش تہٕ کُنہٕ اندرونی یا بیرونی رخنہٕ ورٲے چھے پننہٕ مقدورٕ مطابق کاشر زبٲنۍ ہندِ بابتھ ازتہٕ سرگرم عمل۔

بیاکھ تنظیم بزم یادگار اقبال سینز سرینگرٕ ۱۹۷۶ ہس قایم۔ اَتھ اوس مرزا عارف صدر تہٕ حکیم غلام حسین مخمور، صدرالدین مجاہد، سلطان الحق شہیدی، پروفیسر آزردہ تہٕ ڈاکٹر نذیر احمد اُسی اَمکۍ ممبر۔ مگر کمے کالہ گژھِتھ گے یہٕ تنظیم تہٕ ختم۔

مرزا ادبی سنگم تنظیم آیہ ۱۹۷۹ ہس کیت وجودس منز۔ اَمیک مُدا تہٕ اوس کاشرِ زبٲنۍ ہندِ ووٚتھ بوٚ بابتھ کام کرنۍ۔ اَتھ تحت یوٚدوے ۹۱ ہس پیٚس منزوجہ ہزار پیٹھٕ موہن لال آتش تہٕ اومکار ناتھ شبنم سنز سربراہی اندر آتش رسالہٕ چھپنہٕ لوٚگ، اما اَکے شمارٕ شایع سپدِتھ آو مرزا ادبی سنگم طرفہٕ آتش جریدٕ بدلہٕ وہتھ آگر رسالہٕ اجرا کرنہٕ، یمیُک ۱۹۸۹ تام اَٹھ شمارٕ شایع سپدۍ۔ نوٗر آگرٕ چھِ تمو منز قابلِ ذکر۔ پروفیسر غلام محمد شاد، ارجن دیو مجبور، رسول پونپر، غلام نبی آتش تہٕ الیس راضی چھِ وہتھ آگرکۍ ترتیب کار، یمیک نہ ۸۹ ہس پیٹھٕ ازتام تھ

کانہہ شمارہٕ شایع سپُد۔

کشمیری لنگویج فورم سپُد پروفیسر رحمان راہی سنٛز سربراہی منٛز ۱۹۸۰ء اندر قایم۔ اَتھ ستی آسی کشمیر یونیورسٹی ہندِ کاشُر شعبکی زیر تعلیم اسکالر وابستہٕ۔ اَمہٕ فورم کہِ طرفہٕ آیاو اَکھ پچھہٕ وار اخبار سمت کڈنہٕ، مگر ترٛے ژور شمارہٕ شایع سپدِتھ تراوا امہِ تنظیمہِ تہٕ لسرتہٕ اَمیکی اخبارن ترٕ۔ اَتھ اوس اے آروانی ایڈیٹر، لیُس پتہٕ اَتھی ڈٕکھِس پیٹھ ایم ایل سی ترٕ بناونہٕ آو تہٕ یہندِ حاصل سپدِتھ روزِس نہٕ کاشُر زبان یاد ے تہٕ تَتھ پیٹھ وُچھ نہٕ کانٛسے۔

ڈب (واکورہ) گاندربل کیو شاعرو تہٕ ادیبو بنوو ۱۹۸۰ء یس منٛز کاروان ادب ڈب ادبی تنظیم تہٕ اَمہٕ کہِ طرفہٕ آیاو منزٕل ناوک اَکھ خوبصورت رسالہٕ کڈنہٕ، یمیُک اکے شُمارہ اجرا سپُد۔ یہٕ تنظیم آس سید احمد بیدار سنٛز سرپرستی منٛز کام کران تہٕ ضلع سرینگرچ یہ تنظیم آس واحد ادبی انجمن، یمی ادبی مرکز کمراز س ستی الحاق اوس کورمُت۔ مگر امکی ساری ممبر آیہ پتہٕ تتھہٕ پاٹھی چھکرادنہٕ زِ انٛد تامتھ چھُنہٕ امہِ انجمن چہ مالہٕ ہند کانہہ خنتہٕ فول اَتھہِ یوان۔

اَتھی پتہٕ آو ۱۹۸۱ء اندر ادارہ ق (قاف) ڈاکٹر فاروق فیاض تہٕ رتن لال تلاشی سنٛز سربراہی منٛز سرینگرِ قایم کرنہٕ۔ اَمکہِ طرفہٕ آیاو ستھہٕ تھیکہٕ تھ ق (قاف) ناوک رسالہٕ شایع کرنہٕ، مگر اکے شُمار اجراء سپدنہٕ پتہٕ نہٕ رود کُنہٕ ق (قاف) رِسالہٕ تہٕ نہٕ سو تنظیم۔ رفیق راز تہٕ مُنیب الرحمان آسہِ اَتھ ترتیب کارٕ امہٕ تنظیمہٕ اوس دعویٰ کورمُت زِ یہ چھپایہ کاشرہٕ ادبین تہٕ مصنفن ہنٛز کتابہٕ بقول مگرؔ ۔

بہت شور سنتے تھے پہلو میں دل کا جو چیرا تو اک قطرہٕ خون نکلا

ڈاکٹر میم / ح ، ظفر تہٕ اقبال فہیم سٕنز و کوششو سٟتی آو ۱۹۸۵ہس واد
انجمن وُجودس منز تہٕ اَمے وادٕ ناوٕ آو اکھ تحقیقی تہٕ تنقیدی جریدہ شایع کرنہٕ ییمکو
اَنہٕ تامتھ ڈوڈ درجن شمارٕ اجرا سپدی ۔ اَتھ رسالس چھے مسرت اقبال ایڈیٹر ۔
اگرچہ یہ تنظیم وُنہِ تہٕ چلان چھے مگر رفتار چھس سُست تہٕ بییہِ سیٹھاہ تنظیم
ادبی حلقن اندر مقبول اَتھ کیاہ چھُ وجہ تہٕ چھُ ظاہر ۔ بزم ادب کاشہامہ ( ماگام ) چھے
بیاکھ تنظیم ، یوسہٕ فقط مشاعرٕ منعقد کرنس تام مٔحدوٗد تنظیم چھے ۔ اَمہِ طرفہٕ دراو
نہٕ اَنہٕ تام کانہہ تہٕ رسالہ یا جریدہ ۔ اَمیُک اکھ سرگرم رکن بے تاب بدرٔنی چھُ ونان زِ
کینژو ممبرو دیتٕ غلام محمد لون پارے پورہ مُصنف آگر نامہ سندی کینژہ قلمی مُسوٗدٕ،
یِمن پیٹھ وُنہِ تہٕ دب چھے ۔

جہلم بزم ادب نأید کھے انجمن سپُد ۱۹۸۶ہس قایم ۔ اَمی کس رسالس
آیاو جلاو ناو تھاونہٕ مگر اکے شمارٕ چھپنہٕ پتہٕ ہیٚتر اَمی رسالن تہٕ ژھیپھ ۔ اَتھ اندرٕ
اوس اَمہِ علاقہٕ کین کینژن نوآموز شاعرن ہند کلام شامل آمت کرنہٕ ۔

شمالی کشمیرِ کس کپوارہ علاقس منز آیہ ۱۹۸۷ہس اندر اکھ تنظیم کلچرل
ٹرسٹ کپوارہ بناونہٕ ۔ اَمہ کہِ طرفہٕ تہٕ سپُد اکھ جریدہ اِمکان ناوٕ شایع مگر اکیے
شمارس پیٹھ ترٕوُس یتھ کھ نیر تھ ۔ تاہم چھے یہ تنظیم وُنہِ موجود مگر بیے زوٕ عبدالغنی
بیگ اطہر ، یوسف مشہور تہٕ عبدالعزیز مستانہ اَسی اِمکان رسالکی ترتیب کار ۔

جموں صوبہ کس راجوری ضلعس منز چھے گُنگنی کاشر تنظیم کوشُر
مرکز بہروٹ اَمہ مرکزُک سربراہ چھُ شہباز راجوری ۔ اَمہِ طرفہٕ تہٕ آو راہٕ ویر ناوٕ
کوشُر رسالہ شایع کرنہٕ تہٕ ۱۹۸۸ہس تامتھ درایہ اَمکی فقط ترے شمارٕ ۔ تہٕ اَتھ چھپنہٕ سٕہ زود

یُس آسُن گوڑھس۔

بزمِ ثقافت چھُ شوٗپین کین ادبین ہُنز تنظیم۔ یہ آیہ ۱۹۸۸ء بناونہٕ۔ اَمہِ بزمہِ بروٗنہہ اوس اَتہِ کلچرل فورم شوٗپین کٲم کران۔ یہ فورم اوس نیرِ پوشِش رِسالہ کڈان، مگر اکھ زٕ شمارہٕ اجرا سپدنہٕ پتہٕ نہٕ روٗد نیرِ پوشِش کُنہٕ تہٕ نہٕ کلچرل فورم۔ بزمِ ثقافت طرفہٕ آو ثقافت ناوے ادبی رسالہٕ شایع کرنہٕ، یتھ اندر نثر و نظم دوشوے چیز چھاپنہٕ چھہ یوان۔ ازتام دراییہ امکی زٕ پانژھ شمارٕ۔ اُمیُک نگران چھُ محمد ایوب بےتاب تہٕ شہزادہ رفیق رتن لال جوہر چھہ امکی ترتیب کارہ۔

یادگارِ حُسینی ہائیگام (سوپور) آو ۱۹۸۸ء قایم کرنہٕ۔ اُمیُک سرپرست تہٕ سربراہ اوس نشاط انصاری تہٕ غلام محمد بیدار۔ اکھ کوشر رسالہ یادگارِ حُسینی تہٕ آیاو اَمہِ کہٕ طرفہٕ شایع کرنہٕ تہٕ اَکی ہےٚ شمارس پتھ کوٗر اَمی انجمنَ اکتفا تہٕ ووت اَند۔

کلچرل آرگنائیزیشن آیہ بہٕ ۱۹۸۷ء اندر بناونہٕ تہٕ پتہٕ آو اَتھ تنظیمہِ فنکار کلچرل آرگنائیزیشن ناو تھاونہٕ۔ اُمیُک آرگنائیزر اوس حسرت گڈھا۔ ابتداہس اندر اَسی اَتھ سیتی اوتار کرشن رہبر، غلام احمد گاش، موتی لال ساقی، ڈاکٹر شفیع شوق، ارجن دیو مجبوٗر، غلام محمد سلطانپوری (سوپور) تہٕ طارق عمر بچھہ ۱۹۹۷ء کِس وٕرِیُس دوران آو فنکار کلچرل آرگنائیزیشن زیادٕ فعال تہٕ متحرک بناونہٕ۔ اَمہِ کِس نتیجس منز آو حسرت گڈھا اَمیُک جنرل سیکریٹری، محمد زمان آزردہ صدر تہٕ پروفیسر راہی سرپرست مقرر کرنہٕ۔ کٲشر زبانی ہند احیاء، ترقی تہٕ ترویج باپتھ سپنز اَمہِ تنظیمہِ ہندِ طرفہٕ کل وادی اندر ۱۹۹۷ء کِس دوران کاژاہ ثقافتی تہٕ ادبی محفلہٕ

تہٕ مجلسہٕ منعقد۔ کینٹرن سکولن اندر سپدی مصوری ہندی مقابلہٕ تہٕ۔ اَمہٕ تنظیمہٕ ہند آفیشل آرگن چھُ فنکار ییمکی اَزتامتھ ترٛے شمارہٕ شایع سپدی۔

پیلہٕ کشمیر یونیورسٹی ہندس کاشرس شعبس منٛز کشمیری سٹوڈنٹس اینڈ تھنکرس یونین تنظیم ۱۹۸۸ءَ بناونہٕ آیہٕ، اَمی ہاو ابتداہس منٛز زبردست سرگرمی تہٕ کاشرِ زبٲنۍ ہنٛز مقام دِنہٕ تہٕ یہٕ سکولی نصابس منٛز شٲمل کرناونہٕ موکھ آو پرتاپ پارکہِ منٛز اَمہٕ کہن ممبرن ہندِ طرفہٕ بھوک ہرتال تہٕ کرنہٕ، مگر یتہٕ آو نہٕ بوزنہٕ زِ ڈاکٹر محفوظ جان تہٕ ڈاکٹر آفاق عزیزس ورٲے کوت ژٕلی اَمہٕ تنظیمہٕ ہندی باقی کارکن۔ تاہم آو ڈاکٹر محفوظ جان تہٕ آفاق عزیز سنٛز ذٲتی کوششو ستی باوتھ رسالہٕ شایع کرنہٕ، ییمکی اَزتامتھ ژور پانٛژھ شمارہٕ معرضِ اشاعت آیہٕ۔ تاریخ حسن کہِ پولیٹکل حصہ منٛز کینٹرن چیپٹرن ہندکو ترجمہ تہٕ محمد یوسف ٹینگ نمبر چھہٕ باوتھ رسالکی خاص شمارہٕ۔ اَز چھہٕ اَتھ تنظیمہٕ باوتھ کلچرل سوسائٹی ناو تھاونہٕ آمُت۔

جموں کہِ ڈوڈہٕ ضلعس واحد ادبی تنظیم کاشر مرکز بانہال آو ۱۹۸۹ءَ قایم کرنہٕ۔ اَمیُک بٲنی مبٲنی چھُ منشور بانہالی۔ اَمہٕ طرفہٕ چھہٕ گلاب ناو رسالہٕ ۱۹۹۰ءَ چھاپنہٕ آمُت تہٕ یوٚہے اکھ پرچہٕ چھہٕ تاحال اَمیُک دِیُت۔

۱۹۸۹ءَ کس آغازس اندر سپدی کاشر بٹہٕ وتہٕ وِلٲے۔ اَتھ وجہ واوس اندر لگی تمہ بالہٕ اَپور ترِتھ اَڈی لار تہٕ اَڈی دار۔ موتی لال ساقی ووت گڈھی اُدھمپور، پننہٕ ماجہ زیوٚ ہندِ امارکو ڈُن اُدھمپور پیٹھہٕ کُنی زُنی کشمیر ناو اخبار تہٕ داہ شمارہٕ شایع سپدنہٕ پتہٕ گو بند تہِ کیاز بقول ساقی کانسہٕ اکی کور نہٕ تس اَتھ اندر اَتھ روٚٹ۔

ینگ رائٹرس ایسوسی ایشن چھےٚ اکھ نوٚیہٕ ادبی جماعتھ یوٚس ۹۶ءس اندر بناونہٕ آے امہِ طرفہٕ آو ۹۷ءس کیٚت وِیتھ ناو اکھ رسالہٕ بازٕ رنتراونہٕ۔ رنجور تلگامی چھِ امیُک محرک آیندس کیاہ روزِ امیُک دُیت تہٕ کرِ وقتے فیصلہٕ۔

بزمِ فن بانگل تہٕ گُلشن کلچرل فورم بدرن دوٚنوٚ تنظیمو طرفہٕ آو مُشترکہ طور اکتوبر ۱۹۹۷ءس فریاد ناوٕ رسالہٕ اجرا۔ گُلشن بدرنی تہٕ نثار گلزار چھِ امکی ترتیب کار۔

یمن ادبی تہٕ ثقافتی انجمن تہٕ تنظیمن ہُند ذکر یتھ مقالس اندر کرنہٕ آو، تِمو منزٕ چھِ ادبی مرکز کمراز، حلقۂ ادب حاجن، کلچرل فورم کریری، دایرۂ ادب دلنہ، مراز ادبی سنگم، بزم ثقافت ہتھوپین، فنکار کلچرل آرگنائزیشن تہٕ باوتھ کلچرل سوسائٹی فعال تہٕ متحرک۔ یِمہٕ چھےٚ کأشرِ زبأنی ہنزِ ترقی تہٕ ووتھ لو باپتھ دِنہٕ بینہٕ لگِتھ کأم کران۔ مستقبلس اندر کیاہ روزِ یمن ہُند رول کأشرِ زبأنی نسبت، تتھ متلق شیٚقہٕ پاٹھی کینہہ وَنُن چھُ مُشکل تہٕ کیازِ ۱۹۳۲ء پیٹھ اَز تام (۶۵ ؤری) یِمہٕ تہٕ تنظیمہٕ، انجمن، بزم، فورم تہٕ کلب کأشرِ زبأنی ہندِ ترویجہ باپت زورٕ شورٕ سان قایم سپزٕ بناونہٕ آیہٕ، تِمو منزٕ کینژو تنظیمو ورأے سپزٕ اکثر اکھ اکِس پتہٕ رحمتِ حق تہٕ یہ کینژھا کأشرِ زبأنی ہندِ باپتھ تِمو تنظیمو کوٚر، تتھ اگر سام ہیو، مایوسی ورأے بییہٕ نہٕ بییہٕ کہین لبنہٕ تہٕ کیازِ ییتِس کالس نہٕ سانِہ زبأنی اندر کم از کم درجن ڈوڈ درجن رسالہٕ، جریدٕ، میگزین سادنیرٕ تہٕ روزانہٕ اخبار نیرن، تیتِس کالس یہ دعویٰ کرُن زِ کأشر زبان کیاکر ترقی تہٕ پھیبٕ، چھُ خیال خام تہٕ عبث۔ یہ چھُ تیوتھ مرحلہ یتھ کُن کأشرٕن ادیبن، شاعرن تہٕ دانشورن ذأتی مفادو نِشہِ بالاتر سیدِتھ تہٕ جوٗٹ کرِتھ کأم کرٕنۍ پیٚیہِ تہٕ یہ چھُ تیٚلے ممکن ییلہِ کأشرِ زبأنی ہندِ پھبنہٕ باپتھ اکِہ طرفہٕ عوامُک اشتراک آسہِ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ روزِ اتھ حکومتُک سرپرستی تہٕ حاصل۔

علی محمد نشترؔ

# جدید ڈرامہ تہٕ کینٛہہ تجربہ

بنی نوع انسانہٕ سٕنزن آدن کال تخلیق منز چھےٚ ڈرامہس اکھ امتیازی حیثیت حاصل۔ یوٗنان، روم، ہندوستان تہٕ باقےٚ قدیم قومن ہنٛدِ ڈرامہ چھ کلاسِکیتھ چھےٚ مُکالمہٕ، ہیٔیت، مزاز، تکنیک تہٕ لب ولہجہ کِنی چھُ ڈرامہٕ اکھ الگ مضموٗن۔

THERE IS A PECULIAR RANGE OF SENSIBILITY "THAT LIES BEYOND PROSE, BUT WHICH CAN BE EXPRESSED BY DRAMATIC POETRY; AT ITS MOMENTS OF GREATEST INTENSITY." (POETRY AND DRAMA – T.S. ELIOT. PP 43)

ڈرامہ چھُ مزازٕ کِنی معتدل تہٕ FLEXIBLE۔ تہٕ توٚے آے اَتھ منز وِزِ وِزِ نٔوی تہٕ جدید موضوع تہٕ مسأیل وٕکھناونہٕ۔ فلسفہ آسِہ تن یا سائینس، اساطیر فوق البشر موضوع آسہِ تن یا سماجی معاملات، قدیم موضوع آسہِ تن یا جدید، ڈرامہَن وِژ مقدوٗرٕ مطابق پٔرِتھ کٔنہِ موضوع تہٕ رجحانس تن۔ اَمیُک دامانہٕ چھُ تیوٗت کُشادٕ کہ از تام آسہِ نہٕ شاید کانٛہہ رُجحان یا موضوع یُس نہٕ ڈرامہکس فارمس مُنز پیش سپُد۔ ڈرامہِ چھ

ہیٔت چھےٚ اکھ اَنٛدٕ دھار مِک تہٕ اساطیری مسأیلَن تہٕ پانس اَنٛدر وِپیراوان تہٕ بیٚیہ اَنٛدٕ ABSURDITY تہٕ NIHILISM مس تہٕ جاے دِوان۔ یونانی فوق البشر مزازُک تھیٹر اُسی تن یا حقیقت پسنٛدی یا نفسیاتی تھیٹر، ڈرامہَن ژُھ ہیٚنٛز رلوایتھ تہٕ فطرت ممکن حدس تام۔ نوٚینہٕ تحریکو تہٕ جدید ترین موضوعاتو تہٕ ہیوٚکھنہٕ تھیٹرُک اصلی انہار تہٕ ہیٔت بدلاوِتھ۔ دوٚن گو نوٚن نوٚن تجربٕ باتو دِژٕ ڈرامہٕ ہس نوٚن نوٚن جہتہٕ۔ یاتہٕ گو اَمیُک ڈائیلاگ، سٹیج تہٕ اداکاریم رُودی بہر حال دستوٗری۔ جدیدہ ترین موضوعاتن تہٕ ژُھ تھیٹر ڈائیلاگہٕ سٟتی باوان، ٹکنالوجی ہنٛدٕ بن بہترین وسأیلَن تہٕ ELECTRONIC میڈیا کیٚن حیولاکرِ وَنٛن کرتبن ہنٛزِ دستگیری باوجود تہٕ پیوٚ ڈرامہ ہس سٹیجکس محدوٗد ذریعے آیتن روزُن۔ ٹی۔ وی یا ریڈیو ڈراما چھےٚ توے عظیم تھیٹرٕ رلوایتھ ہنٛزٕ جہتہٕ یمن منفرد صنفن ہنٛد ناو دیُن چھُنہٕ مناسب باسان (اَیہ زَن ڈاکٹر اخلاق اثر یا پران کشورن گوٚر مُت چھُ)۔ (ABSURD) تھیٹر چھُنہٕ ڈرامالِنٛشہٕ تیتھہٕ گنٛی الگ یِیتھہٕ گنٛی جدید نظم رلوایتی غزلہٕ لِنٛشہٕ آسِتھ ہیٚکہِ۔ ڈرامہ ہس چھُ سٹیج، زبان تہٕ اداکار وعلاوہ ملبوسات تہٕ آرأیشن ہُنٛد اہتمام دستوٗری مِلہٕ مِشہٕ ہیٚتھ تہٕ شاعری چھُ فقط لِسانی اشتراک پانہٕ وانٛز رلاوان۔

کأشرِس ڈرامہَس چھےٚ اکھ طویل تواریخ تہٕ مستند رلوایتھ پیتہٕ کنہٕ۔ کأشرِ ڈراماہچ شہادت چھےٚ قبل مسیح اَیامو پیٹھ دستیاب۔ دوٚیمہِ صدی قبل مسیح ہُک چنٛدرِکا ہیوٚ ڈرامہ نگار، اَٹھِم صدی ہُنٛد دامودر گُپت ہیوٚہ بہلہِ پایہِ ڈرامہ فنکار تہٕ ڈرامہ نقاد، پانٛژمہِ صدی ہُنٛد بلہن ہیوٚ کارِ وِگن ڈرامہ نوٚیس تہٕ خاصکر کالیداس ہیوٚہ عظیم ڈرامہ نگار تہٕ چھُ یِیتھی بتراٹھ پیٹھ روٗزِتھ تھیٹرُک فن نیمِھناوان

رۄد مُت ، ووں گو عدم توجہی تہٕ ووٚ پٔر حکمرانی موکھ گٔیہٕ کاشُر زبان تام گال کھاتس تہٕ کاشِر تھیٹرُک ژھوکُن اوس قدرتی امر۔

ناساعد حالاتو باوُجود تہٕ چھِ کاشِرِس ڈرامہَس مَنٛز موضوعی تہٕ ہیٔتی طور واریاہ جان مواد تہٕ پٔرژ صلاحیت پاداہیمژ سپدمژ۔ کاشِرس ڈرامہَس مَنٛز کانٛہہ تہٕ رنگارنگی تہٕ فنی اوسوٗدگی چھےٚ فقط انفرادی جولانی ہَنٛز مرہون منت۔ کاشِرِس زبان وادبس گوڈٕ برٕنٛ چھُ سرکاری سطحس پیٹھٕ اَز تام تہٕ مقصودے تہٕ سطحی طور روشن خیال طبقہ چھُ امیک پھانٛپھلُن اَز تہٕ فالِ بدٕ سے تصور کران۔ امہٕ صورتحالہٕ تلہٕ چھےٚ سرکاری اہلکارن تہٕ غلط فہمی مَنٛز مُبتلا یا خود ساختہٕ دانشورن ہنٛز فکری قلٔش ہنٛز سرگُزشت عیان سپدان۔ بہرحال یُس مواد کاشِرِس ڈرامہ ادبس مَنٛز اَز تام ذخیرہ سپد مُت چھُ ( اگرچہ تمیُک نمتھ فیصدی ڈٕہہ پھاپھہ سپدنےٚ چھُ ) تتھ کُن نظر کرِتھ چھُنہٕ مےٚ یہ وَننس مَنٛز کانٛہہ خوف کہٕ سون زبان وادب بالعموم تہٕ ڈرامہ لٹریچر چھُ سیٹھاہ جاندار تہٕ شاندار تہٕ۔ مواد رنگی چھےٚ اوسوٗدہ حالی، معیارٕ رنگی چھےٚ خوشحالی تہٕ السانی وسایلو کِنی چھےٚ زرخیزی تہٕ۔ اَسہٕ چھِ اَز تام علی محمد لون، ہری کرشن کول، موتی لال کیمو، فاروق مسعودی، محمد سبحان بھگت، نشار نسیم، نذیر جوش، امین بٹ، سجود سیلانی تہٕ سید یعقوب دلکش ہوی باصلاحیت تہٕ ماہٕ متی ڈرامہ نگار پاداہیکمتی کرِتھ۔ تہٕ ساٚنِس ڈرامہ ادبس مَنٛز چھِ گرٕ لیسی سُندگرٕ، چارٕی پاتھر، ژھلے، ناٹک کرو بند، کارلج پاتھر، شری پیٹھو، ہزار داستان، میثون کیا سوکھ تہٕ ملہٕ کھاتش واتہٕ ضرورٕ، ہوی فنی طور مکمل تہٕ ہیٔتی طور ساد ر وار ڈرامہ فن پارہ شامل۔

یہ بوزِتھ سپدِ وٕ تہٕ تو ہی حارتس کہٕ عالمی تھیٹرس مَنٛزیم تہٕ تجربہٕ اَز تام سپدی متی

چھِ یایم تہٕ تحریکہٕ ووٚ ژھٔنہٕ چھے تِمن پیٹھ کتھ کران کران ہیکو اَسی کُنہِ خاص دٔستورائے
پٮ۪نہِ ڈرامہ ادبہ منٛز من پسند مثالہٕ تہٕ شوبدار ثبوت پیش کٔرِتھ۔ البتہٕ چھُ یہِ تہٕ اکھ ہیٚر کہٕ
کاشرِس ڈرامہٕ ہَس پیٹھ چھُ عالمی تھیٹرُک اثر نُون تہٕ پیرُون (اسون فوک تھیٹر چھُ
اَتھ سِلسِلس منٛز اکھ استثنا (EXCEPTION) حقیقت پسندی اُسی تن یا فطرت پسندی،
ترقی پسندی اُسی تن یا اشتراکیت، علامتی ادب اُسی تن یا سر ریلی رُجحان، اہیک تھیٹر
اُسی تن یا فِزِکل تھیٹر، یمن تمام موضوعن تہٕ تکنیکن پیٹھ چھہ بڈٕ نفیس تہٕ زُودار
ڈرامہ لیکھنہٕ آمتی۔

بقولِ ڈاکٹر رتن لال شانت (بحوالہ، تشریح کتاب ص ۲۸) :-

"موضوعن ہِنٛز نٔہجہِ باگے لحاظہٕ آیہ یتہٕ ہِن وُہن ؤری ین اندر مختلف
قسمن ہندی ڈرامہ لیکھنہٕ تِم گے (۱) تواریخی ڈرامہ (مثلن سُتیا، ژھاے، نگر ووداسی،
بڈشاہ، ربہ تہٕ آب)

(۲) سماجی ڈرامہ (مثلن تنتر کوزلل بہ وزالیس لولسرے، چیاتھ ییلہ وتن کھرچھہ لوان)

(۳) سیاسی طنزیہ ڈراما (مثلن تقدیر ساز۔ حرم فانگ آنہٕ، ناٹک کرو بند، منٛزلی نکہٕ)

(۴) نفسیاتی تہٕ انفرادی کشمکشکی ڈراما (مثلن زُرح تہٕ روتُل، بہ چھس ژر، میانہٕ جگرکہ
داد ووٚتھ۔)

(۵) طنزیہ تہٕ مزاحیہ ڈراما (مثلن ہیر وچامہ، رٕہ ییہ رٔوٚد، بیچھ کنھ)"

اتھ فہرستس منٛز ہیکو اسی درجنہٕ وادمثالو علاوہٕ مزید موضوعن ہُند ہیر تہٕ کٔرِتھ۔ تہٕ
ہیتی طوریم (EXPERIMENTAL PLAYS) کاشرِس منٛز لیکھنہٕ آے تِمن ہیکو بہ بناو تذکرہ
ییتہٕ کُنی باگنے کٔرِتھ۔

۱)۔ فوک تھیٹر تکنیکس پیٹھ مبنی ڈراما (مثلن یاہو، تتر نوو، ملنگے، پاتھر چھ جاری)

۲)۔ فزکل تھیٹر تکنیکی ڈراما (طوطہ تہ آنہٕ، سٕری پیٹھ)

۳)۔ ایپک تھیٹر تکنیک ڈراما (آدم حوا تہ ابلیس، کاژ پاتھر)

۴)۔ تھیٹر آف دی ابسرڈ ڈراما (چارٕی پاتھر، ملہ کھاشہ واتہ ضرور)۔

یہ چھُ برونٛہہ پیٹھ وننہٕ یوان کہ ادبس منٛز ییٛنہٕ وٲلۍ نٔوۍ تجربہ چھِ پننہٕ اسلوب تہ الگ انہارٕ ہیتھ اوریے یوان۔ ڈرامہکس معاملس منٛز چھُ یہ وَنُن زیادے صحی۔ تکیازِ دھارمک موضوعس پیٹھ مبنی "رنیچ کھوٹ" ڈرامہ چھُ ہیٔت چھے سوشل ڈرامہ "گرٕلسی سُنٛد گرٕ" نشہِ بلکل مختلف، ہیرو بجاوک انہار اوس واریاہ مختلف تہ "لالہٕ جوا اینڈ سنز" یا "بیلہِ وتن کھُر چھُ یوان"، ڈرامہ چھِ پننہٕ ہیتہٕ کنہٕ تہ نٔوۍ تجربہ باسان۔ مگر تمیُک مطلب چھُنہٕ یہ کہ اکیسے موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ ییٛنہٕ وٲلۍ ڈرامہ کیا چھِ ہوی آسان۔ بلکہ چھِ لکھارٕی سُنٛد ذاتی تہ فطری صلاحیتُک جوہرٕے یمن فن پارن درمیان پھیرہاوک بنیادی وٚسیلہٕ بنان۔

ڈرامہکین لوازماتن سام ہوان ہوان چھے یہ حقیقت یوٚر پاٹھۍ منکشف سپدان کہ رلواٮتی گاچکس منجمد سٹیجس پیٹھ جدیدیتک ڈرامہ پیش کرُن چھُ تقریباً ناممکُن۔ گرٕلسی سُنٛد گرٕ" ڈرامہک سٹیج کرنہٕ "ناٹک کرٕو بند" ڈرامہ ہس کانہہ اکھ روٗٹ، البسن سُنٛدِس (GHOST) کس سٹیج لگنہٕ، بکٹ سُنٛدس "WAITING FOR RODOT" عتی کِہ اکیسے موضوعس پیٹھ مبنی ڈرامہ پنٹر سُنٛد (LOOK BACK IN ANGER) ک سٹیج لگنہٕ نثار نسیمنس "سٕری پیٹھ" ڈرامہس۔ تکیازِ بکٹ سُنٛدِ (WAITING FOR RODOT) کہٕ سٹیج تہ تتھ پیٹھ کٔل، وَتھ تہ بوٚنہٕ بیترِ چھِ الگ پس منظرٕکۍ ترجمان تہ "فوک تھیٹر۔ شکار

گاہُک، سٹیج تہٕ کلٕی گٕژھ فقط جنگٕلی ماحول دوتلاوُنہٕ خاطرٕ اَہم - اَمیُک مطلب چھُنہٕ یِتہٕ کہِ ڈرامہ نگاری کیاہ چھےٚ کانٛہہ سہل کامہٕ۔ بقولِ ہورٕیس :-

THE UNSKILFUL POET WILL PORTRAY A DOLPHIN LIVING IN THE WOODS AND A WILD BEAR ON THE OCEAN(CHEPTER—I - PP 29)

تہٕ جان مِلٹنن اوس THE PARADISE LOST مَنٛز یِتھےٚ ہیٚو اُتُر تمہِ ساعتہٕ کوٗرمُت ییٚلہِ تمہِ لۆکھ کہِ شیطانہٕ سٕنٛز اُچھ آسہٕ جہنمس مَنٛز ژوتان۔ یا غالبن تہٕ اوسنا یی کوٗرمُت، ییٚلہِ تمہِ وُنیاو کہ گُم مگس کو باغ میں جانے نہ دو بے چارے پروانے کا خون ہوگا۔

تہٕ یِتھے کُنۍ چھُ نہٕ میون مطلب یِتہٕ کہِ کاشرِ لِکھارِ کیا چھِ ڈرامہُک فن موروٗثی تہٕ یِمن کیا چھِنہٕ کانٛہہ کمزوری۔ بلکہ چھُس نہٕ یہِ وَنٕنچ حماقت کرنس تہٕ تیار کہِ اخترِ محی الدین شوٗبہِ افسانہ نگارٕ تہٕ شیشہِ تہٕ سنگستان ہِوی ڈرامہ لیکھنہٕ ستِی چھُ ادیکٕ رۄح مجروح سپدان تہٕ بنسی نردوش ہیو کُہنہٕ مشق نثر نگار چھُ بعضے "یِتہِ نساروز حالات" ہیو غار سنجیدہ تہٕ کمزور ترین ڈرامہ تہِ لیکھان۔

وۄں کرو اسۍ تجزیہ بابت ترین ڈرامہن پیٹھ اکتفا۔ یِم چھِ موضوع تے تہٕ تکنیکہِ اعتبارٕ (EXPERIMENTAL) ضروٗر۔ یِم چھِ علی محمد لون سٕنٛد "چاٗری باتھر" ہری کرشن کول سٕنٛد "ناٹک کرِو بند" تہٕ فاروق مسعودی سٕنٛد "کالج باتھر"۔

مرحوم علی محمد لونن اسۍ کاشُرِ زبانۍ ہنٛدی کافی معتبر تہٕ معزز لِکھارۍ۔ مگر موتن کٔر کھ نہٕ یاوری۔ تِمو تر آوی نہٕ بدی ڈرامہ یتھ کُن۔ یِمن منٛز سٹیج ریڈیو تہٕ ٹی وی ڈرامہ شامل چھِ۔ بقولِ امین کاملؔ کہ لون صابن لیکھۍ فقط ریڈیو خاطرٕ

زِڈلے ہتھ ڈرامہ ۔ جدید حسّاگہی تہٕ ABSURDITY ہنٛدِس موضوعس پیٹھ لیٛوکھمٹ

اَوٚہنٛد اَکھ ڈرامہ چھُہ "چاڑی پاٹھر" یہ چھُ ریڈیو تہٕ ٹی وی ہَس پیٹھ اُمی ناوہ پیش

کرنہٕ آمت۔ مگر سٹیجس پیٹھ اوس اَتھ ناو "آدم حوا تہٕ ابلیس"

چاڑی پاٹھر چھُہ برٛوٚٹے فن اَکھ اہم ڈرامہ تجربہٕ باسان۔ تکیازِ ڈرامہٕ

پیٹھ آے کاشرِس مَنٛز واریاہ ڈرامہ اِمکِس تکنیکس پیٹھ لیکھنہٕ۔ مگر تکنیک کیا گیہ :۔

WHEN WE SPEAK OF TECHNIQUE, THEN, WE SPEAK OF NEARLY EVERYTHING. FOR, TECHNIQUE IS THE MEANS BY WHICH THE WRITER,S EXPERIENCE, WHICH IS HIS SUBJECT MATTER, COMPELLS HIM TO ATTEND TO IT. TECHNIQUE IS THE ONLY MEANS HE HAS OF DISCOVERING, EXPLORING, DEVELOPING HIS SUBJECT OF CONVEYING ITS MEANING, AND, FINALLY OF EVALUATING IT,

W HANDY از TWENTY CENTURY CRITICS MAJOR STATEMENTS

(WEST BROOK,) اَوٚتام اَسی تمام کاشرِ ڈرامہ یا تہٕ رِوایتی چالہٕ لیکھنہٕ آمتی سوشل

ڈرامہ نتہٕ اوس رادھے ناتھ برار دیکھتو تہٕ بھگت بیترِ فنکاروَ اَتھ فوک اسٹائیلُک اوب

ژوب کوٚرمُت۔ مگر چاڑی پاٹھر چھُہ اکھ تھیٹر تکنیکہٕ پیٹھ لیکھنہٕ آمت گوڈنیُک

کاشر ڈرامہ۔ موضوع اوٚک طرف ترٛاوِتھ چھُہ یہ ہیتی طور بلکُل اَکھ جدید تہٕ تازہ

تجربہٕ۔ ڈاکٹر شانت چھُ اَتھ متلق لیکھان :۔

".....یتھ چھِنہٕ اوٚسلوب یا ورتاو رِوایتی یا کُنہِ مولوم یا معقول لیکھُن ترٛایہِ ہنٛد

نقل۔ امیک موضوع چھُ مُصنفس دراصل پننی شکل ہیتھ اورِ یے آمُت۔" (ص ۲۶۹)

یُتھ نتیجہٕ کڈُن چھُ چھہ ہاوان کہ شانت صاب چھِنہٕ شاید فرستس منٛز آسی متی۔ نتہٕ زَن چھُ یہِ ٹاکارٕ پنہِ رکہ عالمی ڈرامہس منٛز ALIENATION ک نظریہ چھُ یہ مشہور جرمن ڈرامہ نگار برتولٹ بریخت ییٚمی صدی دوران پیش کران تہٕ ورتاوِتھ مقبول بناوان۔

......A PHRASE TAKEN FORM ARISTOTLE AND IN 1920'S USED BY SUCH PIONEERS AS BRECHT AND PISCATOR OF EPISODIC PRODUATION DESIGNED TO APPEAL MORE TO THE AUDIENCES REASON THAN TO ITS EMOTIONS, THIS EXCLUDING SYMPATHY AND IDENTIFICATION....

(THE CONCISE OXFORD COMPANION TO THE THEATRE PP163-164

ڈرامہس متلق اِپک تھیٹر نظریہ چھُ رِوایتی یا اَرسطالوی نظریہس بلکل برعکس۔ اِپک تھیٹر تکنیکس تحت چھُ اکھ اداکار بار بار یہ پاس دِوان کہِ سُہ چھُ اکہِ خاص کردارُک یا واقعُک راوی یا زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ نقل پیش کران۔ تماشہٕ گیرِن گرٕ گرٕ یہِ حِس دوان کہِ اصلی کردارس ستی ہیٚرِ نہٕ تِمن جذباتی طور ہم نوع تہٕ ہم آہنگ سیدُن۔ یہِ کرنہٕ خاطرٕ چھُ گرا سائن بورڈ استعمال سیدان یا کانٛہہ راوی یا کورس ڈرامہُک پلاٹ ڈرامہ شروع گژھنہٕ برونٛہہ بیان کران یا ڈرامہ ختم گژھتھ تہٕ اَتھ پیٹھ EPILOGUE ہیوٗ پیش کرِتھ لوٗکن بییہِ زٕ ہیتھ دِوان کہ سٹیجس پیٹھ اُسی کُنہِ کہانی ہنٛدی کردار نقل سیدان۔

جاری یا تھرس منز چھُ فریبکاری ہُند ILLUSION گوڈے ختم سیدان

ییٚلہٕ جمال تہٕ سحاب سٹیجس پیٹھ گوڑہ میک اَپ ٹیبلس برونٛہہ کنہِ پننی پان پأری وِتھ بے تکلف گفتگوہس منٛز محو سپدان۔ بعضے چھِ تِم ڈایریکٹر تہٕ رایٹر ہٕندی لیکھمتی ڈائیلاگ بولان ژٕہتہٕ روس تحت پننی جذبات تہٕ خیالات تہِ باوان۔ تِم چھِ گرا آدم تہٕ حوا سُنٛد کردار اپناونچ کوشش کران تہٕ بعضے چھِ تمن تماشہِ گیرن ستی ستی پانس تہٕ CATHERSISک احساس گنان تہِ دریں اتھا چھُ اکھ بیاکھ کردار اصلی سکرہ پیٹھ نیبر، پننی ذاتی جذبات تہٕ خیالات بے پھُرک پأٹھی باوان۔

زنانہٕ:۔ اوہو۔ ری ہرسل۔ ری ہرسل۔ ڈراما۔ ناٹک، مگر بہٕ چھسنہٕ بہٕن پرٛزھان۔
...... مےٚ چھےٚ سٹیجک بہٕ فرنیچر کھران۔ یمہٕ سارے پٕرا پرٕ ٹپیر کھینہٕ یوان ـــ!

مرد:۔ مِس سحاب۔ ژٕہ چھکھ اَز بدلے کیاہ تام وَنان۔

زنانہٕ:۔ مسٹر جمال۔ بہٕ چھس اکھ اداکار۔ ٹھیکھ چھُ۔ مگر اکھ انسان تہٕ چھس.....
اَز چھُ مے دل کران کہ بہٕ کرہ تتھ سٹأر ہسے اُلٹ یہٕ تُہی مے اَز تام ہیچھناوان
آسِہ...... مسٹر جمال بوزان چھکھا۔

مرد:۔ او۔ نو۔ بہٕ چھس نہٕ جمال۔ بہٕ چھس آدم

زنانہٕ:۔ مگر مسٹر آدم ـ بہٕ چھس نہٕ اَز حوا بننہٕ خاطرہ تیار۔

مرد:۔ ہُنٛد کیا سوچ؟

زنانہٕ:۔ کمِن ہُنٛد ـــ

مرد:۔ ہُہ کیا ہُمن لُکن ہُنٛد یم سون ڈراما وُچھنہٕ آمتی چھِ...... مِس حوا....

زنانہٕ:۔ نہٕ نہٕ...... بہٕ چھس سحاب۔

ڈائیلاگن ہُنٛد لب ولہجہِ تہٕ ٹل تراو چھُ اتھ ڈرامہس لایعنی ABSURD

ڈرامہٕکۍ چھوٚہ ہیوٚد دِوان ۔ پنٕنہ رچھ یہ کہ چاڑی یاتھرس منٛز چھُہ البسرڈ تھیٹرٕ تہٕ ایپک تھیٹرٕکۍ

اکھ دلچسپ سنگم نظرِ گژھان ۔ ڈرامہٕچ ہیٔت تہٕ ٹکنیک چھےٚ یہ باس دِوان کہٕ مرحوم

لوٚن صابس پیٹھ چھُہ برہ تحت، پیرانڈلو تہٕ لِسکاٹرٕ سُند اثر او سُمت :۔

یک بابی ڈرامہ، چاڑی یاتھرس نہٕ چھُہ کانٛہہ رِلوٲیتی پلاٹے تہٕ نہٕ کانٛہہ

مربوط کہانی ۔ ڈائیلاگن ہُند رِلوٲیتی عمل تہٕ ردِ عمل بدلہٕ چھُہ اَتھ منٛز نظر دوٚر اَزکار تہٕ

بے محل مکالمائی انداز دربیٹھ گژھان ۔ موضوع تہٕ لب و لہجہٕ کِنۍ چھُہ اکھ نوٚو EXPERI-

MANTAL) ڈرامہ :۔ "یہ روزِ کاشُر ادبُک اکھ رُت تہٕ نہٕ مِٹہٕ وُن اوٚک انگی ......

یتھ منٛز چھِہ حقیقت تہٕ ILLUSION اَس ٹکراو ...... اَمہِ ناٹکٕچ خوبی چھےٚ ژھوٚٹۍ ژھوٚٹۍ

مکالمہٕ، کردارن ہُند کم تعداد ......" (بحوالہ "اوٚنک انگی ناٹک سٔمبرن" از موتی لال کیموٗ.

ص ١٧)

## "ناٹک گرُو بنٛد"

ہری کرشن کوٗل

یہ ڈرامہ چھپیوو گوڈنیتھ ١٩٨٣ ہس منٛز سون ادبکس ڈرامہ نمبرس

منٛز تہٕ پتہٕ آو یہ الگ کتابی صورتس منٛز تہٕ چھاپنہٕ ۔ "اکھ ڈرامٹک کلب چھُہ" رام جیرت

رام ژندریہٕ شنٛزِ زندگی پیٹھ اکھ ڈرامہ ہاوُن یژھان ۔ مگر اَمکِس کاسٹس چھُہ ہیروٗ سُند

کردار اداکرن وول اداکارہ ژلان ۔ ڈائریکٹر چھُہ بیٚیس اداکارس اَمہِ رولہٕ

خاطرہ اَنان ۔ ڈرامہ چھُہ شروع سپدان تہٕ ڈائریکٹر چھےٚ لوٗکن کُن مخاطب سپدان :۔

ڈائریکٹر :۔ (وۄتھن پیٹھ زورٕ اَسُن اَنتھ چھُپینہٕ خیالتھ ژوٚرِ تھونٛچ کوشش کران) ییٚتھی

بہٕ کھوژان اوسُس تی سپُد ۔ اُسی گے ننٛگہٕ ۔ اَسہِ اوسنہٕ پتاہ زِ پردہٕ ووتھہِ یوٗت

جل تھوٚد........ معافی دِیو...... مے پَزہے گوڈٕ توہِہ ییٚن تعارُف دیُن۔ یہٕ چھُس ییٚمہِ ڈرامہُک ڈائریکٹر۔ تہٕ یہٕ چھُہ میون اسٹنٹ۔

ہیروٕ:۔ (ابرٕو ٹھکُن ییتھ) بہٕ چھُس ییٚمہِ ڈرامہُک ہیرو......

حسبِ دستور چھُہ تِمن ییٚتھ وِلنس ہُن۔ مگر ہیرو چھُہ نیشاے لاگان کہ تِمن چھُہ لُسی ہُن۔ اُتھی سنگاٹھس اٚنڈی انڈی چھُے یہٕ ڈرامہ بے حد دلچسپین تہٕ پیچ وخمن منٛز گنڈرتھ اٚنڈ واتان۔

"ناٹک کُروٚبنہٕ" چھُہ دوٚن ایکٹن ییٚتھ مشتمل ایک تھیٹر تکنیکس ییٚتھ لیکھنہٕ آمُت اکھ خوبصورت ڈرامہ۔ اَمکی ضمنی واقعات تہٕ کینٛہہ اَہم مکالمہ چھِہ اَتھ (روایتی موضوعس ییٚتھ مبنی آسنہٕ باوجود تہٕ) اکھ اہم علامتی ڈرامہ بناوان۔

لکشمن:۔ (بُتھ تٔرکراوتھ) ییٚتھ واٚران ولٕنس منٛز توٚہی کُنی زٕنی تٔراٚوِتھے ہےٚکنہٕ یہٕ نیٚبرِ نٕتھ۔

سیتا:۔ (شَرارتہٕ سان) لکشمن! ژٕ ما چھُکھ یٔرھان زِ بائیس (یعنی کِہ رامس) گوٚژھ کینٛہہ گنڈھُن تہٕ لعہ ے کاہکنہٕ......"

صاف چھُہ نَنان کِہ اَمِچ کردار نگاری تہٕ زبان سازی چھُے بلکل نیٚرل تہٕ مُنفرد:۔

THERE ARE THREE MODELS THE MEN CREATED BY NATURE, THE MAN CREATED BY POET, THE MAN CREATED BY THE ACTOR. THE NATURAL MAN IS LESS GRAND THEN THAT OF THE POET AND THE POETS CREATION

IS LESS GRAND. THAN THAT OF THE GREAT ACTOR, WHO IS THE MOST EXAGGERATED OF THE THREE

( DRAMA

"اَکھ ڈرامہس دوران چھِ ڈایرٛیکٹرس تہٕ اداکارن ہُنزٕ بظاہر غیر ضروری دَستَندرازی ستِھ تماشہِ گیرزن ہےٚ بُثگہٕ ہوان گژھُن۔ تکنیکی طور چھُہ یہِ عمل اَمہِ خاطرٕ لأزمی۔ تِکیازِ اَمہِ ستِھ چھُنہٕ اداکار اصلی کردارن ہُند رُوپ دھأرِتھ ہیکان۔ بالفاظِ دیگر چھُہ اَمہِ ستِھ اَکھ ڈرامہس منٛز ALIENATION EFFECT. خوبصورتی سان ورتاونہِ یوان۔

ہیتی طور چھُہ "ناٹک کرُو بند" اَکھ کامیڈی مزاحٕہ ڈرامہ۔ اَمیُک تکنیک تہٕ اظہار چھُہ وارِیہَن کلاسیکل ڈرامہ اُصوٗلن برخلاف۔ مَثلَن یہ چھُہ اَکھ سنجیدہ کہانی ہُند مزاحیہ نقل یا MOCK HEROIC۔ سنجیدہ نقأّلی برعکس چھُہ اداکاری ہُنٛد رُوی یہِ مختلف۔ جایہِ جایہِ چھُہ اَتھ منٛز فریبکاری (MAKE BELIEVE) تہٕ مکمل (IMITATION) ک بٔرہم شیعوری طور تھیٚوٗ۔ اوٚنہٕ موکھ گرا اداکار غلط ڈائیلاگ بولِتھ مخاطب اداکارس موقعس پیٚٹھ CORRECTION کرناونس پیٚٹھ اُکساوان۔ گراچھُ مجبور سیدِتھ پٔرامپٹرس سوُرُے SEQUENCE تھیٚوٗ اَدِتھ سیٚدِ سیوٚد سٹیجس پیٚٹھ سکرپٹہٕ ہیتھ یُن یہ ہوان۔

رام :۔ ..... اور ظلم وستم کے ایوانوں کی دیواریں ہل جائیں گی .....

پٔرامپٹر :۔ (بانبرِ ہوٚت سکرپٹہٕ ہیتھ اَژان) ژٕہ چھُکھ ڈائیلاگ غلط بولان۔

رام :۔ ڈائیلاگ آسن غلط۔ مگر ایکٹنگ چھےٚ صحی .........

ہیرو:۔ انصاف۔ ئے ستی یہ وعدہ کرنہٕ آمت چھُہ تہٕ گرٕژھ لوُرٕ سیدٕن۔ تمس پیٹھ میون حق گرٕژھہِ تسلیم یُن کرنہٕ۔

ڈائریکٹر:۔ مگر تہٕ چھکھ اکس عوامی رہنما سنٛز علامہ ...... مطلب سیتا آزاد کرنہٕ برونٛہہ کنہٕ ببھک ژرسنگھاسنس پیٹھ۔ (لوکٹ اداکار ژان)

لوکٹ اداکار:۔ اگر سنگھاسن میلہِ ــــ عوامس چھا تیلہِ تژھٕ ژ ھننی۔

اردو زبانہِ منٛز موجودٕ حالت نہٕ شباہت وُچھتھ چھُ یہ ٹاکارٕ کہِ سون ڈرامہ ادب چھُنہٕ ہرگز تہٕ چھ کھورٕ۔ تہٕ اگر علی محمد لون، ہری کرشن کول، موتی لال کیمو، سجود سیلانی تہٕ نشار نسیم یا نذیر جوش ہوی بدل کُنہٕ زبانہِ منٛز لیکھان آسہن تمن ہند مرتبہ آسہے زیادٕ بُلند کرنہٕ آمت۔ ووں گو یہ کتھ چھے خوش آیند کہِ بے لوٗج تہٕ ناپرشانی ہندس حوصلہٕ فرسا صورتحالس منٛز تہٕ چھُ معیأری لکھارن ہنٛدس تعدادس منٛز اضافہٕ گژھان۔ یتہٕ چھُ اکھ خدشہٕ کہِ اگر نہٕ ٹی وی تہٕ ریڈیوہس پیٹھ FREELANCE پرڈیوسرن ہنٛز اجارہ داری کاپہٕ رٹنہٕ ییہ تیلہِ ماواتہٕ کانٛسہ ڈرامہ ادبس ضرر تہٕ۔

موتی لال ساقی

# کاشرِس منز ڈکشنری سازی

برصغیرچین زبانن منز چھےٚ کاشر پرانین زبانن ہنز گڑنز منز یوان مگر ڈکشنری سازی وۆتھ ہنا پتہٕ یہن کاشرِس منز دِس۔ ادب تخلیق سپد نہٕ پتہٕ پانثرہتہٕ وُہری بتنے ڈکشنری سازی یا اَمہِ نوعیتچہ کُنہ دوٚیمہ کامہِ دِس وۆتھمُت آسہِ ہے، بڈِ بوٚڈ لفظ وۆتُر آسہِ ہے کومہِ آمُت۔ وق گزرنس لرِ لوٚر روٚد مختلف اثراتن تحت نوٚو نوان تہٕ پرون پرانان، یمہ ستہٕ بنیادی لفظ راش ژھوکان آدیوٚدوے نوی لفظ تہٕ زبانِ منز شامل روٚدی سپدان۔

ڈکشنری سازی ہندی ابتدائی خاکہٕ کُرِ غار ملکی عالموٗ مرتب، یم نہٕ زبانِ ہندِس مزازس واقف آسہِ تہٕ نہٕ اوسکھ زبانِ ہندِ بنیادی لفظ دُترِیُک کانہہ وۆن۔ مسالہٕ کوٚر تِموٗ کاشرِ ن نشے یکجا وۆنِ گو ترتیب دِژ ہس پانہٕ تہٕ مانے لیوٚکھک کاشرِ ن پیٚژ ژھنف، یتھہ کام چھےٚ اہم آسِتھ تہٕ بہرحال دوٚیمہِ درجچ۔ یمِو عالمو کاشرِس منز ڈکشنری سازی دِس تُل تِمن اوس نہٕ میٚنثر ستی کانہہ واٹھ۔ یمِیٚ شخصن زبان زوٗمتر، ثُرمٔثر تہٕ ورتاو مژ آسہِ نہٕ تہندِ خاطرٕ چھےٚ لفظن ہنز معنوی تہٕ داری تہٕ مختلف جہتہِ کومہِ اَننہِ ناممکن۔ غار زبان دانہٕ ہندِ خاطر زبانِ ہُند مزاز کاپہِ اَنُن چھُ سیٹھا مُشکل۔ اکثر غار ملکی ڈکشنری سازن ہُند دایرہ کار روٚد

صرف شہرن تہ قصبن تام ژھوٗٹرِتھ۔ سہٕ لفظہٕ ووٗترٕ روٗد تہنز و نظرِ ووٗرِ ئیس دوہہ شیچ گاٗمی زندگی ہُند حصہٕ چھُہ، عام گرِ ییتس، مزدوٗرس کاٗری گرس یُس لفظ راشس وراثتس منز تران چھہ تتھ وراثتس کُن آو سہٹا کم توجہ دِنہٕ۔ یہِ کتھ پتہِ چھےٚ وکھر زِ اصلی زباٗنہِ ہندی امانتدار چھہ تمے لوٗکھ آسان یمن مختلف کامن کارن، حرفن ہونرن بیترِ سٟتی وابستگی آسہِ۔ کاٗشرِ زبانِ چھِنہٕ صرف کشیرِ منز پھٔقرتامے وُٹھِتھ، اَمکی بولن واٗلی چھہ ڈوڈہ، پرونژھ، رازویر، کھٹوعہ یوٗت زِ ہماچل پردیشکین کشیرِ مُلحق علاقن منز تہٕ بولنہٕ یوان۔ یمن علاقن منز یُس کاٗشر ورتاوس چھُہ تتھ کاٗشرِس کوٚمہِ اَپٕنیخ آیہٕ ازتام تہٕ کانہہ کوٗشِش کرنہٕ۔ کشیرِ دور علاقن منز چھےٚ دُنہٕ کاٗشرِ چہ کیٚنہہ تِژھہ جھشرٕ موجود یمونش کشیرِ منز پھٔقرِ مُچھے پھےٚ" ریاستکین بیوٚن علاقن منز بستھ کاٗشرٕ بولن واٗلی چھہ ژٔکہِ پھٔقرِ ہندی بکین اہمیتی یمن کیٚنژھا حالاتو تہٕ کیٚنژھا اقتصاٗدی مجبوٗری کشیرِ تراوٕنیخ تحریک دِژٕ۔ ڈکشنری ساٗزی متلق یہِ کیٚنژھا وُنتام سپُد مُت چھُہ تتھ متلق ہیکو لِی وٕنِتھ زِ یہِ کیٚنژھا ڈکشنری ہندس صوٗرتس منز آسہِ بروٗنہہ کُن آو سہٕ چھُہ شہرن تہٕ قصبن ہنز نماینٛدگی کران۔

ڈکشنری ساٗزی ژٕیرتام دس نہٕ ووٗتھنگ سبب روٗدیہِ تہٕ زِ کاٗشرِس سپنزِ سرکاٗری سرپرستی حاٗصل یہِ روٗزنہٕ بنیس ارتقاٗیی سفرس منز ازتام تہٕ کتھ باقہِ تامےٚ محدوٗد۔

یورپی عالموٗنٕل ڈکشنری ساٗزی ہُندس موٗخصر لفظ وُترِ ترتیب دِتھ تہٕ یمن لفظ وُترمن آو انگریزی پاٹھی معنےٚ لیکھنہٕ۔ لفظہٕ وُترِ مرتب کرنس منز ادٕس تہنزن ذاٗتی تہٕ سیاسی ضروٗرژن ہُند ژوٗر عمل دخل مگر ساٗنی تاٗریخ مرتب کرن وٕزِ ہیکو کھہ نہٕ یم لفظہٕ وُترِ مُشراوِتھ۔ تہنزے کاٗم بنےٚ یہِ بروٗنہہ کُن نوو منصوٗبہٕ

مرتب کرنس تہٕ برونہہ پکناونس منز کار گرٕ ثابت ۔ سونتھ پنڈت نعاب چھ ڈکشنری سازی کُن اکھ قدم، یُس تمہِ اردا ہمہِ صدی منز مرتب اوس کورمت ۔ کانسہٕ کاشرِ ہندِ وستہٕ پھٹے یہ اَمہِ قسمک گوڈنیُک کام ۔ بیئے اکہ بے ناو شخصن تہٕ آس یتھے کام درِ دس نیمتہٕ پوزٕ اند بوٗز ہیکُس نہٕ دِتھ ۔

کاشر لفظ ووتر مرتب کرن والین منز چھ گوڈنیک ناو ایم ۔ پی ایجورتھ (M. P. Edgeworth) سُند یوان ۔ تمہِ کر کاشرِ زبانہِ ہندِس گرامرس تہٕ لفظہٕ ووترس پیٹھ کُنو ہمہِ صدی ہندِس گوڈنکس اَڈس منز کام ۔ یِنہٕ کامہِ ہند ہر تر کہٕ ۱۸۴۱ءٔ منز ۔

عنوان دِتھ رایل ایشاٹک Grammer and vocabulary of Kashmiri language سوسایٹی ہندِس رسالس منز قسط وار چھاپھ ۔ تس پتہٕ پکناوِ یہ کام میجر آر ۔ لیچن (Maj. R. Leech) برونہہ ۔ تمہِ کور کمے کال پتہٕ اکھ زیٛوٹھ مضمون عنوانس تل رایل ایشاٹک A Grammar of Kashmiri language رسالس منز چھاپھ ۔ مضمونس منز چھ گرامرچن نفاستن لرِ لوٗر لفظہٕ ووترس تہٕ کافی جاے آمژِ دِنہٕ ۔ موضوع آسنہٕ باوجود چھ تسند لفظہٕ ووتر خاص توجہ منگان ۔

ڈکشنری سازی ہندی واضح خدو خال چھہ اَسہِ اپیٛک ۔ اپیٛک گوڈون آسٹن سند طویل ایسے Avocubulary of English, Balti and Kashmiri منز میلان ۔ یہ ایسے چھ کاشرِ ڈکشنری سازی ہند گوڈنیک پوو ۔ آسٹن سند یہ ایسے سپدِ ۱۸۶۶ءٔ منز رایل ایشیاٹک جرنلس منز شایع ، اَمے وری یہ چھپیو وپاکھ زیٛوٹھ زیٛوٹھ مضمون اُتھی رسالس منز قسط وار یتھ Arian languages Spoken in terri-tories of the Maharaja of Kashmir عنوان اوس ۔

یہِ مضمون چھُ بے۔ کامپیل ہِندِ تحقیقک ثمر۔

<u>۱۸۷۰ء</u> منز چھپیو ڈبلیو۔ جے۔ ایلم زلی (W.J. Elmzlie) سُند مضمون Kashmiri Test-words۔ اَتھ زیٹھس مضمونس پیٹھ آس تمہِ پننہِ کنہِ سیٹھا محنت کٔرِتھ ڈکشنری ساز‍ی باقاعدہ شکل دِنچ کوشش کٔرمٕژ۔ اَما پوز تِمنزِ کامہِ ووت نہٕ دارٕ۔ یم لوٗکھ تس کامہِ منز سادان آسی تمو ہیٚژ تارن گٔری کام ییٚمہِ کارس کُھراوُن مُمکن چھُ سہٕ مادِیہِ ہے کامہِ نوٚوا نہارٕ پوز تس کٔرنہٕ موتن یاوری۔

ڈکشنری ساز‍ی دیٚت ایشر کولن نوٚو موڑ، سہٕ اوس سنسکرت عالم مگر زانٕز بُتھٕر آژ اوس کاشُر۔ سہٕ اوس زبانہِ ہنزن نفاسژن، نسز اکژن، جھژن تہٕ تہہ دارِین وارٕ پاٹھی واقف۔ تِمنز زبان دانی آس گوڈے کاشرِ زبانہِ ہُند گرامر "کاشُر شبد امرت" سنسکرت زبانہِ منز لیکھنہٕ پتہٕ کھٔر گامژ۔ اَمر کوشش کٔس رازس پیٹھ لیچھ ایشر کولن "کشمیری دِشِ بھاشووے" کاشرِ ڈکشنری پٔرتھ موٗلہ لفظس لیوٚکھُن دۄن زبانن منز مانے تہٕ مانے چھُ یاد تھاونہٕ موکھہٕ شلوکن منز دِنہٕ آمُت اَمیک اکھ شلوک چھُ:۔

اخروٹ، اکشوٹ، والنٹ، چہ جوز ہنگاک، تتہ پرم، چار مغز، اپچہ چار مغز، ڈوٗنوٗ ترگا سرگا کرتا۔ مختلف زبانن منز چھِہ شلوکہٕ موجوٗب ڈوٗنس ہم ناو۔

اخروٹ (ہندوستانی) اکشوٹ (سنسکرت) والنٹ (انگریزی) جوز (عربی) ہنگاک (تُرکی) چار مغز (فارسی) ترگا (بودھی)

ایشر کول اوس سنسکرت علاوٕ فارسی تہٕ عربیک تہِ عالم۔ تمہِ اوس عربی

کتابن سنسکرت ترجمہ کوزمُت۔ تسُند کارنامہ ڈکشنری پھۓ اصلی روپس منز ؤنہ تہ پھپنے۔ "وِش بھاشو وے" مسُود کی ژ جلد آسی سرینگر چہ ریسرچ لائبریری منز موجوُد۔ اننت رام شاستری اوس اتھ ڈکشنری مرتب کرتھ چھاپنک سنز کران۔ تمی اوس واریاہ کامہ انُد ہور دیتمُت یوُز کشیر نیرنہ پتہ لوُگ نہ کانہہ پے ژکام کتھ مرحلس پیٹھ واتز۔

کولہ سنز ڈکشنری منز آس کم کاسہ پیرِگی روُزمژ یوسہ بیۓ اکی کاشری عالم پنڈت گووند کولن پوُرہ کرییہ۔ سرمارک ارل سٹاین سنز ڈکشنری ہُند چھُ صرف حوالہ میلان مگر یہ چھُنہ پے ژاتھ کیا اوس اتھ ہار تہ امیُک مُسود کتہِ چھُ۔

ایشر کولنی ڈکشنری برونہہ کنہ ژٹھ بناو سر جارج ابراہیم گریرسنن گوڈنیک کاشر ڈکشنری۔ یہ ڈکشنری کُر رایل ایشیاٹک سوسائٹی ژون جلدن منز چھاپ۔ ڈکشنری ہُند آخری جلد دراو ۱۹۳۱ منز بازر۔ پتہِ مس دہلس منز چھُ امہِ ڈکشنری ہُند بیاکھ ایڈیشن دون جلدن منز چھپیومُت۔ ڈکشنری منز چھہ کاشری لفظ رومن، دیوناگری تہ بعضے نستعلیق اچھرن منز درنہ آمتی تہ مخصوص آواز کڈنہ خاطر چھُ وضع کرنہ آمتن علامژن ہنُد استعمال آمُت کرنہ اما یوُز لفظن تہ مرکبن ہُند معنے چھُ انگریزی یس منز درنہ آمت۔ کاشرس لفظ وترِس کومہِ اننہ خاطرہ سارے ابتدائی کام سپزیا تہ رومن نتہ دیوناگری یس منز۔ نستعلیق خطس منز چھاپ غلام محمد نور محمدن "کاشر بول چال" ناوی اکھ موختصر کتاب یتھ ڈکشنری تہ وُنتھ ہیکو نہ وونُگو ڈکشنری خاطر ہیکہِ خام مسالہ کنہِ امیُک استعمال سپدِتھ "بول چال" ناوِی اتھ لفظہِ سومبرِژ چھِ معنی اردوہس منز درج آمُت کرنہ، یُس مستند مانتھ ہیکو نہ۔ کتابہ متلق چھُنہ پے ژیہ کُمی چھۓ مُرتب کرمژ۔

کاشر۔ کاشر ڈکشنری بناوُنک ضرورت یودوے واریاہ کالہ پیٹھ محسوس

سپدان اوس مگر ضرورژ عملی رُدپ ڈِنک موقہ آو ۱۹۵۸ ہس منز ریاستی کلچرل اکادمی
قایم سپدنہٕ پتے ۔ ڈکشنری بناونک منصوبہ آو مئی ۱۹۵۸ منز کاشر سب کمیٹی
ہندس اجلاسس منز پاس کرنہٕ ۔ کمیٹی منز اوس ماسٹر زندہ کول، پروفیسر جے لال
کول تہٕ پروفیسر توشخانی شامل ۔ امہِ پتہٕ آیہِ کشیرِ ہندین الگ الگ علاقن
منز لسانی سروے کرناونہٕ، یوسہ دون ترین وری ین جاری روٗزِ ۔ امہِ پتہٕ ڈکشنری
بناونس دوران آو نہٕ لسانی سروے دوران سومبرِ ہتین لفظن ترس کُن کانہہ توجہ دنہٕ
حالانکہ یمہِ لفظو ووٗتراوس سیٹھا جان یوٗدوے معنے لیکھنس منز شوژر اوسُس
نہٕ ۔ ہرگاہ امہِ لفظو ترٚیک استعمال کرنہٕ آسہِ ہے آمُت کاشرِ ڈکشنری منز آسہِ
ہے بامعنی تہٕ بامقصد ہُرِ ہُر گومُت تہٕ اکھ آسہِ ہے راہ ہونز واش وژامُت ۔
نومبر ۱۹۶۶ منز سپد اختر محی الدین صابن تقرر بطور چیف ایڈیٹر ۔ فاصلہ آو
کرنہٕ زِ ژہ ڈکشنری منصوبہ ین اکس منز نہٕ ۔ اکھ کاشر ۔ کاشر ڈکشنری تہٕ دوٚیم
اُردوٗ کاشر ڈکشنری ۔ پروجیکٹ آیہ ژدس نہٕ مگر ابتدائی دورس منز لوگ کامہ
سِنج سوژر ۔ یم لوکھ کام کرنہٕ باپتھ ژارنہٕ آسی آمتی تم آسی سیٹھا جان ادیب مگر ڈکشنری
سازی یُس اکھ الگ سائنس چھُ، ہُند اوسکھ نہٕ کانہہ تجربہ ۔ کینژن کالہ پتہٕ گو اختر
صاب فیلڈ سروے آرگنائزیشنس منز ڈپٹی ڈایریکٹر مقرر تہٕ ڈکشنری روٗز ژ ڈکشنری
منزی جایہ ۔ امہِ پتہٕ سپد پروفیسر شری کنٹھ کول توشخانی چیف ایڈیٹر مقرر، تمہ دژ
کامہِ وُتھ تہٕ سٹانس ستی اکھ واس کرتھ آو ڈکشنری ہند گوڈنیک جلد " لفظ راش "
ناوی چھاپنہٕ ۔ یوز اکھ کامہ پیوٚ اڈ دُتی ڈوکھ ۔ جلدس پیٹھ آو اعتراض کرنہٕ زِ اتھ منز
چھِنہٕ واریاہ اہم لفظ زانتھ ماننتھ شامل کرنہٕ آمتی (یتھ متعلق توشخانی صابن مے پانہٕ
چھُ وونمُت زِ یمن لفظن ہندس شامل نہٕ آسنس پیٹھ اعتراض ووتھ، اصل مسودس

منٛز آسی تِم شآمِل مگر اُکس سازِشہِ تحت آے غآب کرنہٕ ۔ پۆز کیا چھُہ تہِ زانہٕ دٕے)۔ مآملہٕ زیٖٹھو، انکوایری کمیشن سِپُد مُقرر چھیکرس آو چھو پمُت جلد تلف کرِتھ کامہِ نوِسرِ گوٚڈنیگ فآصلہٕ کرنہٕ ۔ " لفظ ِاراش " عنوانکُ ڈکشنری جلد آو ۱۹۷۳ء منٛز ٹیکور ہالکس آنگنس منٛز ذمہٕ دار افسرن ہنٛزِ نگرآنی منٛز زالنہٕ ، حالانکہِ اُمکی چھاپی نوسخہٕ چھِہ وُنہٕ تہِ واریاہن لۆکن نش موجوٗد ۔ مےٚ نِش تہِ آس اکھ کاپی یوسہٕ باقی چینزن ہِندی پأٹھۍ رآوِس تل پھٕے"۔

انکوایری کمیشن ٕیُس رپورٹ دیُت تمِچہِ بُنیأدِ ییٚہِ آے دۄشونٕی ڈکشنرین ہِندِ خأطرٕ الگ الگ اڈیٹوریل بورڈ مقرر کرنہٕ ۔ یِم کامہِ نگرآنی تہٕ تعاوُن تہٕ لفظاوترِن نظر گُزرتہِ دِن ۔ کأشرِ کأشرِ ڈکشنری ہِندس اڈیٹوریل بورڈس منٛز آے پروفیسر حاجنی، پروفیسر پُشپ، پروفیسر جے لال کول تہٕ اختر محی الدین گوٚڈٕ انوارِ شآمِل کرنہٕ تہٕ اُردو کأشرِ ڈکشنری ہِندِ گوڈنکہِ اڈیٹوریل بورڈکۍ ممبر آسی پروفیسر راہی، ڈاکٹر حامدی، رشید نازکی تہٕ موہن نراش ۔ دۄشونٕی اڈیٹوریل بورڈن منٛز یۆد وَے ممبرن منٛز تبدیلی سپدان روز مگر پروفیسر حاجنی، پروفیسر پُشپ، پروفیسر رحمان راہی تہٕ ڈاکٹر حامدی رۆدی گوڈٕ ییٚہِ اندس تام منصوٗبن سٕتی وابستہٕ ۔ یِمو لۆکو علاوٕ یِم دۄیِم ادیب اڈیٹوریل بورڈس ستی وابستہٕ سپدی تِم آسی دینا ناتھ نادم، مرزا عارف تہٕ غلام نبی گوہر۔

ڈکشنری ہُند بُنیأدی مُسوٗدٕ اوس گوڈٕ سٹاف تیار کران تہٕ بورڈٕ وألۍ اُتھ سِرِ نظر ڈالان ۔ کیا کرِنۍ آسس ڈالان سُہ چھُہ الگ بحث یتھ ییٚہِ کتھ کرنٕک یہِ وقت چھُنہٕ ۔ بورڈٕ وألۍ آسی نہٕ یہِ کام رضاکارانہٕ طور کران بلکہ اوس تِمن میٹنگو حسابہٕ باقاعد فیس تہٕ دۄر روزن وألین آس کرایہ تہٕ یوان ادا کرنہٕ ۔

کاشُر ۔ کاشُر ڈکشنری ہُند گوڈنیُک جلد سپُد ۱۹۷۲ہ منز چھاپھ تہ
تُستِم تہ آخری جلد آو ۱۹۷۸ہ منز عام لوکن برونہہ کُن ۔ اُردو کشمیری فرہنگ
سپیدہین ۱۱ جلدن منز شایع ۔

کاشُر ۔ کاشُر ڈکشنری منز چھہ کُلس ہیٹھ ۷۰ ساس لفظ تہ مرکب شامل ۔
اکثر لفظن ہُند آگُر درج تہ چھےٚ کوشش آمٕژ کرنہٕ ۔ ڈکشنری ہُند پرتھ جلد آو
منصوبہ بند طریقس پیٹھ وری پتہٕ وری یہ چھاپ کرنہٕ یُس انتظامی اعتبارٕ مناسب
تہ موزون چھُ مگر علمی تحقیقی تہ لسانی ماہلن منز چھےٚ منصوبہ بندی کارگر ثابت
سپدان امہٕ ستی چھےٚ کامہٕ ہُند واہراو کاپہٕ اکنس منز تھوس یوان ۔ کاشُر ۔ کاشُر
ڈکشنری چھےٚ پننہٕ جایہ اکھ کارنامہ مگر تُتی اوٚن اکھ وار یاہ ٹھینجر ییمہٕ کنہٕ واریاہ
موٗلہ لفظ اکھ منز درج سپدنے چھہ روٗدمت ۔ ہندی چہ زالی دوان چھہ ہندو ہند
زالہو منز ڈلی ہتی ۔ کاشُر کلاسیکی ادب پرنس منز چھےٚ یہ ڈکشنری پوٗرٕ پوٗرٕ اکھ رٹ
ہکان کرتھ تہ یوتام متھہ زن زمین زراعت ، باغوانی تہ پیشہ ورٕ زبانی ہُند تولق چھُ ،
تتھ کُن تہ چھےٚ ڈکشنری کانہہ رہنمایی کران ۔ یوتام زن تمثیلن ، کہاوژن تہ
گُنڈتین بیتر ہُند تولُق چھُ تمن آبہ نہ ڈکشنری منز جاے دِنہٕ ، حالانکہ یمنہٕ
قیمیم گوڈ ینچ کام آسنہ کنی گژھ کوشش سپدنی زِ یمہ کیٚنژھا چھکرِتھ چھُ سُہ گوژھ
سومبرنہٕ یُن ۔

اکھ موختصر ہندی ڈکشنری چھےٚ ہندی ڈایریکٹوریٹن کشمیر یونیورسٹی ہندِ
اکھ واسہ چھاپمٕژ ۔ یمتہ پانٹھی چھےٚ ژوداہن زبانن منز بیاکھ ڈکشنری تہ امی
ادارن چھاپمٕژ ۔

ترقی یافتہ ملکن منز چھےٚ ڈکشنری سازی اکھ مسلسل عمل تہ پرتھ دہہ ورہ

چھِ ڈکشنری ین ہندی نٔوی ایڈیشن چھاپنہٕ یِوان یُتھ زبانۍ منٛز شامِل سیٚدٕ مُت نوٚو لفظ ووٗتُر ڈکشنری منٛز جاے پراوِ ۔ مگر اَسہِ تھوٚو اوٹ چھانہٕ تھٕ پیٚرِنُن کٕچھِ سہٕ تہٕ اَز برونہہ وٕہ ؤری ، حالانکہ ڈکشنری ہندِس عاملس منٛز چھُ اَسہِ وُنہ سورُے کرُنۍ ۔ گوڈنیُک ضرورت چھُ عام ضرورت مندن ہندِ خاطرٕ لوکٕٹ ڈکشنری تیار کرٕنۍ ، دوٚیِم ضروٗرت چھےٚ زِ بناوٕنہٕ ڈکشنری گژھہِ اکھ تازٕ ایڈیشن نیرُن یتھ منٛز پیٚرِکیہ پُروٚنہٕ ہیٚنہِ ۔ کاشُر ۔ انگریزی تہٕ انگریزی کاشُر ڈکشنری چھےٚ ؤچھ ضروٗرت ۔ ہرگاہ اَسہِ جدید دورس سٟتۍ قدم رلاوِتھ چھُ پکُن تیلہِ گژھہِ ہمیٚہ ڈکشنری بناونس گوڈٕ یُنۍ وارٕ ہیٚز دِنہٕ تہٕ روز جدید علمن تامِ سون ہیکن پانے بلکل محدوٗد تہٕ زبانۍ کُشادگی دِنکہٕ ساری اَمار گژھن اَندری وٚتھۍ ۔

فاروق بخاری

# راژ ویرِ ہندی کأشرۍ تہٕ تہنٛز بولی

کشیرِ منٛز آسنہٕ زِ ترٛیبے ڈہلی برونٛٹھ عام انسانس پتاہ زِ وادی نیبر تہٕ چھہ کأشر بولن وألۍ روزان ۔ وونی چھہ یہِ کہتہ واریاہ لُکھ زانان زِ ڈوڈہٕ ضلعس منٛز چھہ بھدرواہ، ڈوڈہ، بانہال، کشتواڑ بیترِ علاقن منٛز کأشر زبان اکِس مخصوص خولہٕ خطس منٛز زٕدہٕ رِتھ ۔ جوٗمی صوبہ کین شُن وِنی ضلعن منٛز چھُ کأشر تہِ باقی بولنہٕ سۭتی موجوٗد ۔ راژ ویرِ (راجوری) ہندین تھنہٕ منڈی بُدھلِ تہٕ خاص سرینہٕ منٛز چھہ کأشر نسلکی لکھ پانہٕ وأنۍ کأشرِ سے منٛز کتھ باتھ کران ۔ پرُونٛژھس منٛز چھہ گُجرۍ، بکروال تہٕ پہأڑی نسلہٕ کین لُکن علاوٕ کأشرۍ تہٕ یِمہ علاقس منٛز لسان بسان ۔ یِہند کأشر چھُ معیأری بولہِ سیٹھا نزدیک ۔ ویسے تہٕ چھُ کشتواڑۍ یا بھدرواہی کأشر کھوتہٕ پرُونٛژھ تہٕ راژ ویرِ ضلعن ہُند کأشر زیادٕ معیأری تہٕ مأری موٗند ۔ بوزوَے تہٕ پیر پانٛژالس اپارِ چھہ بالن بیٹھ پرِمہِ علاقس منٛز کأشرۍ تہٕ کأشر زبان ۔ چنانچہ اُدھمپور ضلعس منٛز شأمل گوٗل، گولاب گرٛھ تہٕ مہور علاقن منٛز چھُ کأشرین ہُند جان تعداد ۔ اَتِکۍ کأشرۍ چھہ دوٗہی دوہس کأشرے کران مگر لہجہ گنی چھُ یہٕ دوٗرِ گُجری پأرِمُ باسان ۔ اَتہِ چہٕ بولہِ چھُ ڈوڈہ ضلعہٕ چہٕ

بولِہ ہُند ہیوٗا ہار ۔

یودوَے ڈوڈہ کین مختلف علاقن منز کاشُر وُسعت لبان چھُہ (یوسہ اکھ خوٗش یودوٗن کتھ چھےٚ) مگر راز وِیرِ منز چھےٚ صورتحال مایوس کُن یئیتہٕ زن کاشِر زبٲنۍ ہُند حلقہٕ کاشِر نسلہٕ کین ٹکن منز دوٗ سہ کھوتہٕ دوٗ سہ تنگ کان چھُہ۔ (البتہٕ چھِہ تم گُجری بکروال کاشُر ہیچھان یم کشیرِ تران چھِہ) اَتھ چھِہ کینہہ سماجی، نفسیاتی تہٕ تاریخی وُجوہات یمن ہیتھ برونٹھ یہن کم کاسہٕ گاش تراونہٕ ییہ ۔ ڈوڈہ چھُہ واریاہن بولین ہُند میوٗزیم ۔ اَتہٕ چھےٚ مُسلسل کاشِر زبان لوکچن لوکچن بولین نینگلاوان تہٕ قسمٕہ یابی پراوان برونٹھ پکان مگر رازٕ وِیرِ منز چھِہ ووٗنۍ کاشِر نسلکی نصف جاد ٹکھ صرف پہاڑی تہٕ گوجری سمجان تہٕ بولان تہٕ ووٗنۍ ہیکو اسۍ انصافہٕ سان وُنتھ زِ تہنز مادری زبان چھےٚ پہاڑی ۔ تمن برونٹھہٕ کنہٕ گوٗو کاشِر کُرن کوٚ کرن موکھتہٕ چھکُن ۔ مگر یم ٹکھ چھِہ پہاڑی بوٗلی تہٕ لباس کہو کھین چین پانہٕ ناوٕنہٕ تہٕ "کشمیری" ناوٕ ستۍ گنزراونہٕ یوان ۔ حالانکہِ یم کاشِری چھینہٕ پہاڑی تہٕ گُجری نسلہٕ کین ٹکن ستۍ رشتہٕ داری بلکلے کران ۔ اَتھ کیتۍ گئےٚ یم کٹر ۔ درحال تہٕ بکوٗری تہٕ یمن اُندی پکھی گامن اندر چھُہ کاشُر لوکےَ حال کاشُر منشرو ووٗمت ۔ البتہٕ چھِہ ٹھٹہٕ منڈی، بہروٹ بدھل تہٕ یمن اُندی پکھی گامن منز کاشُر ختم گژھنکی آثار دینتھی یوان ۔ یمن علاقن منز چھِہ کاشِر نسلکی ٹکھ (یمن ڈار، راتھر، نیایک، بٹ، شال، رینہ، گنیٔ، لون، ملک، میر، ماگرے، خان بیتر کرامہ چھےٚ) اکثرتس منز یمن علاقن منز چھِہ تمی کاشِری پاٹھی وَدان تہٕ زنانہٕ کھاندرن کھوٗندرن منز کاشِری پاٹھی وِنہٕ وان تہٕ ۔ یمن یوٗدوَے پہاڑی زبٲنۍ پیٹھ تہٕ عبوٗر چھُہ مگر توتہٕ چھےٚ یمن نش اَتھ ثانوی حیثیت ۔ رازٕ وِیرِ سریہٕ منز چھےٚ صوٗرتحال وُلٹہٕ ۔ اَتہٕ چھِہ گرٕتھ ڈوڈٕہتھ کاشِری یم جادٕ یہن وارٕ ٹمبر دنٕہس منز روزان چھِہ۔

یوٗدوٚے وُنہٕ ساری پٔے گرن منز کم کھوٚتہٕ کم اکھ زٕ نفر کٲشُر کران چھِ (تہٕ تقریباً ۹۰٪ فی صدی کٲشرِ کٲشُر سمجان چھِ) مگر یِمن چھُنہٕ ووٚنی پہاڑی بولہِ ہنٛدُے رس لۄگمُت ۔ تِہنٛز نوٚپٕے خاص کٔرِتھ لڑکہ یِم جاد پٕہن بازرن تہٕ سکولن منز پہاڑی بۄلی کرن والین ستی ووٚتھان بہان چھِ، چھِ کٲشرِس کُن بے مال لاگان ۔ چونکہِ کورِ چھےٚ جادپٕہن وقت گرس منٛزٕے ماجن ستی گذاران تِمہٕ چھےٚ کٲشُر ہیٚچھان ۔ کٔشیرِ ہنٛدین لُکن چھُ یور کیٚہ یِن گژھُن ۔ البتہٕ چھِ کٲشرِ ملازم (بٹہٕ کھوٚ مسلمان) ملازمتھ کِس سِلسِلس منز اور رٕگان اَتہٕ چھِ جادتر کٲشرِ کھوٚ پہاڑی مکانٛک کینٛہہ حِصہ ملازمن کرایس ہیٚتھ دِوان ۔ یِمن کٲشرِن ہندن گرن منز کٲشرِ ملازم ڈیرس روزان چھِ تِم چھِ کینٛژس کالہٕ پتہٕ منز پٔنُن کٲشُر Stand-ardise کران ۔ ہرگاہ ریڈیو کشیر کہِ سرینگر سٹیشنٕچ نشریات اَتھ ضلس منز ٹُکھ بوزرِتھ ہیکہ ہن، کٲشرِ یوٚتھ نہٕ بلکہ گُجری بکروال تہٕ باقی ٹُکھ تہٕ کرِہن پٔنُن کٲشُر صحیح (Improve) ۔ اتھ برعکس چھِ جوٚمہ کہِ سیٹیشنہٕ ہیٚتھ تہٕ ہفتس منز صرف ڈاے گنٹہٕ کٲشرِس "یِمپوش" پروگرامس مُشخص ۔ ڈوگر سیاست کارن ہنٛدِ من Expansionistic عزائمن کیا کٔری زٕ!

راز ویرِ ضلس منز یوٚسہٕ کٲشرِ بۄلی کرنہٕ چھےٚ یوان، سو چھےٚ بنیادی طور "مرازی" بۄلی ییٚلہٕ زن پرٛوٗنژھکی کینٛہہ کٲشرِ کمرازی بۄلی تہٕ بولان چھِ ۔ اَتھ چھُ وجہ زِ یِم کٲشرِ راز ویرِ منز سان بسان چھِ تِم چھِ کُلہم پلوامہ ضلہٕ کھوٚ شُپین تہٕ پلوامہ تحصیلوٚ پیٚٹھٕ اور گمٕتی تہٕ چونکہ پرٛونژھس ستی چھِ ورٛملی ضلک سرحد، تور چھِ ورٛملی ٹُکھ ٹری متی ۔

کٲشرِن چھُنہٕ اور ہجرت کٔری متس جاد کال گومُت ۔ راز ویرِ ہنٛدِ

اَکہِ پرانہِ خاندانُک شجرِ نسب وُچھتھ ننیو مےٚ زِمین چھےٚ وُنی کیٚن اَتہِ پانژھ پیٚیِر گمُژ ـ ہجرتکۍ چھہِ مختلف وُجوہات ـ کیٚنہہ چھہ قحطِ موٗجُب ژٲلۍ متۍ تہٕ کیٚنہہ تجارت کران کران اَتھ حسین سرزمینس مشتاق گمتۍ ـ اَکھ کتھ چھےٚ آثار وقراینو تلہٕ باسان زِمین ستۍ آونہٕ اَتہِ جان سلوٗک کرنہٕ ـ چونکہِ ڈوگر دوراوس تہٕ اَتکیٚن ہندو تہٕ مسلمان راجپوتن اُس اَتھ دورس منز قومی تفاخُرن وُنہٕ داجہِ مژ ـ نموٗز آیۍ یِم مجبوٗر مہاجِر، مگر کاشرِ ذہانت یوٗسہٕ عالمس منز تسلیم چھےٚ کرنہٕ آمژ کتہِ نیمہِ ہایمن بےٚ حِم راجپوتن برونٛہہ کنہِ ـ یِہنٛس لیکھنس تہٕ تجارتس منز چھہ ووٚلۍ یِم سیٚٹھاہ تیزی سان قدم براوان مگر سیاسی مآدانس منز چھہ یمن اقلیتس منز آسُن ماہ کران ـ

یِہ زِن برونٛہہ وَننہٕ آو زِ یِم لُکھ چھہِ پلوامی فِلچ بولی کران ـ مگر اَتھ پیٹھ چھےٚ پہاڑی بولہِ ہنز شُنٛز تہٕ نٛژ چھاپ ـ کُنہِ کُنہِ چھُہ کانہہ کاشُر لفظ زٕژھہِ تھ حالتس منز نظرِ گژھان ـ یِم چھہ "شِکس لد" تہٕ "تاوَن زَد" لفظ پہاڑی بولہِ منز تہٕ ورتاوان ـ اَکھُتے چھُہ غار کاشرِ ن تہٕ یِم لفظ ورتاوُنُک عادتھ گومُت ـ

[9] یینیتہِ بھدرواہ، ڈوڈہ، کشتواڑ بیتر علاقن منز کاشرۍ، کرنٛد صرف اَکہِ پیٹھ نوس تام کاشرِ پاٹھۍ تہٕ باقی اُردو پاٹھۍ ورتاوان چھہ، تتہِ چھہِ راژویرِ ہندی کاشرۍ سارے گنتی کاشرِ پاٹھۍ استعمال کران ـ البتہ چھہ یِم ۲۶ ہَس "شےٚ وہ" تہٕ ۷۰ ہَس "سَتتاجی" وَنان ـ بنیرِ چھہِ یِم آٹھ شتھ نوشتھ بجایہِ آٹھ ہتھ نوٗ ہتھ بیتر وَنان ـ کیٚنہہ لفظ یِم عام پاٹھۍ ورتاوس منز اَننہٕ چھہ یِوان، تِہنز صوٗرتھ چھےٚ تتہِ یتھ کنہِ ؛ ـ

| کشیرِ ہُند کاشُر | راژویرِ ہُند کاشُر |
| --- | --- |
| کاکۍ کیتھ | کاکۍ |

| | |
|---|---|
| راتھ | یوہ |
| کالچس | راتھ |
| کھاندر | ییٚنہِ وول |
| لڑکہٕ | بوکُت |
| ماٚلی ناز | داد |
| ڈٔلو حفض | ییِو سا |
| چکرس گژھُن | چکر لاگُن |
| نشاٚنہٕ | پُٹژھل |
| کنگُو | کنگہٕ |
| چھُٹی | چھُٹی |
| کاپی | کاٚپۍ |
| وان کھولُن | وان مُتز راوُن |

اَندۍ پکھی پہاڑی، گُجری تہٕ باقے بولہٕ بولن والی آسنہٕ سببہٕ چھُہ مین ہُند لفظاوو تُرتہٕ تبدیل گومُت ۔ مثالہٕ پاٚٹھۍ وُچھو ۔

| کشیرِ ہند کأشُر | راز ویرِ ہند کأشر | پہاڑی | اُردُو |
|---|---|---|---|
| ہمسایہ | گُمانٔدی | گھمانڈی | پڑوسی |
| وارٕ کارٕ | چینگہٕ بلہٕ | چنگا بلا | اچھا بلا |
| پامہٕ وۆتُر | طانہٕ تہٕ مینہٕ | طعنے تے مینے | طعنے |

| | | | |
|---|---|---|---|
| تاوَن | سِرکِھ | سرکھی | بلا |
| دڑُوسہٕ | کُہلو | کالی | پیاسی |
| حَسد | ساڑہ | ساڑا | حسد |
| بے منٛدُچھ | ڈیٹھ | ڈھیٹ | بے شرم |
| پُھٹہٕ ووٹ | پُھٹہٕ مٕتۍ پونسہٕ | ٹوٹے پیسے | ریز گاری |
| کورِ ہُندٕ نیچُو (زر) | دوتہر | دوترا | نواسا |
| نیچوِ سُندٕ نیچُو (زر) | پوتہر | پوترا | پوتا |
| گاڑۍ | گڈٕ | گڈی | گاڑی |

یمِتھے گنٛی ہیکہِ نوم جملہٕ وُچھتھ راز ویرِ ہندس کاشرس تہٕ کشیرِ ہندس کاشرِس اندر تفاوتُک اندازٕ سپدتھ۔

| سون کاشُر | راز ویرِ ہُند کاشُر |
|---|---|
| یٕنترِ چھُنہٕ ماز بنان | یٕنترِ چھُنہٕ ماز لبان |
| ماز مورو ؟ | ماز بنوو تھہٕ ؟ |
| بہٕ آس گاڈِہ کیتھ | بہٕ آس گڈِہ بیٹھ |
| دلیل کیا پھے ؟ | کتھ کیا پھے ؟ |
| مےٚ دِہ | مےٚ ہاو |
| ریڈیو بیہٕ ٹھ کیا وونکھ ؟ | ریڈیو پیٹھہِ کیا ہووُکھ ؟ |
| مےٚ کوٗرُ ونُو | مےٚ بنوو وُنُو |

شہ دراد کوچہٕ کِنی
کوٗکُر مار
یہٕ گوٗس شُلی ہُشیار
یہٕ کتاب نہٕ
تُمسِ چُھہ پھکھ یوان
ژٕنے چھُیہٕ قلم؟
قلم چھُیہٕ؟
سُیُن کیاہ رٔنوٗہ

شہ توٗر کوچہٕ کِنی
کوٗکُر کُر ذبح
مےٚ آیہٕ جلدی جاگ
یہٕ کتاب گژھہ ہیٚتھ
تُمسِ نِشہٕ چھُہ پھکھ یوان
ژٕنے نِشہٕ چھا قلم؟
قلم چھُیہٕ نِش؟
ہاکھ کیا رٔنوٗہ

## کشیرِ ہُند کاشُر (معیاری بوٗلی)

اُسی آسی گوڈٕ پیٹھے یِیتہٕ روزان۔
تیٚلہٕ آسی لاگان اِتھمہٕ پاسٕن ماشٹر۔
یہٕ لوٗکُس میٹرک کٔرِتھ نوکری۔
تُمسِ اوس تی کُرن یہٕ دل وٕنہٕ ہیس۔
دلیل بوزٕ ناو گوڈٕ پیٹھے۔
کوٚکرس کرنوٗم کھش، اکو کُرمار نووٗم۔
کٹس کوٚرُکھ کھش۔
تیٚلہٕ کالی اوس بازر دوٗر
تُمس کیا چھُہ ناو؟

## راز وٕیرِ ہُند کاشُر

اُسی آسی مونڈٕ پیٹھے یِیتہٕ روزان۔
تیٚلہٕ آسی ہیون اِتھمہٕ پاس ماسٹر۔
مےٚ نٕ لٔیہ میٹرک کُرِتھ نوکری۔
تُمی اوس تی کُرن یِی دِل وَنہٕ ہاس۔
کہاٰنی بوزٕ ناو مونڈٕ پیٹھے۔
کوٗکُڑ کرنوٗم حلال۔
کُھٹ کوٚرُکھ زبح۔
تمن زمانن منز اوس بازر دوٗر آسن۔
تُمی سُند ناو کیا چھُہ؟

| | |
|---|---|
| مےٚ چھےٚ بنان پَلو چھلنہٕ ۔ | مےٚ چھےٚ پَلوٗ چھلنہٕ یون ۔ |
| ساری پَلوٗ چھِم چھَلنے / چھلنہٕ | ساری پَلوٗ چھِم چھلنہٕ کِتھو ۔ |
| خبر کانٛہہ مایِیہٕ ۔ | خبر کُس وانِہ اُنِھم ۔ |
| بانہٕ چھل سٕرٕ ستی ۔ | بانہٕ ہیے سُنزِ ستی چھُلِتھ ۔ |
| (سؤر) | (شُنز) |
| اُمِس چھُہ پھکھ یِوان ۔ | اُمِس نِشِن چھُہ مُشک یِون ۔ |
| برونٛہہ اوس اَپارِ دفتر ۔ | برونٛہہ اوس اَپارِ دفتر آسن ۔ |
| سُہ اوس یینہِ تحصیلدار | سُہ چھُہ یینہِ تحصیلدار رُوزِتھ گوٚمُت ۔ |
| سو آیہ نہٕ ژٕےٚ نِش ۔ ژٕ تہٕ آسکھ گوٚمُت تس نِش ۔ | سو آیہ نہٕ ژٕےٚ نِش ۔ موٗن ۔ ژٕ کُنٛہہ آسکھ گوٚمُت تس نِشہِ ۔ |
| سُہ کڈی اُچھ زٕ ۔ | شُہ کڈی اُچھ زٕ ۔ |
| راتس روز بیٚٹھتی ۔ | رات روز بیٚٹھتی ۔ |
| بہٕ گژھہ / یِمہٕ ژٕےٚ ستی دِلہِ ۔ | بہٕ پکہٕ ژٕےٚ ستی دِلہِ ۔ |
| سانہِ قبیلک چھُہ کانٛہہ فوجس منز ۔ | سانہِ برادری منز چھُہ کانٛہہ فوجس منز ۔ |
| پگاہ چھےٚ کیٚنٛہہ چھُٹی ۔ | پگاہ چھےٚ کُنہِ تہٕ چھُٹی ۔ |
| مےٚ دِمانی ۔ مےٚ گیہِ غلطی ۔ | مےٚ کر معاف ۔ میانہِ سپدِ ییہِ غلطی ۔ |
| بہٕ یِمہٕ کالی کیتھ واپس ۔ | بہٕ پھیر کالی ۔ |
| ژٕےٚ چھُتھاہ خاندر کوٚرمُت ؟ ۔ | ژٕےٚ چھُیا یینہِ دول کوٚرمُت ؟ ۔ |
| ژٕےٚ چھُیا حساب تِگان ؟ ۔ | ژٕےٚ چھُیا حساب یِون ؟ ۔ |
| ژٕےٚ چھیا بنیان تِگان ودنہٕ ؟ ۔ | ژٕےٚ چھیا جرسی وونہٕ جانِکھ ۔ |

بٹہ میوٗنڈ گٹرھِ نفرٕس آسُن ۔

مےٚ آسہِ ہے یُتھ دستخط !

سُہ چھُ مےٚ دوس ۔

سُہ کمہِ زاتٕ ہُنٛد چھُ ؟

سُہ چھُ گجر ۔

یہِ خبر بوٗزِتھ ییٚیم شہلتھ ۔

لیٚیھ کر ژھیتہٕ ؟

کاژٕ تیمبرِ چھسا ؟

پلوٗ چھُ سٕنٛزٕس ترآدی متی ۔

ڈُنٛدرٕ لاگنم ۔

مےٚ چھُ ترٛیشہِ ژُدسہٕ ۔

اَتھہِ پھٹراو تہٕ کھنٛسے بَتہٕ ۔

میوٗن موزٕ کتہِ چھُ ؟

مکانس کر تراون سلیب (Slab)

دروازس دیُت تھا قُلف ؟

سُہ وژاو ۔

مےٚ وُچھ سُہ کوچہ (گلی) ، مُنزٕ نیران ۔

ژوٚ چہِ میوٗنڈ گٹرھِ نفسس آسُن ۔

مےٚ آسُن یُتھ دستخط !

سُہ چھُ میوٗن دوست (دو ۔ ست)

سُہ کُس چھُ ؟

سُہ چھُ مُنٛل ۔

یہِ خبر بوٗزِتھ ییٚیم شہل ۔

لیٚیٹ بجاو ۔

پھچہِ مٕژ چھسا ؟

پلوٗ چھُ سوٗوٕ نہٕ باپت دِتی متی ۔

طوطہٕ کڈٕی لاگنم ۔

مےٚ چھےٚ کنٛہلہِ ہیوٗن لٕژ مٕژ ۔

اَتھہٕ چھل تہٕ کھنٛسے ژوٗٹ ۔

میانٕی جورابہٕ کتہِ ؟

مکانس کر ییٚیہِ لینٹر (Lantex)

دروازس چوٗڑ تھا جُندرٕ ؟

سُہ گوٚو وُتھِتھ ۔

گہلِ کنٕز تران وُچھم ۔

تمِس چھا میوٚند؟

ژےٚ کوتاہ تنخاہ پھیٚے (تران)؟

پیتہٕ کیا گوٚو؟

یہِ لیٹتر چھِنہٕ لکرِ وَسان۔

سَیرِ چھِم مکانہٕ خاطرٕ ضرورت۔

بَتہٕ بہِ ستی۔

اُمس کیاہ کوہٹر چھا؟

ژٕ کوتاہ (تنخاہ) چھُک ہیوان؟

اَدِ کیا سُید۔

یہٕ آر چھَنہٕ (ٹکٹر) ژٹُن۔

اِنہٕ چھَم مکانَس خاطرٕ ضروٗرت۔

بَتہٕ گژھ ہیتھ۔

شفیع شوق

# کأشرِ املاہچ عمل

پرتھ کانٛہہ زبان چھےٚ اکھ رسم یتھ پیٹھ اَمہٕ کِہن بولن والین اتفاق چھُ آسان ۔ ییٚلہِ کانٛہہ زبان تحریرِ چہ شکلہِ منز ورتاونہٕ ییہِ اَمہٕ کِس رسمِ خطس تہٕ املاہَس پیٹھ تہٕ چھُ اِتفاق آسُن ضروری ۔ رسمِ خط تہٕ املا چھِنہٕ توٚتام کانٛہہ بوٚڈ مسلہٕ پادٕ کران یوٚتام زبان/مسودٕ ہندِس مرحلس پیٹھے آسہٕ تکیازِ قلمی مسودٕ چھہِ بہرحال محدوٗد روزان کینٛژن لیکھن والین تہٕ کینٛژن پرن والین تام ۔ مگر یُتھے تمہٕ زبانہٕ ہُند ادب شایع کرنُک مرحلہٕ واتان چھُ ، رسمِ خط تہٕ املاہَس پیٹھ چھُ اکھ پوشہٕ وُن فاصلہٕ نیُن ضروری بنان ۔ شایع کرِتھ چھُ علم تہٕ ادب غار ماہرانہٕ عام پرن والین نِش واتان تہٕ اوکنی چھُ لازم زِ نصاب گژھہ صحی صورتس منز پرنہٕ ییُن ۔ مسودٕ پرن وٲلی آسی گژھتام پے تہٕ یِم لیکھن وٲلی تہٕ آسی سیٹھا کم تہٕ نصاب اوس تیُتھ آسان یُس اٹکوٚنی تہِ پرنہٕ ہیکہِ ہا یتھ ۔ ادبکی پلاٹ ، موضوع تہٕ اظہار آسی مقررٕ صرف اوس پیش کرنُک اندازٕ ے یوت نوٚو ۔ ادیب کوتاہ تہٕ عظیم آسی ہین تَس اوس تی وَنُن یہِ برونٛہہ بدل بدل آیہٕ وَننہٕ اوس آمُت ۔ ذٲتی تجربہٕ بادنُک اوس نہٕ تصور تہٕ ۔ کمال اوس صرف اظہارس منز نوٚن نیران ۔ یوٚہے حال اوس علمُک تہٕ ۔ فلسفہ ، ریاضی ، تصوف تہٕ دینیات ہوٚین شعبن منز اوس پرتھ کینٛہہ مقرر تہٕ مُسلّم تہٕ اَمہٕ کِس لیکھنہٕ ییٚنَس منز آس نہٕ خاص کانٛہہ دشوآری ۔

مگر یورپس منز یێلہِ اَرداہمہِ صدی منز تہٕ کشیرِ منز وُہمہِ صدی ہُند نصف حصہ گُذرِتھ نوو زمانہٕ شروع گو، علمس منز آو تیُتھ انقلاب زِ وارِیاہ نوی علمی شعبہ آیہِ بارسس تہٕ پرٛیتھ کُنہِ شعبس منز ووتلے یہِ ذیلی شعبہ ۔ پرٛیتھ علمی شعبہ باپت آیہِ الگ زبان مقرر کرنہٕ ۔ اَتھ حدس تام زِ یَس نہٕ تمہِ علمی شعبچ زبان یوان آسہٕ، تَس باسَن تمہِ شعبہ چہ کتابہ محض حٲرت خانہٕ ۔ شاعری تہٕ نثری ادبس منز تہٕ آو یُتھے انقلاب ۔ مقرر تہٕ مُسلّم موضوعن ہنز جاے رٹ تخلیق کارسُند پنُن انفرٲدی تجربو تہٕ اظہارکی رنٛگو آییتی وَنٛہتی تہٕ اَمہِ برونٛہہ ورتاونہٕ آمژ ترکیبہ آیہِ ترک کرنہٕ ۔ ( یہِ چھُ دوٚیم کتھ زِ ساٲنی شاعری چھے وُنہٕ تہٕ لچھہِ بچھہِ ورتاونہٕ آمتس ترنمس تہٕ محاورس لٔلہٕ کھوٚل کران تہٕ اَتھی چھے پزیرٲیی تہٕ حاصل ۔ ) نتیجہ دراو یہِ زِ اَنگوٚنہٕ پرُن بنیوو دشوار تہٕ رسمِ خط تہٕ املا بنیوو مسلہٕ ۔ یہِ مسلہٕ آو یَتمہِ صدیہ ہندس شیٚمِس دہلس منز محسوس کرنہٕ تہٕ اَمیُک حل ژھارنہٕ باپت آیہِ سنجیدہ کوٗششہِ کرنہٕ ۔

موجوٗدٕ رسمِ خط برونٛہہ اوس کٲشرِ باپتھ شاردا تہٕ ورتاونہٕ یوان تہٕ نستعلیق تہٕ ۔ دوٚنوے خط آسی نہٕ اَسہِ ینٛہنی تہٕ عبارت اَمس اَنگوٚنی پَرِنہٕ یوان ۔ کٲشرِ ہن مخصوص آوازن ہاونہٕ خاطرٕ آسی مختلف کاتب مختلف اشارٕ ورتاوان تہٕ اَتھ پیٹھ اوس نہٕ کانٛہہ اتفاق ۔ خاصکر یتھ اوس کٲشرِ ہن مصوتن ظاہر کرنس منز اختلاف ا، اٗ، أ، آ، اوٗ، او، اوٚ، ی، ے، یہٕ، آواز ہیکھنہٕ باپتھ اوس نہٕ شاردا ہس منز کانٛہہ طریقہ تہٕ نہٕ نستعلیقس منز ۔ معمہٕ آوازن منز آسہٕ ژٕ تہٕ ژھ آواز ہاونہٕ ناممکن ۔ ۱۸۲۱ء یَس منز یێلہِ بایبل کٲشرس منز ترجمہ کرنہٕ آیہِ، رسمِ خطچہ دشوٲرِیہ ہُند احساس پێیہ یوٗرپی محققن تہٕ مقٲمی عالمن ہندِ اَتھہ واسہٕ ۔ ۱۸۵۴ء یس منز گوڈنیک رومن رسمِ خط ترتیب دِنہٕ ۔ اَتھ کامہِ منز اوس سالگرام کول ناوِ کِس اَکِس وِدوانہٕ سُند دیت سارِوے کھوتہٕ

زیادٕ ۔ کٔنوٕہمہٕ صدیہٕ ہندس آخرس منز آیہٕ کأشرِ کرومن خط زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کارآمد بناونچہٕ وارِیاہ کوٗشش کرنہٕ ۔ ۱۸۸۸ ءیس منز چھپیوو (T.R.WADE) ٹی ۔ آر ۔ ویڈٕن گرامر یتھ منز ٔتمی مصوتن ہنز نشاندہی یتھٕ پأٹھی کٔر = a (اَ)، ā (ا)، ә (اٗ) e (اے)، ê (اۓ)، i (اِ)، ī (ای)، o (او)، ô (اوٗ)، ā (آ)، u (اُ)، ū (اوٗ) ü (اِ) ۔ جارج ابراہم گریرسنن ییٚلہٕ کأشرس متعلق پننی تفصیلی کام شروٗع کٔرتس پیٚیوو پننہٕ کامہٕ بابت مصوتہٕ آوازن ہندِ خأطرٕ مختلف اشارن ہند نظام تیار کرُن ۔

a (اَ) ā (آ) i (اِ) ī (ای) o (اوٗ) ō (او) u (اُ) ū (اوٗ) ü (اُ) ǖ (آ) e (اِ) ê (اِہ) e (اے) ē (اے) ö (او) au (اُ) ai (اے) ۔ ۱۹۲۱ ءمنز کوٚر سری کأنٹھ توشخأنی ’اَچھر زان‘ ناوٕ کأشرِ زبأنی ہند ’’ گ ‘‘ رسم خط تیار ۔ مگر اَتھ سٕپد نہٕ قبوٗل حأصل ۔ اَمہٕ پتہٕ کوٚر ٔتمی ’اَچھر مال‘ ناوٕ کأشرِ زبأنی ہند بیاکھ رومن رسم خط تیار ۔ مگر یتہٕ کوٚر نہٕ کأشرو قبوٗل ۔ ۱۹۴۸ ءہس منز آیہٕ ریاستی سرکارٕ کہ طرفہٕ گوڈنیُک سکریپٹ کمیٹی تشکیل دِنہٕ یتھ عشأنی کمیٹی آسی وَنان ۔ اَتھ منز آسی شأمِل غلام احمد عشأنی، مرزا عارف بیگ، جے لال کول، تہٕ سری کنٹھ توشخأنی ۔ اَمہٕ کمیٹی کوٚر فارسی ۔ عربی رسم خطکس بُنیادس پیٹھ گوڈنیُک باقأعدٕ رسم خط تیار تٕیس پسند آو کرنہٕ تہٕ یتھ منز گوڈنچہٕ نصأبی کتابہٕ شایع آیہٕ کرنہٕ ۔ اَمہٕ رسم خطہٕ مطأبق آسی مصوتن ہندی اَچھر یتھٕ پأٹھی ۔

اَ، آ، اِ، ای، اپُ، اُ، اوٗ، ا (اٗ)، ۴ (آ)، ۸ (اِ)، ۹ (اِہ)، او، او، ہ ۔

۱۹۵۲ ء پتہٕ ییٚلہٕ کأشر زبان تعلیمی نظامہٕ منز خأرج آیہٕ کرنہٕ، یہٕ رسم خط تہٕ گوو مُشتھ ۔ ۱۹۵۵ ءیس منز آیہٕ رسم خط بہتر بناونہٕ بأپتھ ٔنو کمیٹی بناونہٕ یتھ منز جے لال کول

دینا ناتھ نادمؔ، امین کاملؔ، محی الدین حاجنیؔ، مرزا عارف تہٕ پی اہن پشپ ممبر آسی۔

موجوٗدٕ رسمِ خط چھُ کینژن معمولی ترمیمو ورأے ژٕے ٚیس اَمہِ کمیٹیہ ترتیب دِیت۔ تمہٕ پتہٕ اُرتام چھےٚ اکثر کاشر کتابہٕ اتھی رسمِ خطس منز چھپاونہٕ آمژٕ تہٕ ریاستی کلچرل اکادمی تہٕ کوٚر یوہے رسمِ خط اختیار۔

موجوٗدٕ رسمِ خط روٗدُ گوڈٕ پیٹھےٚ بحثک موضوع تہٕ اتھ بحثس منز آیہٕ زٕ دوٚر برونٛہہ کُن۔ اکھ دوٚر سُہ ییٚس موجوٗدٕ رسمِ خطکہِ مکمل اطلاقک حامی چھُ تہٕ زور چھُ دِوان زِ تمام فارسی لفظ گژھن کاشرس منز کاشرِ پھورِ مطابق ینہِ لیکھنہٕ تاکہ کاشرس روزِ پنُن مخصوص املا۔ بیاکھ دوٚر روٗد گوڈٕ پیٹھےٚ منگ کران زِ کاشرس لفظیاتس منز فارسی عربی لفظ گژھن تِتھےٚ پاٹھی لیکھنہٕ ینہِ ییتھ پاٹھی یم فارسی تہٕ عربی زبانن منز لیکھنہٕ چھ یوان۔ گوڈنیک دوٚر یعنی وجوبی املاکی حامی تہٕ چھِ کینژن غلط فہمین ہنٛدی شکار تہٕ دوٚیم دوٚر یعنی جبری املاکی حامی تہٕ۔

وجوٗبی املاکی کینٛہہ ڈیمہٕ چھِ یم:۔

۱۔ زِنٛدٕ کنہِ زبانہِ ہنٛد املا ہیکہِ فیصدی خود کفیل چھُ تہٕ یہ چھُ زبانہِ ہنٛدین سارنےٚ صوٗتی کردارن نمایندگی ہیکان کرِتھ۔

۲۔ زِنٛدٕ املاہُک بدوٗن کردار کُنہِ زبانہِ ہنٛز پرٕزنٛژِ ہنٛد علامت چھُ۔

۳۔ زِنٛدٕ املا حتمی بننہٕ سیتی زبان بولن والین ہنٛدِ خاطرٕ ورتاونکی قونون تہٕ حتمی ہیکن بنتھ تہٕ انفرادی ورتاوکہِ پھیرِ بابت تہٕ زمانی پھیر بابت روزِ نہٕ کانٛہہ گنجایش۔

۴۔ زِنٛدٕ املاہس سیتی تمہِ زبانہِ ہنٛدین بولن والین کانٛہہ جذباتی یا عقیدتی رشتہٕ چھُ۔ ......بیترِ بیترِ

جبری املاہکو وُہمہ چھہ اَتھ برعکس یم :

1 - زنتہ تحریری زبان صوتی زبانہِ پیٹھ برتری چھےٚ تھوان تہ تحریر چھہ وہبی، تہ اَتھ منز چھنہ بدلاوچ کانہہ گنجائش۔

۲ - زنتہ وۄپر زبانو پیٹھ آمتی لفظ تم تلفظاتن واجنہ زبانہِ پیٹھ کانہہ احسان چھہ تہ اَتھ چھہ حاوی زبانہِ تابع ہین روزُن لازمی۔

۳ - زنتہ 'عالمن' ہنز زبان اصلی زبان چھےٚ تہ عوامی زبان اَمہِ مسخ صوٗرت چھےٚ۔

۴ - زنتہ املا تیوت آسان ہیکہ بنتھ زِ یہ ہیکو محنت کرنہ روٚستے ہیچھتھ۔

۵ - زنتہ املاہس تہ مذہبس کانہہ اَزہن رشتہ چھہ پانہ واٲنۍ۔

..... بیتر بیتر

دراصل چھہ تمام زبانن ہند املا انسانی کوششہِ ہند نتیجہ تہ اَمہِ وانس پتھ چھےٚ مسامساشے یا ستھ ساس وُری ۔ یہ چھہ پتھ وقتہ ترقی پذیر رُدمُت تہ بیتر یور تہ روزِ ۔ مگر تہ کرِ تھ تہ چھہ ساری ہے تواریخس منز مختلف املائی نظامن ہستی بوکن ہندی جذبہ تہ تعصب جورنہ آمتی تہ بے شمار سیاسی جنگن منز چھہ یہ تنازُگ وجہ بنیومُت۔ چونکہ املا چھہ اکہِ زبانہِ ہندِ صوتی کردارچ بصری صوٗرت، یہ ہیکہِ نہ ہرگز تہ مکمل تہ ہتھ فیصد خود کفیل آسِتھ۔

پرتھ کانہہ املا چھہ بولنہ ینہ واجنہ زبانہِ تحریرس منز اَنِنچ کوشش تہ مقصد چھہ یہ زِ یہ کرِ پرن والی ہندس اعصابی نظامس تہ سوچن والی ہندس اعصابی نظامس درمیان رابطہ قایم ۔ سوچن ودل ہیکہ پرن والس نشہ ساسہ بوٚد میلہ دوٗر آسِتھ یا قرنہ واد برونہہ زندہ آسِتھ ۔ زبان چھےٚ گوڈے ترسیلک اکھ ناکافی وسیلہ تہ تحریرچ

چھنہٕ کیتھے ۔ اَوٕ کِنۍ چھُہ پرِ ہتھ کانٛہہ تحریر سوچِتھ واکِھ ہِندِس ذہنس یا تخیُلس تام محض اکھ پلوٚ ۔ قدیم مِصر تہٕ میکسیکو چِہ تصویری عبارژو بیٛٹھ ازۍ کِس تحریرس تام چھُہ تحریر زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کار آمد بناونُک اکھ ارتقائی سفر یَتھ منز حرفن ہِندِ ورتاو سارِوے کھوتہٕ اہم مرحلہ اوس ۔ حرفی تحریر بنیوٚو رسمی بصری علامتن ہِند اکھ انسانی ترسیلہٕ نظام ۔ اَتھ منز چھُہ بدلاو ضروٗری' تکیازِ زبان چھےٚ بذاتی بوٚلی ۔ یہ چھُنہٕ ہرگز تہٕ ممکن زِ بولہٕ ہِندِس پرِ ہتھ کُنہِ جُزس میلہِ اِملایی متبادل ۔

بولہِ منز چھِہ شاملٚ صوتِلی' لفظ' فِقرٕ' صوتِلی مِلو' تہٕ عروضی عنصر ۔ مثلن اُسی نِموٚیہِ کاشُر جُملہٕ: " بہٕ دِمےٚ ژےٚ ٨٥٥ روپیہِ " ۔ اَمہِ جُملہٕ کِس املاہس منز چھِہ شاملِ: حرف' یِم بیوٚن بیوٚن صوتِلی چھِہ ظاہر کران تہٕ یِمو سٟتۍ لفظ تہٕ فِقرٕ بنیمتۍ چھِہ ۔ لفظ' یِمو سٟتۍ فِقرٕ چھِہ بنیمتۍ' فِقرٕ یِمو سٟتۍ جُملہٕ چھُہ بنیوٚمُت تہٕ عروض یَتھ منز شاملٚ چھُہ آوازن ہِند مقدار' دباو تہٕ آے ۔ اَتھ منز چھُہ شاملٚ اکھ گرٚنز تصور تہٕ ٨٥٥ (٥+٥٠+٨٠٠) ۔ مگر عروضی عنصر ہاونہٕ خاطرٕ چھُنہٕ اَمہِ جُملہٕ کِس املاہس منز کانٛہہ وَل تہٕ پٔرن وول ہیٚکہِ نہٕ زانِتھ زِ یہٕ کیتھہٕ پاٹھۍ چھُہ پرُن ۔ اَتھ ہیٚکہِ کِنۍ نے تہٕ پانٛژٕ قسمہٕ معنی نیٖرِتھ ۔ صرف چھِہ الگ الگ جُزن پیٛٹھ دباو تراوُن ۔

یہ کوٚ حال اکہِ سیوٚد ساد جُملُک یَتھ منز نہٕ زیادٕ ابہام چھُہ ۔ پیچیدٕ تصور ظاہر کرن والین جُملن ہِند املا کتھہٕ حدس تام ہیٚکہِ اظہارس منز ساتھ دِتھ ۔ اَوٕ کِنۍ چھُہ نہٕ ممکن زِ اُسی کرو زبانہِ ہِند کانٛہہ املا اختیار تہٕ تتھ منز انوٚیوٚت پلہِ تیوٚت معیار تہٕ انفرادی گُریزٕ گژھِہ کم ۔ اَتھ منز چھُنہٕ کانٛہہ شرمہٕ نہٕ کتھ ۔ دُنیاہچ سارِوے کھوتہٕ ترقی یافتہ زبان چھےٚ انگریزی ۔ مگر اَمیُک املا چھُہ سارِوے کھوتہٕ ناقص ۔ تِہِ کرِتھ تہٕ چھِہ اُسی انگریزی وارِہس حدس تام ہیٚچھِتھ ہیٚکان تہٕ ہتہٕ واد لفظ چھِہ تِمن ہِندی صحی پھود

جبرن اَسہِ مانُن چھُہ ۔

یێلہِ یێلہِ کاشُرِ املاہک مسلہٕ ووتھان چھُہ اَمہِ مسلکی دونوے ڈرِ چھہ پننی ساری بے بنیاد تصور ہیتھ شور تلان زنتہٕ یہ کانہہ دینی مسلہٕ چھُہ، تہٕ معیار بندی ہنز چھِنہٕ کوشش یوان کرنہٕ ۔ یہ مسلہٕ گژھِہے پانیٛ پانے حل اگر کاشرس منز تہٕ روزنامہٕ آسہن تہٕ بیٛیہ آسہن پرہ ہتھ ڈری یہ کتابہٕ ہتھ یونشہِ چھپان تہٕ یپارِ آسہے عوام اُتھی زبانہِ منز پرُن پسند کران ۔ عوامے کرِہے فاصلہٕ تہِ ۔ تتھہِ برعکس چھہٕ ہتی مىوژ تجبو ینتزہو ڈری یو پیٹھہٕ کاشُر پرُن لیکھُن مساما لکہٕ ہتھ شتھ زانان ۔ کتابہٕ اکھ داہ پچھے ڈری یس چھپان تہٕ اگرنہٕ کلچرل اکادمی نِشہ مالی امدادُک مسلہٕ آسہے، ساری لیکھن پننی پننی پاٹھی ۔ لہٰذا کاشرس منز نہٕ چھہ کمپیوٹر ناوُک ضرورت یوان تہٕ نہٕ ٹایپ ۔ کاتب گژھ تام چھہ سانہِ املاہکی مالک ۔ معیار بندی ہند ضرورت چھُنہٕ وُنہِ محسوس سپدان ۔

ہتی مىوژ ژتووہ ڈری یو پیٹھہٕ چھُہ کاشُر یونیورسٹی سطحس پیٹھ پرناونہٕ یوان تہٕ توقع چھُہٕ باقی تعلیمی سطحن پیٹھ پرناونُک انتظام تہٕ سپدِ عنقریب، کاشرکی طالب علم چھہ پریشان گژھان یێلہِ تم مختلف جاین مختلف املا پچھ وُچھان تہٕ تم چھِنہٕ فاصلہٕ ہیکان کرِتھ زِ کتھ جایہ کتھہٕ پاٹھی لیکھو ۔ خاص کرِتھ چھُہ فارسی لفظ لیکھنس منز یہ مسلہٕ درپیش تہٕ وق ووت زِ اتھ پیٹھ ییہ کانہہ حتمی فاصلہٕ نیہ ۔ کینہہ تجویز چھِیم ۔

١ ۔ تمام تم لفظ یم عقیدس سیتی وابسطہ آسن ین تتھے پاٹھی لیکھنہٕ یتھہٕ پاٹھی فارسی عربی منز لیکھنہٕ آسن یوان ۔ م : خدا، رسولؐ، قرآن، نماز، روضہ، زکواۃ، وضو ..... ۔ (بیتر) یمن لفظن گژھن نہٕ کُنہِ قسمکی اعراب تہٕ ینی لاگنہٕ ۔

٢ ۔ سانہِ زبانہِ ہندِ نحوی گرداپہٕ مطابق یم املائی لوازم آسن تم گژھن یمن لفظن پیٹھ

تہِ لاگنہٕ یِنہٕ۔ م: خدایس، خدایِن، خدایہٕ، خدایُن، خدایِنہٕ.....

۳۔ تمام فارسی/عربی لفظن ہُند 'ع' گژھہِ برقرار ییٚن تھاونہٕ۔ م۔ عشق، تعلیم، شمع، شروع..... بے۔

۴۔ تِم ساری فارسی/عربی لفظ ییٚن کاشُرس منز ۵۰% کم پھور پھیر آسہٕ آمُت گژھن بننہٕ شکلہِ منز لیکھنہٕ یِنہٕ۔ م۔ ضرورت، تعلیم۔ حاجت۔ شکایت۔ احساس۔ اعتراض حکمت۔ تعویز۔ معیار۔ طالب علم۔ وصول۔ حکومت۔ حکم۔ فضول۔ رُکن۔ تعداد۔ بالکل۔ مثلاً معنی۔ کلمہ۔ شاعری۔ استعمال۔ غلام۔

۵۔ ت/صوتلس پیٹھ اندٕ یِنہٕ والین اسمن ہندس مفعولی حالتس منز گژھہِ اُژ/لاگنہٕ بجایہ تس/لاگنہٕ یُن تکیازِ تِم ساری اسم ییم اور مونث چھہ سانہٕ زبانہٕ منز مذکر بنان۔ م: حکومت، فرصت، ضرورت، حاجت، بدت، شکست، افادیت، صورت، حقیقت، رومانیت، تو آریخیت، جماعت۔

نتہٕ چھہ گردانس منز ییٚن لفظن کھر یوان۔ مثلاً حکومژ، ریاسژ، افادیژ.....

۶۔ اَسہِ پزِ یہِ فرق اگر ییٚن لفظن ہُند جنس نہٕ اختیاری یِیہ مانہٕ۔ وارییٚن ترقی یافتہ زبانن منز چھہ یہ سپدان۔ پیٹھ یِیلہِ زن ییم اکایل تہٕ بے زُو چیزن ہندی اسم آسن۔

۷۔ لفظ 'زبان' مفعولی حالتس منز 'زبانٕ' پھرُن چھہ غلط۔ تکیازِ/۔ ذٕ/ چھُہ مونث اسمن ہندس فاعلی حالتس منز لاگنہٕ یوان۔ م: راژٕ، کاژٕ، گاژٕ..... ییلہِ زن مفعولی حالتس منز/۔ ہٕ/چھہ لگان۔ م: زنانہٕ، رانہٕ، رانہٕ..... صرف کیازِ یہِ زبان لفظس یہ منزہ صورت کرہٕ۔ لہذا چھہ صحیح 'زبانہٕ'۔ م: 'سانہٕ زبانہٕ منز چھہ شراہ صدآے صوتلہِ'؛ 'مختلف زبانن چھہ مختلف صوتیاتی نظام'۔

"زبأنٕ" وَنُن یا لیکھُن چھ تَتھ واجب ییتھ یہ فارسی لفظ 'زبانی' ہُک معنے آسہِ تھاوان ، تہٕ زن گوٚو یہ آسہِ صفت ۔ زبأنٕ روایت' زبأنٕ زبأنی ۔

۸۔ تم سأری فارسی/عربی لفظ ییمن کأشرس منز یِتھ ۵۰٪ کھوتہٕ زیادٕ پھیر آسہِ آمُت گژھن کأشرس پننِس اِملاہَس منز ے لیکھنہٕ ینٕ۔ م : دوٚستہٕ' دوٚرسہٕ' دوٚمیدٕ مرٕدیادم' دوٚے خأر' حأرت' دوٚر ' بیقلأزی ۔

۹۔ کینٛژن فارسی اسمن ہُند اندیم 'ہ' گژھِ نہٕ لیکھنہٕ یُن۔ م : مزٕ (مزہ) پرٕدٕ (پردہ) فرسودٕ (فرسودہ)

۱۰۔ کینٛژن لفظن گژھِ املاہَس منز اختیار تھاونہٕ یُن ۔ م : شعر/شار' آفتاب/ اکھتابہٕ' وق/وقت ۔

(یمن لفظن چھُ کأشرِ شأعرِیہ منز دوٚشوٕے طریقو استعمال سپدمُت ۔)

۱۱۔ گرٕند گژھِ ۰' ۱' ۲' ۳' ۴ ..... ۹ بجایہِ ۰' 1' 2' 3' 4' 5 .....
ہندسن منز لیکھنہٕ ینٕ ۔ (اردوٚ کتابن منز چھُ برونٹھے یہ کرنہٕ آمُت ۔)

۱۲۔ کأشرس املاہَس منز گژھن وقفہٕ بندی ہنٛدٕ سأری علامات ورتاونہٕ ینٕ۔ یعنی ۔ (ژھین)' ۔ (وقفہٕ)' ( ) (بند)' [ ] (بوڈ بند) ــــ (ڈیش)' ! (آیِل) ۔ (لأگ) ؟ (پرژھأوی) "ــــ" (وَنأوی) ؏ (دپژھنأوی)

۱۳۔ ترقی یافتہٕ زبانن منز یم اشارٕ عألمی سطحس پیٹھ عام چھ تم گژھن کأشرس املاہَس منز ورتاونہٕ ینٕ۔ م ٪ (فی صدی) = (مسأوی) + (جمع) - (تفریق) ٥ (دآیرٕ) △ (تکون) ° (ڈگری) .......

۱۴۔ اعراب گژھن (خاصکرِ یتھ نثری عبارتس) منز کم کھوتہٕ کم ورتاونہٕ ینٕ

تاکہ کمپیوٹرس تہٕ لیزر پرنٹ بنہِ کأشرِ باپت تہٕ آسان ۔ نثری جُملن منز چھُہ مفہوم پانٕے پرنہٕ وِزِ ہاوان ۔ اَمہِ ستی ہیکہ لیکھنس تہٕ پرنس منز وَق تہٕ بچِتھ ۔ ( یہ عبارت چھےٚ اَمِچ اکھ مثال ۔ ) پرن لیکھن چھہ رسم آسنس ستی ستی انسانہٕ سند عادت تہٕ ۔ لفظن ہنز بصری صورت چھےٚ پانٕے پانٕے ذہنس منز جاے رٹان تہٕ خالے کُنہِ لفظس چھہ بوٚور ہاوُنٕک ضرورت پیوان تہٕ سوٚ چھےٚ ڈکشنری ہنز کام ۔

کأشرِ اِملا چھُہ اکھ عمل تہٕ یہ عمل گژھِ جأری روزُن ۔ مگر رسمِ خطُک دفتر گژھِ نہٕ ہرگز ترٕ مژراونہٕ یُن ۔

سجود سیلانی

# کأشُر ڈراما تہٕ تھیٹر

۱۹۴۷ء —— ۱۹۹۷ء

سنہٕ ۱۹۴۷ء پیٹھٕ ازتام یہ کینژہ تہٕ کأشرِ زبأنی ہندِس ادبس منٛز ڈرامایکی نظرِ چھہ گژھان۔ سُہ نے نٕکھکن لایق چھہ تہٕ تسلا بخش چھہ فرور۔ اما پوز سنہٕ ۱۹۴۷ء کہِ سیاسی انقلابہٕ بروٗنہہ ییلہِ اَسہِ پننِس پنٕنہ کالس سام چھہ ہیوان، ییتھ کُن تراوی مُتنِس ادبس چھہِ دٔزٕ شہران۔ تتہِ چھے مولوی گژھان۔ اَسہِ چھینہٕ کأشرِ زبأنی منٛز لیکھنہٕ آمتہٕ اَدبہ منٛز شاعری سوائے کینٛہہ نظرِ گژھان۔ سُہ تہٕ ییلہِ لل دید شاعری ہند دُسلایہ کوٚر۔ یہ دُسلابہ پوٚکھر و تہٕ لل دید پتے زٕٹ نُند ریشی تہٕ سوے وَگ، نتیجہ درداوٕ یہوے زِ شاعری گییہ پھانپھ لان تہٕ لیسلہِ پأٹھٕ تھنہٕ پیوان۔ ودن گوٚلل دید ہندِ پیٹھ مہجورس تام چھُ وقتہٕ وقتہٕ نثرٕ نگرتہِ رژھ کھنڈ لیکھنہٕ آمت مگر تتھ منٛز تہِ چھہ یہوے آتہِ نونا ہ۔ یہ ڈٕپِ زِ تہِ نہ آسنس برابر۔

شری ادر پنڈت چھُ پننہٕ راج ترنگنی منٛز لیکھان زِ عیسوی سنہٕ چہ پندا اُہمہِ صدی منٛز اوس زین العابدین بڈشاہ ہندِس زمانس منٛز اکھ جان تہٕ بہلہِ پایک شاعر کشیر منٛز لسان لسان یس ناو اوس یودھ بھٹ۔ دپان تمی لیکھ بڈشاہ سند عہدکہ واقعات تہٕ بادشاہ سنٛزِ نجی زندگی ہندی حالات اکس ڈراماہکس صورتس منٛز۔ تمہ ڈراماہس اوس تمی ناو تھوو مُت "زینہ ولاس"۔ مگر نظرِ تل چھین تاریخی کتابن منٛز چھہ تمہٕ ڈراماہک ذکر یوٚت آمت کرنہٕ، پوز تمہٕ ڈراماہک چھنہٕ کانہہ پتاہ۔ تمہ رپتہ چھنہٕ

وُنکہ یہ وادن تہٕ کانہہ ڈراما لیکھنہٕ آمُت یمیک اَسہِ نادٕ ہکو ہیتھ ۔ یِتھہٕ گوٚ ہندوستانکین
مُختلف علاقن منٛز آسہ دارِیاہ لُکہ ناٹک منڈلیہ جایہ جایہ ڈراما گِندان تِمہٕ نِے ناٹک
منڈلی ین لرٕ لوٚ چھ کشیر منٛز بھانڈ جشن بٔنِتھ نیہ یوٗمُت ۔ بھانڈ اَسی موقہٕ عل وُچھتھ یِنہٕ نٕن
پاتھرن منٛز سماجی تہٕ سیاسی حالات مزاحیہ رنٛگس منٛز لُکن بروٚنٛہہ کنہِ تھوان ۔ یِتھہٕ
ہرگاہ بھانڈٕ پاتھر اَرداہِمہ صدی پتےٚ ٹاکارٕہ پاٹھۍ نوٗن دراو ۔ تاہم چھ راج ترنگنی منٛز
یِتھن بھانڈ پاتھرن مُتلق کھلہٕ پاٹھۍ وِتھہ ناونہٕ آمُت ۔ یندا ہِمہِ صدی دوران بارٕسس
آمتین شیخہ شُرکین بیٚلہ اَسی سام چھ ہِوان تمو تلہ تہٕ چھےٚ بھانڈٕ پاتھر مروجہ آسہٕ ژٕنہ
دٕن میلان ۔ اَمہِ کِتھ ہنز باد تھ چھےٚ نُندرِ شہِ ریش سندِ یمہ شُر کہ تِلہٕ تہٕ سپدان ۔ تِم چھ فرماوان
سے "پاتر بنیون اکوے ماگُن" یِتھ پاتھر لاگن رنٛگن منٛز یہ شیخہ شُرک چھ ڈراماکین
مروجہ لوازماتن (TERMINOLOGY) ہندٕ ٹاکارٕ پاٹھۍ اِظہار کران ۔ اَتھ شُرُکس منٛز چھ
کینہہ لفظ "پاتر، ماگن، پاتھر تہٕ رنٛگ بیتر اِستعمال آمتی کرنہٕ ۔ پاتر گیہ کردار، ماگن گوٚ سوتر
دھار، پاتھر گوٚ پاتھرے تہٕ رنٛگ لفظ چھ رنٛگ منچ یا نےٚ سٹیج ظاہر کران ۔ یمو ژٕ دوشوِے
لفظو کنٛز چھ ثابت سپدان زِ بھانڈٕ پاتھر چھ شیخ العالمؒ سندِس عہدس منٛز تہٕ اندازن
تِمہ بروٚنٛہہ تہٕ کشیر منٛز مروجہ اوسمُت ۔ غرض بھانڈ پاتھر چھ سانہِ کشیر ہندا اکھ قدیم تہٕ تھکن
لایق فن ۔ "ویلی آف کشمیر" ناوی کتابہِ منٛز چھ والٹر آر لارنس بھانڈ جشنن مُتلق وضاحتہٕ
سان پےٚ دوان زِ بھانڈ اَسی یِنہٕ نٕن پاتھرن منٛز یتہ چھ سماجی تہٕ سیاسی زِندگی منٛز صحی
عکاسی کران ۔ دیوان مہاراجہ گلاب سِنگھ تہٕ اَدٕس یم بھانڈ پاتھر وُچھی وُچھ عام لُکن ہنٛز زِندگی
تہٕ تہذیبن مشکلاتن مُتلق زانکاری حاصل کران ۔ ہرگاہ کہ بھانڈ چھ وٕنہ تہٕ کشیر منٛز شادٕ
مدِ سان پاتھر چاران تاہم مسودن ہندِس صورتس منٛز چھنہٕ خاص کانہہ پاتھر نظرِ گژھان

پَتھ کالہ پیٹھہ یم کَرٕتا متھی لَکہ پاٹھر بھانڈ تے گندان ، تِم چھہ راز پاٹھر ، ڈرٕز پاٹھر ، واتل پاٹھر ، ہرٕی پاٹھر ، انگریزی پاٹھر تہٕ شکارگاہ بیتر ۔ لکہ باتَن ہندی پاٹھی چھِنہٕ یمن پاٹھرن متلق ثقہ پاٹھی مولوم ، زِ یمن ہندی مُصنف کم چھہ ۔ پَتھ گو بھانڈرٕ ودی ستیٖنہٕ بہہ ستیٖنہ یہ مولُل سرمایہ پَتھ کالہ پیٹھہ ازکالس تام ستی ستی پکنہٕ ناوان ۔ ازکالکی مورُثی بھانڈ تہٕ اَتھی پیٹھہ بَلن اسلافن ہندی پاٹھی کینہہ وٕری برونہہ یم پاٹھر گندان تہٕ لکُن ہندی دِل رٕزناوان ۔ یوٗدوے بھانڈ جشنک لَن واریاہس حدس تام موثران موثران تہٕ آد ، توٗ تہٕ چھہ ازکل واریاہ بھانڈ خاندان دانشور ، سہ یہ ٹیکہ تہٕ اکن گامہ لِسان لِسان ۔ یمن ازکال کین بھانڈن ہندز ، شیٹھ نیشہ محمد سبحان بھگت ۔ ییمی امہ فنک ژٕکھ در بَنتھ پانہٕ تہٕ کَہنیہ لکہ پاٹھر لیکھی ییم کتابی صوٗرتس منٛز دستیاب چھہ ۔

وُہمہ صدی ہندس گوڈ کالس منٛز پیوہ ہندوستانس منٛز پارسی تھیٹر تھنہٕ ۔ یمَو آغا حشر کاشمیری ، ماسٹر رحمت تہٕ نارائن پرساد بےتاب ہوٕیو ژٕکھ درو ہندی دستیوٗر پاٹھی جہار لوب ۔ امہ تھیٹر تحریکہ ہند چھریٚ گیٚش بوٗزتھ گو کشیر ہند اکھ گمنام لکھاری نندلال کول متاثر ۔ تمی لیوٗکھ سنہ ۱۹۲۹ عیسوی گیت دستیابہ رنگ کاشرِ پاٹھ اکھ ڈراما یتھ ناو چھہ "ستیہ کھوٹ" ۔ یتھ کنہٕ پیو گوڈنیک کاشر ڈراما تھنہٕ تہٕ کاشرِ زبانی ہندس ادبس منٛز گیہ ڈرامچ تاریخ امی ناٹکہ پیٹھہ شروع ۔ یہ چھیہ ہٕ ژٕکتھ زامہ ڈرامہک مسودہ چھہ دستیاب ۔ بنیادی طور چھُنہٕ یہ تخلیقی ڈراما ، بلکہ چھہ اکھ ڈراماہس منٛز راجہ ہریش چندرنٕ ودکھ لد زندگی تہٕ تہذیبی و رتا آشنہٕ تارامتی ہند ایثار پلانہٕ ژٕنگی استعمال آمت کرنہٕ ۔ امہ مُوجُب چھُ اکھ ڈراماہس دھارمک رنگ تہٕ لوگمت ۔ توٗے موٗتھ یہ کشیر ہندی اکی اکھ تھایُفَن توٗ بڑک زانتھ اچھن ۔ اکھ ڈراماہس منٛز چھہ نثری مکالمن لرٕ لوٗر کھنیہ

باتھ تہٕ۔ تۄہِ کٔنہہ چھُہ یہ ناٹک کم کاسہٕ اوپیرا ہِک باس تہٕ دِنہٕ ان۔ دپان اَتھ وقتس منز سپُد یہ ناٹک عام لُکن منز تیوٗتاہ مقبول زِ اَمہ چہٕ مشہوٗری نِش متاثر سپدِتھ آیہ بیٚیہِ تِہِوی بیٚیہٕ تہٕ کینژہہ کاشری ناٹک۔ پۄتس پیٚتھ لیکھنہٕ یمن منز تاراچند بسمل سند "ستیچ وتھ"، "رام اوتار"، "پریمچ کھوٗٹ" تہٕ اکھ ہنٛدُن چھہٕ۔ ستیچ وتھ تہٕ اکھ ہنٛدُن چھہٕ ۱۹۳۸ء منز چھاپ سپدی متۍ تہٕ اُمِس لکھارِی سنٛدی باقے ۲ ڈراما چھِہ غٲرٕ مطبوعہٕ۔ بیٚیہٕ چھہٕ نیل کنٹھ شرما سنٛدی ۲ ڈراما "بلوامنگل" تہٕ "سوپنہٕ واسہٕ وِدتا" تہٕ قابلِ ذِکر اما پۆز تِتھی ہوی ساری ڈراما درلٲے فنی اعتبارٕ کِنہٕ لۆتی تہٕ معیارٕ کِنہٕ سیٹھاہ کمزور۔ پۆز دۄیے زَن اَمہ قسمکین اکثر ڈراماہن ہنٛد مرکزی خیال چھُہ "ستیچ کھوٗٹ" ہیٚتھ درِی پاٹھی لُکن منز ننہٕ آمتہٕ تہٕ کرِتھ تہٕ گیہ نہٕ فنی خامیو سببہٕ "ستیچ کھوٗٹ" ہنٛد کٲم پاٹھی لُکن منز مقبول۔ اَتھ دورس منز پانے ۱۹۳۷ء پیٚٹھ ۱۹۴۱ء درمیان لیکھی تمہ وقتکی نوجوان شاعر غلام نبی دِلسوزن تہٕ کینژہہ لۆکٹی موکٹی تہٕ ہلکہٕ پھلکہٕ ڈراما یمن منز "لیلیٰ مجنون" تہٕ "شیرین خسرو" بیٚیہٕ مشہوٗر سپدی۔ اُہندی یم راد زھۄٹی تہٕ اسوٗنۍ ڈراماکری تمہ وقتہٕ چہٕ اکہ گراموفون ریکارڈنگ کمپنی ڈسکن ہنٛدس صورتس منز ریکارڈ۔ یِتھ کنہٕ ہیٚتھ لکو متحرک ڈراماہن منز دیٚتھ مے آسنہٕ سببہٕ صوتی ڈراماہو ستۍ پننیٚن دِل بہلٲیی کرِنۍ۔ اَمہ پتہٕ ۱۹۴۵ء منز لیوٗکھ محی الدین حاجنی یَن اکھ مکمل تہٕ باگہٕ بۆزرت ڈراما "گریسی سنٛد گرٕ"۔ موضوع کہٕ اعتبارٕ چھے اَمہ ڈرامکہٕ پیٚتھ کال کِس سرمایہ دارانہٕ نِظامس پُٹ آمتس کڈنہٕ۔ وَرتاو تہٕ ٹیکنیکی لحاظہٕ چھُہ یہ شکسپیر سنٛدین ڈراماہن نِشہٕ متاثر سپدِتھ آمت لیکھنہٕ۔ اَمہ ڈرامکِس مصنفس ہنٛدوستانی تھیٹر وچھنُک نہٕ آسنہٕ کِنہٕ چھُہ اَتھ منز پیٚیو کھٹس پیٚٹھ نظارن ہنز

پھ مار تہٕ منظر بندی ہنر ترتیب اُڈ کھلہٕ دِنہٕ آمژ یمہ کنہِ آمہٕ ڈراماہک مفہوم تہٕ پلاٹ چھُ رۄمت ہیُو۔ یِتھ کنہِ چھا کھ شوٗد تہٕ صاف کاشُر ہنراز یورپی تھیٹرکس مایس تل دبونہٕ آمت۔ اَمہ خامی کنہِ ہرگاہ یہ ڈراما سٹیجس پیٹھ گنڈن کرڈٕ تھہ ہین چھُ۔ تاہم چھ یہ کاشر زبانِ منز اَمہ قسمک گوڈنیک ڈرامایس تمہٕ وقتہٕ چھہٕ اَدبی کھوچہ پیٹھ پاسہٕ دراو۔

۱۹۴۷ ٕ عیسوی یس منز کھوٚ ملکی حالاتو وِلگتن۔ وُچھان وُچھان بدلیے سیاسی کھوٚ سماجی حالات۔ زندگی ہنر پرتھ نہج بدلے یہ۔ بدلونی حالات نظرِ تل تھوٚتھ یُس اَمہٕ انقلابہ پتہٕ گوڈنیک ڈراما لیکھنہٕ آو تہٕ سُہ چھہ پریم ناتھ پردیسی سُنڈ "شہید شیروانی" یہ اوس چھرا پروپگنڈا باپت لیکھنہٕ آمُت۔ لہٰذا گوٚ لکن جلسے مُشدتہٕ۔ تمہِ علاوٕ چھُ فنی لحاظہٕ تہٕ یہ ڈراما سٹھہ کمزور۔

بہرحال اتھ زمانس منز سپدی کشیر ہندی قلم کار یکہ وَٹہٕ تہٕ قومی کلچرل محاذ تنظیمہٕ ژِتھ کٔرن۔ تمہٕ وقتہٕ کھوٚ سیاست دالو کوٚر اتھ تنظیمہ پرتھ رنگہٕ اتھہٕ روٗٹ یمیُک نتیجہ یہٕ دراو زِ یہٕ تنظیم پھانپھ لے یہ دوہین منز۔ اَمہٕ تنظیمہٕ ہندس پشتہٕ کس وُچھس تل یم ادیب تہٕ شاعر جمع گے، تم آسی نور محمد روشن، دینا ناتھ نادم، سوم ناتھ زتشی، صوفی غلام محمد، علی محمد لون، عزیز ہارون، پریم ناتھ پردیسی، پُشکر بھان بیترِ۔ اکہ طرفہ ہرگاہ یمن ادبین ہُند مُداتہٕ تنقید ترقی پسندی ہُند اکھو گھر اشوشہٕ پھالاوُن اوس، دوٚیمہ طرفہ آے یہندِ ڈسی واریاہ ڈراما لیکھنہٕ تہٕ ہاپہ جاپہ پیش کرنہٕ۔ مثالے چور بازار، وِزِ چھیے ساٗنی پیگاہ چھُ گاشدار، ڈاکٹر صاب تہٕ ژُم تہٕ ترٕاکھ بیترِ۔ یِمن ہوی ساری ڈراما آے وقتیچ ضرورت نظرِ تل تھوٚتھ تہٕ خاص کٔرتھ سیاسی مصلحتس تحت لیکھنہٕ یمن کل ہم سارِنے ڈراماہن ہُند

مقصد اوس چھ اپروپگنڈہ کرُن تہٕ پٔس تہٕ زٕن گو موضوع کہ اعتبارٕ آسے کھنہ ڈراما۔
سۄ اَب کاٚری ہنٛز روک تھام کرنہٕ موکھ لیکھنہٕ تہٕ کھینہٕ ذخیرٕ اندوزی، قحطہٕ تہٕ آزادی
ہنٛز جدو جہد نظرِ تل رٹِتھ تخلیق کرنہٕ آیہٕ تہٕ گژھ تہٕ سیٚدی ساٚری ڈراما پننہٕ پننہٕ جایہ
لکن منٛز مقبول۔ تمیاٚ زہندوستانی ڈراما کس بانی کار بھرت مُنی تہٕ یورپی ڈراماہس
تھیوری پیش کرن واٚلس ارسطو سنٛدی کنہٕ چھ اَدَبس منٛز چھ اڈ ڈرامابے یوت ستہٕ
فن پٮ۪س سیٚدِ سیوٚد لکن پیٹھ اثر انداز چھ ہیکان سپدِتھ۔ یہ کتھ چھے وُنیک تام ثابت
سپز، منٛز زٕ پٔزی پاٹھی چھ ڈراماہک اثر وچھن وول رٹان۔ لہذا یہاٚے کتھ مد نظر تھٲوِتھ
لگ اکھ وقتس دوران ہیٚکراد اَدیب بڑٕ شدٕ مدٕ سان ڈراما لیکھنس کُن۔ پیٹھے سپد ملکی تقسیم
کس اُتھ گو ڈکاس منٛز سرینگرٕ ریڈیو سٹیشن قایم۔ ریڈیو سٹیشن نتھنہٕ پیو اُمی بدلے
یہ بٔستہ کہ ڈراماہس ہیچھ ۔ اَدیبو ترو ویک مُتس پاٹھی سٹیج اَتی تہٕ لگ ریڈیو ڈراما
تخلیق کرنہٕ۔ یتھ کنہٕ گیہ ۱۹۵۰ء تام واتان واتانی کاشرٕ ڈراماہس تحریک روٹہٕ۔ یہ اوس
کاشرٕ زبانی خٲطرٕ نیک فال زٕ ریڈیو سٹیشن قایم سپدنہٕ کنہٕ بیٚتہٕ سوم ناتھ زتشی علی محمد
لون، صوفی غلام محمد، پشکر بھان تہٕ اختر محی الدین ہوی پرانٕ لکھاٗری بروٚنٹھے ڈراما
اُسی لیکھان یتہٕ درایہٕ ڈراما نگارن ہنٛز اکھ نوٚو پٔیے سی یمن منٛز بنسی نردوش، سوم
ناتھ سادھو، موتی لعل کیمو، تحو دسیلانی، محمد سبحان بھگت، غلام رسول سنتوش تہٕ
اوتار کرشن رہبر زیٛو پیٹھ ہنٛی لایق چھ۔ ۱۹۵۳ء منٛز لیوکھ دینا ناتھ نادم صاٚبن گوڈنیک
کاشُر اوپیرا "بومبر تہٕ یمبرزل"۔ زٕکہ چھ یہوے اکھ منظوم ڈراما کاشرس ڈراماٚبی اَدَبس
منٛز ہاوُن باوُن لایق دٕسی لایہٕ مانہٕ یوان تمیاٚ زمرکزی خیالہٕ کنہٕ چھ یہ چھ اکھ تخلیقی
شاہکار۔ اتھی وقتس دوران یانے ۱۹۵۴ء منٛز کٔری مرحوم غلام محمد صادق صاٚبن

وزیرِ تعلیم سٔندِ حثیژِ یتہٕ سرینگرس منز کھینہٕ "نوجوان کلب" قایِم یمہٕ ڈسی تمہٕ وقتہٕ کٲین نوجوان فنکارن ثقافتی پُروگرام پیش کرنس ستی ستی ڈراما گندنک شوق تہٕ ووتلیوو چنانچہ پتھے رہیوٚ اکھ نوجوان کلب اوس ڈلگیٹہٕ تہٕ قایِم آمُت کرنہٕ۔ یمیلہِ ۱۹۵۵ء منز مقالہٕ نگارن اکِس ووٚنہٕ وٕنس لِکھاری سٔندِ حثیژِ یتہٕ پنُن گوڈنیُک ڈراما "ٹھگ" لیوٚکھ۔ اکھ وقتس تامتھ کانہہ مُناسب سٹیج نہٕ آسنہٕ سبہٕ آو یہٕ ڈراما سماج سدھار (اکنہِ کدل) اکِس ہالس منز پیش کرنہٕ۔ چھپیکرِس ستہِ یہوے ڈراما "دارِک پوٚن" ناوہٕ اکیڈمی ہندِس شیرازکِس ڈراما نمبرس منز چھاپ۔

اَوٚ تام اٲسی گامن منز (OPEN - AIR) یا نے کھلہٕ مادانن منز بھانڈ پاتھر گندنہٕ یِوان تہٕ شہرس منز اوس گاہ بہ گاہ عارضی سٹیج تعمیر کرتھ کانہہ کانہہ ڈراما گِندنہٕ یِوان پتیمہٕ کنہِ اکھ ڈراما لکین تام واتنس منز سیٹھے تھوس اٲس یِوان۔ یہٕ وٕ نژھے نظرِ تل تھوٚوِتھ آو سیرینگرہٕ ٹیگور ہال تعمیر کرنہٕ۔ یمیک نتیجہ یہ دراو زِ کاشرِس لِکھارِس ووتلیو بیٚیہِ اکہِ پھِرِ سٹیج ڈراما لیکھنک شوق۔ یتھہِ کنہِ ہیٚتِن ریڈیو ڈراماہن کرِ لوٚرساٗد روارِ تہٕ تکنیکی لحاظہٕ چان تہٕ معیاری ڈراما تھہِ پیٚنے سرینگرکِس ہالس ستی آے قصبن منز تہٕ ٹاون ہال تعمیر کرنہٕ۔ یمو کنہِ سرینگرس ستی ستی قصبن تہٕ سرِین منز تہٕ ہیٚژِن ڈراما تحریک ووتلنہٕ تہٕ پھانپھلنہِ۔ سے وجہ چھُ زِ کُل ہِم وادی منز سپیز اٲنتھ روٚس شوقیہ ڈراما منڈلی یہ یا نے AMATUARE THEATRE GROUPS قایِم۔ یہنزِ وجہ سٕتھے تہٕ منگ نظرِ تل رٹتھ لگو وازیاہ ڈرامانویس سنجیدگی سان سٹیجہ باپتھ لیکھنہِ۔ یوٚدوے اکھ وقتس تام واتنتھ سوم ناتھ زتشی محی الدین حاجنی، اختر محی الدین، امین کامل، نور محمد روشن تہٕ باقے پرانٛی لِکھارٕ تھکی تہٕ کرتھ تہٕ رُوز ڈرامہٕ نگارن ہنز سرتازِ پے بدستور لیکھان یمن منز موتی لعل کیمو، اوتار کرشن رہبر،

سوم ناتھ ساد ھو، محمد سبحان بھگت، بھوشن بیتاب تہٕ سجود سیلانی بیترِ چھ یمو کٔڑ د تام ڈراما نگارو لیکھ پننہٕ پننہٕ انداز تہٕ انفرادی ورتاو مُطابق کیٛنہہ یا ڈراما یمن منز تکہ پاٹھ کِس فارسس منز تہٕ آسے کیٛنہہ لیکھنہٕ تہٕ رِوایتی رنگس منز تہٕ کیٛنہہ۔ تمہِ علاوٕ یِنہٕ عالمی ادبس منز (THEATRE OF THE ABSURD) تھٕنہ یِیوٗ تہٕ لیکھ کاشرِ بولکھار لوٗ تہٕ تکنیک تہٕ موضوع لحاظہٕ واریاہ ماڈرن ڈراما۔ یِم کاشرِس ادبس منز ساٹہٕ رِوار تہٕ تجربٲتی ڈراما چھ مانہٕ یِوان۔ ہر گاہ کہِ زن وُنیک تام لیکھنہٕ آمتی کُل ہُم ڈراما چھپنہٕ وُنہٕ کتٲبی صورتس منز اَسہٕ بروٗنہہ کُنہ، تاہم ییٚتھی ہوی ساری ڈراما لکن تام واتناونس کوریٚتیہ کہو درجن واد ڈراما کلبو تھیٹر تحریکہٕ تھکن لایق اُتھ رفٹ۔ یہٕ کتھ پزِ اَسہٕ ماننہٕ زِ از کلکی کیٛنہہ ڈراما نِگار درای یِمو شوقیہ ڈراما کلبو دسٕ ٹنٛنہ۔ کاشرِ زبٲنی وٕتھہِ بوٗدِنہٕ منز تہٕ چھ یِمن ڈراما کلبن ہُند واریاہس حدس تام اَتھ، ہرگاہ گنٛز رادنہٕ یہمو۔ پوٗرہ وادی منز چھ اُنھِ رؤس یِتھی ہوی کلب۔ مگر یِم چھ اکٲشرِ ڈراما اُسی گنڈان، تِم چھ سرینگر رنگ منچ، کلا کیندر، سنگم تھیٹر، کمل تھیٹر، شاہین تھیٹر، کشمیر تھیٹر، پراگاش تھیٹر، نو رنگ تھیٹر، ابھنو بھارتی تھیٹر، کالیداس تھیٹر، شاہ ڈرامیٹک کلب تہٕ یادن لٹے تھیٹر۔ یِمن علاوٕ چھ نیشنل تھیٹر بڈگام، راہل تھیٹر اننت ناگ، آزاد کلچرل فورم ژوڈُر، کشمیر کلچرل سوسائٹی ورمُل، دُلر ڈرامٹیک کلب بنڈپور، مانسبل ڈرامیٹک کلب، کشمیر وجے تھیٹر ساگام اننت ناگ، فردوس کلچرل فرنٹ پٹن تہٕ کپوارہ کلچرل سوسائٹی بیترِ۔

کاشرِس ثقافتس دِتھ بوٗدِنہٕ موکھہٕ چھے ریاستی کلچرل اکیڈیمی ییٚرِتھ پیرِتھ ڈراما منڈلیہٕ مٲلی رنگہٕ مدد کران تہٕ پرتھ ورِیہ سرینگر تہٕ ذکھ ذکھہٕ تصبن منز جشنِ تمثیل منعقد کران۔ کلچرل اکیڈیمی ہندِ جشن تمثیلن لرِ لوٗر سپدی ۱۹۷۳ء پیٹھ کشمیر

تھیٹر فیڈریشن کہِ تۄسلہٕ تہِ کھۄیا ڈراما مالہٕ۔ یِمن منز وارِیاہ ساڈہ روار ڈراما لیکھنہٕ تہٕ آے تہٕ گِندنہٕ تہٕ۔

کاشرِ ڈراماکس اِرتقاہس پیٹھ نظر ترآوِتھ چھُ ننان زِ کاشرِس ادبس یہ کینژھا ڈراماہٕ ٲسۍ معیٲری تہٕ ادبی لحاظ تارِ کھسن لایق سرمایہ بہم سپُد۔ سہ چھُن ۱۹۶۵ء یورکُن پیٹھے تخلیق ہیوتمُت سپدن۔

وق بدلنس ستی ستی بیٚیتہٕ عالمی ادبیہ قدرہ تہٕ بدلے یہ۔ تتہٕ رٹ کاشرِ زبانہِ ہندی ادبن تہِ نۆو دگ۔ نظمو تہٕ سادر وار افسانو ڈیٚشی آیہ جدیدیت بارسس تتہٕ آو کاشر ڈراما تہٕ (THEATRE OF ABSURD) چہِ کوندِ منز ژھی پاٹھی بیٚیتہٕ اَتھ تجربن ہندِس اِنقلابس شانہٕ بہ شانہٕ چھُ کاشر ڈراما تہٕ شلہ ملہ سان برونہہ پکان۔ وُنیک تام لیکھنہٕ آمتین ڈرامہن ییٚشہِ ٲسۍ کھوچہ کھارِتھ سام چھ ہیوان اَتھ چھُ لگہ پاٹھِ علاوٕ رِوایتی ڈراما تہِ لبنہٕ یوان۔ SYMBOLIC یانے علامتی ڈراماتہِ اَتھ یوان Fantacy یانے تصوٗریہ تہِ لبنہ یوان۔ FARCE کِس فارسِس منز مزاحیہ ڈراماتہِ نظر گژھان تہٕ اوپیرا کس ناوس پیٹھ منظوم نانک تہٕ درینٛٹھ گژھان۔ ییتہِ آسہ شاعری تہٕ افسانوی ادب تخلیق کرنہٕ موکھ ینٛن کانہہ پیمانہٕ تہٕ انداز چھُنہٕ ییتھ اُسی اِنفرادی تراپہ ہُندِ ینٛن تجربہٕ وٚنو۔ بلکہ چھُ اُسی یِمن صنفن منز طبع آزمٲیی کرنہٕ موکھ یوٗرپی تہٕ فارسی ادبٕچ تقلید کران۔ اَتھ برعکس چھُ کاشرِس ڈراماہس منز نوِ تکنیک تہٕ مخصوص لگہ پاٹھر کہِ ورتاوٕ کرتھ یِم تہِ تجربہٕ اَتھ مادانس منز کرنہٕ آے۔ یِتم چھُ کاشرِس ڈراما لکھارِن وارِیاہس حدس تام پننہِ تہٕ چھِر اپنیٛ۔ ورتادس تہٕ تکنیکہ لرِ لۆر آے موضوع کہِ اعتبارٕ تاریخی تہٕ کاسٹوم ڈراماتہِ لیکھنہٕ۔ موجوٗد دورکِس اِنسانہٕ سنٛز اندرِم دگ۔ وُداسی تہٕ فرسٹریشن موضوع بناوتھ آے

وار یاہ ماڈرن ڈراما تخلیق کرنہٕ۔ تصوٗریہ یانے FANTACY ہندس روٗپس منز آے
وار یاہ تخلیقی ناٹک لیکھنہٕ۔ یِم پلاٹ تہٕ تخیل کِنہ ہناہ سر نہٕ چھ۔ یِتھین ڈراماہن منز چھے الہاچ
چاشنی تہٕ ڈایلاگن منز منطق تہٕ فلسفک ییچھر کھلہ پاٹھی برنہٕ آمت۔ اَدٕ کنہٕ چھ یِتھو ہوی
ناٹک جدید نظمن ہندی پاٹھی ہناغور طلب۔ اَمہِ قسمکین ڈراماہن منز علی محمد لونن "آدم
حوا تہٕ ابلیس"۔ غلام نبی باباسٕند "دہ یہ کنالہ اندر" موتی لعل کیموسند "بُت تہٕ
بلڈوزر" تہٕ مقالہ نگار سند "شہل نامہ" "آدم کھاو تہٕ راتہٕ کریل" نمونہٕ زنگی دِچھنی تہٕ
پرنٕی لایق یوٚد وَے یِتھین ڈراماہن ہندٕ ورتاوٕ تہٕ فنی تلہ تراد کھ دکھر چھ" تاہم موضوع
کہ اعتبار چھکھ کم کاتہٕ پانہٕ داٗنی ہشر لبنہٕ یوان۔ یِمن سارنے ڈراماہن ہندٕ ستی یادی
مُدا تہٕ مقصد چھ اَز کہ دورکس انسانہٕ سنز بے قراری۔ اَندرم اوچھ دگ، فریسٹریشن
تہٕ سوچھ وشرئے۔ غرض اَز کال کس بے پٔرہ انسانہٕ سندٕ ہن داخلی احساساتن ہند اظہار
کرُن بیتر۔ یِتھو ڈراما چھ اَدبی لحاظہٕ معیاری گنزرنہٕ یوان۔

یہ ناٹک چھ غلام رسول سنتوش سند!

یِتھے کنی چھ علامتی ناٹکن منز ورگہ پاٹھی کانہہ کتھ بادنہٕ موکھ، کنہٕ واگہ داتس
پھیرٕ دنہٕ موکھ تہٕ کنہٕ خاص لکہ پاٹھ کس فارمس منز لیکھنہٕ آمتی تہٕ کینہہ fantacy
یانے تصوٗریہ کس صورتس منز تخلیق آمتی کرنہٕ۔ اَمہِ ترایہ ہندٕ ہن ناٹکن منز چھ بنسی
نردوش سند "بس اللہ طمع" موتی لعل کیموسند "حرم خانک اَنہٕ تہٕ تٔرنوو۔ مکھن لال
صراف حستانہ سند "کس لوگ واوس" تہٕ نر کالپوری، فاروق مسودی سند "کالج پاٹھر
تہٕ مکالہ نگار ہندی کینہہ ڈراما "ہنتی کوٗر راتہٕ کریل تہٕ روپیہ روٗد بیتر۔

یوتام رِوایتی رنگس منز لیکھنہ آمتین سوشل ڈراماہن ہند تعلق چھ یِتھی ہوی
Realistic ناٹک چھ کاشر زبانی منز گرنز لحاظہٕ سارٕے کھوتہٕ زیٛادٕ۔ یِتھین ڈراماہن

ہُنہٕ موضوع تہٕ چھُ وارِیاہس حدس تام پروپگنڈا چہ غلافہ ڈلیتھ عام لُکن ہنٛدیو گھر
کُلی مسلوٕ تہٕ سماجی سطحِ کین واقاتن کیتھ وارٕ داتن پیٹھ مبنی۔ مِثالے سرمایہ دارن
تہٕ چکہٕ دارن ہُند ظلم، داجک بدتھ، مبرحادٕ ٹنگ مسلہ۔ دردجرس تہٕ ذخیرہ اندوزی
خلاف احتجاج، رشوت خورن تہٕ سمگلرن ہنٛز نشاندہی۔ لوٗل کھاندرٕ تہٕ ہمشیہ نوشہ
درمیان ناچاقی ہنٛدی مسلہ بیتر۔ امہ قسمکین ڈرامہن منٛز گوڈنیک ڈرامہ محی الدین
حاجنی سُنٛد "گریسی سُنٛد گھر" تمہ پتہٕ کلچرل فرنٹ کس ڈائرس منٛز لیکھنہٕ آمتی کینہہ ڈرامہ۔
اماپوز معیار تہٕ فنی لحاظ یمن ڈرامہن منٛز یوٚس تہٕ گی چھِ لبنہٕ یوان، تِم چھِ محمد سبحان
بھگت سُنٛد "تقدیر" اوتار کرشن رہبر سُنٛد "یہ چھُس ژور" سوم ناتھ سادو سُنٛد
کھیل "چھپاتھ" پشکر بھان تہٕ سوم ناتھ سادو سُنٛد مشترکہ پاٹھی لیوکھمُت ناٹک
"نوٕ نوش" مقالہ نگار سُنٛد "یہ نار کُس کرِ ژھیتہٕ تہٕ"۔

کاشرِ ڈرامہ کس گوڈ کالس پھیرٕ دِوان دوٚن منے بروٚنٹھے زِ کاشرِ زبانی منٛز یم
ڈرامہ دُسلایہ ڈنگی لیکھنہٕ آے، تِم اُسی چھرا تاریخی تہٕ دیومالائی قصہ۔ اماپوز امہ پتہٕ
آدنہٕ وارِیاہس کالس امہ آیہ کانہہ ناٹک لیکھنہٕ۔ ماسوائے لیوکھ ۱۹۵۳ ءس پتہٕ کینہہ
سماٹکی دینا ناتھ نادم من اکھ تاریخی ڈرامہ "حبہ خاتون"۔ امہ اکہ ڈرامہ پتہٕ لیوکھ نہٕ ۱۹۶۵ء
تام کانٛسہ تہٕ کانہہ تاریخی ڈرامہ۔ پوز پتہٕ مین دہن وری دوران لیوکھ علی محمد لون
"سُبا" یتھ منٛز راز اوتی ورمن سندس زمانس منٛز یینہٕ والین مُہلان ہنٛد مسلہ
چھِ پیش آمت کرنہٕ۔ امہ علاوٕ اوتار کرشن رہبر سُنٛد "بادشاہ" موتی لعل کیمو سُنٛز
"ژھاے" یتھ منٛز راز للتادتیہ سُنٛد عہدچ عکاسی چھےٕ آہٕ کرنہٕ۔ یمن دون ژون
تاریخی ڈرامہن علاوٕ آے زٕ (COSTUME PLAYS) تہٕ لیکھنہٕ۔ یمن منٛز

? پریم ناتھ ... امین کامل

غلام رسول سنتوشن اکہ نندرن "سجود سیلانی سند" ہار تہ طوطہ تہ گاشہ تارکھ
زلو پیٹھ ہیون لایق چھ۔ یم ژھ شوے ڈراما چھہ (TRAGIC) یانے المیہ۔ یمن کاسٹیوم
ناٹکن علاوٕ پیٹھ لکہ پاٹھر کس فارمس منز کینہہ ساڈروار پاٹھر تھٕہ۔ یمن منز رادھا
کرشن برادرس سند یا ہو" موتی لال کیموٗ سند "منزلہ نکہ" تہ حرم خانک اٰنہ" مقالہ نگار سند
"کنہ رینی" تہ سبحان بھگت سندی لیکھی متی کینہ پاٹھر مثالے "پاٹھر ساز" تہ "منٹنہ لیجہ پانژو"
بینتر شامل چھ۔ واریاہس حدس تام ہکو یمن لکہ پاٹھرن تہ (COSTUME PLAYS)
ڈنھ تکیاز سیتی ہوی اکثر ڈراما چھ راز پاٹھر کس فارمس منز لیکھنہ آمتی۔ اما پوز گیندن
گوژ ہرگاہ ییٚزہ۔ سیتی لکہ پاٹھر ہکن کاسٹوم ورأے تہ گیندنہ یتھ۔ ہرگاہ اداکار چھرا
(MASK) مکھوٹ استعمال کرتھ مناسب اداکاری کرن۔ پاٹھر چھ مرکزی تھیم پیٹھ
پئیہ نہ کینہ اثر مگر پاٹھرگ (DACORUM) یانے پراگاش برقرار تھونہ موکھہ آد یتھ
ڈراما گندنہ ونہ ہمیشہ کاسٹیوم استعمال کرنہ۔

گوڈ کالہ پیٹھے روٗد ڈرامہک مُدا تہ مقصد لکن کنہ مسلک پاس دین۔ کُنہ
قسمچ (MASSAGE) لکن تام واتناونی تہ چھے تیلی سہل بنان ییلہ سو اسونس
موٗڈس منز پیش کرنہ ییلہ زن ڈراما چھ سیدٕ سیوٗد لکن پیٹھ اثر انداز ہیکان
سیدتھ تہ پیٹھ آسہ ڈرامہس منز طنز و مزاحچ چاشنی تہ موجوٗد پور مواد موجود مگر
تہ کرتھ تہ چھینہ کانٛہہ ادبس منز تیوت مزاح لوت اکھ منز آسن گوژھ۔ وو ن
ہے کم کاسہ چھ تہ ستہ چھ ڈراما کیسے صورتس منز وو یدیوٗمت۔ کانٛہہ زبانی منز یم
تہ (HUMEROUS PLAYS) ڈینگ تام لیکھنہ آے تمن منز چھ شوٗد ہٕ
معیاری مذاح نہ آسنس برابر۔ اکثر ڈراما چھ (FARCE) چہ ترایہ پیٹھ لیکھنہ آمتی یمقین

ڈراماہن منز چھ غارٕ قدرتی واقعات تہٕ غارٕ فطری حالات پیش کرنہٕ علاوٕ کردارن ہندی ڈسو ناشایستہ تہٕ غارٕ فطری حرکات کرناوتھ پیس معیارٕ کین مکالمن ہند توشلہٕ اَسنک عنصر پادٕ آمت کرنہٕ۔ یتھین ڈراماہن ہنز ٹاکارٕ مثال چھے پشکر بھان ہندی نچامہٕ سیریز کہٕ ریڈیو ڈراماتہٕ سیٹھہٕ خاطرٕ لیکھنہٕ آمت، اوہ ہندے ناٹک "ہند باد نچامہٕ ہیچھے ہیوٗ پس معیارٕک مزاح کوچھہٕ منز ہیتھ چھہٕ محمد سبحان بھگت تہٕ موتی لال کیمو ہندی کینہہ لکہ پاٹھر تہٕ تخلیق سپدی متی۔ یمن علاوٕ چھُ مقالہ نگار سُند وُترٕ بنیل" تہٕ اکھی زُمرس منز شمار ہیکان سپدتھ۔ اَمہ قسمک مزاح یُس FARCE کس صورتس منز آسہٕ پادٕ آمت کرنہٕ، چھُ سیٹھہٕ لوٗتہٕ پایک تہٕ سطحی مانہٕ یوان۔ وون گو کینہہ ڈراماچھ تتھی تہٕ یمن منز شوٗدٕ تہٕ صاف مزاح چھُ۔ تتھین ڈراماہن منز چھُ سوم ناتھ سادھو تہٕ پشکر بھان سُند مشترکہ پاٹھی لیوکھمُت "گرنیڈ بیہ ریہرسل" ہری کرشن کولُن "دستار" سجود سیلانی سُند "فندباز" ترٕ تہٕ برزن، کنہٕ پکر" تہٕ "یہٕ کانسہ وَنکھ" سوم ناتھ سادھو سُند "بب جی" تہٕ فاروق مسعودی سُند "اَدٕ چھا مرنے" بیتر۔

نثری مکالمہٕ والین ناٹکن لرٕ لوٗرٕ چھ کینہہ منظوم ڈراماتہٕ لیکھنہٕ آمتی یمن اُسی اوپیرا چھ وَنان۔ تمن منز چھ سرفہرس "بوٗمبُرتہٕ یمبرزل" یُس دینا ناتھ نادِمن کاشرِ ڈراماکس گوڈٕ کالس منز چھُ لیوکھمُت۔ تمہٕ پتہٕ لیوٗکھ امین کاملن بیاکھ اکھ اوپیرا تہٕ پنوٗلاکن لیوٗکھ دینا ناتھ نادمنے دوٗیم اوپیرا "وِتھ"۔ ۱۹۷۶ءہٕ تام یُس آخری اوپیرا لیکھنہٕ تہٕ پیش آو کرنہٕ، سُہ چھ نذیر جوشن سُند "لعل"۔ تمہٕ پتہٕ ۱۹۹۰ءہٕ منز لیوٗکھ مقالہ نگارن بیاکھ اکھ اوپیرا "ستی سر"۔ یتھ منز مروٗجہ لواَزماتو علاوٕ

اکٹن ہنز سچولیشنہ تہٕ چھپے بہم آمتٕ تھاوِنہٕ۔ وۄنۍ گوٚ نامساعد حالاتو کنۍ آدنہ یہ اوپیرا
وُنہٕ سٹیجس پیٹھ گِندنہٕ، تاہم چھ مسودٕ کِس صورتس منٛز غار مطبوعہ محفوظ۔ وُنیکٹ
تام لیکھہٕ متیٚن کاشرین اوپیراہن علاوٕ چھُ آغا حشر کاشمیری سٕندین MELODY
ڈراماہن ہنٛدِس اندازس پیٹھ شوکت شہری سٕند "میُل" ناو اکھ تاریخی منظوم ڈراما
تہٕ پیش سپدمت۔ یتھ منٛز کشیرِ ہنٛدین قدیم بسکین درن۔ ناگن تہٕ رگ ویدن
ہنٛز باہمی کشمکش چھےٚ ویٚژھناونہٕ آمٕژ۔ اَمہِ ڈراماہکی تمام ترٕ ڈایلاگ چھ تُک
بنٛدی کرِتھ منظوم آہتی بناونہٕ۔ کہینہ وٕری برونہہٕ آدیہ ڈراما شٮ۪ند مدرسان سٹیجس
پیٹھ پیش کرنہٕ۔ کاشرین ORGINAL ڈراماہن ستی ہتی چھُ عالمی سطحکین کینژن
مشہور ڈراماہن تہٕ کاشر ترجمہ کرنہٕ آمت۔ تمن منٛز چھ ابسن سٕند WILD DUCK
(وائلڈ ڈک) یتھ سوم ناتھ زُتشی ین کاشرس منٛز تارِتھ "کھچ" ناو چھ تھووُمت۔
رتن لال شانتن چھُ دۄن ڈراماہن ترجمہ کوٚرمُت۔ اکھ گو چیخوف سٕند "ترے بینہٕ"
تہٕ بیاکھ آسکر وائلڈ سٕند فرانسیسی ناٹک "سیلومے"۔ مرحوم علی محمد لونن چھ "حاکم اعلیٰ"
کہٕ ناو گوگول سٕند مشہور "انسپکٹر جنرل" کاشرس منٛز پھیرمُت۔ شیکسپیئر سٕند "جولیس سیزر"
ڈراماہک ترجمہ کار چھُ ناجی منور تہٕ جسٹس ناٹکک ترجمہ کرن وول چھ اکبر علی انصاری۔
بییہ چھُ چیخوف سٕند روسی ڈراما "سی گل" تہٕ کاشرس منٛز تارنہٕ آمت یمیک
ترجمہ کار شوکت شہری چھُ کنگ اڈیپس، ناٹکک ترجمہ چھُ پاسر کھوآنی ین کوٚرمُت۔ یہ
ڈراما آو جان پاٹھی سٹیجس پیٹھ گِندنہٕ۔

غار ملکی زبانٕ: ہنٛز ہنٛدین ڈراماہن علاوٕ چھ ہندوستان چین کینژن علاقائی
زبانین ہنٛدی جان جان ڈراما تہٕ کاشرِ زبانۍ منٛز پھِرنہٕ آمتی۔ یمن منٛز گریش یاترد

سُنز تامل ڈراما "مے گرِتھ بینچو" تہٕ اُڑیا ناٹک "سرکس کِس سایہ بانس تَل" بیتر چھ۔
یِتھیٚن علاقٲیی ڈرامہٕن ہُند ترجمہ کار چھ موہن نراش۔ ہندوستانس منٛز یوددٕے
وکھ وکھ کہیٚ یا زبانہِ چھیٚ توبیتہٕ تہٕ چھ یمن زبانہِ ہندیٚن ڈرامہٕ ہند منزاز ہیوٚے۔ راس
کماری پیٹھ کشمیر تام یِمہٕ تہٕ سماجی قدرٕ اَتھ چھیٚ گرِتھان تِمن چھ پانہٕ وانی تیوتاہ
ہِشر زاَتھ چھیٚ اَکھ اَکی سِنز سارِے قدرٕ ٹھیک پاٹھی براہ یوان۔ خاص کرتھ بیلہ
اُسی اَکہ زبانہِ ہند ڈراما بییس زبانہِ منٛز چھِن پھران۔ اَتھ چھِنہٕ ڈراماکِس منزازس منٛز
اَکھ رنٛگ تہٕ ووہ پرنگ لینہٕ یوان بلکہ چھ اَتھ اُنس منٛز تہٕ پینہٕ نے ہُتھ بوزنہٕ یوان۔
تمیک وجہ چھ یِی زِ کُل ہُم پاٹھی چھ ہندوستان کہٕ ڈراما ہِک پیمانہٕ اَکے تہٕ بلکل ہیوٚے۔
توے چھِنہٕ منزاز کینہٕ بھرت مُنی سندِس ناٹیہ شاسترس لرِ لوٚراَتھ ارسطوسنز تھیوری
براہ یوان۔ ارسطوہسنز تھیوری چھیٚ زِ کہٕ یورپی تھیٹرہٕ بابت۔ ووں گوٚ یہ چھ رُتے
زاَتھ چھ عالمی اَدبس منٛز وچھِنہٕ موکھ یورپی تھیٹر چہ توٚزھ ہندی تہٕ منزاز کی کھینہٕ ڈراما
کاشرس منٛز تہٕ پھرہتی۔ مگر یوتام تمن ووہ پر منزاز کین ڈرامہٕن ہند تعلق چھ۔ تِھی ڈراما
چھِنہٕ سہل سائنس مروجہ سٹیجس پیٹھ گندنہٕ یوان۔ گِندنہٕ ہیٚ یِن تہٕ "وُچھن وال
چھِنہٕ تو تہٕ تموٚ لِشہ "مدھر رس" (اتاثر) حاصل ہیکان کرِتھ۔ یتھ رس اَتھ
ہندوستانی سنجہٕ ہند ڈراماو چھِتھ چھ حاصل سپدان۔ یورپی تھیٹر چھ ناز زِ تتھ چھ
شیکسپیر سُند "ہملٹ" تھکُن لایق فن پارٕ۔ مگر ہندوستانی اَدبس چھ تمہٕ کھوتہٕ رَس
دار ناٹک" کالیداس "شکنتلا"۔ ہندوستانی تھیٹرک یہ تھرز نظر تل تھوٚوتھ چھ فرودی
زِ ووہ پر زبانہِ ہندیٚن ڈرامہٕن کوشر ترجمہ کرنس ستی تھاندو اُسی تِھی وسیلہ تہٕ یمو
ڈسی سانہٕ ملکی ڈراما خاص کرِتھ کاشر زبانہِ منٛز لیکھنہٕ آمتی ڈرامہٕن ووہ پر زبانہِ

منز پھرنہٕ۔ تمی سٟتی ہیکہِ سانہٕ ڈرامیٹک تھرز سرٕ سپدتھ تہٕ عالمی ادب نٕے تہٕ مُلکی
ادب تہٕ کرِ سانہٕ ناٹکک رٕس حاصل۔

۱۹۷۶ عیسوی کِس اَخرس تام لیکھنہٕ آمتِن کاشرِ ڈراماہن اُچھ منزٲدِتھ
جایزٕہ ہیٚنہٕ پتہٕ چھُ کاشرِ تھیٹرُک ژٔکی دراَفسوس کھوان زِ ۱۹۷۶ء تام یوسہٕ
تھیٹریکل ودہٕ دروٚے تہٕ کشمیر تھیٹر فیڈریشن ڈسی کشیرِ منز لبنہٕ اُس یوان، سُے
رُوٗزِ نہٕ پتہٕ ہیکیا زِ ۱۹۷۷ عیسوی کِس گوڈکالیے منز ژٕدن ژٕویہ بازٕ کشمیر تھیٹر
فیڈریشنٕس زُرزُرتہٕ سو تنظیم دِژکھ سیاستس چھپہٕ۔ سو باعمل تنظیم پھُٹنہٕ پتہٕ لوٗگ
پورِ کشیرِ منز تھیٹر تحریکہِ مُلکہٕ موہ نچے شُشر۔ نیتیجہ دراو یہ زِ ڈراما لکھارِ گیِٕے مایوس تہٕ
بیٹھ ژٕژنہٕ کَل ہیمُ پاٹھی تروکھ کینژس کالس لیکھنے۔ کیٚہیا شوقیہ ناٹک منڈلی ییٚن
تہٕ گیہٕ چھلہِ چھانگرٕ۔ اما پوز ریاستی کلچرل اکیڈیمی تھوٚ پنُن سالانہٕ جشنِ تمثیل جاری۔
ٹیمہ کیٚنہٕ موسمہ تھیٹر گروپ رُوٗدی توتہٕ شاہ ہیوان۔ اَتھ کالس دوران یعنے
۱۹۷۷ءٕ پیٹھ ۱۹۸۹ء تام گیہٕ ڈراما نگارن ہنز ساپُر دوار جامبھ پاو۔ یمو کیٚنہٕ
نوٚیہ تہٕ جدیدیت چہ ہنجہ پیٹھ ڈراما لیکھی۔ تمن ڈراماہن منز چھ شبنم قیوم سُند
"ماضی، حال تہٕ مستقبل" شوکت شہری سُند "پگہِس پرارِ لو" تہٕ وارِ داتھ۔ سوہن لال
کولُن "تکون" تہٕ "لوکل ٹیکس اکسٹرا" شمس الدین شمیم سُند "اُزہیوٗن سفر" تہٕ فاروق
مسعودی سُند "یہ چھُڈ تھ نہٕ" قابلِ ذکر۔ یِمن اکثر ڈراماہن منز چھے طنز و مزاحُک
کم کاسہٕ چاشنی موجود۔ ڈراما لکھارن ہنز اَتھ ژٕیتی مسٕ پیٹہٕ پتہٕ درلے پیٹہٕ کیٚنہٕ
ذہین ڈراما نویس نٔتی یمو عالمی سطحِ کِس موجودہ تھیٹرس سٟتی ہیتھ فزیکل تھیٹر چہ
ترایہ منز کیٚنہٕ ڈراما لیکھی۔ یم ہیٚنہٕ نہٕ ورتاوکہِ اعتبارٕ کاشرِ تھیٹرس نوی باسے

یمقبو تجرباتی ڈراماہو منز آے کھینہ سٹیجس پیٹھ پیش کرنہ تہٕ وچھن والیو کرِی سٹھاہ
پسند۔ تمن ڈراماہن منز چھِ محمد امین بٹن "یہ نار کمہٕ دیُت" تہٕ "یُس یہ حاجت تس تہٕ
روا" بنار نسیمنہٕ ڈراما "میون کیا سو نچھ" تہٕ "تالہٕ کوٚت" شوکت شہری سُند
"اننگ رنگ ساگرم" قابلِ ذکر چھِ۔ یُدوے زن یموکینٛز و ذہین لکھارٕ لو مشاہد، تہٕ
بہتر مطالعہٕ کنہ ییتہٕ مقدار موجب جدید تھیٹرکس مادانس منز نوٚی نوٚی تجربہٕ کرِی تہٕ
بہتر لحاظہٕ دلچسپ ناٹک لیکھی۔ تاہم سطحی قسمہٕ کیو مکالمو تہٕ مبہم کہانی کنہ چھِ فزیکل تھیٹرکی
یتھی ہوی ڈراما قطعی تجریدی (ABSURD) پیٹھ تخلیق آمتی کرنہ۔

موخرزٕ ۱۹۴۷ہ پیٹھ ۱۹۹۱ہ کس آخرس تام ییتہٕ تہٕ ڈراما کاشری پاٹھی لیکھنہٕ
آے، تم تہٕ چھنہٕ کم کھینہ۔ وچھوہے تہٕ کاشرٕ زبانی ہند ادبِک واتسے کوتہٕ چھِ ڈنہٕ۔
یوسہٕ زبان دنہٕ کوٹھی کھوکھتے آسہٕ پکان تمہ کس ادبس منز ییتی ڈراما آسنی چھِ
یڈکھ۔ اما پوز زیوٚت کرِتھ تہٕ ییزٕ نہٕ کاشرِ زبانی ہندین ژکی وٕرن خوش فہمی منز مبتلا
سپدِتھ صحافت کنہٕ ڈراماہن ہنز سومیرن تھسکہٕ نادنی۔ اَسی ییلہٕ تنقید چہ کھوچہ پیٹھ کل
ہم ڈراما چھکھ وچھان، اتہٕ چھِ اکثر ڈراما فنی اعتبار کمزور تہٕ موضوع لحاظٕ بی باسان۔
کنہٕ یا ڈراما چھِ پلاٹ کہ اعتبار ہوی۔ ورتاوہ کنہ سٹھاہے بی باسان۔ ڈراما لیکھنہٕ بروٚنہہ
چھِ ضروری زِ اَسی تھاودن پنن محدود سٹیج ونہ تہٕ ادٕ تلو قلم۔ کیتہٕ ڈراما چھِ اتھ
پابندی برعکس رِوایتی سٹیجک خیال تھونہٕ ورٲے اَدٕ کھلہٕ لیکھنہٕ آمتی۔ یم تکنیک
چہ کمزوری کنہ پینہ نس مروجہ سٹیجس پیٹھ گندنہٕ سٹھاہے دشوار چھِ۔ ژکہٕ چھِ ییتھی ڈراما
ریڈیایی تکنیک نظرٕ تل تھاودِتھ لیکھنہٕ آمتی۔ اما پوز سٹیج (VERSION) دنہٕ موکھ
یم لوازمات نظرٕ تل تھاونی ضروری چھِ، تم چھِ مچھے ترادنہٕ آمتی۔ یمہ کنہ ییتھی ڈراما

نہ ریڈیوٚس لایق چھِ رؤدی متہٕ تہٕ نہ سٹیجس لایق۔ ییٚتھ ہرگاہ یٮ۪تہِ (Revolving Stage) آمُت استہِ ہیٚے تیلہِ اوس ممکن زِ ییٚتھی ہی سُکری ڈراماہکہ ہن ییٚتھہِ وِتھہ پیش سپدتھِ مگر تِم وَسایِل چھِنہٕ پورٕ ہندوستانٔنی تھیٹرس بہم تہٕ کاشرِ تھیٹرچ چھِنہٕ کھیٚے۔ مروجہ سٹیجس مُتلق زانکاری نہ آسنہٕ کِنۍ چھِ کیٚنژَو اَن زان لِکھاریو اُفٕ کھلہ ژھٕنۍ متۍ ڈراما لیکھی لیکھی یِم ڈراما اَدبکِس صفحن پیٚٹھ یوت چھِ بۆرٕژَر کران تہٕ بس۔ وون گو کیٚنژَو وٕریو پیٚٹھ ییٚلہِ زَن رِیاستی کلچرل اکادمی تھیٹر وٚرکشاپن ہُند اِنعقاد ہیوٚت کرُن تہٕ نہٕ سپٕز نوجوان لِکھارین کم کاسہٕ تھیٹر فنس مُتلق زانکاری حاصِل تہٕ ییٚمیو ورکشاپو دُسۍ دراو کانٛہہ کانٛہہ سأدٕ ردار قلم کار نوٚن۔

اَما پوٚز وُچھنہٕ چھُ یِوان زِ نوجوان لِکھأرن ہنٛز سأدرِ وارِپٮ۪ہ منٛز چھِ چاہتے یِم ٹی وی انفرتل ژِتھ مٲلی فایدٕ حاصل کرنہٕ موکھہ اَن زأنی منٛزے چھِ ڈراما لیکھان۔ ییٚمِو اَن زان قلم کارو یِم پانس ڈراما نویس چھِ وَنان چھِ تِمہٕ ڈراما لیکھی یِم ڈبٕلی تہٕ چھکرنہٕ ہوٕ رچھ آمتۍ۔ ییٚتھلین لوٚ تہٕ پایہ کین ڈرامہن ہنٛز وَکھ وکھ تہٕ ناوہ ییٚتھ نِشاندہی کرُن چھُنہٕ ضروری تِکیازِ ییٚتھۍ ڈراما چھِ پیش کرنہٕ ورٕ پانے ییٚنُن لوٚ ژرٕ تہٕ پنُن معیار ثابت دِوان کرِتھ۔ بڈ کیتھ چھِنے یہأے زِ اَمہِ قسمکی ڈراما چھِنہٕ اَزتام سٹیجس پیٚٹھ گِندٕنے آمتۍ۔ کانٛہہ کانٛہہ یوٚد وٕے لور زٕدٕرٕ گِندنہٕ تہٕ آد کامیاب رُؤد نہٕ۔ ییٚمیو ڈراماہو منٛز چھِ کیٚنہہ چھاپ گمٕتۍ۔ بہ الفاظِ دیگر کاکٕدٕ ک کفن ولِتھ کتابن منٛز دفن۔ دوٚیِمہِ طرفہٕ چھِ تِم تہٕ لِکھأری یِم بذات خود گِنہٕ نتہٕ گِنہٕ رنگہٕ سٹیجس ستۍ وابستہٕ چھِ مگر ییٚتھۍ لِکھأری چھِ کمے۔ اَفٕنٛجہِ ٹینٛڈن پیٚٹھ گِندنہٕ رادنس لایق۔ سٹیجس نِکھہ رُدِ نہٕ ستۍ چھِنے تِمن اَتھ فنس متلق صحی زانکاری حاصل سپٕز منٛز۔

یِتھ دِوَے ڈرامانگارو کَرِ سٹیج چھو حد بندی یوٗنِتھ آزادی پرادٕ نہٕ موکھ کیٚنہہ سادٕر وار تجربہٕ۔ کیٚنہہ ماڈرن ڈرامہ آے تمہِ آیہ لیکھنہٕ یم زن (LIMBO) سٹوڈس آسانی سان گِندنہٕ آے۔ اکھ ڈراما آو مُروجہ سٹجس پیٹھ (EQUIPMENT) نہٕ فاگ لایہٕ نظر تل تھوٗتھ لیکھنہٕ۔ تہٕ ڈراما گو "کیچ راتھ"۔ یہٕ ڈراما آو ۱۹۷۵ ہس منٛز ٹیگور ہال کِس سٹجس پیٹھ گِندنہٕ۔ اَتھ منٛز آے گوڈنچہ پھرِ سپاٹ لائیو ڈسی (LIMBO - SETS) اِستعمال کرنہٕ مُناسب سلائیڈ دِوَے سٹ منظر بندی کرنہٕ۔ اَمہِ علاوٕ آیہٕ اَمہِ ڈرامہچہ تھیم مُطابق کیٚنہہ علامژ (SYMBOLS) تہٕ سائیکورِ روماہس پیٹھ سلائیڈ دِوَے ڈسی ہاونہٕ۔ یہٕ چھُ ژھی زیٹھی ہوی تجربہ چھ ہندوستانی سٹجس پیٹھ بردنھٹے آمتی کرنہٕ۔ اما پوز یہٕ تجربہ اوس کاشر سٹیجہ خاطر نوٚو تہٕ سادٕروار۔ اَدٕ موکھ آو پسند کرنہٕ۔ اَمہِ تجربچہ کامیابی پتہٕ آے اَمی ترایہِ بییہِ کیٚنہہ ڈراما لیکھنہٕ تہٕ پیش کرنہٕ۔ خاص کرتھ آے کلچرل اکادمی ہندہِ اہتمامہ کیٚنہہ اوپیرا لیکھناوتھ پیش کرنہٕ۔ یمن منٛز کھر دکھر نظارہ ہاونہٕ موکھ سلائیڈ آے استعمال کرنہٕ۔ ژکہ چھُ ہندوستانی سٹیجک محدود دائیرے اُکس ڈراما نگارس اَمہِ قسمچہِ ودٕ تل بجہ کرناوان۔ یتی موکینٹر ودِری لوٚ پیٹھ آو ہندوستانی ڈرامہس نوٚوے اِنقلاب۔ مُروجہ سٹیج چھو حد بند پوتلہ موکجار یراونہٕ موکھ آے تجربہٕ رنگی STREET PLAYS گِندنہٕ۔ یمن منٛز سارِوے برونٛہ دِلہ ہندی نیشنل سکول آف ڈرامکی انسٹیوٹ ڈس تُل۔ یوٚدوَے یِتھ ہِیٚ تجربہٕ ہندوستانی ناٹکس کنہٕ حدس تام براہ آو تہٕ۔ تاہم کاشرِ کلچرک منٛزاز تہٕ بیتہِ چہ سماجی قدر نظر تل تھوتھ ہیکو نہٕ اَسی اَمہِ تجربک تقلید کرتھ۔ تکیازِ منٛز وتہٕ پیٹھ یا کنہ چرِ گشتی وانس یا بازرس منٛز باگ ہش مُش پائھی ڈراما

کُرن چھُ عین بازیگر کھیں ہادٔنس برو ٚ ٹھ یر باساں۔ تہٕ کرِتھ تہٕ چھےٚ کاشرس تھیٹرس کاڑ تھز زامہِ ترایہٕ ہندی ڈراما چھ بھانڈ پاتھرکیں فارمس منٛز یتہٕ برونٛہہ ٹھےٚ موجود، یم اُسی (OPEN AIR) یانے کھلہٕ مٲدانس منٛز یتھ کالہِ پیٹھےٚ چھ گِنٛدان رٕودی ہتی۔

تہٕ گو کہے کال یتیلہ زن عالمی سطحس پیٹھ فزیکل تھیٹرس وۄتھ بولٛوگ۔ اَمہِ ترایہِ ہندِ ناٹک کاری ہند ہوا نوا وۄت شدہٕ ہسان دُرسی تس مُلکس منٛز۔ نتیجہ دراو زِ یہِ صحت مند تھیٹر لہر تہٕ ترٛسید ہیوٚد کشیر۔ ییتہٕ میوٚ دِ یوٚ نتریہٕ وٕزی یوٚ پیٹھ سپیز کاشرِس تھیٹرس اَمہِ فزیکل تھیٹرچ زان۔ اَمہِ قسمکی کہنیہٕ ڈراما لیکھی ییتہٕ کہو کینٛژ وۄتھ وِنہِ لکھاریو۔ یمن منٛز سرِفہرست محمد امین بٹ، نثار نسیم تہٕ یاسر بھوانی چھُ۔ یمو لکھاریو تہٕ کرٕ یہلؠ، اَمہِ یوٚز جلد بازی کٕنٛز ہیوٚک نہٕ یمو کمزور پلاٹ تہٕ سطحی قسمہٕ کیو مکالمو کنٛز تھیٹر بیسن پیٹھ کانٛہہ جان اثر ترٲوِتھ۔ ہرگاہ فزیکل تھیٹر چھ اجسٲمٲنی ورزِش زانہٕ نہٕ ییہٕ، تیلہ واتہِ کلٔ ہم تھیٹر تحریکہ دداہ۔ نتہٕ یوٚ دٕ ے موضوع تہٕ کہانی ہند بہتر اِنتخاب کرِتھ معیأری مکالمہٕ لیکھتھ اَمہِ قسمکی ڈراما لیکھنہٕ تہٕ پیش ین کرنہٕ کاشرِس تھیٹرس میلہ پو چھر۔ سوٚت سوٚت ابہام آسنس لرِ لور چھےٚ پریتھ کُنہٕ قسمکہِ ڈراہس پیٹھ بنیاد کردار طرازی تہٕ (CONTINUITY) یانے اَژھٕ ہن تسلسل پیٹھ دٕ رِتھ۔ لہٰذا چھُ ضروری زِ تھیٹرس متلق سأری لوازمات نظرِ تل رٹتھ ین نوٚ نوٚ ی تہٕ سادروار تجربہٕ کرنہٕ۔ اَمہِ فزیکل تھیٹر چہ نہیہٕ پیٹھ لیکھنہٕ آمتین ڈراہن منٛز چھُ چھر اکھ ڈراماوچھن لایق "میون کیا سو نچھوٚ ز"۔ یہٕ چھُ جواں سال ڈرامانِگار نثار نسیمن لیوکھمت۔ اَتھ اُکس ڈراہس منٛز آے مے ذأتی طور تھیٹرکو سأری لوازمات نظر

۱۹۹۶ ئہٕ عیسوی کِس آخرس تام یہِ کینٛژھا کاشُر زبٲنۍ ہِندِس اَدبس مَنٛز ڈرامہٕ نِگ
جمع گو، تتھ مُتلق چھس یہِ اعتماد سان دعوا کران زِ واریاہ ناٹک چھہ تِتھۍ تہٕ یِم کاشرِ
مِنزا رچہ تُو ژھہٕ پیٹھ ہِندوستان چہ کُنہٕ تہٕ بجہِ علاقٲیی زبٲنۍ مَنٛز لیکھنہٕ آمتین ڈرامہن
ہٕلوٚرِ ہیکو کھتأ وتھ۔ تِکیازِ معیار کِنۍ چھنہٕ ساٲنۍ ڈراما ہرگز تہٕ تِہنٛدِ کھوتہٕ لوتہٕ پایِکۍ۔

کاشرِس سٹیج ڈرامہس لرلوٚر آے اَنہِ ژُس ریڈیایی ڈراما تہٕ لیکھنہٕ۔ یِتھ
مقالس مَنٛز ہرگاہ مے یِمن مُتلق کانٛہہ کتھ کرٕنہٕ۔ تہٕ کرٕتھ دِنہٕ یہِ فرورزِ ریڈیو ڈرامہو
ڈُسی پیٹھ انہانہٕ کاشر زبٲنۍ ہِنٛد اَدب مالامال سپُد، سہٕ چھنہٕ مُشرادنس لایق۔ اما پوٚز
دوٗردرشن ڈُسی پوسہٕ اَدرکھل ڈراماکس فنس سپنز سو چھنے سٹھاہے افسوس ناک۔
تِکیاز پوشہٕ کماونچہِ لالچہ بیٹھ تِتھۍ نفر تہٕ دوٗردرشن خاطر ڈراما لیکھنہٕ یِمن نہٕ ریڈیایی
ڈرامہن ہنز جانکاری چھے تہٕ نہٕ چھکھ سٹیج کِین لوازماتن ہُند کانٛہہ پَے۔ اَدٕ کھلہِ
اَولہٕ سولہٕ ڈراماکس ناوس استحصال کرتھ چھے چھر ایلے ہوٚدگی ٹیلی کاسٹ کرنہٕ یوان۔
یِمہٕ ستۍ کاشرِس کلچرس کیو ڈراماکس لطیف فنس سٹھا دٲرِ ووت۔ تاہم یِمن
پوختہٕ کار ڈرامانویسن گوڈ پیٹھے تھیرس ستۍ لوے خوٚے روٗد تم چھہ لیکھن جاری
تھوٗتھ۔ وٕدٕل گو ۱۹۹۰ ئہٕ پیٹھ بیٚلہ زن کشیرِ ہندی سیاسی کیو سماجی حالات
ڈٲجہ روٗد دِنہٕ، لیکھنہٕ آمتی سٹیج ڈراماہٕ کی نہٕ پیش سپد تھ تہٕ کرٕتھ تہٕ چھہ تھیر کِ
ژکی دار ڈرامانِگاری جأری تھوٗتھ فنس برابر آبیاری کران۔ وٕدٕل گو یم کینہہ
ڈراماہٕ کی کتأبی صورتس مَنٛز چھاپ سپد تھ تہٕ باقے ڈراما چھہ مسودن ہِنٛدِ شکلہ
مَنٛزے موجود۔

موخصر پأٹھی دِنہٕ یہِ پی زِ یِم لے خبر کاشرِس اَدبس مَنٛز ڈرامہن ہنز کمی ہنٛد

بارٕ چھ دِوان، تِمن چھےٚ سۄ غلط فہمی اَمہٕ کِنۍ زِ یِم حضرات چھِنہٕ شوقہٕ سۭتۍ بان
سیٹجس کُن نظرِ تُلان ۔ تِمہِ کۍ وجہ چھُ زِ یتھۍ ہیوٚ تفریٛحی کاشُر ڈراما چھ ووتھ بو
نشہِ لیے خبر ۔ نتہ چھےٚ حقیقت یِہاے زِ کاشُر اَدب چھُ ڈراماہٕ نِگی تسلی بخش حدس
تام مالا مال ۔

موتی لال کیمو

# کشیرِ ہُند لُکہ تھیٹر

## (۱۹۴۷ء برونہہ تہٕ از)

۱۹۴۷ء برونہہ اگر کانٛسہٕ سنجیدگی سان بانڈن تہٕ بانڈ پاتھرس
مُتلق لیوکھمُت چھُ سُہ اوس والٹر آر۔ لارنس یُس کشیرِ منٛز مہاراجی دورس منٛز بندوبست
افسر اوس۔ وُنہٕ چھےٚ وانسہٕ کانٛشرٕ بن لارنس صٲحبہٕ نہٕ کتھہٕ یاد تہٕ تس مُتلق چھِ کینٛہہ نتہٕ
کینٛہہ باوان۔ تٔمۍ لیٖچھ انگریٖزی زبانٛی منٛز اکھ کتاب یتھ ناو چھُ "ویلی آف کشمیر" سُہ بیوٚر
بندوبستکِس سِلسِلس منٛز سارِے وادی تہٕ لوٗکن ستی اوسُس سیٖدِ سیٖود رابطہٕ لہٰذا
یہٕ تٔمۍ لیوٚکھ تہٕ لیوٚکھن کُنہِ طرف داری بغار۔ پننہِ کتابہِ ہندِس صفہٕ ۲۵۶ پیٹھ چھُ لیکھان۔
"نے چھےٚ کشیرِ منٛز بانڈن تہٕ بھگتن ہنٛز بہترین پارٹییہٕ وُچھمٕژ۔ خاصکر یتھ سوٚ یہٕ بُگلی
بانڈ تہٕ بھگت چھےٚ سٹھاہ مہار یتھ تھوان۔ یِم بانڈ گیٖیہِ ۱۸۷۷ء کِس تووُنس منٛز مٔرِتھ۔"
لارنس صٲب چھُ یتھ کتھِ تہٕ تصدیق کران زِ مہاراجہ گلاب سنگھن آسہ بانڈ پاتھر
وُچھمٕژ کشیرِ منٛز گامی نظامچ حالتھ زانٛنہٕ منٛزہٕ ہیچھمٕژ۔ خاصکر یتھ پھوارِ تہٕ گامہٕ حساب
کتاب ہٕنزون وول۔ کیا چھُ کران۔ پاتھرن مُتلق چھُ لارنس صٲب ونان زِ پاتھرن ہندِ بن
پلاٹن (موضوع تہٕ کتھ) منٛز چھُ ہشر۔ اکہ پاتھرُک ذکرِ کران چھُ ونان زِ شکایت کرن
وول چھُ رازس نش کرِ بکہٕ چکہٕ دوان تہٕ تھدِ تھدِ واویلا کران یوان۔ راز چھُ انصاف

کرنہٕ موکھہٕ وزیرس اَتھہِ ہیٹھوآرس تہٕ گامہٕ اکونٹنٹس ناد دِتھہٕ اَنہٕ ناوان۔ مظلوم چھُہ خوش گژھان زِ تس میلہِ اِنصاف۔ مگر راز چھُہ وُچھان زِ وزیرن تہٕ ہیٹھوآری مِلہٕ ناؔدی کلہٕ تہٕ اکھ اَکِس باؔوِ کھہ کُنی شیٖچھ۔ پتہٕ چھُہ وزیر اعلان کران زِ ہیٹھوآری بیترہٕ چھُہ بےٚ گوناہ تہٕ مظلومس چھِہ کُرہٕ والان۔ لارنس صحب چھُہ ونان زِ یِتھی ہی گاؔمی زِندگی ہندی منظر چھِہ پاؔتھرن منٛز یوان ہاونہٕ تہٕ سارِوے کھوتہٕ مقبوٗلِ عام چھُہ گِنٛدُن یِتھہ منٛز کیٚس وُوٚنی۔ لوہنِہ پھمبس توٗمبی کرِنی۔ یِنی وونہٕ نی تہٕ کیٚر وونہٕ نِیخ عمل چھےٚ یوان پاؔتھر اونہٕ۔ سُہ چھُہ ونان زِ "بھگت چھِہ گاؔمی زِندگی ہنٛز غمناکی دوٚد کران۔"

ہیٚری مہ تفصیلہٕ تلہٕ چھُہ ننان زِ لارنس صحبن چھِہ بانٛڈ تہٕ ہتھدی پاؔتھر بیٚون بیٚون جاین وادی منٛز مختلف موقعن پیٹھ ۱۸۸۹؁ برونٛہہ پیٹھہٕ وُچھمتی اوٚسے۔ چھُہ سُہ ونان زِ سوٚہ یہٕ بِگکی بانٛڈ تہٕ بھگت گیٚیہ ۱۸۷۷؁ کِس توٚوُنس منٛز ہینہٕ یِتھہ مرتھ۔ تِمو وُچھ بھگتن ہنٛزہ بہترین پارٹیہ مگر سُہ چھُہ صحیح طور پارٹین ہنٛز تہٕ تِمن گامن ہنٛز نشاندہی کران یتہٕ یِم بانٛڈ روزان اُسی یُتھہ زِ اُسی ہیکہٕ ہاؔوِ ونِتھ زِ سوٚہ یہٕ ٹگہٕ علاوٕ کمن بانٛڈن ہندی پاؔتھر وُچھی تِمو۔ "بانٛڈ چھِہ گاؔمی زندگی ہندی منظر پیش کران۔"

لارنس صحب چھُہ یہِ ونِتھ یاوان زِ بانٛڈن ہندین پاؔتھرن منٛز چھِہ گاؔمی زندگی یعنے گامی کِردار، مزاج، رِواج، روزمرہ زندگی سوچ تہٕ ترایہ موضوع بنان نہٕ گاؔمی زندگی ہنٛدرے نقل پیش کران۔ لارنس صحبُن یہِ وَنُن زِ بھگتن ہندی پاؔتھر چھِہ غمناکی دوٚد کران چھُہ یِتھہ کِتھہِ تصدیق کران زِ بانٛڈن ہندی پاؔتھر چھِہ مزاحیہ تہٕ یِم چھِہ اَسہٕ ناوان نتہٕ چھُنہٕ گامی زِندگی منٛز غموروٗس کینہہ۔ لارنس صحب چھُہ بیٚیس جایہِ ونان زِ "بانٛڈ یا بھگت ہیکو کھہٕ تھند کرنہٕ زیٹھِ متہٕ، وَتہٕ گتھ صوٗرژ تلہٕ بدرِ گڈھہ۔ تِم چھِہ

کھاندرٕکین موقن پیٹھ عملی طور عجیب نظارٕ۔ تم چھِہ ہینہٕ کرآم نہ بہر گامکس (باصلاحیت) گِندن گرِس تہٕ پاأنس سیتی رٹان۔ تہندس پیشس منز چھُہ گیوٗن۔ نٔژن تہٕ بیچھُن شامل۔ یِم چھِہ عظیم پھیرٕ وٕنی (STREET-SINGERS) پنجاب تام گرٕژھان ییتہٕ یِم کاشرٕ ین پاأتھر ہاوان چھِہ۔ سارٕی باند چھِہ مُسلمان۔ صرف چھِہ اکھ گامکی باند گروہ ہینٛدٕ ت۔ یِہ چھےٚ عجیب تہٕ نٲر موموٗلی کتھ۔ کھاندرٕکین سالن تہٕ فصل کٹاأیی وِزِ چھےٚ یِہنٛز منگ روزان۔ یِم چھِہ سارِسے مُلکس منز پھیران تہٕ یِمہ وِزِ فصل ژوٚرٕ نیرِ یِم چھِہ مانگے حاصِل کرِتھ رُت حِصہٕ وٹان۔ یِہندی نغمہ سازٕ (آرکِسٹرا) چھِہ سارنگہٕ ژوہرہ تہٕ ڈول (ڈرم) یِتھ یِم منزس چھِہ رٹان۔ اکِس باند کمپنی منز چھِہ عموماً وٕہ فنکار آسان۔ یِمہ پارٹِیہ سٕنے وُچھِہ تِمن چھِہ پلو پوشاکھ ژٕساس روٗپیہ کھوتہٕ زیادٕ قیمتی۔ یِہنٛز اداکاری چھےٚ بہترین تہٕ یِہندی باأتھ (گیوٗن) چھِہ خوش لوٗنی۔ یِم چھِہ چالأکی سان برمحل گِندن گٔری کران تہٕ یِم چھِنہٕ کھوژان زِ تتھ کیاہ نتیجہ نیرِ۔ یِہندی باأتھ چھِہ کاشرِی۔ فارسی تہٕ پنجابی۔ مگر کاشرِی باتھے یاأتی چھِہ نٕ لوٗزی ہتی۔"

امہٕ علاوٕ چھُہ لارنس صحب ییتہٕ لیکھان زِ "بھگت چھِہ خوش مزاج لُکھ۔ یِہنٛز خوش باأشی تہٕ رُت مزاج چھُہ غمو برٕژِ کاشر زندگیہ اکھ آسہٕ وُن نمایاں فرق (CONTRAST) بخشان۔ یِم چھِہ پانہٕ وأنی اکھ خاص پھیر کتھ استعمال کران یِتھ یِم گِندن گٔری منز تہٕ چھِہ ورتاوان۔"

لارنس صحبن کوٚر بندوبست ۱۹ صدی ہندِس سٕتمِس تہٕ

اَتھس ڈؔلس منٛز تہٕ کِتاب ویلی آف کشمیر کرٕنہٕ شایع ۱۸۸۹ءٕس منٛز
لہٰذا چھےٚ یہِ باونٛڈن ہنٛز سۄ حالت یوٚسہٕ اَز بروٗنہہ ہتھ ؤری پیٚیٹھی
پہٕن آس۔ لارنس صٲبن ذِکر چھُ بےٚ لاگ۔ سۄ اوس بدلیٚشی۔ یورٕپک
روزن وول۔ لہٰذا چھِنہٕ کُنہِ تیٚتھرٕے ؤڈٕ منٛز ییٚتھر باونٛڈن ہنٛز حالتھ
ؤچھن۔ تمۍ سندِس وننٕہٕ لس سننہٕ تلہٕ چھُ مےٚ فکرِ تران زِ تمۍ چھ رازٕ
پاتھر بٹہٕ پاتھر ؤچھمتی ییمن منٛز گامی نظارٕچ کتھ تہٕ عملہٕ چھِے نناں۔ تمۍ
چھِنہٕ گوساَنی پاتھر۔ واتل پاتھر شکارگاہ پاتھر یا انگریزن پاتھر ؤچھمتی تیلہٕ
کرِ ہےٚ سۄ وار یاہ واقفیت بیان۔ تمۍ ؤچھ باونٛڈ کھاندرن تہٕ سالن
پیٹھ ژھانڈٕ یہٕ لیوان۔ دراصل آسی تمن ایوانن منٛز بچہٕ کوٹ ہیتھ بچہٕ نغمہٕ
تہٕ باونٛڈٕ ہاوان۔ اَوٕے آسی ییمن ستہٕ ژور ژور سازنگی رباًبی بیترٕ
آسان۔ حافظ نغمہٕ اوس تیلہِ چلہٕ ؤن لہٰذا آسہٕ یہٕ چھکرٕ پارٹی تیٚتھر
ییٚتھر اَز چھِے چھکری تہٕ آسی تمن دۄہہن باونٛڈٕرے آسان تہٕ بچہٕ کوٹ اوس
ٹُکہٕ پاتھ تہٕ رۄو علاوٕ کاشُر موسیقی یعنے مقام بنٛدی منٛز گیوان۔ ییتھ
اَنٛز آسی صوفیانہٕ چھِ وناں۔

سرینگرس منٛز گیہٕ حافظِ نغمس خلاف اکھ تحریک شروع
تہٕ مہاراجس پیو یہ نغمہٕ تہٕ نژُن قوٗنوٗنن ممنوع قرار دیُن چنانچہ گو
۱۹۲۰ءٕ اَندی ٹکھی حافظن ہُنٛد نژن بنٛد تہٕ بچہٕ نغمس ہُر لوٚ بادہٕ بچہٕ
نغمہٕ آو محفلن۔ بادام وارِ تہٕ مالن۔ ڈل سالن ڈنٛگن تہٕ کھاندرن
پیٹھ تفریح تہٕ دلجوی موکھہٕ بجرِچ نشانی مانہٕ۔ باونٛڈ تہٕ کرِ نوٚی نوٚی

سر برست حاصل تہ پاتھرن کُن کم دِلچسپی ہاوِتھ ہشر کھ چھکرہ پارٹی بناونہ۔
بچہ کٹھن تہ سانہ ندرن اوس مس زیوٹھ آسان۔ بچہ کوٹ اوس کورِن ہندی
پاتھِن مس کھوتھ آسان تہ نیران۔ کینہہ پارٹی آسہ نغمہ تہ گیوُنہ علاوہ ٹیک
کردار پاتھر تہ ہاوان تہ یُوہرِ راتس شوقین ہُشارِ ے تھاوان تہ من رنجناوان۔

دوٚیمہ عالمی جنگہ پیتہ ہیوتُن بانڈ پاتھرس ہنا لوٚزر لگُن۔ تہ
اُتھی دوران وُچھ مے شُری پاٹہ بانڈ عید ہندن دہن کوچہ کوچہ پھیران
تہ بچہ کوٹ ہیتھ آنگنہ آنگنہ بیچھان۔ مگر کینہہ بانڈ آسی پاتھر چاران ماٚلِن
پیٹھ یوسہ تہندر موروثی ذمہ داری آس۔ مے وُچھ ۱۹۴۵ ہس منز نٹی پورہ
نزدیکھ گوڈنچہ لٹہِ جشنہ۔ سہ رنے وآلی واریاہ۔ نگارہ وآلی زٕہ مرہ۔ اُتھی
جشنس منز وُچھ مے لورِ ہیٚیے ہیٚیے دماٚلی پیتہ ہووکھ شاید واتل پاٹھر۔
اُکھ منز آسی بانڈ ننیے لیکہِ کڈان مگر مرد کھو شُری آسی لیسلہ پاٹھی اسان۔
پوتُس کرہ کھ لورِ ہیٚیے ہیٚیے دماٚلی تہ لورِ جنگ۔ یہ اوسُس ما ۱۲ وُہر
تہ مے گُپیہ نہ اَمہ پاٹھر چ تہ دماٚلہ ہنز کانہہ خاص ہیت یا شوٗب نظر تِل
بلکہِ مے باسیوو زیم چھ لیکہ بانڈ۔ چونکہِ میانِس گرس منز اوس نہ لیکہ
تھوکہ کڈنک رِواج بلکہ اوس سیٹھاہ اَدبہ تہ یٚنز تہ سان اکھ اَکِس مان
یوان کرنہ یُتھ ہیوٚہ پاٹھر وُچھن اوس میانہ موکھ وچھنت النو ہیو۔

یہ اوسُس ۱۹۴۷ ہس منز نیشنل ہاے سکولہ پران تہ اَمی وٚری
پیٹھ ۱۹۴۸ تام وُچھ مے دہ یہ ژوٚر لٹہِ دری پاپی جلوٗسہ۔ نہرو جی۔ شیخ
محمد عبداللہ۔ غفار گاندھی بیتر آسی یمین جلوٗسن منز ناون کیتھ۔ پرندن

منٛز ویٚتھ کِنۍ وَسان تہٕ اُسی شُرۍ آسی سکوٗلہٕ طرفہٕ اَتھن منٛز جنڈٕ ہیٚنۍ ہیٚنۍ زندہ باد تہٕ جے جے کار کران۔ یِمَن جلوسن منٛز آسی بینڈ باجہِ علاوٕ سورنٛے داہِن وآلی بانڈ تہٕ آسان۔ کشمیر چھوڑ دو تحریکہِ تحت تہٕ آسی سڑکو کِنۍ جلوسہٕ نیران تہٕ سورنٛے بانڈ تہٕ بچہِ کِٹۍ اُسی جلوسن منٛز آسان۔ مگر شہرس منٛز آسہٕ نہٕ کُنہِ کھڈارس منٛز لکہٕ پاتھر گِندرَنۍ یا صحیح پاٹھۍ بانڈٕ جشن ہاوَنۍ رلوایتھ۔ پٔرِتھ وٕری یہِ آسی بٔٹہٕ مالنہِ، ریشی محلہِ، زآندار محلہٕ تہٕ ٹریٚیہِ کُجٕن تل لُکہٕ مالہٕ آسان مگر لُکہٕ تھیٹر گوہٕ ذآنہہ تہٕ مے نظرِ۔ مے وُچھ ۱۹۴۷ء منٛز کرالہٕ پورِ بانڈ جشن یَتھ منٛز دٕچنہٕ کھوتہٕ زیادٕ بانڈ گوٚن شرٛیکہٕ کٔرِتھ یعنی جوان تہٕ اَڈُر پیشواز لاگِتھ، بُڈۍ بُڈۍ دستار دِتھ۔ کپرٕ زادٕ نکھن پٔٹھ تھاوِتھ اکِس خاص اندازس منٛز نٔچان اُسی۔ یِم آسی واتھوہٕ کی بانڈ۔ یِہند نَچُن آو مے سیٹھاہ خوش۔ دراصل اوس میانہِ زندگی منٛز یہِ گوڈنیک موقعہ یێلہِ مے گرُٛپ ڈانس وُچھ۔ یِم آسی زنتہٕ پرٛملکی رقاص۔ یہِ گوس یہِ نَچُن وُچھتھ سیٹھاہ مُتاثِر۔ یِمو ہوو نٔچِتھ یَتہٕ دٕرزٕ پاتھر تہٕ پتہٕ موٚنگُکھ دُعاے خآر۔ لُکو تُلۍ اَتھ تھوٚد تہٕ آسی آمین کران۔ مے اوس بٔتن ماٚسٹر یوے گوٗپی کرشن کول ستی۔ سُہ لوٚگ مے کُن وُچھنہٕ تہٕ بہٕ لوٚگُس تس کُن وُچھنہٕ۔ دراصل گو اَسہِ تمہِ وِزِ یہِ احساس زِ یہِ ما چھےٚ نمازِ پرٛنس ستی تولُق تھاون واجنہِ عبادتُک ہُند کانٛہہ خاص ادا تہٕ بیٚیہ آسہٕ کِنۍ مایزٕ نہٕ آسہِ تہٕ کرُن یہِ باقی لُکھ چِھہِ کران لہذا درآیہِ اُسی دٔہ شوے لُکہٕ کھڈارٕ منٛز مگر امہِ جشنُک تاثُر چُھہٕ اَز تام میانِس ذہنس منٛز۔ مے چُھنہِ یُتھ

جشنہٕ دُبارٕ زانہٕ وُچھمٕت۔

۱۹۵۶ ہس منز آو کشیر منز اول ستمبر تا ۳۰ ستمبر "جشنِ کشمیر" مناونہٕ۔ گوڈنکہ دوہہ دراو فنکارن ہنٛد اکھ بارٕ جلوٗس شہر سرینگر چو سڑکو کنی ییتھ منز ٹرکن منز تہٕ دوہ کھلی "بانڈ"۔ بھانگڑا، شمشیر بازی۔ کڈ ڈانس۔ بینڈ باجہ۔ سورنےٚ تہٕ تاس نےٚ واین وٲلی بیترٕ آسی۔ پورہ اکس رٮ۪تس آیہ وادی منز مختلف جاین جشنہٕ مناونہٕ۔ مثلاً آو یوم پرمانند ڈور، یومِ رسُل میر۔ محموٗد آباد، یوم محمود گامی بیترٕ مناونہٕ۔ اَمہ علاوٕ آیہ مختلف دوہہ پہلگامہ۔ گلمرگ۔ لولابہ تہٕ دوٗیمن جاین مناونہٕ۔ ییم خاص دوہ مناونہٕ وزٕ آیہ ییمن جاین ییتھ بانڈ جشن تہٕ ہاونہٕ۔ چونکہ یہ اوس "ہیمال ناگی رائے" او ییرا تیار کرناوِنس منز سرکارس تہٕ کلچرل سب کمیٹی تہٕ مددکران مے تہٕ وُچھی کیٚنہہ جشنہٕ۔ مگر یمن جشنن منز آس نہٕ خاص کانہہ نوٚنہج یا ترائے بدلیوان۔ زیادٕ تر آسی ساری ڈرٕنہٕ پاتھر گِندان صرف ہوٚد اکنٛ گامکیو بانڈ فنکارو "شکارگاہ"۔ یہ آو مے پسند تکیازِ مے وُچھی گوڈنچہ لٹہ منٛزِ مرکلہ تہٕ سہہ کلہ استعمال کرِتھ گِندن گری۔

یوٚدوے حقیقت پسندی سان رائے ترائے ییٚہ دِنہٕ تیلہٕ ییہ لارنٕس صحبنس دوٗپس علاوٕ وننہٕ زِ ۱۹۴۷ ہس تام واتان واتان اوس سون لُکہ پاتھر زٕہو کیو مُت۔ ۷۰ پیتہٕ آس نہٕ جاگیر دارانہٕ نظامس پنڈن ییتھ کھڑا روزنٕس تہٕ جائے لہٰذا آسی بانڈ نوٚ تبدیلی وُچھتھ زنتہٕ راوی ہیتی۔ بانڈ آسی ذہین ذراعتہٕ روٗستے پھیرٕ ہلی گِندن گرٕی تہٕ موسیقار۔

کینشرن باںڈن اوس یوٗت گمانہٕ تہٕ کیٚس زریعہِ عوامی سرکارن کٔمی لین
زمین زراعت یاگروہو کوٗ درٲنٹہٕ نِش انکار۔ یمن اوس پننہِ فنکٲری،
ووستہٕ کاری تہٕ گندن گری پیٹھ سیٹھاہ ناز۔ "ساہو چھِ دوکُر نہٕ زانہہ
کاشتکاری تہٕ ووہ ذکر و آسی"، یہندی زنتھ آسی ونان۔ لہٰذا ارذی خاصکرتھ
واتھورکی باںڈ زمین زراعتہٕ نِش ژُھٹے۔ باںڈ چھِ کشیر منز مختلف گامن
منز باںڈ پورن منز روزان۔ اکہِ وقتہٕ آسہے یہنز جان آبادی مگر
۱۹۴۷ء پیٹھ ۱۹۵۳ء تام یوسہٕ کھیٚن خورڈنی۔ نوٗن، کیٚنہہ بیترہ چیزن
ہنز وشرھے رۄزِ تہٕ اکھ نوٚو تبدیلی اٚس عوامی راجس منز پادہ سپدان
باںڈ گییہ تِمہ ستی متاثر۔ واریاہو تروٚوِ ین موروٗثی پیشہٕ۔ سرکٲری نوکری
پیٹہٕ دوٗرنک روٗحجان بڑیو۔ محی الدین" یُس گلگام کوپوارہ کہو باںڈو منز
بہترین رقاص (بچہ کوٹ) اوس تام ژاو جنگلات نوکری کرنہٕ تہٕ پیشہِ
بدلاونہِ۔

۱۹۴۸ء منز گو ریڈیو کشیر چالو۔ شہر سرینگر کی چھکری، صوفیانہ
موسیقار تہٕ باقی آیہ کھیٚنچو کھیٚنچو پروگرام دِنہٕ۔ یمن پروگرامن منز آیہ
سورنٕے علاوٕ تہٕ گامی صوفیانہ پارٹی گٕرونہٕ اکھ واتھورچ کمال بٹ ساتھی
تہٕ دوییم ویچہ برار یک خالق بٹ تہٕ ساتھی۔ باںڈ پاتھرس میول نہٕ
دہن پتہٕ آہن وری۔ بن تام کانہہ مقام براڈکاسٹنگ منز۔ ماہ ۱۹۵۸ء ہس
منز وُچھ سٕے گوڈنچہ لٹہِ مان شاہ صابن مالہ واتھورس نکھ۔ اتہِ وچھ
نٕے دوہلہِ عوامس منز بتھ جشنہٕ۔ پاتھر اوس درزہ پاتھر۔ سورنٕے واد۔

نٹرُن منسخرہ پاٹھر نٹرُن۔ کٔرہ دِ ماگُن سُند ڈرٛرن تہٕ مسخرن ستی
نٹرُن بیترہ وُچھتھ یکدم دُعاے خاطر منگُن تہٕ لکھ گرد غبارس منز ژٕلنی۔
ماگُن تہٕ بچہ کٹی آسی پیشواز لاگتھ باقی اُسی پننی پلو پوشاکھ لاگتھ۔ مےٚ
باسیوو اکھ لکہٕ پاٹھرس منز چھُنہٕ تیتھ کہنی یتھ پیٹھ غرور ییہ کرنہٕ۔
تھکُن لایق سرمایہ ندارد۔ بہٕ گوٚس مولیوس۔ مےٚ کرٕے ییمن کینژن بانڈ
فنکارن ستی کتھ باتھ مگر ییم آسی نہٕ کُنہٕ سوالس صحیح تہٕ سیوٚد جواب دوان۔
ییم آسی پالنس ہُنڈی ماتان۔ ییمن اوس پننہٕ اداکاری پیٹھ ناز۔ تکیا زٕ اکھ
مِثال چھُنا لکہٕ زبانی منز عام "نازِ واتھور۔ سازِ شانگس تہٕ مازِ ندِ پور"۔
امہٕ مِثالہ موجوب آسی ناز۔ بخرتہٕ اداکاری منز واتھوہکی بانڈ سارِسی کشیر
منز مانہٕ یوان۔ لحاظ اکُس اکھا دِیہ ہامیانہ سوالن جواب۔ دویم مسخرہ تہٕ
اداکار آسی بخشائش وہٕنس منز مصروف۔

بہٕ اوسُس ۱۹۶۱ء دسمبر پیٹھ اپریل ۱۹۶۴ء تام بروڈہ
یونیورسٹی منز بحیثیتِ گورنمنٹ سکالر ڈراما تربیت حاصل کران۔ اتہٕ
میٖول مےٚ مُلکہ کین باقی لکہٕ فنن۔ تھیٹر روٗپن تہٕ گِندن ترایَن سٕہ نک
تہٕ زانہٕ نک موقہٕ۔ مےٚ گنییہ کل پننہٕ نِس کاشُرس لکہٕ تھیٹرس انکای زندگی
ستی وابستگی یاد کریخ تہٕ تربیت مکمل کرنہٕ پتہٕ صحیح طور اکھ سام ہینچ تہٕ
اکھ روٗپس منز تجربہ کرنیخ۔ چنانچہ سمکھیوس بہٕ کینژن لکہٕ فنکارن سگر
تم آسی پنن بحرِ تیوت تھکان مگر ہادان کراوان کم۔ بہٕ گوس واتھور اتہٕ سمکھییہ
مےٚ ووہ ستہٕ کار بانڈ مگر اتہٕ آسی ساری پالنس ماگُن ونان تہٕ مےٚ باسیوو

یِم چھہِ مختلف پارٹِین مَنٛز باگرٕ آمتی۔

کلچرل اکیڈیمی مَنٛز میانٕ مُلازمت شروع سپدانٕے گَیہِ ٚ محمد سبحان بھگتس سِتٕ زان۔ یِم اَس اکھ شہنٲیی پارٹی ہشدی زِٹھی "محمد سبحان بھگت اینڈ پارٹی"۔ چونکہِ ٚ اوس جشنِ کشیرس مَنٛز شِکارگاہ پاٹھر وچھمُت یُس اکِ گامکو بانڈو اوس ہووُمت لہٰذا کھوتُس بہٕ ۹ اگست ۱۹۶۴ء اکنگوم ییتہِ ٚ یہِ پارٹی پاٹھر گِندنٕس تہٕ بانڈ پاٹھر زِندہ کرنس تہٕ تِتھ نوو زوٗ زیتہٕ بخشنہٕ موکھ ؤلتٲو۔ یِہنٛ کاشُر ڈراما "ترٛنوو" پوٗرم یِمَن نِش تہٕ مسودٕ تروٗم یِمنے نِش۔ دوٕن ؤرِی ہِن تام پٔرِتھ چھیٹی دوہ اُکنگوم کھیٚتھ اوسُس بہٕ منٛزی منٛزی یِمن ڈراما ہیٚچھِ ناوان۔ یِم کرٕم لوکنٕ منٛز ڈراما گِندنہٕ موکھ آمادٕ۔ محمد سبحان بھگتس منٛز کرٕم ڈراما لیکھنٕچ صلاحیت بیدار۔ تمی اوس یِنٛترٕ مہ جماتن تام لوٗ رمُت۔ کاشُر لیکھنٕچ تہٕ پرٕنچ مہارتھ گرٕمس پٲد۔ علی محمد۔ عبدالرزاق۔ عبدالغنی۔ غلام محمد تہٕ عبدالعزیز تہٕ آسی۔ ۱۹۶۶ء یِس مَنٛز گِندنا وِم ٹیگور ہال سرینگرس مَنٛز "پوٗز ایز" اَمہِ برونٛہہ اوسکھ اکھ لوکُٹ ڈراما تہٕ گِندمُت "سون وطن"۔ ۱۹۶۷ء ہس منٛز گِندکھ اکھ گام ناوس تحت "ییتہِ چھُہ بنہٕ وُن" تہٕ ۱۹۶۸ء س منٛز لیوٗکھ ٚ اَمہِ پارٹی ہُنٛد آیِن تہٕ ناوکوٗرُکھ کشیر بھگت تھیٹر تہٕ اَمی وٕرِی یہِ آو "تقدیر" گِندنہٕ تہٕ ۱۹۶۹ء منٛز "ہوس"۔ یِم آسی مکمل ڈراما یِتھ منٛز یِم لگہٕ فنکار سیٹ بناوِتھ۔ پلوٗ پوشاکھ لاگِتھ۔ لایٹٕ تل جدید تھیٹر ہالس منٛز گِندان آسی۔

چونکہ سۍ اوس تجربہ گورِمت زِ کاشرِس سماجس منز آسہٕ یتھ صدی
منز باندٕس تہٕ بانڈٕ کارس نِچہ نظرٕ وُچھان۔ سماجس منز اوس نہٕ باندٕس رُتبہ
تہٕ یِنہٕ یتھ۔ لیکن بانڈ تہٕ بیچھِ بانڈ آسۍ عام۔ باندٕس اوس پانس منز تہٕ لوٗشرٕ ر۔
یہٕ اوس نہٕ کارس مازان۔ کینہہ آسۍ ڈنگرٕ ہنان۔ پھیری کران۔ ٹانگہٕ چلاوان۔
کنہہ مُنٛھ، منشرٕ مکاٹے یا مصالہٕ کھنان تہٕ دوہ گُذاران کینہہ آسۍ گرن
منز کینہہ پیرن فقیرن نِش تہٕ کینہہ تکیَن پیٹھ گوٗن بیترٕ کران۔ عام
پاٹھۍ آسۍ بانڈ کھاندرن پیٹھ گرٛھان۔ پاتھر بیترٕ چارنس کُن اُکھ
دلچسپی ختم گرٛھان تکیاز سرپرستی اُکھ کم۔ پاتھرٕ وُچھنس آسۍ لُکھ تہٕ
حقارتھ کران۔ یِم وُچھان آسۍ تِمن اُس نہٕ پرانہن پاتھرن منز دلچسپی۔
فارسی باتھ تہٕ نغمہ آسۍ نہٕ لوُکن فکرِ تران۔ یتھس ماحولس منز اوس
ضروری گوڈٕ باندٕس سماجس منز یِنہٕ یتھ حاصل کرُن یہ سید رہے تیلی
ییٚلہ یہٕ نوٚین خیالن۔ سوچ۔ فکرِ تہٕ فنی زٲوی چارن باندٕ لہٕ منز جاے دی ہا۔
اَوے کرٕ ہی سۍ بھگت تھیٹرکۍ فنکار گوڈٕ جتنہٕ اداکار تیار یِم جدید طریقہٕ ڈراما
ہیکہٕ ہن گنڈتھ۔ تہٕ ڈراما یتھ لوٗت منظر، اکھ سٹ بخشہٕ۔ یِس انگن تہٕ
منظرن منز آسہٕ لیکھتھ۔ یِس جدید تھیٹر ہالس منز ماڈرن لایٹن تل یِیہ
گندنہٕ۔ اکھ منز گوس یہ مُکمل پاٹھۍ کامیاب۔ گامی زندگی مُتلق ڈراما لیکھنووُم
محمد سبحان بھگت۔ شیر یار کرِمس سۍ۔ سٹ اوسُس یہ ڈزاین کران تہٕ
بناونہٕ وزِ آسیم اومکار ناتھ "ابن آدم"۔ میک اپس منز ہردے ناتھ گرٹوٗ
تہٕ روشنی دِنس منز عبدالغنی مدد کران۔ نتیجہ دراو ۱۹۶۷ء ۱۹۶۸ء تہٕ ۱۹۶۹ تہٕ

کس ڈراما فیسٹولس منز کرِ اَسہِ بہترین ڈراما ایوارڈ تہٕ سیٹ ڈزاین ایوارڈ علاوٕ زٕ بہترین اداکاری ایوا ڈ حاصِل۔ اَمہِ ستی کھوت یانڈن بوشس۔ تمن شُید سماجس منز قدر ـــــ یاقین بانڈ کلاکارن منز گییہِ خاہشس پاد زٕ تِم تہٕ گژھن کینہہ کرِنۍ۔

۱۹۶۶ء اندر کوٗر رادھا کرشن برارو صابن شہرٕکۍ کینہہ اداکار تہٕ واتھورٕکۍ بانڈ کلاکار ہیتھ ہمالیہ بانڈ تھیٹر منظم۔ یِمن دِژٕ اوس میون ڈراما "مانگے" ریہرسل سیدان تہٕ ریڈیو پیٹھ شُید "اکھ گنڈن پاتھر" عنوانس تحت براڈکاسٹ۔ اتھ منز اوس غلام نبی بابا تہٕ حصہٕ نِوان۔ یِم آسی برارو صابس ستی انفارمیشن کس کلچرل یونٹس منز کام کران۔ اَمہِ ناٹکچہِ زمینہِ پیٹھ آو برارو صابن "یاہو" لِکھنہٕ تہٕ پیش کرنہٕ۔ اداکاری آسی شمارٕکۍ فنکار کران تہٕ نشرن تہٕ سورنے آسی بانڈ وایان۔ یہٕ ڈراما گنڈنہٕ پتہٕ سپدی برارو صاب سانگ اینڈ ڈراما ڈویژنس منز آفیسر قایم تہٕ یہٕ تھیٹر پیٹھ۔

ییلہ "تقدیر" نادگ ڈراما تمہِ وقتکس وزیر اعلیٰ غلام محمد صادقس آو ہاونہٕ۔ اکھ وفدس پنڈت دینا ناتھ نادم، موتی لال کیمو تہٕ محمد سبحان بھگتس پیٹھ مُشتمل اوس سمکھ تمن تہٕ کینہہ امداد آو اتھ تھیٹرس بخشنہٕ۔ اَمہِ علاوٕ شُید وُری پتہٕ وُری گوڈ اَتھن پتہٕ دہن تہٕ پتہٕ باہن اداکارن ماہانہٕ ماونس مُقابلہٕ اکس وُریس کشیر منز پنداہ ڈراما شوہاونہٕ چہِ سکیمہِ تہٕ منظوری دِنہٕ۔ اَمہِ ستی سپزٕ میانہٕ کوششہٕ کامیاب۔

گامہٕ گامہٕ بھگت تھیٹرٕکۍ ڈراما۔ تقدیر۔ ہوس۔ بیتہٕ چھُہ بنہٕ وُن۔ زٕوان رچھانہٕ ہاونہٕ ییتھ گییہ اکھ کلچرل بیدآری پاۓدٕ۔ یہٕ اوُس کشمیر بھگت تھیٹرُک اکھ باآنی کارٕ علاوٕ "اُستاد" تہٕ اوُس ڈراما گِندناونُک تہٕ ہدایت دِنُک ذمہٕ وار۔ کلچرل اکیڈیمی منز اوُس یُہے ڈراما منظم کرناونُک تہٕ لکن تام واتناونُک افسر لہاذا اوس اخلاقی طور لازِم زِ یہٕ ذمہٕ اُستاد تہٕ عہدہ دأری ترٕش استیفہٕ تہٕ مےٚ کوٚرٕ نی ١٩٧١ءکِس آخرس منز۔ اَتھ تھیٹرس اَسہِ نہٕ وونی ہیٚکہ نظرِ وُچھان۔ لکھ اَسی ڈراما وُچھنُک منگ کران۔ دہ یمین پانڈن تہٕ رلِح تحریک۔ فیلڈ سروے آرگنایزیشن اَس آمُت پارٕسس یہ دفتر اوس کینٛژن پانڈ پارٹین تہٕ فنکارن مالی امداد دِوان۔ گامن پھیری پھیری وُچھ مےٚ باقی پانڈ گام تہٕ فنکارن کوٚرُم تاکید زِ تِم گژھن تھیٹرن منز منظم تہٕ آیین بیترٕ مُرتب کرِتھ کرناون رجسٹریشن۔ مےٚ لیکھی پانہٕ یمن لُکہٕ تھیٹرن ہندی آیین۔ ازمال تھیٹر پلہالن۔ شاہ ولی لُکہٕ رنگ درٕہ گہ مل۔ کوٚشر تھیٹر تکیہ امامِ صاحب بیترٕ۔ ٹاک زینہٕ گیری صأبن تہٕ کرٕی یمےٚ سوپورٕ پانڈ منظم تہٕ کوٚرُن وہ لٕر تھیٹر کھڑا۔ مےٚ اَس اَتِہ یمےٚ لُکہٕ تھیٹرٕ ح بنٕی یاد تھرآوٕتھ۔ یمنے دوہن گییہ واتھورٕکی پانڈ بییہ منظم تہٕ اَتِہ آیہ زٕ تھیٹر پارٕسس۔ کشمیر پانڈ تھیٹر تہٕ نیشنل پانڈ تھیٹر۔ اتھی دوران دِژ مےٚ محمد سبحان بھگت صأبس تحریک زِ سُہ لیکھِ ووٚنۍ لُکہٕ فارم ورتاوِتھ نوٚی پاتھر۔ چنانچہ لیُس ڈراما تمی میانہٕ شیر پأرٕ رٕوستہ بلکل پانے لیکھ اوس کُنی شیچھ۔ یہٕ گوس تمی سُند یہ ڈراما وُچھتھ سپُداہ

خودش۔ مےٚ کھوت شانو پیٹھۍ مانز۔ مےٚ باسیو میاٚنۍ محنت گژھ رٲیِٹھ تہٕ یوسہٕ کیتھ یہٕ لٹہٕ لٹہٕ بانڈن اوٚسُس وتان نہٕ تمن چھُہ "پنُن شیکسپیئر پانہٕ بنُن" تتھ دٔراویہن۔

۱۹۸۰ءس منز سپُد گوڈنیک لُکہٕ تھیٹر ورکشاپ اکِنگامہٕ منعقد۔ اَمہٕ ورکشاپکۍ ڈایریکٹر آسۍ شری۔ ایم۔ کے رینا تہٕ اسسٹنٹ ڈایریکٹر شری روی شنکر کیمو۔ خرچہ اوس بھارت سرکارُک۔ "گوسانٛۍ پاتھر" آو شیرتھ پیش رٕتھ تہٕ چمہٕ خمہٕ ہاونہٕ۔ اَمہٕ پتہٕ گوٚ لُکہٕ تھیٹر ورکشاپ منعقد کرنُک رِواج زنتہٕ شروع۔ ۱۹۸۹ءتام کٔرۍ مےٚ "تکیہ امام صاٮ۪بنہٕ کونتر تھیٹر۔ بمبیہ ووہ لر تھیٹرس ستۍ تہٕ واتھورہ نیشنل بانڈ تھیٹر تہٕ کشمیر بانڈ تھیٹرس ستۍ خیر کُنز ہالہٕ لگاتار تھیٹر ورکشاپ منعقد تہٕ یم پاتھر آیہٕ گندنہٕ۔ منزلِ لُکہٕ۔ ملنگے۔ شکارگاہ۔ موکھٹی پاتھر۔ رنگہٕ رُون۔ ہیمال۔ ناگی رائے۔ زٕنۍ موزور۔ وُزرمال تہٕ لیلا مجنون۔ میانۍ صاحبزادن آس ۱۹۸۴ءس پیٹھہٕ ۱۹۸۷ءتام ووہ لر تھیٹر تہٕ نیشنل بانڈ تھیٹرس ستۍ کینژن ورکشاپن منز ہدایتکار کٔرمتہٕ۔ چنانچہ سپُد نیشنل بانڈ تھیٹرکہٕ طرفہٕ کاشُری پاٹھۍ گوڈنکہٕ لٹہٕ نیشنل تھیٹر فیسٹولس منز ونیس تام گوڈنیک تہٕ آخری ڈراما "عاشق تہٕ گُیالی" دلہ ۱۹۸۵ءس منز گِندنہٕ۔ اَمہٕ برونٛہہٕ آو یہوے ڈراما لکھنو نارتھ زون تھیٹر فیسٹولس منز تہٕ گِندنہٕ۔ یہ ڈراما آو بیٚیہ اکہٕ لٹہٕ ووہ لر تھیٹرکہٕ طرفہٕ روی کیمو سٕنز ہدایت تحت گِندنہٕ تہٕ ازٕ ۱۹۹۷ءتام چھُہ وادی منز تہٕ وادی نٮ۪برٕ تہٕ شوقہٕ سان وُچھنہٕ یوان۔

کاشُر زبانی منز اوس پیر یعنے گیوٗن پاتھرن ہنز نیج گیہِ ۱۹۵۳ ءَ پیٹھٕ شروع ییٚلہِ دینا ناتھ نادم صابن بوٚمبر یمبرزل لیوٗکھ۔ اَکہِ پاتھرن منز اوس گیوٗن اَما پوٗز گیوٗن پاتھر آسی نہٕ۔ ۱۹۸۶ ءَ ہس منز لیوٗکھ مے کونسر تھیٹرکین بانڈ فنکارن منز ہیتھ اکہِ فارمس منز مشہور کاشُر لکہِ کتھِ پیٹھ گیوٗن پاتھر "ہیمال ناگرائے"۔ ۱۹۸۷ ءَ منز ہیچھنا وِم یہ گیوٗن پاتھر ووہلر تھیٹرکی فنکار اَمہِ پتہٕ گِندِی مے تِمن ستی اَمی نہجہِ ہندی زٕ موٗزوٗر تہٕ لیلا مجنوٗن تہٕ کونسر تھیٹر تکیہ امام صابنین ستی "وُزرا مال" اَکھ موہکھٹی پاتھر" ییتھ منز شامِل رامہٕ ہونہن۔ حرن بیترن ہندی موہکھٹی لاگتھ فنکارو پاتھر گِندِ۔ گیوٗن پاتھرن ہندس روٗپس چھُ نے "داستان" "پاتھر ناوکوٗرمت تکیا زِ لولو تاے ہاے" سٹایل چھِ داستان گوینس اَندازس منز کتھِ ہنزن مختلف واقعن جوڑان تہٕ سالم داستان چھےٚ کِرداروٕ ڈسر گِندنہٕ یوان۔ (ویسے اَکھ ہُنز پیٹھ ییہِ الگ لیکھ لیکھنہٕ)

میانہٕ علاوٕ ییمو لِکھارِ لوٗ اَکہِ فارمس ورتاوٕ تہٕ ناٹک لیکھِکھ تِمن منز چھُ ندیم جوش سُند "تمہٕ گورِ گئیہ"، سجوٗد سیلانی سُند "گتہٕ ریٚنی" "آر کے۔ برار وسُند "یا ہو"، محمد سبحان بھگت ہندی بیشتر ناٹک تہٕ اَز کل چھ غلام رسول بھگت یار۔ علی منشی۔ غلام علی مجبور بیترٕ ییم پانہٕ بانڈ گھرانن ستی وابستہِ فنکار چھِ شدمِد سان ناٹک لکھان۔

ییٚلہِ جناب لسہ کول ریڈیو کشمیر کی ڈایرکٹر آسی تِمو کوٚر بانڈ پاتھرچ مقبولیت تہٕ پسندیدگی نظرِ تل تھوٚوِتھ اکھ ہفتہٕ وار اَکہِ فیچر نشر کرُن شروع

یِتھ لکہٕ پاتھر کینہِ لکہٕ تھیٹر اوس ناو۔ ڈیان یہِ چھُ ڈُنہ جاری۔ اَمہ ہفتہٕ وار
پروگرامہٕ ڈُسی چھِ پانڈ فنکار لکہٕ ملن ہنٛزن فنکارانہٕ اندازس منٛز اَسان
اَسہٕ ناوان لوکن باوان۔ محمد سبحان بھگتن اَوس اَمہٕ پروگرامہٕ موکھہٕ زمین
ہموار گوڈے کٔرمٕژ یِیلہِ تِمی ساری لکہٕ پاتھر ریڈیوہس پیٹھہٕ بھگت تھیٹرکیو
فنکارو ڈُسی نشر اَسی کریمتی۔

ٹیلی وِژن کشیرِ منٛز شروع سپدنہٕ کِنی میوٚل پانڈ کلاکارن تہٕ
پنُن فن درشاونُک موقعہ۔ کینہہٕ سیریل سپدی لکہٕ فارمہٕ منٛز گنِدتھ مقبولِ
عام مثلن ہزارہ داستان تہٕ منٛزلِ دِتکہٕ۔

ریاستی کلچرل اکیڈیمی چھِ پرتھ وٲری یہِ تسلیم شُدہ پانڈ کلین
تہٕ رجسٹرڈ تھیٹرن کانٛہہ فنی کام انجام دِنہٕ موکھہٕ تھیٹرُک سامانہٕ ٹلی ہینہٕ
موکھہٕ، نٔوی پروگرام انجام اَنہٕ موکھہٕ مٲلی اِمداد دِوان۔ سنگیت ناٹک اکیڈیمی
تہٕ بھارت سرکارتہٕ چھِ کینہہٕ پروجکٹ منظور کٔرِتھ جان رقم بطورِ امداد
کٔنزرن تھیٹرن آیہٕ تِن کھوان یِیمہ کِنی پانڈ پاتھر چھُ زندہ تہٕ نٔوی منٛزل
پراوان۔

اَزکل چھِ پانڈ مکمل پاتھر رِیاض کران۔ مکمل رِیہرسل کران۔
تِم چھِ پرانین پاتھرن مکمل طور رٹتھ اوریَہ کوشش کران۔ پرانی اُستاد
یمن موسیقی ہندی درجہ واد مقام یاد اَسی چھِ وارہ وارہ اُچھو وطان نٔوی فنکار
چھِ پرانہٕ موسیقی لٲری۔ تِم چھِ سورنے۔ ڈھول، نگارہ واین ہیچھان۔
تِم چھِ فلمی باتن تہٕ طرزن نقل کران۔ آکاشی حملس یعنے دوٗر درشنچ

ژیٚنلو دِسی یُس مغربی کلچر پھاہنچھلاوُنہٕ چھُہ یِوان سُہ ترٲوِیا بانڈ پٲتھرس
متاثر کرنہٕ رۆس تہٕ زُو رژانہٕ رۆس۔

۱۹۶۴ ہَس پیٹھ از تام روزٕ بانڈ پٲتھرس برونٹھہ یکنہٕ موکھ تہٕ
اَحیاے نوٚ پیراوُنہٕ موکھ رہبری حاصل۔ کیا برونٹھہ کُن تہٕ روزیا زونل
کلچرل سینٹر۔ کلچرل اکیڈیمی۔ ٹی وی تہٕ ریڈیو ہس پیٹھ پیلہٕ بہترین
کارکردگی ہُند مظاہرہ تہٕ مُقابلہٕ سپدِ کیا بانڈ فنکارن منز آسیا تیژ صلاحیت
نریم سپدن کامیاب۔ مُقابلہٕ زینن۔ یُہند گنُدرُن۔ فنکاری۔ اداکاری
کاسٹوم تہٕ فارم ہیکیاہ پینہٕ والہٕ وقتک مقابلہٕ کٕرِتھ۔ یمن کتھن ہنز فکر
اگر یم لگہٕ کلاکار کرن تہٕ روزن زِندہ نتہٕ کوتاہ کال نیر یکھ۔

ییٚتہِ مہ صدی منز آسی بانڈ فنکار باصلاحیت فنکارس یُس
نہٕ تہنز کرام ہُنداوس آسان پانس ستی رلاوان مگر از کل روپیہ وٹنہٕ
موکھ چھُہ یِم مالی لوٗٹھر۔ سام ہنتھر۔ پیٹر باہتھر بنتھ سورُے گرہ کُن
نیتر ھان بیُن تہٕ دوہ یمن فنکارن چھِنہٕ ماتان۔ اکِس پارٹی چھے ژور
پارٹی گنڈھان۔ اکِس لوکٹس گامس منز یا بانڈ پورس منز چھے ژور
ژور رجسٹرڈ پارٹی پیرِتھ پارٹی منز چھے اصل فنکارن ہنز گرنڈکم تہٕ
ناوٕ ہنز کِتی وار یاہ۔ مسخری ہیچھناورِ پخ۔ نٹرن شوز زٕکھ پاٹھی تالہٕ تہٕ
لیہ پیٹھ ہیچھناورِ پخ سبیل چھنہٕ کران۔ بے سود سوٗرنے تہٕ ڈھول
نگارِ وائینی چھے عام کتھ۔ یکلو پوشاکن تام چھِنہٕ کنُدی کران۔ پانے
واتہٕ وَق پایہٕ موکلہٕ یہٕ نتہٕ روزِ نہٕ اتھ لگہٕ فارمہٕ منز ہاوُن تہٕ باوُن کُنتی کہنی۔

۱۹۶۸ء پیٹھ ۱۹۷۲ء تام گرٕمے سپدٕ جدوجہد باندٕ پأتھر
بحیثیتِ کشیرٕ ہُندِ تھیٹر فارم قومی سطحس پیٹھ منظور کرناونچ۔ امہِ موکھہ
پھرِناوِی مےٚ کینہہ نامی ماہر گامہٕ گامہٕ یمن منٛز ڈاکٹر سُریش اوستھی، شری
ای القاضی مشہور ہدایتکار تہٕ پنجابی زبانۍ ہنٛد ناٹک کار شری بلونت گارگی
اُسی اتھ کامہِ منٛز کرٕ کلچرل اکیڈیمی تہٕ رہبری تہٕ محمد سبحان بھگتن تہٕ بھگت
تھیٹرکیو کلاکارو تہٕ دِیُت ساتھ۔ نتیجہ دراو جلدے تۄر محمد سبحان بھگتس
سنگیت ناٹک اکادمی ہُند ایوارڈ۔ بھارت سرکارکہِ طرفہٕ چھےٚ باندٕ پأتھر
تہٕ باندٕ جشن تسلیم شُدہٕ۔ اتھ منٛز کانٛسہٕ رٕتہٕ کام کرنہٕ موکھہ چھےٚ سالانہٕ مالی
امداد دیوان دِنہٕ تہٕ نوجوان فنکارن چھےٚ باندٕ پأتھرٕ تہٕ باندِ موسیقی ہیچھنہٕ
موکھہٕ سکالرشپ تہٕ میلان۔ میانٛ ناٹک سومبرن" ناٹک ترٛاوچ" ییلہٕ
ساہتیہ اکادمی ہُند ایوارڈ ۱۹۸۲ء منٛز سُید عطا، پانٕے سپیٚز سو لکہٕ فارم
تسلیم یتھ منٛز سومبرنہٕ ہندی ترٛیشوے ناٹک۔ حرم خانگ آسنہٕ۔ کانٛسہٕ
مارو مُت ہے کیا گوم؟ تہٕ منٛز دِنگہٕ چھےٚ! اُتھی کتابہ سُید ہندی زبانی منٛز
ترجمہ تہٕ ساہتیہ اکادمی طرفہٕ سپیٚز شایع تہٕ تمہ کتابہ پیٹھ تبصرہ کران
آوٕ ونہٕ نٕ روٗدٕ چھینہٕ ڈراما صرف بنگال تہٕ مہاراشٹر منٛزے یوت عام
بلکہ کشیرِ منٛز تہٕ۔

میانہِ کوٚرِ شُشو دُسی وأتہٕ باندٕ پأتھرچ مشہوری امریکہ تہٕ
یوٗرپ تہٕ۔ چنانچہ آیہٕ کینہہ امریکی تہٕ یورپی ماہر اتھ فنس سام ہینہٕ موکھہ
کشیرِ یمن منٛز پرزیڈنٹ سٹریٹ تھیٹر آف امریکہ تہٕ تمی مُلکُک مشہور

ہدایت کار رِچارڈ شِکنر تہٕ چھہٕ۔ ۸۲-۱۹۸۱ءَس منز آیہ سِدھارتھ کاک سنٛدِ
ہدایت کاری منز زٕ ڈاکیومنٹری فلمہٕ بناونہٕ۔ "بانڈٕ پاتھر" تہٕ "بانڈس
آف کشمیر"۔ یِمن دوشون فلمن ہنٛز رآئی کارتہٕ مدد گار اوس بہٕ۔ امہٕ
علاوٕ آیہ بی بی سی ٹیلی وِژن موکھہٕ نیشنل بانڈ تھیٹرس پیٹھ تہٕ فلم بناونہٕ۔
کشمیر بھگت تھیٹر ووت کلکتہ تہٕ نیشنل بانڈ تھیٹر کیر الاتام پاتھر گِندان
تہٕ ہاوان۔ وولر تھیٹر چھِ وو پنجاب تہٕ ہریانس منز۔

یہ سورُے پرتھ سِپد معلوم زِ ۱۹۴۷ءَ برونہہ یُم بانڈٕ پاتھر
تہٕ از یُک بانڈٕ پاتھر چھُ مختلف۔ پرانین پاتھرن منز چھہٕ ڈرزہ پاتھر، شکارگاہ،
گوسانی پاتھر، بانڈٕ زوگھ تہٕ واتل پاتھر زٕ تھراوِنی سِہٕٹھاہ اہم تہٕ داستان
پاتھر نِہج تہٕ نوٕی نوٕی تجربہ کرنٕچ ضرورتھ۔ تاکہ بانڈٕ پاتھر روزِ موجود۔ اَتھ
فارمہٕ منز چھےٚ کوتاہی تکیاز خاکس مزاح، طعنہ، ظرافت علاوٕ چھُنہٕ
اَتھ منز کینٛہہ مگر باشعور گاتُل زٕ آئی کار ہیٚکہِ اَتھ فارمہٕ کانٛہہ وُسچار دِتھ۔
نے چھہٕ وومید زِ نوِ پیُیہ ہندی تھیٹر کلاکار نہٕ مشراوِن پننی وراثت تہٕ لکھ
میراث بلکہ یکن تتھ زٕ تھراوان پننہٕ پیشکاری منز نوٕی موضوع تہٕ گیون
رُوپ ورتاوان برونہہ۔

بشیر بھدرواہی

# بالہ اَپار کاشُر تہذیب و تمدُن

## ۱۹۴۷ تا ۱۹۹۷

یتھ پانژہن ؤرِین منز بالہ اَپار کاشرِن لوکن ہندِس تہذیبی تہ تمدنی ارتقاہس پیٹھ کانہہ رائے دِنہ برونٹھ چھ باسان یہ ضروری زانتہ کِہن تمن علاقن ہُند تہ ییہِ مختصر پاٹھی ذِکر کرنہ یمن منز کاشر زبان بولن وٲلی لوکھ روزان چھِ۔ یہ اہم کتھ تہ پزِ نظرِ تَل تھاوِنی زِ باقی زبانن ہندِ مقابلہ کاشر زبان بولن والین ہنز تیداد گۄ تۄ نسب کوتاہ چھُ۔

یہ چھے اکھ حقیقت زِ کاشر زبان بولن وٲلی لوکھ چھِ جۆنی صوبہ کِہن تقریبن سارِنے ضلعن منز لسان بسان۔ ۱۹۶۱ ہکِ مردم شماری مُطابق چھِ سارِوے کھوتہ زیادٕ کاشری ڈوڈہ ضلعس منز یعنی ۷۷.۰۴ فی صد یِم دۄیے زن اُدھم پور ضلعس منز ۱۰.۵۲ فی صد۔ پۆنژھ راجوری ضلعس منز ۹.۵۷ فی صد، جۆنی ضلعس منز ۲.۵۶ فی صد تہ کٹھوعہ ضلعس ۰.۱۹ فی صد کاشری آباد چھِ۔ یمن منز چھِ مسلمان، بٹہ تہ کینہہ ہیندو تہ شامِل۔ اَمہ مردم شماری پتہ یعنی یتھ ہِن شیتیمہ ترہن ؤرین منز کاتھن کاشرِن ہُند اضافہ آسہ سپدمُت، امیک انداز ہیکہ نہ جوٗلی کرِتھ۔

ڈوڈہٕ ضلعس منٛز چھےٚ کاشُر زبانہِ منٛز کشتواڑی، سراجی تہٕ پوگلی بولہٕ تہٕ شامِل، کشتواڑکۍ ساری بٹہٕ تہٕ کیٚتۍ مُسلمان گرٕ چھہِ وننۍ تام کشتواڑی زبانہِ ہٕندِس اصل رویَس راچھِ کران آمتۍ، پٔزر تہِ چھُہ یی زِ اصل تہٕ پرانہِ کاشُر زبان چھےٚ کشتواڑی زبانہِ منٛزے وُنہِ کینٛہہ تہِ درینٛٹھ گژھان۔ کاشُر زبان چھےٚ یمہ ضلعکین سارِنٕے علاقن، قصبن تہٕ گامن منٛز بولنہٕ تہٕ تہٕ سمجنہٕ تہِ یوان، امیُک وجہ چھُہ یہِ زِ یہِ ضلع چھُہ جغرافیائی، تہذیبی، لسانی، مذہبی، روحانی والستگی ہٕتی سیاسی تہٕ جذباتی لحاظہٕ تہِ کشیرِ ہٕتی والبتہ روُدمُت۔

یتھےٚ کٔنی چھےٚ یہ زمین اُدھم پور ضلعکین واریاہن علاقن منٛز بولنہٕ یوان یمن منٛز تحصیل مہور سرفہرس چھُہ امہِ تحصیلکین کاشُر بولن والین علاقن منٛز چھہِ گول، سنگلدان، بھٹارکہ، گلاب گڈھ مہور، جھلان، ہلدھا، سارڈھ بھگہٕ، شنجرو، دلول، نہوچ، ڈینگ بٹل، گُد، منگلی کوٹ، بلتمکوٹ، حیڈا تہٕ واریاہ تِم علاقہٕ تہِ شامِل یِم تحصیل بُدھلس (ضلع راجوری) ہٕتی رلان چھہِ۔ یِیاری کِنۍ تحصیل رام نگرٕکین کیٚتن گامن منٛز کاشری آبادیمن منٛز لسنت گڈھ، پنارا، لودرا، دُونا، لاٹی، ہندول، جھکھیڑ، ڈوڈولِبسار تہٕ کھنیڑ بیتر علاقہ تہٕ گام شامِل چھہِ۔

ہُیاری چھہِ کٹھوعہ ضلہٕ چین بِلاوَر تہٕ بسوہلی تحصیلکین بالائی علاقن منٛز تہِ کاشری آبادیم باقی کاشرِ ہن ہندی پاٹھی یا تہٕ نقلِ وطن کرِتھ آمتی چھہِ کُنہِ کُنہِ مشرف بہ اسلام سیدتھ کاشرِ ہن ہٕتی رٔلِتھ میلتھ گامتی۔ یتھی لوکھ یہ چھہِ

کاشُر تہٕ ڈوگری دُشوٕے زبانہٕ بولان تحصیل بلاور کہ ملہار علاقکی کیٚہہٕ گام چھ کاشرٕ بوسیتی آباد تہٕ ییمے کٕنی چھے بنی نیابتس منز بنی علاوہ لوانگ، سرجن جلوک لوہائی، کوٹ تہٕ چند بیٚیہ علاقہ یمن منز کاشرٕ کافی تعداد س منز آباد چھہ۔ راقم المعروفہٕ سندی کیٚہہٕ رشتہٕ دار تہٕ چھہ لوانگ علاقس منز لیسان متی۔

پرٛونٛژھ ضلعس منز تہٕ چھہ وارِیاہ تتھی علاقہٕ یمن منز کاشرٕ آباد چھہ۔

پرٛونٛژھ خاص علاوٕ چھہ منڈی ہُند تقریبن سورُے علاقہ، سرنکوٹ تہٕ امکی کیٚہہٕ گام۔ پوشانہ وغارٕ ییتہٕ کاشرٕن ہنز بستی چھے۔ ضلع راز وپر ہندِ بدھل علاقکی کیٚہہٕ گام تتھہ منڈی تحصیلک کافی علاقہ بُلاک درہال، راز وپر خاص تہٕ بہروٹ علاقہ چھہ کاشر تہذیب وتمدنکی اہم قلعہ مانہٕ یوان۔ نوشہرہ تہٕ کالاکوٹ تحصیلن منز تہٕ چھہ کُنہ کُنہ جایہ کاشرٕ چھکرتھ ییتہٕ چھے یہ کتھ ژتس تھاوُن لایق زِ بالہٕ اپارِ کاشرٕ چھہ پرٛونٛژ پیٹھٕ واڈونس تام تہٕ ہماچل پردیش کہ سرحد پیٹھٕ بانہالس تام اکہٕ پلہ پہاڑی علاقن تہٕ یمن علاقن ہندِ بن بالائی حصن منز وارِیاہ کالہٕ پیٹھٕ آباد۔

سانہٕ ریاستہٕ ہندِ لوحدوٗدو نبرٕ تہٕ چھ کیٚہہٕ تتھی علاقہ یمن منز کاشرٕ لُوکھ آباد چھہ۔ ڈوڈہ تہٕ کٹھوعہ ضلعن ہمسایہ ہماچل پردیشک چھہ عب (چمبہ) قصبہ ٹلکری، تسیا، ہیم گرہی ہندلہٕ، لنیگر تہٕ کیہارٕ علاقن ہندِ بن درجن وادگامن منز چھہ وُنہٕ تہٕ کاشرٕ لسان بسان ییم ۱۹۴۷ء کیٚن فرقہ وارانہٕ فسادن منز اکہٕ لٹہٕ وُجارٕ گژھنہٕ تہٕ بُھدرواہ تہٕ بھلیسہ کیٚن علاقن منز کینٛژن کالس پناہ ہیٚنہٕ پتہٕ یمن علاقن کُن والس تُرِتھ دوبارٕ آباد گٔے۔

ہُدر واہ تہٕ چھیہٕ ہندٕ ہن کاشرین چھپے پانہٕ وانی وری وادٕ و پیٹھہٕ رشتہٕ داری
ہنز مضبوط تھیچھہٕ قایم ۔

ریاستس نیبر تہٕ چھہ بے شمار کاشری خاص کرِتھ کاشری بٹہٕ ہندوستانکین
وار یاہن بڈٕ ہن بڈٕ ہن شہرن کُن پیتھ کالہ پیٹھے تلاش روزگارکس سلسلس
منز نقلِ وطن کرِتھ آباد گٔژھان روٗدٕ مٕتی یم یِرتھ ساعتہٕ پیٹہٕ نہٕ ماجہ زبوٗز کہٕ
سان آسے کانچھان تہٕ آمہ کہٕ پوٚچھیر خاطرٕ سٕنز کران چھہٕ روٗدٕ مٕتی ۔

۱۹۴۷ء بروٚنہہ، یمن علاقن ہنز اقتصاأدی، تالیمی، سماجی تہٕ تمدنی
پسماندٕگی ہُند ہیکہ یمہ کتھہ ستی صحیح اندازٕ کرنہٕ یتھ زِ اتھ ساری سے پہاڑی
بیلٕکس منز اوس شخصی راجک اکھ وکھت تہٕ بدترین قسمک نظامٕ لوکن
پیٹھ مسلط کرنہٕ آمت یتھ جاگیردارانہ نظام وننہٕ چھُ یوان۔ کشیر ہندی یاٹھی
اُس قابلِ کاشت زمین بڈٕ ہن بڈٕ ہن جاگیردارن منز تقسیم آمژ کرنہٕ تہٕ کاشری
تہٕ بیٚنیہ کینژن فرقن ہندی لوکھ یم مجموعی پاٹھی مفلوک الحال بے زبان تہٕ
انتہائی غریب تہٕ لاچار اُسی زمینن منز کاشتکارٕ سنٕدی حیثیتہٕ کام کران تہٕ
یم زمیندار تہٕ جاگیردار اُسی زمینن ہندی اصل مالکھ آسنہٕ کِنی یمن زر خرید
غلام زانِتھ تہٕ یہی گیہ چار وٲے تصور کرِتھ، رنگہٕ رنگہٕ قسمُک استحصال
کران آمہِ علاوہ تہٕ اُسی یم شخصی حکومتکین ظالم تہٕ جابر نمایندن وزیروزارتن
ذالدارن، چوکی دارن، نمبردارن، تہٕ بڈٕ ہن بڈٕ ہن حاکمن ہندی دٔسی ظلم و
ابتداد، جبر تہٕ بیگارٕ، ناانصافین تہٕ زبردستین ہُند شکار گژھان تہٕ
لاچاری تہٕ مفلسی ہندِ ہن گرٕٹن منز پیہنہٕ یوان، کانہہ تہٕ سرکاری افسر ہیکھے

کالنِہ تہٕ کاشرِس یا غریب شخصس نیٖچ زاہِتھ کانٛہہ تہٕ کام کرنہٕ دِتہٕ بلا معاوضہٕ ہیتھ۔ انکارکِس صورتس منٛز اوس تس مُسلہٕ لوان والنہٕ، یِراینٛہ ہُند دوٚپ چھُہ زِ جموٕ بیٚٹھہٕ ڈوڈہ ضلعس کُن ترِن وٲلی راہٕ، رامبن یا سرکاری حاکِم اُسی ییٚنہٕ نیٚو کارندو ذریعہ ہتہٕ بدٕ ہن لوکن، کاشرِن، ہٕشیجنن تہٕ غریبن، یِمن منٛز زنانہٕ تہٕ شامِل آسہٕ جموٕ بیٚٹھہٕ بھدرواہ، کشتواڑ تام یا سرینگرٕ تریہٕ وِزِ یا نہالہِ تام بیگارِ زنگی باربرداری کرنہٕ خاطرٕ تہٕ گُرہن رٹنہٕ تہٕ زاہیِنانہٕ تُلنہٕ باپتھ جایہ جایہ واتنٕکی فرمان جاری کرنا وان، یِمن اوس پننہٕ کھینہٕ خاطرٕ اوٹ، سوٚت تہٕ توٚمُل تہِ ستیٖ تُلن پیوان تہٕ گُرہن ہند خاطرٕ گاسہٕ تہِ۔

تیٚتھین نامساعد حالاتن ہٕندِس پسِ منظرس منٛز تہٕ دشوار گذار، پہاڑی تہٕ یوٚت کھوٚرِ علاقن منٛز آسی کاشرِ اکثر معاشی، اقتصادی، معاشرتی، تالیمی تہٕ سماجی پسماندگی ہُند شکار، غریبی، بیکاری، مُفلسی ستیٖ ستیٖ آسی یِمن بدنصیبن غولامی تہٕ محکومی ہندِ اہِحاس دگ ہمیشہِ ستاوان روزان یِمو مجبوریو آسی تِم سوٗدخورن نِش پیشگی رقم سوٗد درسوٗدس پیٚٹھ ہنس مجبور سپدان، یہ رقم اوس اداکرُن کرِی تہٕ یِژھ وٕریہ کھٕسوٗنے روزان یِتھ کنٕ آسی تِم ہر ساتہٕ قرضچہ تلوارِ کلہٕ داریتھ روزان تہٕ فاقہٕ کشی ہندس حالتس منٛز گذر بسر کران۔ مجال چھا زِ تِم کیا ہکہن کاٚنٛسہِ حاکمس متعلق کاٚنٛسہِ بروٚنٛہہ کانٛہہ شکایتھ تہِ زلیو پیٚٹھ اُنِتھ!

کُنہِ عَلاقچ کُلہم ترقی تہٕ خوشحالی ہُند دار و مدار چھُہ اَتہِ چین تالیمی سہولیشرن تہٕ روزگارکین وسیلن پیٚٹھ مُنحصر۔ ۱۹۴۷ؑ بروٚنٛہہ اوس یتھ سارِسے

کأشرِس بیلٹس منز سرکاری مدرس ہند تیداد اوسُن ییٚژھ کنٛز رنہٕ ہٮ۪کان یِتھ۔ عام طور اُسی کأشری تالیمہ کہ زیورٕ نِشہٕ محروم گژھان قصبن اُس مکتبن منز عربی تہٕ فارسی تالیم پرناوٕنہٕ یوان، سرکأری سکوٗلن منز اُسی جاگیردارن تہٕ امیر لوٗکن ہندی بوت شُری پٔرِتھ ہٮ۪کان، افلاسہ تہٕ بے روزگأری ہندِ وجہ ستی تہٕ اُسی نہٕ رٕلوأیتی تالیمہ کُن غریب تہٕ کأشری لوکھ مأیل گژھان ییٚمہ کنہٕ ییمن سارنے علاقن منز تأیلیمی پسماندگی روزٕ۔ وٕنۍ گو کینٛہہ کأشری ییمن کم زیادٕ کاروبار اوس یا یِم تجارتہ کہ غرضہ نقلِ وطن کٔرِتھ کشیر یا بییٚن علاقو ییٚژھٕ ییمن علاقن کُن ترٛمتی اُسی، اُسی پنٕنین لڑکن مقامی سکوٗلن یا جموٕ تہٕ کشیر ہٕنٛدٕ بن تالیمی ادارن منز پرنہٕ خاطر سوزان۔ واریاہ کم نوجوان اُسی لاہور یا علی گڑھ کالجن منز داخلہ ہٮ۪کان ہیتھ۔ سرکأری مُلازمتن منز تہٕ اُس کأشرٕ بن لوٗکن ہنٛز نمایندگی نہٕ آسنس برابر، یِم تالیم یافتہٕ نوجوان اُسی پٔرِتھ لیکھتھ دوٗر دوٗر سکوٗلن منز ماسٹر بھرتی یوان کرنہٕ، گامن ہنٛز سأرٕے آبادی اُس کاشتکأری تہٕ موٗزوٗری کران روزان نتہٕ گبہ تہٕ چارواے رچھان یا پیٚشگی ہیتھ دوٗر دوٗر جنگلن منز چرأے کرنہٕ گژھان۔ اَو ییمن جاین منز اُسی کرال، کھار، موٗچ، شاخساز عام لوٗکن ہنٛز خدمتھ کٔرِتھ زندگی ہُند گزران کران۔ زنانہٕ آسہٕ گرٕچہ کامہٕ کران تہٕ عام طور ییٚنٛدٕر کتان نتہٕ آسہٕ کھیٚنہٕ تہٕ ڈورٕ بن ییٚژھ مردن کامہٕ سادان۔ زیٚنُن تہٕ آسہٕ سارن تہٕ کھیٚن دٕجن گھہ تہٕ تراوان۔ تالیمِ نسواں آسی نہٕ تصورس منز وٕنۍ گو کانٛہہ کوٗرا اُس قصبکس سکوٗلس منز داخلہ ہوان۔

مکانَن ہنز ساخت تہٕ آس سیوٚد سادٕ، عموماً اُسی مکانہٕ کٔچ یِمن کُنہٕ کُنہٕ ٹُلکہٕ ہنٛدی لٔشۍ اُسی نتہٕ اَکھ کوٹھن پیٹھ میٚژ ترا وِتھ آسان، وارِیاہن گرن آسہٕ دوٚسہٕ تہٕ میٚژ ہنزٕے آسان یِمن ہُینٛدرہ دوٚسہٕ وَنان اُسی، روٗدس شینَس منز اُسی چھتھ تہٕ کوٹھ پیٚشپان روزان ۔ وُتھہِ ستی اُسی لوٗکھ اکثر تنگ یوان تہٕ کوٹھن دایہٕ دِی دِی آسکھ اَتھن ہٹہٕ کھسان، مکانَن اوس کُنے دروازٕ آسان، اکھ زٕ دارِ تہٕ آسہٕ کُنہٕ کُنہٕ درینٛٹھی گژھان ۔ بجلی تہٕ میٚژ تیل نہٕ آسنہٕ کِنی اُسی لوٗکھ کنٛگُل زالان نتہٕ ٹُریہٕ تیلکی ژٔنگی زالان ۔ کُٹھی اُسی بایہٕ تہٕ تمنہٕ ستی بُرِتھ آسان ۔ بسترس منز اُسی دوٗرِ پیٹھ ووٚنہٕ آنٛتر کملہٕ چھیٚپری تہٕ ژادرٕ شأمِل آسان، وارِیاہ لوٗکھ اُسی کھنٛدن زٕچن تہٕ گاسہٕ لاوِہن ہنٛد بستر بناوان ۔ اَکی سے کمرس منز اُسی وارِیاہ بأژ روزان یتھ منز بانَن خأطرٕ کرونٛجل، نٔٹِن خأطرٕ گُرٕ ونٛج، چیز تھاوٕنہٕ خأطرٕ گوٗے، ژوٗٹ بناوٕنہٕ خأطرٕ دان، دانہٕ مُنہٕ خأطرٕ دوٗ کھل، اَناج تھوٕنہٕ خأطرٕ کُٹھ تہٕ لوٗ پینی، زُنین تھاوٕنہٕ خأطرٕ ٹُنٛڈٕ تہٕ گاش یِنہٕ تہٕ دٕہہٕ نیرنہٕ خأطرٕ دٕگہٕ تھاوٕنہٕ اوس یوان ۔ عام طور اُسی کٔتروٗی بانے استعمال یوان کرنہٕ یِمن منز پیالہٕ، چینی، ترامہٕ یا کینز، ڈٔلۍ جہ، نٔٹی، نارٕ، لیٚچہٕ، دلٕگرِ، نیامہٕ وغارٕ شأمِل اُسی آسان ۔

کھیٚن چیٚنکی طور طریقہٕ تہٕ اُسی وارِیا ساد، رسم و رواج تہٕ اُسی ساد، زندگی ہنٛدس ہر اکھ شعبس منز آس سادٕگی، سخر تہٕ یِزر بآے بنٛدٕت تہٕ اوس وارِیاہ ۔ لوٗکھ اُسی اکھ اَکِس سماجی، مذہبی تقریبن تہٕ مرنس زینٛس پیٹھ اکار بکار یِوان ۔ لوکن اوس خوفِ خودا، نمازن تہٕ پوزاپہٕ ہنٛد اوس لوٗرٕ

اہتمام یوان کرنہٕ، بزرگن تہٕ ووستادن ہُنداوس سیٹھاہ احترام یوان کرنہٕ، بزرگ تہِ اُسی لوکٹن ستیٚ شفقتہٕ سان پیش یوان۔ گرن ہنز زندگی اُس خوشگوار تہٕ پُرسکوں آسان، نوشہِ کورِ آسہٕ شرم وحیہٕ سراپا آسان، ہشہٕ تون نوشہٕ تون اوس خالے نظرِ گژھان، نوشہ کورِ آسہٕ نہٕ بُزرگن ہتی کتھ تہٕ ہیکان کرِتھ، یوٚدوَے بزرگ نہ تانہٕ قصابہٕ، یوژ زوجہٕ، پھیرن تہٕ شلوارٕ لاگان آسہٕ نوشہِ کورِ تہِ آسہٕ پوژووڈِہ دِتھ پھیرن پاآجمہٕ یا شلوارٕ لاگان۔ پاآجمہٕ اوس ڈوٚگرٕ لباسُک اکھ نُمایاں حصہٕ۔ عام لوٗکھ آسی گامن منز مُنلیٖ پھیرن، مُنلیٖ پاآجمہٕ تہٕ مُنجہ ٹوپہِ استعمال کران۔

کھاندرِ تہِ آسی سیدی سادہ پاٹھی عموماً لوکچہِ واٗنسہِ منزے کرنہٕ یوان۔ واریاہن جاین اوس مہرٚیِنہ تہٕ مہرازس کیٛت پوشاکھ تہٕ زیورٕ پہا یوان اَنہٕ۔ سالس منز اوس اکھ قسم ماز، آلو تہٕ دوٚدِہ اَل شامِل آسان، گامن منز اُسی عام طور دالِہ والہِ سیٹھے گُذارٕ کران۔ داج بیٚتر اوس نہٕ کینہہ تہِ آسان۔ کورِ اوس زیادٕ کھوتہِ زیادٕ اکھ ییٚندرٕ، کھوربانہٕ، اکھ زٕزٕ وُونمٕژ کُھڈا تہٕ کمبلاہ تہٕ دراہ ستیٚ دِنہٕ یوان۔ مہرٚیِنہِ اُسی کینہہ روٗپہٕ وَس زیورٕ ژنگی دِنہٕ یوان یمن منز ڈیکہٕ ٹیکہٕ، دوٗرٕ چوٗری، کھاٗلی مال تہٕ لوٗکہٕ شامِل اُسی، اما پوٗز کینہہ کاروبارٕ واٗلی لوٗکھ آسی کورِ روخصتھ کرنہٕ وِزِ زیادٕ ہن چیز وَس ستیٚ دوان تہٕ سونہٕ سُند گہنہ تہِ۔ مہرازس ستیٚ اُسی کمے ہمن سالہری آسان۔ مہرازس سہرہٕ گنڈنُک، گرِس کھسنُک تہٕ صافہٕ لاگہٕ نُک اوس عام رِواج۔ مہرٚیِنی آس واٗرِیوٗتام پالکہِ منز نِنہٕ یوان۔ مہرازس اُسی بانڈٕ نگارہٕ تہٕ سورنٕے وَاین واٗلی گرٕ پیٹھٕ ہوٗور تہٕ ہوورٕ

پیٹھ گرتام ستی آسان۔ کھاندرن منز اُسی کشیر پاٹھی لگہ پاٹھ گیوہ لوان۔ تہ تھے
ونہ وُن، تیتھ رُھے ملہ ماٹز تیتھ رُھے ماٹز راتھ، تمے رُسومہ تہ تمے رسم و رواج،
سوٗ تمیکھ ناٹری، تمے گیوٚن تہ نغمہ سُے چایہ سماوار سُے قہوہ، تیتھ رُھے باکرخانہ
تتھی قلچہ تہ لواسہ، دراصل اُسی یم پاٹھ تہ یم ساٹری رسم و رواج وزِ وزِ لوکن
ستی کشیر پیٹھ یمن علاقن کُن ترمتی، یمن وق گُذرنس ستی ستی ہُرہ تہ لوچھر
تہ لوگ تہ مقامی رنگ تہ کھوت۔ یتہ گرن منز تہ اوس کشیر ہندین بٹن
ہندی پاٹھی یمن رسمن ہند چلے جاو۔ مُسلمان گرن منز اُسی ختن ہال تہ کشیر
ہندی پاٹھی منعقد لوان کرنہ۔ یہ کام اُسی ناوِدا انجام دِوان یتھ کنز راٹز رالس
اُسی مرد تہ زنانہ بیون بیون کمرن منز خوتنس متعلق باٹھ ونان تہ صُبح دم
اُسی اُکس ٹوکرِ تل بوڈ کوکراہ تھوِتھ خوتنہ مہرازس اُتھ پیٹھ بہناوان سیٖمہ ونزِ
مشیدن منز اذان کنن اُس گژھان یہ کوکر تہ اوس بانگ دِوان تہ لس اَد
اوس اکھ قابلِ دید منظر اُچھن تل یوان۔ کیٖنہہ جوان اُسی اُمس شُرس چپیر سان
زنگہ رُٹِتھ تھاوان تہ ناوِدا اوس برنزس منز شُرس خوتنہ نوان کرِتھ شُر اوس
وڈی وڈی خوان ہاران تہ رتہ مہرازہ بنان۔

یوٗت تام شعر و ادبک تولق چھ اُتھ ماداس منز تہ چھ اُسی ہتی یمن
علاقن منز کیٖنہہ تتھی گام تہ قصبہ یم علم و عرفانکی تہ شعر و ادبکی گہوارہ اُسی تہ
یمن منز بڈی بڈی فارسی تہ عربی تہ کُنہ کنہ کاشرِ زبانی تہ ادبس دسترس
تھاون والی ادیب شاعر تہ عالم روزان اُسی۔ یمن عالمن ہندِ فاضنہ ستی تہ
پیچ علم و ادبک رلوامیتھ بروہنہ کن تہ تہ نوی نوی شاعر تہ ادیب آیہ بارسس

کشتواڑ اوس یتہٕ کالہٕ پیٹھے علم وادبُک منزل رٕودمُت اماپوٚز ڈوڈٕ کِنہٕ کُندنہٕ،
اودھیانپور، بھیرتھ تہٕ خاص ڈوڈٕہُک قصبہ بیترٕ تہٕ آسی اتھ سِلسِلس منز سرٕس
مانٕنہٕ یِوان، کشیرِ نزدیکھ آسنہٕ کِنۍ رٕودی یانہٕ سالہٕ کُن اَتہٕ پیٹھٕ واریاہ صاحبِ
علم ودانش تہٕ شاعر ادیب یِوان روزان یِہند اثر سیتۍ مقامی طور تہٕ واریاہ
صوفی منش بزرگ تہٕ عالم پاداہ گے یِھتھے کِنۍ پیوٚنۍ برٕہ مین صوفیاے کرامن تہٕ
عالم فاضِل بزرگن ہُند اثر بھدرواہکِس علاقس پیٹھٕ تہٕ تہٕ اَتہٕ تہٕ بینیہ کینہہ تھی
شاعر تہٕ ادیب تھنہٕ پیو کاشُر زبانۍ تہٕ بیٚن زبانن لوچھ ژُبت، گول گلاب گڈھ کِنۍ
تہٕ رٕودی بڈی بڈی عالم تہٕ صوفیاے کرام ڈوڈٕہ ضِلعس کُن ترانہ یِوکِنۍ اتھ
پوٚت کھورِ علاقس منز تہٕ کاشُر زبانۍ علاوٕہ عربی تہٕ فارسی زبانۍ ہُند اثر پیوٚ،
راز ویر پروٚنژھ علاقہٕ تہٕ رٕودی کشیرِ تہٕ ریاستہٕ نیٚبرِ مین علاقن ہندِ نزدیکھ
آسنہٕ موجوٗب، فارسی، عربی، اُردو تہٕ کاشِرِ زبانۍ ہندِ علم وادبُک تہٕ بیٚن
ادبی تحریکن ہُند اثر رٹان تہٕ اَمہِ علاقہٕ کِس کاشرس بیلٹس منز تہٕ وقتلیہ
کاشِرٕ ادبی تحریکہٕ وِزروِزِ اماپوٚز یِم علاقہٕ رٕودی زیادٕہ یہن ووہ یٚر زبانن زیرِ
اثر تہٕ کاشِری شاعر تہٕ ادیب پئیے یتہٕ یہن تھنہٕ۔ ووہ نی ہکو اُسی وِنتھ زِ کاشُر
شاعری پھانپلیایہ کینژ وُٹھوس وُجوہاتو کِنۍ یِمن دلکش، دلفریب تہٕ حسین
وجمیل پہاڑی تہٕ دشوار گذار علاقن منز۔ اکھ یہ زِ کشیرِ پیٹھٕ یِم تہٕ ادیب،
گوٚنماتھ، موسیقار یا فنکار یورکُن تری تِمو اوٚن پرانین تہٕ نوین شاعرن ہُند
کلام تہٕ پانس سیتۍ یِمن منز حبہ خوتون، لل دید، محمود گامی، شیخ العالمؒ، رسول میر
تہٕ مہجور ہی تاریخ ساز شاعر تہٕ گوٚنماتھ شامِل اُسی، یِہندِ کلامہٕ سیتۍ لوٗگ

آہستہ آہستہ ییتہٕ کیٚن ادیبَن تہٕ اُردو فارسی دان شاعرن یوٚہے وُنتس ہیوٚتہ تِموکرٕ کاشرِس منز طبع آزمائی یُس سِلسلہ از تام جاری چھُہ۔ بیا کھ وجہ گوٚیہ زِ دینی تبلیغہ خاطرٕ تہٕ روٗدی یورکُن بڈِ بڈِ دینی عالم تہٕ فاضل واعظ تہٕ پیٖر حضرات تران یِمو کاشرِ زبانی منز وعظ خالی کرٕ، نعت تہٕ لُکھ پٔری عربی آیاتِ کریمایٔری تہنٛد ترجمہ کاشرِ زبانی منز لوٗکن بوزنووٕ تہٕ گامہٕ شہر پھیری پھیری اَمی ماجہ زٕیوٚ ہنٛدِ باوتھ بلہٕ ستی کاشرِ زبانی ہنٛد ہیچھر ٹھیٖٹھ کاشرِس محاورس منز عام لوٗکن تام واتہٕ نوو۔ اَمہ علاوٕ ییو فارسی اُردو تہٕ بیٚن زبانن ہنٛدِ شعر وادبُک تہٕ یِمَن پیٹھٕ واریاہ اثر یُس پنجابہٕ تہٕ برصغیرٕکیو باقی علاقو پیٹھٕ وارٕ یورکُن تران رُوٗد۔

۱۹۴۷ء برونہہ یِم شاعر تہٕ ادیب جوٗمی صوبہٕ کِس پیٖرپانٛژال بیٚلٹس منز پادٕ گےٚ تہٕ یِمو کاشرِ زبانی منز شعر وٗنی تِمن منز چھِہ بانہالٕ مولانا احمد بانہالی، عبدالرحیم ائما بانہالی، پیٖر محی الدین محی، غلام رسول کامگار کشتواڑی، عبدالحلیم بانہالی، عبدالغفار خطیب احقر بھدرواہی، غلام محمد ڈیٖنجو بھدرواہی، رسا جاودانی، غلام رسول نشاط کشتواڑی ڈوڈہ پیٹھٕ رحیم گراٹال، مولوی غلام قادر، منشی اسداللہ تہٕ کشتوارٕ کی غلام محمد الفت بھلیسہ پیٹھٕ محمد عبداللہ طالب چھنالہ بھدرواہ پیٹھٕ سُبحان جوکیلی، قادر بیروارٹی تہٕ یِمن پیتہٕ طاؤس بانہالی وغارٕ قابلِ ذکر۔ اَمہ علاوٕ لیٚچھی سید نجم الدینن تاریخ کشتواڑ تہٕ یِر وُنٛژھ تہٕ رازِ دِیر ہنٛز وکاشرِ لِستی یو منز چھُنہٕ ۱۹۴۷ء برونہہ کانٛہہ تھدِ پایُک کاشُر ادیب یا شاعر سُندِ پیتہ

لگان البتہٕ اُسی یِمَن ضلعن منز فارسی اردو تہٕ بییِن زبانن ہندی وار یاہ ادیب تہٕ شاعر بامِ عروٗجس پیٚٹھ واتِتھ برصغیر ہندو پاکس منز پننہِ عظمتہٕ تہٕ پرزنتھ مانہٕ راونس منز کامیاب سپدہِ متی، یوت تام ادھم پوٗر ضلعک تعلق چھُ اَتہٕ تہٕ چھُ ۱۹۴۷ء پتہٕ ادبی سرگرمین ہُند سُراغ میلان وون گوٚیمَن علاقن منز تہٕ روٗد وہ پرزبانَن ہندِ ادبکہٕ زیادہ پہَن اثر تہٕ کاشُر شاعری یا ادب ہیوٚک نہٕ آزادی برونٛہہ پھانپھلِتھ یِمَن ضِلعن منز روٗد تاہم ہمکال کشیر ہِندِ ہن کاشرِ ہن شاعرن ہندِ کلامک سیٹھا چلیے جاو۔

کاشرِ شاعری علاوٕ بییِہ فنَن پیٚٹھِ کِہن گرن منز جاے لبُتھ اوس داستان گوٚیی بییِہ کانٛہہ تفرِیحی شغل نہٕ آسنہٕ کِنہِ آسی لوٗکھ محلہٕ وار کُنہِ گرس منز اکِس بٔڈس مَنٛڈوٗس منز راتھ کیٚت جمع سپدان تہٕ داستان وَنَن وول اوس الف لالَہ، ہیٚ مال ناگراے، شیرین فرہاد تہٕ باقی قِسمہٕ داستانہٕ راتی راتس بوزناوان، یِم داستانہٕ آسی عموٗمَن کانٛہہ لکارہ وایان تہٕ منٛزی منٛزی برجستہ شعر ونان لوٗزناوان۔ یہ سلسلہ اوس وَندہ چَن راتن صُبح پھولنس تام چلہِ وُن روزان۔ بٔڑہِ گرن منز تہٕ آسہٕ لیلا بوزناونہٕ یِوان، کُنہِ کُنہِ آسہٕ لکہ کتھ تہٕ دلیلہٕ تہٕ یِوان وَنہٕ تہٕ لُکہ باتھ تہٕ یِوان گیونہٕ، محلکی زٕٹھ آسی پوشہٕ پھلے تہٕ مٕناوان یِتھ منز گیونُک تہٕ کِندنُک اہتمام تہٕ اوس یِوان کرنہٕ۔

یہ چھِ اکھ حقیقتھ زِ پیٚٹھ کانٛہہ سیاسی تبدیلی چھِ انسانی زندگی ہندِہن مختلف گوشن پیٚٹھ اثر انداز سپدان تہٕ یوٚکِنہِ انسانہٕ سندِہن

لسنہٕ لبنہٕ کین طریقن، تہذیبی عملس تہٕ فکرٕکین اندازن چھےٚ تبدیلی یوان روزان۔ تمی سندٕ ین اقتصادی، معأشی تہٕ معأشرتی حالاتن تہٕ مجموعی وزنتاوس علاوٕ چھےٚ یمِن علاقن ہنزن ادبی سرگرمین منز تہٕ بڈ بارٕ فرق یوان روزان۔ یِژھہٕ تبدیلیہٕ چھےٚ نٔوی نٔوی اجتماعی تہٕ انفرادی مسلہٕ تہٕ یادٕ کران تہٕ حسبِ ضرورتھ لۆکن یہُند حل تلاش کرنس کُن تہٕ راغب کران۔

۱۹۴۷ء پتہٕ یوس سیأسی تبدیلی سأنِس ریاستس منز آیہٕ تمہِ تہٕ تروٚو لۆکَن ہنزِ انفرادی تہٕ اجتماعی زندگی پیٹھ لۆڈ اثر، بالہٕ اپأرمی کأشری تہٕ گےٚ ڈوگرہ راج چہ غولامی تہٕ ظلم واستبدادٕ نِشہٕ تِتھےٚ پأٹھی آزاد یِتھہٕ کنہٕ بالہٕ یپارٕ کأشرہِ ین ہنز اکثریت گےٚ۔ خأتمے چیک داری تہٕ زمیندأری ہندِ قونوٗنہٕ کہِ برکتہٕ گوٚ کاشتکاری ہُند نظام درہم برہم تہٕ لۆکھ بنےٚ زمینہٕ ہنٛدی پانہٕ مألکھ، ذأمدأری ہُند سلسلہ تہٕ گوٚ ختم تہٕ محنتھ کش تہٕ مظلوم کأشری تہٕ باقی کاشتکارن ہنزِ اقتصأدی حالتس منز تہٕ آیہٕ یکسر تبدیلی، گٔژھِل بنیو پادٕ آوارگ تہٕ پانہٕ مالکھ، دوٚیم تبدیلی یوٚسہٕ عوامی حکومتٕ دٕسی بارسس آے سوٚہ أس قرضہٕ معاف کرنکہِ قونوٗنٕچ منظوری، اَمہِ تأریخی قونوٗنہٕ کہِ برکتہٕ گےٚ لۆکھ سوٗد خورن تہٕ ساہوٗکارن ہنزِ تمہِ ناقابلِ برداشت سختی تہٕ ناانصأفی نِشہٕ آزاد یوٚس تمن قرضچہِ ادائیگی منز ضدٕ لوٚ پیٹھ پیش لوان آس۔ یہ سماجی لعنت أس کأشرِس قرضہٕ کِس گردابس منز کرِتھ بنٛدی پأٹھی رٔٹِتھ تھوان۔

نوِ تألیمی پالسی تحت اول جمأژ پیٹھ ایم اے تام تألیم مُفت سیدنہٕ ستہِ گےٚ لۆکھ کِہِن تألیم دِنس تہٕ پرناونس کُن راغب، گامن منز تألیمی

سُہولیتھ میسر واتنہٕ کنی ہُرِ وٕ سکوٗلَن تہٕ کالجن منز شُرِ ین ہُند تیداد تتھ حدَس تام یمیکھ نہٕ اندازٕ ے پانٛتراہ ؤری برونٛہہ ہیکیہے کٔرِتھ سانیٚن دور دراز، دشوار گذار پہاڑی علاقن منز تہٕ آیہ ہائیر سیکنڈری سکوٗل کھولنہٕ، پرائمری، مڈل تہٕ ہائی سکوٗلَن ہنز چھینہٕ کتھے، واڑون، مڑوہ، دچھن، پاڈر، کلہوتران، چھاتٔرو، مرمت، کاستی گڈھ، اکھُڑال، گول، مہور، بدھل تھنہٕ منڈی، درہال، منڈی لالی، بنی تہٕ بیٚرِ ھ ہیتہٕ کاٹھن جاین یہند نہٕ اُسی تصور تہٕ ہیکھو کٔرِتھ منز تہٕ آیہ ہائر سیکنڈری کھولنہٕ یمِن منز بہُمہ جماتن تان تالیم دِنہٕ چھ لیوان، وُنہٕ کین چھہٕ سانہٕ تالیمی پالسی بدولتہٕ تقریباً پرتھ ضلعہ ہیڈ کواٹرس پیٹھہٕ تہٕ وارِیاہن قصبن منز ڈگری کالج کھولنہٕ آمتی، وُنہٕ کینس چھہٕ میلس پیٹھہٕ پرائمری سکوٗل تقریباً ترٛن ژٕون میلَن پیٹھہٕ مڈل سکوٗل تہٕ ستن اٹھن میلَن پیٹھہٕ ہائی سکوٗلس تام مُفت تالیمی سُہولتہٕ دستیاب تالیم عام گژھنہٕ کنی آے لوٗکن ہندس اندازِ فکرس منز تہٕ وارِیاہ تبدیلی آزادی پتہٕ ہندِ ین گوڈنکین دوٚن ڈٔہلِن منز گے یمو علاقو پیٹھہٕ تہٕ وارِیاہ طالب علم ڈاکٹری، انجینیری علاوٕ افزائیش نسل، زراعتھ، باغبانی تہٕ بیٚیہ کیتین شعبن منز تالیم حاصل کرنہٕ خاطرٕ ریاستہٕ تہٕ ریاستہٕ نیبرٕ مین کالجن تہٕ تالیمی ادارن منز داخل تہٕ یہ دِتکھ ثابِتھ کٔرِتھ زِ تِم چھنہٕ بیٚین فرقن تہٕ بیٚین علاقن ہندیو طالب علموٗ نٛتہٕ ذہانتس تہٕ قابلیتس منز کینہہٕ کم۔ کُنہٕ قومس یُدوٕ ے تالیمک شعور یادٕ ہ گژھان چھُ سو چھُنے ہرگز ہمیشہ مشکلاتو تہٕ رکاوٹو باوجود برونٛہہ پکنہٕ نگ سنز گراں۔ یہ کتھ چھس بہٕ اکِہ تارِیخی واقعہ ستی تہٕ ثابت کرُن

پژھان، ۵۵-۱۹۵۴ہس منز یوٚدوَے بھدرواہکین لوٗکن یہ سوال آو کرنہٕ زِ تِم دِنا کالج کھولنس ترجیح کنہٕ ہسپتال، بیوٚ بیدار مَنز بزرگو دِژ کالج ہینٛنے ترجیح یِیلہِ باقین جاین ہسپتالَن ہنٛز منگ کرنہٕ آیے۔ تِمن اُٚس خبر زِ کالج آنہِ پانَس ستی ہسپتال تِہ پانے، ۱۹۵۵ منز آو بھدرواہ سائنس کلاسو سان کالج کھولنہٕ یمہِ کِہ برکتہِ ڈوٗڈہ ضلعکۍ وارِیاہ طالبِ علم تالیمہ کہ فاَضہٕ ستی مالامال گے یمن منز کاَشرِین شُرِین کورِن ہنٛد بھاَرِ تیداد تہِ مُستفید سپُد! یہ چھُ لوٗکن ہنٛد شعوٗر چہ پوٚختگی ہنٛدے ثمرٕ زِ وُنی کین چھِ بھدرواہَس تالیمی نِسبتہٕ کنِہ ریاست جموں کشمیرُک کیرل وَننہٕ یِوان اَمہِ تالیمی تبدیلی ہنٛد دراو یہ نتیجہٕ زِ یمَن علاقن ہنٛدی افسر چھِ ریاستہٕ کین تھدین تھدین عہدن پیٹھ تعینات یمن منز چیف انجینئر فزیشن، سرجن، ڈاکٹر، ماہرِ تعلیم، ڈی سی، سیکریٹری، ڈائریکٹر، جج، پرنسپل، ڈین، پروفیسر تہٕ ہتہٕ بڈِ بِیتھی عہدار شاَمِل چھِ۔

اکھ قابلِ قدُر کتھ سپٕز یہ زِ تالیمِ نسواں عام سپدنہٕ کِنی تہٕ اَمکِس نتیجَس منز کورِن ہنٛدِ سکوٗلن کالجَن منز داخلہٕ ہینہٕ ستی آیہ پژھ گرس منز وارِیاہن قسمَن ہنٛز تبدیلی۔ تالیمہٕ کِس پوچھرس منز گیہ ماجہ تہٕ کوٗرِ تہٕ شاَمِل یِیمہِ کِنی وارِیاہ ہو کورِ لوٗ تہٕ کرٕ اعلاِ تالیم تہٕ پیشہ ورانہٕ تربیتھ حاصل۔ وُنی کنَس چھِ وارِیاہ کوٗرِ ڈاکٹر، انجینئر، پروفیسر، نرٕسہ تہٕ ضلعی کِہو صوبائی سُتھرِ چین پوسٹن پیٹھ بہتھ ترقی ہنٛزن سکیمَن سگوان تہٕ تِہ پنہٕ واجینن پیٚن تہِ راہنمائی کران۔ تالیمہ ہنٛد یہ عمل چھُ پُر ظلمات گوشن تہٕ گاَشراوان

تہٕ اَتہِ کیٚن لوٗکن ہندس کلہم معاشرس ترقی ہُنٛد ن نوٚین مَنزلن پیٚٹھ آوُرنچ تہِ ترغیب دوان۔

یَتھ دورانس منٛز یودوے زندگی ہندس پرٛتھ شعبس منٛز تھوکنہٕ لایق ترقی سپٕز امہ پتہٕ تہٕ گیہِ غلط رسم و رواج تہٕ بدعتہٕ تہِ آیہ بارسس۔ کھاندرن منٛز سادگی ہُٚنٛدن وارہٕ وارہٕ ختم گژھنہٕ، کشیرِ ہندِ وازٕ وانگ اثر ووت یورکُن تہِ۔ دِدِ یوٚسنہٕ بدلہٕ (یمیک یِتہِ کھاندرن منٛز رواج اوس آسان) گیہِ رِستہٕ، کباب، طبخ ماز، کوکر ماز، روغن جوش، مَیتھی ماز، ژامن وغارٕ تہِ کھینس منٛز شامل۔ گوشتابہٕ ووت باہہٕ سالہٕ تہٕ جوم تام تاہم چھےٚ یم آیٹم دُنہِ درمیانہٕ درجہ کیٚن تہٕ امیر لوٗکن ہندین کھاندرن منٛزے اوت واتی منٛز۔ عام لوٗکھ چھہِ روغن جوش، تومُت ماز، رِستہٕ تہٕ کوکر مازٕ کُے یوت اہتمام کران۔ داج دِنچ رسم تہِ چھےٚ کُنہِ کشیرِ ہندین مُروجہ طریقن ستی واتھ کھوان امیر لوٗکھ چھہِ داجس منٛز بیڈ، صوفہٕ، ریشمی بسترٕ، ٹی وی، کوکنگ گیس، کراکری، ڈنر سیٹ، فین، لاکر، سٹیل المارٕ، پلو چھلنچ مشین، پلو تہٕ قیمتی زیورِ علاوٕ نقد رقم تہِ کورِ ستی دوان۔ کورِ ہنٛز ہشہِ ہیرس تہٕ باقی رشتہِ دارن کُتی پلو تہٕ تحائف تہِ سوزان۔ رلوایتن منٛز چھہِ عموماً سوہ تہٕ سُندُے وَس آسان۔ امیر لوٗکن ہنٛز مانہٕ مانٛز چھہِ درمیانی طبقن ہندی لوٗکھ تہِ پنُن جاداد تام کنِتھ کورِ قیمتی جہیز تہٕ داج دِتھ رخصتھ کران۔ امہ پتہٕ دُنہِ تہِ چھہِ پسماندہ علاقن ہندی کاشرِ داج دِنس منٛز پرانی ہشس سادگی ورتاوان۔

بٔیِتہِ قصبَن منٛز ٹیٖنٛولیٚشہ واجٕی لوٚچھتہ مکان بارسَس آسے۔ تتہ ووت ٹیٖن گامن تام تہٕ تاہم چھہِ میٚترٕ وٕ کوٚٹھٕ واجٕی مکان وُنہٕ تہٕ دوٗر دَراز گامن منٛز درینٛھٕ گژھان۔ مُنٛلیٚ پلو، قصابہٕ تہٕ بچہٕ لوٗنٛژ تہٕ زوجہ گیہ غاب، پھیرن نالٕی ترٲوِتھ چھہِ وُنہِ تہِ کینہ لُوکھ مٔژو، یا نہالہٕ، گوٗل گلاب گنڈتھ، منڈٕی تہٕ ڈوڈہٕ کِہن بَرتھ تہٕ گُندہٕ علاقن منٛز درینٛھ گژھان۔ مردن ہٕنٛدِ کلہٕ پیٹھٕ تہِ گوٚدستار غاب ہٕیے۔ نوجوان کورِ چھے رٕتہ کیٚر چہٕ شلوار قمیضہٕ لاگان تہٕ ووڈٕ لوٗنٛژ دوان۔ کینٛہہ زنانہٕ تہٕ کورِ چھے بُرقٕک تہِ ابایَن ہٕنٛدِ تہٕ استعمال کران۔ صفٲئی ستھرٲیی ہُنٛد چھہِ ساری سی کٲشرِ بیلٹس منٛز شعور یادٕہ گومُت۔ سڑکن ہُنٛد زال چھُہ وہرادنہٕ آمُت یمہِ بدولتہٕ کھینہٕ چینٛکہٕ تہِ باقی ضرورتن ہٕنٛدی سامان تقریباً پرٛتھ شایہِ دستیاب چھہِ۔ اما پوٚز لوٚدوے آمدنی ہٕنٛدِس شرحس منٛز یَمن پانژھن ؤرین منٛز واریاہ ہُرٕ ہرگو تہِ چھہِ پیر پانژال بیلٹکی تِھی علاقہٕ تہِ یہنٛدی لُوکھ وُنہِ تہِ غُربتھ تہٕ افلاسکی شکار چھہِ۔ امیُک بوڑ وَجہ چھُہ یہِ زِ اوٚت تام ووٚت نہٕ آزادی ہُنٛد شہ گاہ یمہ سٕتی یہنٛز غریبی تہٕ پسماندگی دوٗر ہیکہِ ہاگژھتھ۔ آزادی ہٕنٛدی پانژاہ ؤرِ یہِ سورنہٕ یِتہٕ تہِ چھہِ وُنہِ تِھی علاقہٕ یوٚت تام گاڑِ سڑکہٕ واتتھ ہٕنٛچہٕ نہٕ۔

تالیمہ کہِ پہاٗلاوک اکھ خوشگوار اثر سُیدیہِ تہِ زِ یژٕ تالیم حاصل کرِتھ کوٚزیمِن علاقن ہٕنٛدیو کینژَو ادب نواز جوانَو اُردو تہٕ کٲشرِ ادبہٕ کُس یوٚچھرس کُن تہِ توجہ۔ کینٛہہ ادبی تنظیمہٕ خاصکرِتھ کشتواڑچ بزم ادب آیس ۱۹۲۵ء پیٹھے اُردو شعر وادبکِس فروغس کُن توجہِ دوان آمژ۔ اما پوٚز

بیین جاین ہندی پراَنۍ ادیب تہٕ شاعر اَسی محض انفرادی حیثیتن منز پننِن محدود دایرن منز رۆزِتھ اُردو تہٕ کاشر شاعری ہنز خدمتھ کران۔ یِہندٕ ذکر چھِ گوڈنیتھے کرنہٕ آمُت۔ بدقسمتی ستۍ اَس نہٕ تِتھۍ کانٛہہ تنظیمایوس کاشر زبانۍ ہُنٛد زٕکھ بروٚنٛہہ کُنہِ کھوتِتھ آمہٕ زبانۍ ہِند لوچھر خاطرٕ تہٕ کیٛہہ موثر قدم تُلِہے۔ خوش قسمتی ستۍ تہٕ کوٚر کینٛژو بزرگو تہٕ نوجوانو کاشرس بیلٹس منز واریاہن جاین ادبی تنظیمن ہُنٛد اہتمام یمہٕ دوٚہ کھوٚتہٕ دوہ اُردوس ستۍ ستۍ کاشر زبانۍ ہندس شعر وادبس پھانٛپھلاوُنٕخ قابلِ قدر کام چھِ کران۔ یمن منز چھِ وُنہِ کینٛہہ انجمن ترقی ادب کشتواڑ، چلنت کلچرل فورم کشتواڑ، گلستان ادب کشتواڑ بزم ادب ڈوڈہ یوس ووفیٚ فریدیہ بزم اَدب ڈوڈہکی ناوٕ مشہور چھے، اقبال بزم اَدب بھدرواہ، کاشُر ادبی مرکز بانہال، بزم اَدب بھلیہ، کوٗشر مرکز بھروٹ (راجوری) تہٕ صوبائی سطحس پیٹھ جیاب کلچرل سنگھم صوبہ جموں قابلِ ذکر۔ پرونٛژھی منز تہٕ جموس منز نہٕ چھِ کینٛہہ تنظیمہٕ تہٕ سوسائٹی قایم یمہٕ اُردو ادبس کُن سۄرے توجہ مرکوز کرِتھ چھے۔ مذکورہ بالا انجمنہٕ چھے مقامی لوٚلین ہنٛز ترقی ہُنٛد تہٕ سنٛز کران۔

وُنِس تام چھاپ گمژن کتابن منز چھے بزم اَدب فریدیہ ڈوڈہکہٕ طرفہٕ "انوارِ فریدیہ"، "ضلع ڈوڈہ کی ادبی اور ثقافتی تاریخ، اقبال بزم ادب بھدرواہکہٕ طرفہٕ "شہر آشوب"، "وفا بھدرواہی" "حیات اور شاعری" تہٕ "فغانِ نیم شب"، علاوٕ اکھ جریدہ "بزم"، چلنت فورم کشتواڑکہ طرفہٕ "پلس

اُفق"، کأشر ادبی مرکز باہالہ کہ طرفہ گولاب" تہ کأشر ادبی مرکز باہالہ کہ مالی امدادِ دراشر کینہہ کتابہ قابلِ ذکر اَمہ علاوٕ چھہ سکولو تہ کالجو تہ وِزہ وِزہ وارِیاہ میگزین شایع کرٕہتی یمن منز کُنہ کأشرِ ن شاعرن ہُند کلام تہ چھپان چھہ رُود مُت! الیوٚ دوٚے یمہ ساری کتابہ اُردو زبأنی منز چھاپ گٔمژٕ چھے تاہم چھہ یمن منز کأشرِ ن شاعرن ہنز شأعری ہِندی نمونہٕ تہ تہٕنز شأعری متعلق تہِ کینہہ باتھ کرنہٕ آمژٕ وُنی گوٚیمن منز چھے "گولاب، خالص کأشر زبأنی منز لیکھنہٕ آمژ یمہ پہاڑی بیلٹ کیو واریاہو شاعرو تہ ادیبو چھہ وِزہ وِزہ پننی تخلیقات چھاپ کرناوِ متی یم شعر و ادب، تذکرہ ترجمہ تہ سیٚتی کس تأریخس احاطہٕ کرٕتھ۔ یمن منز احقر بھدرواہی سٕنز "غزلیات" (بزبان کشمیری) رسا جاودٲنی سٕنز "تحفۂ کشمیر" لالۂ صحرا، نظم ثریاہ تہ نیرنگِ غزل،، کامگار کشتواڑی سٕنز "رموزِ بے خوری" تہ جاوید نامہ ہِکی منظوم کأشری ترجمہ، قصیدہ بُردہ شریف "ریشی نامہ لاہی"، تہ وِردُ المریدین،، کتابن ہِندی منظوم اُردو ترجمہ، تقیہ کلام، ارمغان مدینہ نشاط کشتواڑی سٕنز اُردو مرثیہ "مظلوم کربلا"، "سگریٹ نوشی" تہ کلام "تصویرِ خیال" علاوٕ "تحفۂ خیال"، "تہ بادہ وطن" عشرت کشتواڑی سٕنز تاریخ کشتواڑ (اُردو) غلام نبی ڈولوال جانباز سٕنز شعر سوٚمبرن "پھولوٕنی سنگر" ڈاکٹر نسیمہ بیگم سٕنز کتابہ "رُوحِ نشاط" تہ کلام مجنون "الطاف کشتواڑی سٕنز "ریزہ ریزہ آئینہ"، دولی چند شرماسٕنز تاریخ کشتواڑ (انگریزی) ڈاکٹر مرغوب باہالی سٕنز شعری تخلیق پیر توستان (کأشر)

تہٕ "کٔشیر بالہٕ اپارٕ" بشیر بھدرواہی سٕنٛز "ضلع ڈوڈہکی کاشُرۍ لُکہٕ بٲتھ" شہباز راجوری سٕنٛز "برانٛتی" تہٕ "ژھینہٕ گامٕچ آواز" وفا بھدرواہی سٕنٛز شعر سوٚمبرن "ناد" اُردو کلام "لوٚے وفا" کاشُر شعر سوٚمبرن "عشقٕچ زونگ" نعتیہ کلام کشمیری "عشقِ رسُول" تہٕ "گلدستہ نعتِ اُردو" طالب حسین رِند سٕنٛز "کہکشان" (اُردو) تہٕ تہندِ ین احسانٕن ہُند مجموعہ "سرابوں کا سفر" اَنمار باہنالی سٕنٛز "مثنوی گلبدن" ملک محمد الیاس تنویر سٕنٛز شعر سوٚمبرن (اُردو) "پرتوِ تنویر" ساغر صحرائی سٕنٛز اُردو شعر سوٚمبرن "شعلۂ صحرا" منظور پوگلی سٕنٛز پوگلی شعر سوٚمبرن "تُوہی چھوس مہربان" ذوالفقار پوگلی سٕنٛز "یاداشتِ ذوالفقار" روشنی کا سفر" شاد فرید آبادی سٕنٛز "محبوبِ کبریا" تہٕ "تعلیم انسانیت" "مشتاق فریدی سُند نعتیہ کلام "تراجا فیرا" "منیر" ڈاکٹر پریم کول سٕنٛز "بھدرواہی لوک گیتوں کا ایک مطالعہ" اسد اللہ وانی سٕنٛز "شیخ العالم ایک مطالعہ" طاؤس باہنالی سٕنٛز "کلام شیخ العالم" اُردو ترجمہ، غلام نبی گونی سٕنٛز اُردو شعرن ہٕنٛز سوٚمبرن "ارمغان کشمیر" تہٕ "زمزم سے جہلم تک" تسکین بڈانوی سٕنٛز کاشُر شعر سوٚمبرن "لولہ باغ" تہٕ "میٹھے میٹھے آلو" "مرغوب باہنالی سٕنٛزے" "غالب" (کاشُر) "کلیلہ دمنہ" (کاشُر) "مرغوب تھیوری" انگریزی سروجنی نائیڈو کاشُر ترجمہ تہٕ قاضی نذر الاسلام "کاشُر ترجمہ" قادر بیرواڑی سٕنٛز "ژاہی ریہہ" محمد اسحاق زرگر سٕنٛز "سرِراہ جو بچھڑ گئے" تہٕ پٔتھے وارِیاہ لوٚکچہ موٚکچہ کتابہٕ شامِل۔ ولی محمد اسیر کشتواڑی سٕنٛز اُردو کتاب "تصویر ڈوڈہ" چھپے اکھ تازٕ تخلیق

یوٚس ضلع ڈوڈِکس تہذیبس، تمدُنس، ثقافتس تہٕ شعر وادبس اکھ تاریخی پیشِ منظرس منٛز پیش کران چھےٚ۔ امہِ علاوٕہ چھےٚ ڈاکٹر ظہورالدین صاحبن یِم رام نگرِ ہندی روزن وٲلۍ چھِ، اُردو ادبس پیٹھ کافی تحقیقی کام کوٚرمتۍ۔ تِہنٛز کتاب ڈیولپمنٹ آف اُردو لنگویج اینڈ لٹریچر چھےٚ مرغوب بانہالی سٕنٛز کشیر بالہِ اَپارٕ، ہندی پٲٹھۍ اکھ بہلہٕ پایہِ تحقیقی تخلیق۔ یِتھےٚ کٕنۍ چھِ تِمو تہٕ واریاہ ادیب تہٕ مذہبی زعماء یِمو مختلف موضوعن پیٹھ واریاہ کتابہٕ تہٕ کتابچہٕ لیٛکھمتۍ چھِ، تِمَن منٛز چھِ خواجہ عبدالغفار کچلو مرحوم خوش دیومینی حاجی غلام قادر جکیاس بھلیہ، غلام رسول جوگانی، مست فریدی تہٕ جگت رام ایرین بیترِ قابلِ ذکر۔ غلام رسول جوگانی سٕنٛز تالیف "حیات طیبہ" چھےٚ حالے چھاپ گژھتھ آمٕژ۔

۱۹۴۷ء پتہٕ یِتھ پٲٹھۍ یمَن علاقن منٛز اُردو مضمون نگارٕ علاوٕ کاشُری مضمون نگارتہِ یِمو واریاہ ادبی تہٕ تحقیقی نوعیتکۍ مضمون لیٛکھۍ یِم وزٕ وزٕ ادیبَن شائع سپٕنٛدمتٮ۪ن کتابن علاوٕ ریاستچہِ کلچرل اکاڈمی ہندین شیرازن تہٕ ریاستہٕ تہٕ ریاستہٕ نیبرِ کہِ جریدن منٛز چھاپ گژھان روٗدۍ۔ یِمَن شاعرن، دین تہٕ مضمون نگارن منٛز چھِ نشاط کشتواڑی، ڈاکٹر مرغوب بانہالی، منشور بانہالی، شہباز راجوروی، فدا راجوروی، اسداللہ وانی اسیر کشتواڑی، مشتاق فریدی، محترمہ فاطمہ منیر، مرحوم وفا بھدرواہی تہٕ راقم الحروف شامل۔

صحافتہٕ کِس مٲدانس منٛز تہِ چھِ یِمہِ علاقکۍ صاحبِ قلم پنُن وجود

ہائِنہٕ راونٛس منٛز کامیاب رُوٗد مَتی یہِندی ناو تہٕ یہِندِ ین جبریدلی ہُنٛز تفصیل ہیٚکہٕ نہٕ یہِ مضمونکہِ طوالتہٕ کہِ خوفہٕ موجوٗب ییتھِن دِتھ امالیوٗز یہِ حقیقتھ ٹُنی کڑنٛس چھُہٕ نے کانٛہہ عار یاسان زِ دُنیکٕ تام ہیوٚک نہٕ کانٛہہ کاشُر اخبار یا کانٛہہ جبریدِ یمہِ علاقہٕ یعنی کاشِر بیلٹہٕ منٛز نیرتھ تہٕ یتھ نہٕ ماجہ زٕبوٗ ہنٛز لاج تھوٗ تھ۔

یمہِ بیلٹہٕ کِین شاعرَن ہنٛد فہرست تہٕ چھِہ تیوٗت طویل زِ تمِ ساری ہٕنٛدی ہیٚکن نہٕ یمہِ لوٗعتہٕ کِس مضموٗنَس منٛز شامِل سپدِتھ ووٚل گوٚیمِ شاعر تہٕ ادیب وَوہ پیر زبانَن ہندس طوٗفانَس منٛز تہٕ (ییتھ منٛز کشتواڑی) شُراجی تہٕ یوٚگلی زبانہٕ شامِل چھےٚ) اژکہٕ سان ترقی تہٕ یوٚچھِر دِرِ الم ہیٚتھ ۱۹۴۷ء یورکُن بروٗنہہ بروٗنہہ پکان روٗدی تہٕ یہِند کاشِر ۱۹۸۰ء دلبس دیُت زانٛہہ تہٕ فراموش ہیٚکہٕ سپدِتھ، تِمَن منٛز چھہِ اَحقر بھدرواہی (مرحوم) رسا جادوانی (مرحوم) گامگار کشتواڑی (مرحوم) نشاط کشتواڑی، اُلفت کشتواڑی، جانباز کشتواڑی (مرحوم) بحیثیتِ موسیقیار تہٕ شاعر) ڈاکٹر مرغوب بانہالی، منشور بانہالی، شہبازہٕ راجوروی، فدا راجوروی، فدا کشتواڑی، وفا بھدرواہی (مرحوم) طالب حسین رند، شوکت فریدی، اسد اللہ وانی، زاہد بھدرواہی ساغر صحرائی، نوشاد بھدرواہی، تسکین بھڈالوی، بشیر سروالی علالوں محمد عبداللہ طالب بھلیوی (مرحوم) قادر بیرواڑی، غافل بھلیوی، امیر کشتواڑی، غلام رسول کھوڑہ، مغروب بانہالی، پرویز ابن طیب بدری ناتھ ہلماڑی، نگہت بھدرواہی، موہن قیصر، افضل بانہالی، غلام محمد

دِلفگار، منظور یوٗگلی، ذوالفقار یوٗگلی، دلکش، صیاد، راحت، امین کشتواڑی، منظور بعد رواہی، عبدالسلام بہار راجوری، شبیر اختر، عبدالغنی وانی دلواہ گوٗل، عبدالاحد شان (گول) ماسٹر عبدالرشید گلاب گڈھ، غلام احمد بیگ دلنواز گوٗل تہٕ راقم الحروف شامِل یِتھ کٔرِتھ بہٕ بٔڈ فخر سان یِمہ کتھِ ہُند ذکر زِ کأشِر بیلٹہٕ کِس فنی تہٕ ادبی خزانَن، ادیبَن تہٕ فنکارن نوٚن کڈنس تہٕ تمن حتی المقدوٗر حوصلہ افزائی تہٕ پزیرأیی کرنس منز روٗد جناب محمد یوسف ٹینگ سٕنز سربراہی منز ریاستچہ کلچرل اکاڈمی ہُند اکھ اہم رول یِمو اکادمی ہُند اکھ اہم رول یِمو اکاڈمی منز ینہٕ یِتے یِمن یِتھ کھوٚرِ تہٕ پسماندٕہ علاقن ہُند ثقافتی وَفد ہیتھ دورٕ کوٚر تہٕ یِتہٕ کِس ادیبن تہٕ شاعرن، کاروان ادب برونہہ پکناونُک ہِس دیت تہٕ شیرانہٕ ہوٚمو فر جدید ساہنے ادیبن تہٕ انجمن سوزنُک باقاعدٕ پأٹھی سٕنز کوٚر۔ یِمَن علاقن ہندین ضلع سُتھرن پیٹھ اکاڈمی ہندین ذیلی دفترن ہندِ قیامُک تہٕ اکاڈمی ہِند ذٕریعہ شاعرن تہٕ موسیقی ہندین پروگرامن ہندِ دوٗر دراز علاقن منز اہتمامُک credit تہٕ چھُ تمنے گژھان۔ یہ سلسلہ چھُ وُنِس تام جأری۔ قومی تہٕ ریاستی سطحَن پیٹھ مُشاعرٕ منعقد کرناونس منز چھُ فرید یہ بزمِ ادب ڈوڈہ پیش پیش روزمُت۔ فنِ موسیقی واتہٕ نوو غلام نبی ڈوڈوال مرحومن بامِ عروج پیٹھ۔ تِہند دیت "جلنت" چھُ کأشِر موسیقی خاطرٕ اکھ ہُر ہمانہٕ لوبہٕ وُن تہٕ سٕنہ وُن لولہ سازِس رٕوایتی وَرتٲوِ یِن تہٕ صوفیانہٕ موسیقی ہندین سازن منز اکھ درمیأنی سازٕ چ حیثیت چھُ تھاوان یِتھ وُنِہ کٕنس تِہندِ خاندانٕکی زِ

چشم و چراغ جہاں آرا جانباز تہٕ نثار احمد ڈولوالس علاوٕ ییتیکی بییہ تہٕ کینہہ مقامی موسیقار تہٕ گلوکار بروٗنہہ پکہ ناوان چھہ۔ یتہٕ کین نامور موٗسیقارن تہٕ فنکارن (سازندرن) منز اسی رسا جاودانی ماسٹر ثناء اللہ، بلبل کشتواڑی، گلشن ڈولوال، وفا بھدرواہی، ووستہ غلام محمد حجام، نگہت بھدرواہی، لیش پال گیتا، ٹھاکور اُدھے چند تہٕ بییہ وارِیاہ فنکار شامل یِم بدقسمتی ستی اَسہ نِشہ وِزِ وِزِ جلا گےٚ۔ تاہم وُنہ کینس یمن سازندرن تہٕ موسیقارن شہرت حاصل سپز مژ چھےٚ تمن منز چھ جہان آرا جانباز مضروب بانہالی، نثار احمد ڈولوال، فرید احمد شیخ، رحمت علی رحمت، بےتاب بھدرواہی، محمد اسحاق کشتواڑی، عبدالکبیر روی ٹھاکور، یعقوب بانہالی، سلیم خان، محمد اسداللہ شاہ، شیخ محمد کشتواڑی، رحمان شالو تہٕ بییہ کینہہ زبٲنی موسیقار تہٕ گلوکار پرونژھ تہٕ راجوری ضلعن ہندی شامل۔

از کل چھ کینہہ تِمہِ موسیقار تہٕ فنکار تہٕ پاڈ گمتی یمن فلمی شاعری تہٕ فلمی موسیقی ہنز گانکل تتھ حدس تام اثر انداز چھےٚ سپز مژ یوکنی یہ خدشہ چھ لبنہ یوان زِ کُنہِ وِزِ تہٕ ماگرٕ ژھن ساٚنی پرانی رِوایتی ساز مغربکس فلمی موسیقی ہندِس تیز طوفانس منز غائب!

رفیق راز

# "شارُت" تہٕ سأنؠ کأشِر شاعری
(تیٚلہٕ تہٕ راز)

یتھ موضوعس پیٹھ کتھ کرنہٕ برونٛہہ چھےٚ "شارُت" اصطلاحچ وضاحت کرٕنۍ ضروری مگر امہٕ برونٛہہ چھُ یہ زانُن تہٕ ضروری زِ "شار" گو کیا؟ ژھوٚ ژھوٚ کھوٚ تہٕ ژھوٚٹ جواب چھُ زِ "شار گو مناسب، متناسب، خوشگوار تہٕ آہنگ دار لفظن ہنٛز سوٚ سوٚ شُبرن یتھ منٛز کانٛسہِ پنٕنۍ شارہٕ تجربہٕ کاپہٕ آسہِ اوٚنمُت۔" یتھ ہیکہِ بیاکھ سوال پأدٕ سپدِتھ زِ تجربہٕ کتھ وَنو؟۔ ژھوٚٹ پأٹھۍ ہیکو جواب دِتھ زِ شارہٕ تجربہٕ چھےٚ اکھ اکاے بےٚ شکل حِسأتی، روحأنی، یا وجدأنی پسراے (سرگرمی؟) یتھ شاعر شاعری منٛز (الفاظن منٛز؟) کاپہٕ انُنچ کوشش چھُ کران۔ یہ وَنُن چھُ ضروری زِ یہ تجربہٕ ہیکہِ نہٕ شارٕ ورأے بیٚیہ کُنہٕ تہٕ وسیلہٕ کنۍ کاپہٕ انٕنہٕ یتھ۔ گویا یہ (یعنی تجربہٕ) چھُ تیتھ موضوع یُس صرف شارس (شاعری) منٛزے یوت وٕسیتھ ہیکہِ تہٕ نثرس منٛز نہٕ کینٛہہ۔ تہٕ کیا زِ شاعری منٛز چھُ وارِیاہ مخصوص صفت یٔہندِ برکتہٕ شارہٕ تجربہٕ اظہار لبان چھُ۔ یِمہٕ نےٚ گیٚنٛزرن صِفتن ہُنٛد مرکب چھُ شارُت۔ گو شارُت چھُ واریا صفت جریہٕ ڈنگی ورتاوِتھ بارسس

یوان ییمہ کہ ذرِ یہ شاعر محض اکھ حساوِی روحانی، یاو جدانی ہسرا‏ے
تجربہ اشارہ کرِس جامس منز پیش چھُ ہکان کرِتھ زیرن وول تہ چھُ
شاعرس سنز اکھ حساوِی روحانی تہ وجدانی ہسرا یہ (تجربس) منز
شریک ہکان سپدِتھ۔

۱۹۴۷ء پروٚنہہ تہ اوس کاشرِ شاعری منز شارُت مُشکِنہ
ادفر ژھٹان۔ کینژن نِش زیادٕ تہ کینژن نِش کم۔ ییمس شاعرس
نِش شارُت یوت زیاد اوس تیوت اُسی تمیٚ سنٛدی شار تیلہ تہ اہم
تہ اثر تہ چھِہ۔ شارچ اکھ اہم خوٗبی چھےٚ یہ زِ امہ کہ برکتہ ہیکہ پیچیدٕ
کھوتہ پیچیدٕ تجربہ حسین کھوتہ حسین اندازس منز پیش سپدِتھ۔ "شاریتک"
تعلق چھُ بہ ظاہر اسلوٗبس ستی یا فنی حُسنس ستی مگر یہ چھُ معنیس تہ زو
زِیتہ عطا کران تہ اکھ وُسعت تہ بخشان۔ گوڈٕ ویمن لفظن منز یہ
چھُ اسلوٗبس تہ موضوعس دوشوٕنی وِحاطہ کرِتھ۔

اُسی ییلہ سنہ ۱۹۴۷ء یَس تام کَرِس شارہ سرمایس، پیٹھ نظر چھہ
تراوان اَسہ چھُ نناں زِ شیخ العالم سنٛدِس کلامس منز چھُ کُنہ جایہ،
لل دیدِ نِش واریاہن جاین تہ صوفی شاعرن نِش اکثر جاین "شارُت"
ژھوہہ ماران۔

حض شیخ ہنز شاعری چھےٚ عمومن "پیامی تہ تبلیغی" شاعری
ہندِس کھاتس یوان تراونہ۔ امہ قسمچہ شاعری منز چھُ بیانیہ فنک
زیادٕ پہن عمل دخل۔ پیام واتناوُنچ کام یا تبلیغ کرنچ کام ہکو اُسی نشرِس

منز تہٕ کرِتھ۔ بہر حال یِتھہٕ گٔژھ وِتھہٕ کٔنی یہ کام ہیٚکو "شارُت" ہیٚوہ مولُل حربہٕ آزماوُنہٕ وراٰے تہٕ خوش اسلوٗبی سان انجام دِتھ۔ نی توکھ شیخ العالم رح ہنٛدی یِم شُرکی یمن منز پیام تہٕ آلونوٗن تہٕ ٹاکارٕ چھِہ ؎

آدم سنٛدٕ ہا نادانو
زیٚتھ بٔرنے ٹوٗٹھ
مُرتھ نیٚنے ژرے وٚدانو
کینژن پتہٕ تہٕ کینژن برونٛہہ

•

توش ہنٛدٕ نمازٕ تہٕ بیٚیہ رمضانس
نی ہا ہولگیو پانس ستی
ہوش کر پننس دین وایمانس
نتہٕ ژلہِ نے شیطانس ستی

یِمن دوہ شوٗرٕ شُرکن منز چھِ نہٕ پاغام بیان کرنہٕ آمُت۔ یمن منز چھِے موسیقیت تہٕ تہٕ آہنگ دار لفظ تہٕ ورتاونہٕ آمُت مگر شارُت ورتاونچ ضرورت چھِنہٕ شاید اوٚموکھ باسے ہشر تہٕ کیازِ یمن شُرکن ہنٛد موضوع چھُنہٕ شاعر سنٛد شارہٕ تجربہ بلکہ تمہٕ اخلاقی حقیقتہٕ یم وُنیک تام کیٚھری کیٚھری بیان چھِے آمٕتہٕ کرنہٕ۔ نی توکھ وۄن حضرت شیخ ہنٛدی یِم شُرکی ؎

ژالُن چھُے وُزملہٕ تہٕ ترٹو
ژالُن چھُے منٛدنن گٹہٕ کار

ژالُن پرِ یتَس کرِنہٕ اَلُو

ژالُن منٛز اَتھس ہیوٚن نارٕ[1]

یا

وۄہ دِی کوٚہ نہٕ رۆدُس ژۄہ نونی پیارِن

دیوٚلۍ لۍکھ ہانٛم ستارَن ستی

ییم دۄہ شوٚرے شٔرکی یِران پرِاآنی چھےٚ اکھ لطیف دگ وۄہ تلان تہٕ یِرن وول چھُ اکھ سوٚت سوٚت ہسرارے ہِش اَندری ژرینان۔ ییٚ چھےٚ گمہٕ تلہٕ شاعرٕ سٕنٛدِس تجربس منٛز شریک گژھنچ اکھ ژھوٚپ دوٚپ عمل۔ سوال ہیکہِ کرنہٕ یِتھ زِ آخرٕ ییمن دوٚن شٔرکَن منٛز کیا چھُ تیوٚت زیِران یِراآنی چھُ یِرن وول امہِ کس سحرس منٛز ہمیٚہ یِوان۔ شٔرکَن ہندِس معنےٚ مطلبس یِرنہٕ یاتھ سنہٕ وراآبی چھُ یِرن وول اَکِس عجیب کیفیتس منٛز گرفتار سپدان چھُ تس شٔرسُہ خوفتہٕ تجربہٕ بیدار گژھان یُس نہٕ سُہ لفظن ہندۍ ذٔسی پانہٕ پرزناوِتھ ہیکہِ ہا۔ یہ سارے کارِستاآنی چھُ شارُت کران۔ تیلہِ چھا شارُت کانہہ میکنیکی (MECHANICAL) عمل زِ یوٚژھ تہٕ ورتوو تہٕ یوٚژھ نہٕ تہٕ ورتووتہٕ؟۔ شارُت چھُ ضرورحربہٕ تہٕ سُہ تہٕ کارگرحربہٕ مگر یہ چھُنہٕ حسب منشا ورتاونہٕ یوان۔ یہِ چھُ کینہہ وول ورتاوِتھ اَزخود یادٕ گژھان۔ ٹیلی کِہ چھُ شارُت شاعری ہندِس فنس منٛز بُنیادی حیثیت تھاوان۔ یہِ آسہِ موجود تہٕ شاعری چھےٚ اعلیٰ پایہٕچ،

[1] :- یہ شٔرک چھُ لل دید ستی تہٕ یوان منسوب کرنہٕ (واللہ اعلم بالصواب)

یہِ آسہِ نہٕ موجوٗد تہٕ شاعری تہٕ آسہِ نہٕ اعلیٰ پایچ۔ سوال چھُہ ووتھان زِ کمہِ ہوِی وَل ورتاوِتھ ہیٚکہِ شارُت از خود شاعری منٛز پادٕ گژھتھ۔ "استعارٕ" "مُرٛزٕ" تہٕ "علامژ" ہوِی وَل ورتاوتھ چھِہ "شارُت" پادٕ گژھنکی امکانات زیادٕ روشن۔ محض ابہام ہیٚکہِ نہٕ شارُت ووپدٲوِتھ[۱] ؑ ٹلی کہِ استعارٕ مُرٛزٕ تہٕ علامژ ورتاوتھ چھُہ پانے اظہارُک لہجہ ابہامُک رنٛگ رٹان۔ ووٚن ہرگاہ ابہام اشکالچ شکل اختیار کرِ تیٚلہِ چھےٚ استعارٕ مُرٛزٕ یا علامژ ورتاونس منٛز کتہٕ تام کوٚس تام کمی بیشی روٗزمٕژ۔ شاعر یمہِ زبانہِ منٛز شاعری کران آسہِ بہتر گیوو ہرگاہ استعار، مُرٛزٕ تہٕ علامژ بیترِ تمی زبانہِ ہُنٛد تہذیبی پوٚت منظر ہیتھ آسہِ ہن۔

امیُک لوٚڈ بارٕ فٲیدٕ چھُہ یہِ زِ شاعری منٛز گژھہٕ واتنٲوِنُک سنگین مسلہٕ پادٕ یُس از کل کیٛنژن شاعرن ہنٛز نظمہٕ پرٛتھ پوٚزٕ کاڈکمڈِتھ بڑوٚنہہ کُن آمُت چھُہ۔

بہرحال کنتھ اُس چلان شارِ پتھ "حضرت شیخ سنٛدِ ہن سیٛٹھا کم شُرکین منٛز چھُہ آسہِ شارت نظرِ گژھان۔" یہِ وُنِتھ چھُس نہٕ بہ شیخ العالمؒ سنٛدِس شاعرانہٕ عظمتس ضرب لاینچ کوشش کران۔ حضرت شیخ سنٛز عظمت چھےٚ بحیثیت مصلح تہٕ رہبرِ وُسوار، پایدار تہٕ محفوظ۔ ویسے تہٕ چھُنہٕ عظمت پژاوہٕ بابتھ شاعری ہنٛد مشغلہ اختیار کرُن موزون۔ تہٕ کیازِ شاعر ہیٚکہِ بہتر آسِتھ بہترین آسِتھ یا زیاد کھوتہٕ زیادٕ اہم آسِتھ مگر عظیم نہٕ

---

[۱] ووپداوِتھ لفظ چھُس او موکھ ورتاوان تہٕ کیازِ شارُت پادٕ گژھنُک عمل چھےٚ نابیٲئی۔

کینہہ۔ تہٕ کیاہ زِ شاعرس سندِس فن پارس چھےٚ تھَنہٕ پیٚچھے موٗل آنکون سیدان
تہٕ یہِ عمل چھےٚ پرٚتھ دورس منٛز جاری روزان۔ لہٰذا چھُ یہ لازمی زِ
یُس راتھ غاٹھ اہم آسہِ ہا از ییہِ اہم گنٛزراونہٕ یا پیٚش کارٕ لہ موٗل اٹکون
ہیٚکس بیٚیہِ تہٕ غاٹھ اہم قرار دِتھ۔ لہٰذا شاعرٕ سٕنٛز حیثیت (عظمت؟) چھےٚ
ڈٲنٛجہِ روزٕوٕنۍ۔

حضرت شیخ سندِس کلامس مقابلہٕ چھُ لل دٮ۪دِ ہٕنٛد کلام بہترین
"شارُت" پیٚش کران۔ تتھ چھُ وجہ یہ زِ حضرت شیخ اوس مُلہٕ تلہٕ اکھ مبلغ تہٕ
اوہ ہٕنٛد کلام چھُ وعظ تہٕ نصیحتٕ وسیتی بٔرِتھ۔ اَتھ برعکس چھُ للہِ ہٕنٛد کلامہٕ تمی
سٕنٛدین سرٕی تجربین ہٕنٛد ہٕترٕ پیٚش کران۔ سرٕی تجربہٕ ہرگاہ شارٕ تجریہٕ
بنہِ، اَمہِ چہٕ پیچیدگی منٛز چھُ اضافہٕ سپدان۔ یہ تجربہٕ ہیٚنٛز کُل ہُم پیچیدگی
ہیٚتھ شارن منٛز کا یہِ اَنُن چھُ استعارٕ، مرٕژٕ تہٕ علامژ ورتاونہٕ ورأے ناممکن۔

للہِ ہٕندین واکھن ہرگاہ سرسری سام ہیمو تہٕ یہِ کتھ چھےٚ نٔنۍ تہٕ ٹاکارٕ
سپدان زِ ییم واکھ چھِ شارِ تکۍ بہترین نمونہٕ۔

ڈُمی ڈینٛٹھم نَدُو ہہٕ ونی
ڈُمی ڈیوٗٹھم سُم نہ تہٕ تار ۵
ڈُمی ڈینٛٹھم تھُر پھولہٕ ونی
ڈُمی ڈیوٗٹھم گُل نہ تہٕ خار ۵

یا

۵ ہامنتہٕ کیازِ ژھیکہٕ وُٹھان سیکہِ لور

اَمہِ زَٹہِ ہی مالہِ پکی نہٕ ناو

لیوٚکھےٚ یہٕ نار آٗز کرِ ہنہٕ پرٕکھہِ

تہِ مالہِ ہیکی نہٕ پھِرتھ کانٛہہ

گوڈنکِس واکھس منٛز چھہِ مُرژہٕ تہٕ استعارٕ اَمہِ آیہِ ورتاونہٕ آمتی زِ پوٗرٕ واکھ چھُہ اکھ استعارٕ بنیو مُت۔ یمن سارِنٕے شاعرانہٕ خوبین ہُنٛد ماخذ تہِ چھُہ شارُت تہٕ ماحصل تہِ۔ وُچھِو تون ووٚنی دوٚیِم واکھ۔ یہِ واکھ چھُنہٕ انہٕ ہکو ڈیِٛتھ اکانٛہہ سری تجربہٕ یا شارٕ تجربہٕ پیش کران۔ اَتھ واکھس منٛز چھےٚ ضرور اکھ علامت "سیکہِ لوٗر" ورتاونہٕ آمٕژ۔ سیکہِ لوٗرےٚ سیکہِ ہنٛز رَز۔ یہٕ چھےٚ دُنیاوی عیش عشرت تہِ خاہشاتن ہنٛز علامتھ۔ اَمہِ باوُجود چھُنہٕ اتھ واکھس منٛز شارُت دریٚنٛٹھی گژھان نہٕ کیازِ اَمہِ واکھُک موضوع چھُنہٕ للہِ ہُنٛد انفرادی (یا ذاتی) تجربہٕ بلکہِ اکھ عقیدٕ۔ اَمہِ واکھُک موضوع چھُہ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اکھ آگہی اکھ زان، نہٕ زِ گیان (عرفان)۔ یِتھی ہوی موضوع نظماونہٕ باپتھ چھِہ مناسب لفظ تہٕ آہنگ کافی تہِ صرف یِمےٚ زٕ چیز (یعنی مناسب لفظ تہٕ آہنگے) یوت ہیکہِ نہٕ شارُت تخلیق کرِتھ۔

مےٚ کوٚر برونٛہہ ٹھےٚ عرض زِ شارُت تخلیق کرنس منٛز چھِہ واریاہ چیز بیک وقت مددگار ثابت سپدان۔ یِمَن منٛز استعارٕ مُرژٕ، علامژ تہٕ ابہام قابلِ ذکر چھِہ۔ وُچھِو توٚکھ ووٚنی یِمہ کینٛہہ مثالہ ــ

گوٗرَن وۄنُنم کُنۍ وَژُن
نێبر دۄپنم اَندر اَژُن
سُے گوٚ للہِ مے واکھ تہٕ وَژُن
تَوَے مے ہیۆتُم ننگے نَژُن

(لل دید)

اُتُھ رَس نہ ساتس اُپتھ رَس نہ رُمس
سُہ رَس مے للہِ چوٚ پینہٕ نۍ واکھ
اَنٛدرٕ رٕینم گٕٹہٕ کھ رُٹٕتھ تہٕ وۄلُم
رُٹٕتھ تہٕ دیُتمس تِتی چاکھ

(لل دید)

ژٕ نٕنی پوٗشہِ رنگہٕ ہے ڈیٹھمس تن
ہاژٕ نو وُنی زٕہس پوزِ عالم

(حبیب اللہ نوشہری)

سو رَمس تہٕ چشمن ہیۆوے رنگ گوم
گمس دمہٕ دمہٕ للہٕ وُن نار

(حبیب اللہ نوشہری)

لُبی لُبی پکان گژھ | راونس اندر آتُھ
راو کھے تہٕ راو کھ نہٕ زاہ | لوٚبھتھے تہٕ لوٚبھتھ کیا

(مومن صآب)

اُندرِ مے توندوُر چھُم تیتوٗ مُتے
اُندریُم آمہٕ تاوٕنیرہٕ ہم نہٕ زانہٕ
نارس قصوٗرٕ مے کیا کھوٗتے
گوٗ مُتے از تقویٰ

(رحمان ڈار)

نابوٗد آسِس بچھ وَنَن
ژھانڈِتھ گڈِتھ چھُم مے انَن
دمن ہالہِ لاجنس چھُم دمَن
شرہٕ ذ گوم کنن شرہٕ ذ گوم کنن

(رحیم صاب)

لل دیدِ ہندیٚن بیٚمن واکھن تہٕ صوفی شاعرن ہندیٚن ہیٚرِ کنہٕ درج کرٕنہٕ آمتین بیٚمن شارن منٛز چھےٚ شارُت، یہٕ ڈٕلِپ زِ تہٕ ژھایہٕ گیتی کران۔ احد زرگس تام ہرگاہ صوفی شاعرن ہندِ کلامہٕ منٛز مثالہٕ دِمونہٕ مضمون گژھِ طویل۔ موختصر ہکوٗ ونِتھ زِ، یہٕ ہیٚس تام اوس واریاہن شاعرن ہندِس کلامس منٛز "شارُت" موجود۔ اَمہِ برعکس چھِ پتہٕ کِس شارہٕ سرمایس سرسری سام ہیٚنہٕ پتہٕ چھُ ننان زِ اکثر شاعرو چھےٚ شاعری کرٕمٕژ مگر شارُت چھُکھ چھوکہٕ داوی کوٗرمُت۔

وُجوہات چھِ واریاہ۔ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ وجہ چھُ میانہِ کنہِ یہ زِ اکثر شاعر گےٚ ترقی پسند تحریکہٕ ہندی شکار۔ ترقی پسند تحریکہٕ

اوس ۴۷ء برونٛہٕ برِصغیرس منٛز زال وہرووِمُت۔ کاشُری شاعر گۄڈٕ عموماً ۱۹۴۷ء پتہٕ اَمکی اسیر۔ (ماسوائے عبدالاحد آزاد) یُس اوس بڑوٕ برونٛہہ گرفتار گومُت۔

دینا ناتھ نادمؔ، رحمٰن راہیؔ، امین کامِلؔ، غلام نبی فراقؔ بییتر پٔتھے یہِ ترقی پسند ماحولس منٛز۔ ترقی پسندی ہندِس سالاکس منٛز ہند ییرِ وَتھن اوس قوٕ درٕی۔ اَتھ دورس منٛز یوس شاعری یِیو کرٕنہٕ آسٕنہٕ نظریاتی تہٕ موضوعاتی اَتھ دورس منٛز آیہٕ نظریہ تہٕ بییہ بڑوٕ برونٛہہ طے کرنہٕ آمتی موضوع محض نظماونہٕ۔ ییٚرِ شاعری منٛز شارٕت ژھارُن گوسیکہٕ ڈلس مَنٛز سۄ نہٕ دانہٕ تلاش کرُن۔

اُردوٕکی شاعرتہٕ آسی لسلہٕ پانٛژھی ترقی پسند تحریکہِ ہنٛدِس شکنجس منٛز گسنہٕ آمتی مگر تہٕ کرِتھ تہٕ چھِ تتہِ اقبال، جگر تہٕ فراق گورکھپوری ہوی تخلیقی ذہن تھاوَن وٲلی قدآور شخص اَسہِ نظرِ گژھان۔ ییم نہٕ ترقی پسندی ہندی شہلابن ییرِ ہیکی وٲلتھ۔ کاشرس منٛز چھِ صرف مہجورؔ تیٚتھ شاعر ییٚمی نہٕ اَتھ تحریکہِ (ترقی پسندی ہنٛز تحریک) پانس پیٹھ حاوی سپدنہٕ دیُت۔

ساری اکثر شاعر پکی سنہ ۴۷ء پیٹھ تقریباً ۶۵ء ۶۶ء تام اَتھی تحریکہِ لۄنچہ تھپھ کرِتھ۔ تاریخہِ کِس اَتھ موڑس پیٹھ وٲتِتھ گویمن شاعرن کنِ نۄِ نیٚبر کتہِ تام چھپے جدیدیتچ تحریک بارسس آمٕژ۔ اَکھتے گوکھ اُردو رسالہٕ "شب خون" (الہ آباد) نظریُس ترقی پسند تحریکہِ ہنٛدِس ردِعملس

منز ۱۹۶۴ ء منز جأری گومُت اوس۔ اَمہِ رسالہٕ کہ برکتہٕ تۄر یمن فکرِ زوۄنہِ روٗدی نہٕ شاعری ہنٛدِ باپتھ تمہِ موضوع فأشنس منز ییم شاعر اوٚتام ورتاوان آسی۔ مثلاً "مۄزوٗر"، "محنت کش"، "سرمایہ دار"، "سۄرخ سحر"، "سماجی نابرابری"، "طبقاتی کشمکش"، "مذہبی"، "استحصال" تہٕ "انقلاب" بیترِ۔ اَمی اَدبی رسالہٕ کہ برکتہٕ زون ییمو شاعرو زہرگاہ وۄنی "موت"، "تنہائی"، "صنعتی انقلابکس نتیجس منز سماجی تہٕ مذہبی قدرن ہنٛز "شکست وریخت" شاعری ہنٛد موضوع بناوُنہٕ۔ ییمہِ ییم پن جدید گنٛزرنہٕ۔ یتھہٕ کُنہِ بروٚنٛہہ عرض کوٚر زِ ییمو منز اوس نہٕ کانٛہہ اقبالؔ۔ یا فراقؔ گورکھپوری" ہیوٚہ ارفع تخلیقی ذہن تھون وول شاعر۔ ییمہِ روٗدی دۄ شۄنی دورن منز بیٚین ہنٛدِ دُسی طے کرنہٕ آمتین موضوعن پیٹھ طبع آزمأیی کران۔

یتھِس صورتِ حالس منز گو "شارُت" ہنا گوٚٹ۔ شاعری ہنٛد لہجہِ تہٕ لفظِیات گو یکسر تبدیل، یُوت زِ کأشر رلوأیژ ستی روٗد نہٕ اَکھ کانٛسہِ تعلق۔ کأمل تہٕ فراقؔ صأبنہِ اعتدال پسند رُوی پن دُیت نہٕ یمن کأشرِ شارِ رلوایژ نِش زیادٕ ژھینہٕ گژھنہٕ۔ ییم گے نہٕ انتہا پسندی ہندی شکار۔ کأمل صأبنہِ غزل چھے اَزی چہ نوِغزلہِ ہنٛز بنیاد فراہم کران۔

بہرحال وَنان اوس زِ یوس شاعری وۄہ پیر تحریکن تأبین روزِ سۄ چھے نہٕ صرف کمزور آسان بلکہِ ییلہِ موضوع تہٕ بۄروٚنٛہہ طے آسن تیلہِ چھِنہٕ استعارہٕ، مُژرہٕ تہٕ علامژ ورتاوِنچ تہٕ زیادٕ گُنجأیش روزان۔ نتیجہ چھُ یہِ نیران زِ "شارُت" چھُنہٕ تھنٛنے پہوان۔ وَننک مطلب چھُم یہِ اَڈی

کأشِری شاعر گیہِ ترقی پسند دورس منٛز انتہا پسندی ہندی شکار (آزاد،
نادم) تہٕ اُڈی گٔے جدید دورس منٛز انتہا پسندی ہندی شکار (راہی
خصوصاً) ییم دوٚ شوٚرے ادبی تحریکہ آسہٕ نہٕ کأشِر شاعر ریوایژ ستی کانٛہہ
واتہٕ تھوان۔ یتھین چھُ یہ باوُن ضروری زِ سُے شاعر چھُ اہم تہٕ لوٚڈ
یُس پننہِ شارہٕ ریوایژہٕ ہنٛد تہُر باسہِ۔

کأشِرس شارہٕ تواریخس پُھیر دِنہٕ تلہٕ چھےٚ یہ کتھ ننان زِ جیہ خوتہٕ
پیٚتھے رسا جاودانی یُس تام اُس صوفی تحریکہ ہِر لوٚر اکھ خاموش تہٕ ژھوٚپ
دوٚپ شاعری ہنٛز تحریک تہٕ موجود۔ اَمہِ قسمچہ شاعری ستی وابستہ شاعر
محمود گامی، رسول میر، مہجور، مقبول شاہ کرالہ واری، عارض، رسا جاودانی
دلسوز، نٹی پوری بیتر آسی بنیادی طور فارسی خانٛد تہٕ فارسی شاعری نِش
آسی ضرور تہٕ کھوتہٕ زیادٕ پہن متاثر۔ یِمو کوٚر پننہِ پننہِ جایہِ کأشِر شاعری
کأفی ثر تر۔ یمو کوٚر کأشِر شاعری منٛز ایرانی، عربی عروض گوڈنچہ لٹہِ رآیج
تہٕ کأشِر شاعری یوس اوٚتام عروض تہٕ آہنگہ لحاظہٕ انتشارچ شکار آس
کوٚر تمہِ اکھ عروضی ضابطہٕ فراہم۔ بلکہِ یہ وَنُن روزِ زیادٕ مناسب زِ کأشِر
شاعری آس ہیتی لہٰذا انتشارچ شکار۔ وزُن تہٕ اوس اکھ صنف
آسنہ مختلف انداز ولیکھنہ یوان۔ اکھ تہٕ اُس نہٕ کانٛہہ مقرر شکل تہٕ
ہیت۔ یِمو شاعرو کٔر اکھ صنفس تہٕ اکھ سوٚلے تہٕ آہنگ عطا یُس اکھ
صنفس بےٚ ترتیبی نِش نجاتچ ضمانت بنیو۔ یِمو کرٕ آسہٕ علاوہ واریاہن
مشرقی صنفن منٛز طبع آزمایی یمن منٛز غزل تہٕ مثنوی ہنٛز صنفہ کأشِرس

مزازس پراہ آیہ۔

یہنٛد لۆڑ یارٕ دٕیت چھُہ یہ زِ ییٚمو کوٚر گوڈنچہ لٹہِ ڈٲری یاف زِ کاشُر زبانٲ ہُند لَیہ نظام چھُنہٕ مشرقی زبانن (عربی۔ فارسی، اُردو) اَلَس مخلف کینہہ۔ حقیقت تہِ چھےٚ پِی۔ اَز چھِہ ساٲ کینہہ نقادو نان زِ کاشِر زبانٲ چھُہ پننٕ اکھ الگ لیہ نظام لہاذا چلہِ نہٕ کاشرِس منز ایرانٲ عروض۔ دلیل چھےٚ یوان دِنہٕ زِ کاشرِس منز چھےٚ اکثر لفظن منز لۆٚژِس پتھ زٕ (۲) متحرک آوازٕ یوان مثلاً (ییٚہ، گرِ، بتہِ۔ کِنہٕ۔ بیتر) یِمہ کِنی ایرانٲ عروض ورتاوُن مُشکل چھُہ۔ میانہ کِنی چھےٚ یہ یا تہٕ لاعلمی نتہٕ پننٕ کمپل یاہ مَن کرُن۔ حقیقت چھےٚ یہ زِ مُروجہ ایرانٲ عروض منز تہِ چھےٚ لۆٚژِس پتھ زٕ (۲) متحرک آوازٕ وٕرتاونچ گنجایش بلکہ (۳) ترٛے متحرک آوازٕ تہٕ ہیٚکہِ شاعر اَمہِ عروضکہ برکتہٕ ورتاوِتھ۔ شاید چھُنہٕ یِمن شاعرن خبر زِ عربی زبانٲ منز چھےٚ لۆٚژِس پتھ اکثر ترٛے (۳) متحرک آوازٕ موجود بلکہِ ژور ژور (۴) متحرک آوازٕ تہِ۔ تتھ زبانٲ منز تہِ چھِہ اَتھی عروض ماتحت رُوزِتھ شار وَننہٕ یوان۔ تِمن کو نہٕ یوان تھوٚوس۔ کاشُرِ ہُند عجز کلام ہیٚکہِ نہٕ ہتہٕ بدہن وریین ہُند آزمودمُت عروضی نظام یکسر تبدیل کرِتھ۔ مناسب چھُہ زِ آسی کَرو پنٕنین عروض کین کینژن تِتھین ارکانن ہنٛز نشاندہی یِمن زِ زٕ ترٛے لۆٚژِس پتھ متحرک آوازٕ وَسترٲونچ صلاحیتھ چھےٚ ــ مفتعلن، "مستفعلاتن"، فعلن، مفاعلتن، بیتر۔

بہر حال کتھ آس چلان لولہٕ شاعرن ہنٛز (یِمن رومانی شاعر

وُنُن زیادٕ مناسب چھُ۔ یِمو شاعرو کوٗر کاشُر شاعری کافی شیر پارٕ۔ یِہنٛز شاعری ہُنٛد بہترین حصہٕ چھُ میانٛی کِنہِ سُہ یَتھ منٛز لطیف استعارٕ تہٕ مُرٔژ ورتاوٕنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ یِہنٛز شاعری منٛز چھُ فارسی شاعری ہنٛدِس اثرس تل ''شارُت'' پھبان۔ صوفی شاعری ہندی پاٹھی گےٚ یِہ شاعری تہٕ کافی مقبول۔ صوفی شاعرن ہنٛز تقلید کرن وٲلی تہٕ گےٚ پٲدٕ تہٕ لولہٕ شاعرن ہنٛز تقلید کرن وٲلی تہٕ رُودی اَزی کِس دَمس تام پٲدٕ گژھان۔ یِمن تقلید کرن والین ہُنٛد تیداد چھُ دوہ کھوٚتہٕ دوہ ہران۔

یوٗس صورتِ حال اَتھ بیتہٕ اَسہِ برٛونٛہہ کُن چھےٚ یوان تمیُک مؤخصر خاکہ ہکو یتھٕ کٕنٛی پیش کٔرِتھ۔

۱، ووہ پر تحریکن ہنٛز لوٗنہٕ ٹُھ پکن وٲلی (ترقی پسند تحریک تہٕ جدید یتچ تحریک)

۲، صوفی رِلوایتھ برٛونٛہہ پکناون وٲلی (صمد میر تہٕ احد زرگر)

۳، صوفی شاعرن ہندی نقال تہٕ مقلدِ (لاتیداد)

۴، لولہٕ شاعرن ہنٛز رِلوایتھ برٛونٛہہ پکناون وٲلی (مہجوٗر، رسا تہٕ عارض)

۵، لولہٕ شاعرن ہندی نقال تہٕ مقلدِ (لاتیداد)

۶، نوٚوی شاعر ییم کاشِر شاعری کلہُم کاشُر شارٕ رِلوایژ نزدیک اَنٛنچ اکھ ضابطٕ بنٛد کوشش چھِ کران۔ (اَسہٕ ٹاکم)

۷، نوٚین شاعرن ہندی نقال تہٕ مُقلدِ (لاتیداد)

سانہِ نوِ شاعری منٛز چھُ غزلُک پوٚتُر نظمہِ کہ پوتر کھوتہٕ گوٚبے پیٚہن۔ عروضی اعتبارُیس انتشار سٲنِس شاعرادبس منٛز چھُ سُہ دور کرنس منٛز چھِ نوی شاعر سرگرم عمل۔ یِمو کوٚر کانٛسہِ غزل مکمل پأٹھۍ تہٕ کامیابی سان عروضی لباس منٛز پیش۔ یِمو دیُت ثابت کٔرِتھ زِ کاشُر زبانۍ ہُند لیہ نظام چھُنہٕ تمن زبانن ہندِس لیہِ نظامس رٔنش مختلف یِمن زبانن منٛز مروجہ عروض رائج چھُ۔ یِمو دیُت یِتہٕ ثابت کٔرِتھ زِ مروجہ عروض پابند رٔوِتھ ییہِ وزن تہِ لیکھنہٕ۔ (مثالہِ پاٹھۍ پٔرو رفیق رازنۍ تہٕ حکیم منظورنۍ کینٛہہ وزن) یہ چھُ ہیتی سطحس پیٹھ تِہُند کارنامہ۔ اسلوبیاتی سطحس پیٹھ تہٕ چھُ تِہُند کانٛہہ دیُت۔ یِمو ہیچھناوی اسی ترکیب سازی ہُند فن۔ فارسی زبانۍ تہٕ اُردو زبانۍ منٛز اضافت ورتأوِتھ ترکیب بناونۍ چھےٚ سہل مگر کاشرس منٛز اضافت ورتاونہٕ ورأے ترکیب سازی چھُ نوین شاعرن ہُند کارنامہ۔ ترکیب سازی چھےٚ استعارہ سازی ہُنٛز کوشش۔ نوین شاعرن ہندِس اَکہِ قبیلس منٛز چھِ سیٹھا کم ناولوان ازٕکی کیوٚکنٛسی (قاضی غلام محمد، حکیم منظور، شفیع شوق، مجروح رشید، فاروق فیاض تہٕ بیٚیہ بُناچیز رفیق راز۔ یِہنٛز شاعری چھےٚ دۅہ یوٚد جٔہو کنۍ نمایاں تہٕ ممتاز۔

۱۔ یِہنٛز شاعری منٛز چھےٚ طارِ کھنی لایق تہٕ خوش یوٚد ضابطہٕ پسندی نظر گژھان۔

۲۔ یِہنٛز شاعری ہُند امتیازی صفت چھُ "شارت"۔

گوڈنچہ کیتھہٕ تلہٕ چھُہ نٔنان زِ یمن چھےٚ زبانٔی پیٹھ اُستادانہٕ
دسترس حاصل تہٕ دوٚیمہِ کیتھہٕ تلہٕ چھُہ نٔنان زِ یِم چھِہ فطرتاً شاعر تہٕ لاگِتھ
ژوٚپرِتھ نہٕ کینٛہہ۔ (مثالہِ پاٹھۍ پرُوٚ ہُنٛد کلامہٕ شیرازٕ، انہار تہٕ خبر و نظر)
بیاکھ چھُو کتھا چھےٚ یمن شاعرن ہُنٛز تقلید اُچھہ وُٹھِتھ کران۔
یہندس زمینَس پیٹھ پکنچ کوشش کران (غزل کِس حدس تام) مگر بُتھہِ کینٛہ
ڈُگراوہٕ لوان۔ یِتھین شاعرن نِش "شارُت" ژھارُن گو صحراوس منٛز ناگ
ژھارُن۔

موتی لال ساقیؔ

# کأشُر افسانہٕ ۔ پَتھُن پھانچلُن تہٕ یاوُن

"زندگی ہُنٛد پٔرتھ بُرشٕر چھُ افسانہٕ تہٕ پٔرتھ دوہ ناول صِرف تمیُک پسندِ خاطرٕ ریس رنگن زول تگہِ دیُن تہٕ تہٕ ژارُن تگہِ یَتھ قدرٕ تہٕ قیمت آسہِ ۔"

کأشُر افسانہٕ" ہیوٚتُن ووٚنی ینٛشراہ وُہر گژھُن۔ تہذیبی تہٕ تمدنی توارٟخس منٛز چھہِ ینٛشراہ وُری اُچھ ہٕٹہٕ وار یوٚزٕ ۱۹۴۷ءٕ پتہٕ زیٛنہٕ پییٹھٕ یاونس تام یِم منزِل کأشرِ افسانن مأنٛڈی تِم چھہِ یأنٛز یانس منٛز سیٹھا دلچسپ، مقدارکہِ اعتبارٕ نہٕ کینٛہہ بلکہ معیارٕ حسابہٕ ۔ یہ چھُ واقعہٕ زِ پٔرتھ تخلیق یارٕ چھُنہٕ اَبدیت لوٚگہِ گنٛڈِتھ یوان مگر کأشرِ افسانن یہِ کینٛژھا پرووُ سُہ چھُ کأشرِ زبأنۍ ہُنٛدِ کارِ ووہ گنیارٕک ضأمن۔ افسانکس مأدانس منٛز آے مختلف مرحلن پیٹھٕ واریاہ تخلیق کار امالیوٚزٕ تِم چھہِ کُنٛتر تام ناوٕے یِم اَتھ پھیرِ یپاہ دِوان رُودی۔ بلکہِ یِم آسہِ تِم یاتہٕ ژٕلی کینٛژو خاصن مجبوریو کِنۍ مأدان ترأوِتھ، کینٛژو دیُت گوٚبش تہٕ کینٛژو ترأوِتھکھ اَڈوٚتی ڈٲلِتھ۔

وونۍ گوو افسانہٕ سنجیدگی سان پانہٕ لوو، تمو ہاوٕ پننۍ جودتھ تہٕ تہٕ پننہٕ
فنٔک اعجاز تہِ۔

اکھ کتھ چھےٚ واضح زِ کاشُر زندگی ہُنٛدِ یُس رنگارنگ تہٕ بَرپوٗر اظہار افسانس منٛز سپُد تہٕ سیدان چھُ سہٕ اظہار چھُنہٕ اَسہِ دوٚیمہِ کُنہِ ادبی ذاتہٕ منٛز ورنہٕ ڈیوان۔ کاشُر افسانہٕ رُود گرکھ تہٕ ورتاوکی الگ الگ جامہٕ لاگِتھ تہٕ زندگی سیٹھا نکھہٕ، تیوت نکھہٕ یوت انسانس شاہ رگ چھےٚ۔ انسانی زندگی باوژَن عطا کرنس منٛز اَس ناول اکھ موثر ذریعہ اما پوز ناول روز سوزِ ریچ شکار۔ روٗز شاعری تتھ منٛز آیہ لوٗرِ کس ناوس بیٹھ واریاہن لوکن ہُنٛدِ ڈسی وقر والنہٕ۔

گوڈنیک کاشُر افسانہٕ اوسا "جوابی کارڈ" کِنہٕ "ییلہِ پھوٚل گاش"۔ یہ نیاے اَنٛز راونس نہٕ دِژ دینا ناتھ نادِم وَتھ۔ تہٕ نہٕ سومناتھ زتشِس۔ دوٚشوٕے کوٚرے زُتش گوڈنیک افسانہٕ لیکھنُک دعویٰ۔ ورن تہٕ کھُرہ ین منٛز ولنہٕ ییہٕ ورُتے چھےٚ یہِ کتھ تسلیم زِ ابتدا سپُد یمو ے افسانو سٍتی۔ نادِم لاج ترےٚ افسانہٕ لیکھتھ ژھوپہٕ تہٕ زتشی تہِ رُود نہٕ اکھ شعبس منٛز زیادٕ سرگرم یوٚدوے آخری دورس منٛز تمی اکھ بعض علامتی افسانہٕ لوٗکھ، یُس مے تہِ لوز، عنوان چھُم نہٕ یاد۔

اختر محی الدین چھُ واحد کاشُر افسانہٕ نِگار یُس افسانس برابر گوڈ بران رُود۔ سہٕ چھُ از تہِ سرگرم۔ ییزر چھُ یہِ زِ اختر نی افسانہٕ چھِہ نہٕ کاشرس منٛز صرف کُنہٕ کُنہٕ ہُنٛد درجہِ تھاوان بلکہ چھہِ سانہٕ افسانکی تمام ارتقایی مراحل تہٕنز

تخلیقن منز دِینٛہہ یوان۔ تخلیقی سوٗتھرس پیٹھ چھہ تٔمسندی افسانہٕ تمہِ ووسہ درۄسہِ ہنز واضح ژٕینہٕ وَن دِوان یوسہٕ ووسہٕ درۄسن عالمی افسانس منز مختلف موڑن پیٹھ چلہٕ وٕنی رٔوز۔

اختر چھُ واحد افسانہٕ نگار یِمسندین افسانن ہُنٛد ترجمہ وارِیاہن زبانن منز چھُ سپُد مُت، امہِ اعتبارٕ چھُ تہنٛدین پرن والین ہُنٛد حلقہٕ سیٹھا کشادہ تہٕ تٔمسندی افسانہٕ رٔودی کشادٕ سوٗتھرس پیٹھ پرن والین ذہنی تشفی دِوان۔

اخترٕنین افسانن منز چھےٚ احساسچ گرٛکھ تہٕ ژٕ ترنگ سنہٕ۔ تٔمسندِس افسانس (آدم چھُ عجیب ذات) پیٹھ سپُد تمہِ ساتہٕ سیٹھا بحث ییٚلہِ یہ گوڈنچہ لٹہِ "تعمیر" رسالس منز چھپیوو۔ از چھُنہٕ تمہِ بحثہٕ منز کینہہ تہٕ ژٕہتس مگر افسانہٕ چھُ از تہٕ رنٛز ناوان تہٕ میانی پأٹھی تمن بے شمار لوٗکن یمن رمضانٕنی پأٹھی کُڈہ پو واقاتو منزی گُزرُن پیوو۔ رمضانہٕ مود مگر تٔسند روح چھُ ازتہٕ مختلف قالبن منز نشران تہٕ پھیران تہٕ یان بُنٛز راوُن یژھان۔ از تہٕ ییٚلہِ رمضانس ہوی وارِیاہ لوٗکھ والس چھِ یوان ملہٕ سمجانہٕ نی پأٹھی چھُنہٕ وارِیاہن لوٗکن تہنٛد مٔزرُ وُچھتھ کنہِ شل نیران۔ اکھ واقأتی پزر کِتھہٕ پأٹھی چھُ لوٗڈ تہٕ دأیمی پزر بنان اخترن افسانہٕ چھُ تمیچ سینہِ سیود باوتھ۔ رمضانٕنی بأتش گرٛہنی چھِنہٕ کانٛہہ عجب کتھ۔ تٔسند اظہار چھُ بے پناہ حسن شناسی ہُنٛد آینہٕ۔ دیان ییٚلہِ سأالک منزی لس چھُ واتان سُہ یہ کینژھا دأیران تہٕ ژٕتران چھُ تیچ چھِنہٕ باوتھ ہیکان کٔرتھ۔ سوے بأتش گیہِ رمضانس، جہٕ شُدرس منز

ڈنگ دِتھ لوگُس زیوٚ قُلف۔ وناں اوس مگر وُنۍ توگس نہٕ،

"بَبا۔ واریہہ ہا ژھیٚپ بہٕ ہاونہٕ ہیٚ مگر زٕ بو چھِم نہٕ۔ وُنۍ چھُم نہٕ تٔگان۔
ہُہا۔ ہُہ"

اخترس چھےٚ علامژ گرنہٕ تہٕ تھٔرنہٕ تگان۔ تسٕنزن علامژن ہنٛز رَمزیت چھےٚ اذرینٛھس ڈرینٛھانک جامہٕ ولان۔ ادٕ سہٕ "ژرس" اَسِہ تن یامتی کینٛہہ ہُنٛد داغ دار آسہٕ۔ ناوٕ چھےٚ کاٹھ واتان ووہ لۍ گوپرن وأرِس گرٕژھِ بتر آسُن۔

امین کامل کیا چھُہٕ۔ تسنٛدۍ افسانہٕ چھہِ وقتی حقیقژن نِتھ پأٹھۍ موڈ دوان زمیٖن حقیقژن چھُہ سادٕر وار بر قائیم روزان۔ اُمۍ سنٛدۍ افسانہٕ چھِنہٕ وقتکِس کاٹھ کرس منٛز بند وقتک بدلہٕ وُن انہار تہٕ چھِنہٕ یمن افسانن ہنٛدس پیٚزرس کُنہِ انٛد قوس اناں۔

کفن ژوٚر افسانس منٛز یوٚ ڈوٚے کامِل رلوایتی لکہٕ پیٚزرِ باوژیل چھُ عطا کران۔ مگر افسانُک کفن ژوٚر چھُہ از تہٕ مختلف جامہٕ پأراوِتھ ژرہ یاسے نشران چھیران اُمس کفن ژوٚرس چھِ کم کم ماری منٛدی ناو اُمۍ سنٛدی وآرث چھِہ تِمہٕ ژھومہٕ کران زِ دأیرن وأنی تہٕ زانن وأنی چھِہ دندس تل اوٚنگجہ ژھنان۔ لوکن ہنٛدِ اَمے احاسیچ باوتھ چھےٚ افسانکِس اندس پیٹھ یِیمہٕ آیہِ آمٕژ کرنہٕ۔

"دوٚیمِ غنہٕ موکل نباینہٕ کُنہِ تہٕ۔ اَدٕ مور دِس اوس کفن نوان۔ بےٚ سَتہٕ ژتہٕ اوسُس نہٕ کران یہٕ جنہمی ہے چار یا سندِ کھوتہٕ بدتر چھُہ"

ییٚتھے پاٹھی چھُ "پھاٹک" افسانہٕ تہٕ اکِس چیلہٕ وٕنِس پزرِس آنہٕ ہاوان ۔ پھاٹکُ چھُ ازتہٕ یلیے تہٕ پھاٹک بَرن والین لُس ہتھ پیٚیہ تُس چھُ اکھ منز بران ۔ کامِل سُنٛد افسانہٕ پٕرتھ پیوٚمے یاد زِ اکِہ دوٚہ ہیہٕ پٕرٛژھ دِ اکِس پُلیس افسرس زٕ لوٚہی کیاز چھو وکھ پِہ گوناہ لُکھ تنگ کران تہٕ ولو پیٚچھہ تُلتھ نوان ۔ سُہ ووٚتھم ، یہٕ ہسا چھُ پاپا پیٚھٹھیم حُکم آسان ۔ کُنہِ ساتہٕ ہرگاہ کینٛہہ ناسہٕ ترٛاس سپداَسہٕ چھُ حُکم واتان فلاں ژ پینٛڈرہٕ زٕ ژ گرٛژھن فورن گرفتار کرِ ن ۔ حکمس چھُ تامیل کرُن ، اُسی چھِ اکِس ژھاندٕ نہٕ گرٛژھان سُہ ییٚلہِ نتہِ آسہٕ تُس بدل چھِن تُنٛد کانٛہہ رشتہٕ دار ، بوٚے ہندرٕ پھتھ انان ہرگاہ نہٕ تہٕ سپدِ تیٚلہِ لُس ہتھ پیٚیہ تُس چھُ تھپہ دِوان تہٕ گرٛزندہ پورہ کران ۔ امہِ پتہٕ چھُ حاکمن اطلاع دِوان زِ ضروری کاروائی سپنز ۔

کوکر جنگ شاہمال چھا خبر کمہِ ناوِ چھِے ازتہٕ سرگرم تہٕ ازکِس انہار چھُس ۔

اُز کین کاشرین افسانن ہنز خاص کتھ چھِے زِ یمن چھُنہٕ مقصدیت سوار تہٕ نہٕ چھُ کانٛہہ نتیجہ کڈُن افسانہٕ نگارس مدعا یہے کتھ چھِے افسانن ہنز تخلیقی تیہ ڈنجہِ تھوان تہٕ پروپیگنڈاکھو سرحدو نِش دوٗر تھاوان ۔ پزر چھُ یہٕ زٕ ستمہ ڈہلہٕ پیتہٕ لیوسہٕ نیچ کاشری افسانن رٕٹ تتھ منز آوُ فنس کُن زوٗر توجہ دِنہٕ ییمہ کِنہ افسانہٕ اکھ مکمل اکائی بننس منز کامیاب سپد ۔ اندازہ تمثیلی رٕود یا بیانی ، علامتی یا

مونتاج ۔

افسانہٕ کتھ چھےٚ چلان تہٕ دیان چھُہ دیپک کول تہٕ امیش کولس کُنہ تہٕ گرٛژھان ۔ دوشوے کرٛیو ڈسلایہ سیٹھاہ رتی پاٹھی مگر یہ رُت ڈسلایہ سپد نہٕ کاٹشرس افسانس ٹرژر کرنس منز تیوٚت کامیاب یتھ پرن والی پراران آسی ۔

بنسی نردوشن تہٕ روٗد وری وادٕو کیا ڈیہہ لیو پیٹھ برابر لیکھان ، ہرگاہ نہٕ ریڈیوٗس ناٹی گومُت آسہِ ہے کاٹشر افسانہٕ آسہِ ہے تٔمِس ڈسی مالامال گومُت سیٹھا آوریٛار باوژھف چھاپہٕ تمی ترٛے افسانہٕ سومبرٕ تہٕ اکھ ناول ۔

بنسی نردوشنی افسانہٕ چھہٕ لینڈسکیپ پینٹگن ہُند شوٗبہٕ دار البم یُتھ منز سرینگرس منز روزن والین درمیانی درجکین بٹن ہنز تہذیبی ، سماجی تہٕ گھریلو زندگی ہنٛدی تمام رنگ لیوٗر فنکاری سان وٕوتلاوتھ چھہِ ۔ یوٚدوے تسنٛدی افسانہٕ کشیر ہنز دہہِ شہرٕ زندگی کوٗمہِ انان چھہِ مگر افسانہٕ نگارس لیُس سوٚن تہٕ گنڈُ شاہد مٔشاہدٕ آبادی ہنٛدِ اکہِ مخصوص دٕرژیک چھُہ تہٕ چھُہ پھیری پھیری اُمی سندین افسانن منز کٔلہٕ تُلان یوٚزوے تہٕ یم افسانہٕ چھہِ اکس مخصوص تہذیبی تہٕ سماجی وراثژ رٔژھراوٕنہٕ اکھ زۄٚدار کوٗشش یتھ ولاتشژ رٔژھرتھ تھاونکی سیٹھاہ کم وسیلہٕ بچیتھ چھہٕ روٗدی مٕتی یتھ نٔنہ ، آسی تن یاتلہٕ ، یتھی تہٕ یمن ہی واریاہ کردار چھہٕ بنسی نردوشن یمنین افسانن منز رٔژھرتھ تھاوی مٕتی تہٕ مستقبلس

منزٕ یِم کردار یادگار مانٕنہٕ۔

صوٗفی غلام محمد تہٕ چھُ کأشرِس افسانَس کُن تھاوَن والیو منزٕ اکھ۔ تٔمۍ چھاپہٕ پننہٕ زٕ سوٗمبرٕ "لوٗسی متۍ تارکھ" تہٕ "شیٖشہٕ تہٕ سنگستان"، مگر یَتہٕ تروو تٔمۍ کم کاسہٕ کیا پوٗرٕ پأٹھۍ کأشُر لیکھُن۔ صوٗفی غلام محمدنین افسانن منزٕ چھےٚ اَسہِ تِتھۍ کردار دٔرینٹھ یِوان یِمَن ہُنٛد ملاقات ووٚنۍ ژھانٛڈِتھ سیٚدُن ممکن چھُنہٕ۔ صوٗفی سُنٛد ناو یِیہِ پَزِتھ تتھ تذکرس منزٕ یَتھ منزٕ افسانس پیٹھ کتھ ووٚتھہِ۔

ہٕری کرشن کول چھُ پننہِ اسلوٗبہٕ کِنۍ دوٗرۍ آو دوان۔ تٔسنٛد پوٗرانن ہنٛز چالہِ طرزِ بیان چھُ قدیم داستأنۍ اندازُک نوٗو تہٕ پزٕریہٕ وُن روٗپ۔ سوارے سنو تہٕ پوٗرانی تہٕ داستانی طرزس چھےٚ بےٚ پھیرکبِ اظہارٕچ گوٗج ڈکھ کران۔ "شمشانہٕ واراگ"، "یتھ راز دانے"، "حالس پٮ۪ٹھ روتل" چھِ ہری کرشن کولنہِ تخلیقی سفرٕکۍ رنگ تہٕ وِہی ہاوان۔ تٔسنٛد گوڈنیُک کأشُر افسانہٕ "تاپھ" چھُ از تہٕ پَرن والِس کیاہ تام ژٕتنَس یاوان یتھ ٹھوس چھُ لوٗگمُت۔ یہ افسانہٕ چھُ یأنۍ یأنس اندر اکھ تأریخ تہٕ تہٕ تحریک تہِ۔ کوٗل چھُ کأشرِ پأٹھۍ تہٕ لیکھان تہٕ ہندی پأٹھۍ تہِ، یتھ پأٹھۍ چھےٚ تٔہنٛدۍن افسانن اُکِس وسیع فضہس منزٕ کاڈٕ دریکھ ونتھ یِوان۔ تٔمۍ چھےٚ پننۍ واریاہ افسانہٕ بیک وقت کأشرِس کھوٚ ہندی لِس منزٕ لیکھی متۍ۔ اکھ کتھ چھےٚ ضرور زِ ہری کرشن کوٗل چھُ بجن کتھن کتھِ باوُژِ بل دوان تہٕ آخرس پیٹھ چھُ تِہنٛدِ افسانہٕ پَرن والِس سوچناوان۔ کھوکھریٚترن قدرن زیر دِتھ چھُ کوٗل یِمَن ہُنٛد دوٚر ژھیکراوان تہٕ قدرن ہنٛدین علم بردارن ہنٛدِ بُتھِ پیٹھ ورُن تُلِتھ اسناوان تہٕ سوچناوان تہِ۔

علی محمد لونن تہٕ لیکھ افسانہٕ تہٕ وارِیاہ جان افسانہٕ لیکھِن۔ سُہ رُود افسانہٕ کھوتہٕ زیادٕ ڈرامہس لور تہٕ یہ ڈرامایی عنصر چھُ تہندین افسانن منز تہٕ لٹہٕ لٹہٕ کلہٕ تُلان۔

کاٹھرس افسانس نوٚو موڑ دِنس منز رُود اختر محی الدینس لرِ لور ہری کرشن کولؔ تہٕ فاروق مسعودی تہٕ شامل۔ فاروق مسعودی رُود سیٹھاہ کم وقتس کاشرس افسانس ڈکھس۔ تِمو مانٛز نہٕ روو یِنۍ وجوٗد صرف کتر تام افسانہٕ لیکھتھ تہٕ پتہٕ ژوٚل تتھ پایہِ مادان ترٛاوِتھ نہٕ بتھ تہٕ ہوٚون نہٕ طمع تہٕ گوس نہٕ زیوٚت نظر دمہٕ ہا۔ فاروقن کوٚر نہٕ صرف موضوعی سوٚتھرس پیٹھ افسانس منز تبدیلی بلکہ کوٚرُن گرہتھ رنگی تہٕ افسانہٕ نوٚی جامہٕ ولنس پیٹھ مجبور۔ فاروقن یرتھ افسانہٕ چھُ عام رٕچ نشہٕ ڈلیتھ۔ موضوع تہٕ گرتھکس سوٚتھرس پیٹھ گو کاشر افسانہٕ برابر چولہٕ بدلاوان تہٕ فنہٕ کین تقاضن نوٚن نوِ اندازٕ رُژھناوٕنچ کوٗشش کران۔

شنکر رینہ گواڈٕ ژوٹ۔ تس ژٹ موتن وٕنہٕ شاید اوٚکنی زِ تسندین افسانن اندر چھُ موت تہٕ زندگی ہنٛدِ برسرِپیکار حقیقژ ہنٛد بیان زن تہٕ سایہٕ کرِتھ۔ تسندین افسانن ہنٛز دُنیا چھُ بلکل الگ۔ سُہ چھُ یرِن واٹس وُبدرِ تہٕ تُلان تہٕ سوچناوان تہٕ۔ شنکرس اوس خبر کوتاہ کال برونہہ موتن یان ہوومت توے تہٕ زن آس نہٕ تس دٔیم کانہہ کتھ وٕیان تہٕ یریان۔ موتک سایہ ییتہٕ تسندین افسانن پیٹھ سیٹھا گوٚن اوس تتہٕ آسی نہٕ تسندی ریڈیو ڈرامہ تہٕ امہٕ نشہٕ مُچھ۔

ہردے کول بھارتی سٕنزٕ افسانہٕ نگاری چھےٚ کاشُرس منز ینٛن الگ کھاتہٕ کھولان۔ بھارتی چھُ (Suggestion) لوٚبہٕ فنکاری سان ورتاوان۔ (Suggestion) چھےٚ آمی سندین افسانن، نظمہٕ لکی تھٕ شعر بناوان یمن لوٗزن واٲلی یا یرٕن واٲلی پینٛنی یاتھٕ معنے چھِ کران تہٕ اوسود گی چھِ پراوان۔ بھارتی چھُ پینٛنہِ کُشادٕ مطالعہ تہٕ سٕنہٕ مشاہدٕ ستی یرٕتھ افسانس اکھ نوٚو دُنیا بناوان۔ سُہ چھُ دلیو مالایہ ہُنٛد اِستعمال تہٕ کران تہٕ تواریخک تہٕ۔ بھارتی سُنٛد کانٛہہ تہٕ افسانہٕ چھُنہٕ سیٚزرٕ تہٕ سوٚتر وتہٕ پکان۔ سُہ چھُ کوچہٕ گلین تہٕ وٕوٚن دِوان تہٕ اَندرٕ ونس منز وسِتھ کردار سٕندِس اصل بُتھس پرد تُلان۔ "شٕنزٕ"، "ہمزاد"، "تہٕ کُہر وٕلیوہ" ہوِی افسانہٕ چھِ رمزن تہٕ اشارن ہُنٛد دُنیا سجاوِتھ انسٲنی سوچس مہیز کران۔

رتن لال شانت چھُ افسانہٕ تہٕ ڈراما کاشُرِس پاٹھی لیکھان مگر شاعری چھُ ہنٛدی لیس منز کران۔ تٔمنٛد افسانہٕ ترٛکو نچل چھُ نفرتکس ژرکس تل لولچ گژکرِ ہُنٛد تہٕ دُشمنی یتہٕ دوستدٲری ہُنزٕ کھٹتھ جذبٕچ باوتھ۔ یہ افسانہٕ چھُ ایکساسچہٕ تِمہِ رنگہٕ بدلی ہُنٛد بیان لیوسہٕ گاہے سراپا نور تہٕ گاہے نار چھےٚ بنان۔ شانت چھُ افسانہٕ لیکھان تہٕ تٔمنٛد یرٕتھ افسانہٕ چھُ انسٲنی فطرژ ہٕنٛدی گنڈ مُتر راوان۔

اوتار کرشن رہبرن چھاپ نہٕ ازتام پینٛنی افسانہٕ سوٚمبرن۔ تٔمنٛد افسانہٕ "نروان"، چھُ ازی کِس تناظرس منز نتھ ساری سپے تبصر کران یہ ازٕنگ غرض مند کران ورتاوان تہٕ ازماوان چھُ۔ یہ چھُ سرتانہٕ حقیقتن

ہُنٛد فنکارانہٕ اظہار۔ نہٕ روان چھُ محض ژیٖنہٕ وَن۔ رہبرَن افسانہٕ "موٗل"
چھُ اکھ سٕہ المیہ یَتھ کُنہِ اند چھُنہٕ۔ افسانٕچ شِدّت چھےٚ وۄندٕ کھتین منٛز
اژٕکھ تلواسس وَتھ شیران۔

بشیر اختر چھُ وارِیاہ کالہٕ پیٹھٕ لیکھان۔ زیادٕ لیوٗکھُن تٕہ مگر یہ لیوٗکھُن
نہٕ لیوٗکھُن تولِتھ تہٕ مینِتھ۔ افسانہٕ لیکھنٕک چھُ اَمِس پنُن انداز، یہ چھُ ورگہٕ
پاٹھۍ کتھ وَننٕس تہٕ تمثیلی انداز ورتاونس منٛز ووستاد۔ دوہدِ شیچہٕ
زبانۍ ہُنٛد تخلیقی ورتاو چھُ بشیر اخترنہِ افسانہٕ نگارۍ ہُنٛد خاص پہلو۔
اَمی سٕندۍ افسانہٕ چھِنہٕ سیدِ سیوٚد بیان بلکہ چھِ تہہ دار تاہ۔ "زلیوٚ ہندۍ افسانہٕ"
پَرِتھ چھُ اکھ سٕہ المیہ پَروُنہٕ کُن لیوان یَتھ از تام تہِ اندبوٚر چھُنہٕ لگان۔ بشیر
اخترُن تازٕ افسانہٕ "ہر گام رٕیہٕ تہٕ بوہٕ گام رانٹھہٕ"، چھُ اَکِس تتھ پزرس،
اَکِس تتھِس گُذرنس زلوٚ دِوان، یُس کشیر منٛز معمول چھُ بنیوٗمُت مگر
کانٛسِہ چھُنہٕ وَنُن لگان۔ بشیر اخترُن قلم چھُ تتھ ہولناک پس منظرس نَنٛر
کران یَمیک تصورٕ تیرِ کُنڈۍ کھالوٗنہٕ پانٛتھ کافی چھُ۔

"مائِس کھوٚت اَکھ پیٹھ چِلکھ، تُمہِ وائج چِلم تہٕ دِزِن پتھر۔ تماکۍ ڈبہٕ
لُبتھ ووٚن تُمی بیٚئیہٕ۔ "سیاست ہبی۔ پننی چھلکھ۔ خوٗدالس منٛگ پیٹھی
منٛز برکت۔ پننے ڈیر سیری"۔ مائی تروٚو ووشُس تہٕ ووٚنُن تالوس کُن اُچھ
تُلِتھ۔

"آسِہ ہٕ پیٚترھن بینٛز گرٕ کھالنہٕ باپتھ لوٚکہٕ ہنٛدۍ شُری ووہٕ انٛنی۔
تِم بیتِھٕ زانٛنی تہٕ پتولاکن ہوٕ نین تہٕ ہاپتن اَکھِ کھشاوٕنی"

اۆبلہٕ کنہٕ تہٕ اوس سارِنٕے مۆکھمُت۔ وۄنۍ اوس نہٕ کُنہِ جایہِ توٚہ ہُنٛد ناو۔ اُڈی اٚسی دیان زِ تِہنٛز ماجہِ ژٕلۍ خبر کٔٹز ساس۔ سۆ اُس وۄنۍ محلہٕ واجنین تہٕ ہنگہٕ منگہٕ کھران۔ صِرف اُس لڑاے کران تہٕ زنانہٕ آسہٕ پھوشنہٕ کِتھ "ۂزیکھیر" ونان۔

اکہِ دۄہہٕ ییلہِ شامن یاگی گرِ تہنٛد ذِکر وۆتھ۔ شٕرٕ لوگ بارٕ بار اُسن۔ ماجہِ کھوت اکھ بیہد سخت شرارت۔ سۆ میتہِ سارِنٕے تہٕ وۄنُن۔ "وولہِ نہٕ تہٕ وۄلسیا اَدٕ۔ نیٚچوٕ اوس سُہ نیوس گانٹہِ، وان کھیوس کُلۍ فقیرو تہٕ پأنسہٕ ہٕے کانہہ ناوس کھوتُس سُہ شرٕ وُس سورُے دٕرٕ ہیٚن۔ حال چھس دٕرٕ کاکتہِ راج تاج کران"

(ہیرٕ گام ہٕیہ تہٕ بعہٕ نہٕ گام رانٹسہٕ)

"تلواٚنۍ نیٚچوٕ تہٕ سوٚنہٕ سُنٛد ٹیوٚک" چھُ اُزی چہِ کٔشیرہِ ہٕنٛدوان تہٕ وِہدا کھ۔ مگر یہِ وان وٕننس تہِ یمِن وِہدا کھن لُس سنگ افسانہٕ لِکارن خونہِ جگرٕ ستی دِشیتمُت چھُ تِمی چھُ افسانہٕ اکھ فن پارہٕ بنوومُت۔ ہوننین ہٕنٛد علامتی ورتاو چھُ شہر آشوب ییٚمی اُسی سأری ییرٕ چھٕ نیٚیمتی۔

گُلشن مجیدَ تہِ چھُ افسانہٕ لیکھان سُہ چھُ دوٚیمین لٕنش ہنا بیوٚن تہِ اَدٕکنہِ زِگوہ ڈٕ النوارِ چھےٚ اَہہِ تہنٛدِ ین کینٛژن افسانن گارٕم شوٚزٕ تہٕ سأدٕ روار زبان بُتھہِ پیوان، اکھ تٕژھ زبان یوسہٕ نہٕ گسہِ چھےٚ آہٕتر تہٕ نہٕ چھےٚ رنیمژ۔ گُلشن چھُ لفظ وُترِس نوٚو وادَن نیران۔ ژھوچرٕ چھُ تہنٛدِ لیکھنُک خاص وصف۔ ژھوچرٕ چھاوِتھ چھُ سُہ موٚختصر لفظن منٛز یِتَن

ووہ ند باوان تہٕ ژھوٕ چھِر چھِنہٕ اُمی سٕنٛزٕ باوُژ تھونہٕ اَنان یا کھوٗ کھٕ کران۔

افسانہٕ لیکھی غلام رسول سنتوشن تہٕ تہٕ غلام نبی شاکرن تہٕ۔ یہندی افسانہٕ چھِنہٕ کم پایہِ مگر یِم روٗدی تھکہٕ تھکہٕ لیکھان ییمہِ کِنی پرٕنس تھونہٕ چھےٚ لیوان۔ اکھ افسانہٕ ییلہِ داہ وٕری برونہہ چھپیوو تہٕ دوٚیم چھپیوو داہ وٕری پتہٕ۔ تسلسُل کتہٕ روٗد قایم۔ اکھ کتھ چھےٚ بلکُل صاف سٕہٕٹھا جان افسانہٕ لیکھنہٕ ییتھ تہٕ تِمن ہُنٛد سوٗمبر تھ نہٕ چھِیُن چھُ لوڈ وکانہٕ یُس افسانٕچ ترقی تہٕ وسیعار پرکھاولس منٛز روٗٹ چھےٚ بنان۔

افسانہٕ نگارن ہنٛزٕ بیٚیس پیرٕ منٛز آسہ کینٛہہ ووہ تھ وٕلی افسانہٕ نگار شامِل مگر تِمن کھوٚر موت۔ انیس ہمدانی تہٕ جی۔ ایم۔ آزادؔ گئے برجستہٕ پھولنہٕ برونٹھےٚ ہٕرِ۔

نوِ پُیہ منٛز چھِ سٕہٕٹھا جان لیکھن واٲلی مگر ییمن گوٚ وکانہٕ حالاتو کھوٗ ستیٚھ وٕرزِ یمن آیہ نہٕ وتھے پنٕنۍ آسُن کھرکرنس۔ ناصر منصور تہٕ شمس الدین شمیم چھِ سٕہٕٹھا جان افسانہٕ نگار۔ ناصر منصورس چھُ کتھ باوُنٛک سٕہٕٹھا جان سلیقہٕ تہٕ وقتی پزرس تتھ کٕنی پیش کران زِ تمیک چھُ تاثر ہیکہِ کُنہِ تہٕ دورک المیہِ بُنِتھ۔

افسانہٕ نگارن ہُنٛد تازہ کاروان چھُ روان دوان۔ اتھ کاروانس منٛز چھِ واریاہ ووہ تھ وٕلی افسانہٕ نگار شامِل۔ گٔژھنہٕ کُن نہٕ وُچھتھِ معیارٕ بُنیاد بناوتھ چھُ افسانک لگاہ سوٗمبراولس منٛز سید رسول پوٗنپر، مشتاق احمد مشتاق، یعقوب دلکش تہٕ یمن ستی دوٚیمی افسانہٕ نگار شامِل۔

کم کاسہ ہیٚنٛزِ ہِن وُری یَن ہِنٛدِس افسانوی سفرس پَد پَد ہیٚنٛزِ ہیٚون چھُنہٕ مُمکن ۔ انسان چھُ میلہٕ چِہ گَنٛزراوان تہٕ یہ موضوع مضموٗن تہٕ چھُ میلہٕ پٮ۪ٹھٕ کین کومہ اَنان ۔

اکھ حقیقت چھےٚ بلکل ٹاکار زِ کٲشیرِ ہِنٛدی گام چھِہ ساَنہٕ افسانوی ادبہٕ دٲیرِ نیٚبر ۔ گامن ہُنٛد ذکر چھُ آمُت مگر گامٕچ زندگی چھیٚنہٕ گَنہِ جایہِ ، کُنہِ افسانس منٛز بھرپور اظہار لبان ، اَمیُک وجہ چھےٚ شاید یہ کتھ زِ سانہو گامو دِیُتا نہٕ وُنِستام کٲشرِس کانٛہہ بوٚڈ افسانہ نِگار ۔ گامٕچ زندگی ہُنٛد جہار ، واہراو تہٕ رنگا رنگی چھُ اکھ الگ دُنیا یتھ منٛز ڈوٗنٛگ دِنٛچ ضرورت چھےٚ ۔ کیٛنٛہہ نوٚی افسانہٕ نِگار چھِہ وود زبروٗنٛہہ کُن آمتی یِہنٛدی مول وُنہِ گامس منٛزے پیوست چھِہ ۔ ہرگاہ تِم شہری اثرن ڈیٚشِ لنہٕ تیٚلہِ چھُ امکان زِ گامی زندگی ہنٛدی نقش تہٕ نقوش لبن کٲشرِس نثری ادبس منٛز اظہارٕکی وسیلہٕ ۔

کٲشرِس منٛز چھُ افسانوی ادب سیٚٹھا موکُل تہٕ وزن دار ، مگر یہ چھُ آورِ واورِ تہٕ بیاکھ بدقسمتی چھےٚ یہ چھُنہٕ وُنِستام PROJECT کرنہٕ آمُت ۔

موتی لال ساقی

# کاشُر کلچر – ریڈیو تہٕ ٹیلی وِژن

کاشُر کلچرچ وٕتھ چھےٚ ساسہٕ وادٕ ؤری پوٚتھ وَسان، رفتارس یوٚدوٚے گاہے گاہ سوٚژُر تہٕ گوٚس مگر تھکھ آس نہٕ زانہہ۔ مختلف بالٕی کولن، سرن، تلاون تہٕ ناگن ہُند آب گو اَتھ منز وسان ییٚمہ ستی اَمکس باڈوٚس شُرہُرہ پرسیدان روٚد۔ تسلسُل چھےٚ اَمکہ بجہٕ کلچرچ علامت نَتہٕ آسہٕ ہے یتہٕ نوآریتُک حِصہ ییٚمہ۔ ڈُچھنہٕ تہٕ کھوورِ پتہٕ تہٕ بروٚنٹھ تُس آب سانہٕ کلچرچہ وِیتھِ منز وٚتھ تھۆ، رووُن وجود تہٕ پردٚوان وہتھ ناو، تھے کُنہ یتھ کُنہ لیڈر، وشو، رِشو، سِند بیتر وِیتھِ نٕرِ کوٚچھہ منز داتھ وہتھ چھےٚ بنان۔ سانہٕ کلچرچہ وِیتھ ہُند آگر چھُ پتھ کال، یہ چھےٚ سائنس اَز کالس تہٕ سگہٕ وان تہٕ بروٚنہہ کالچہ وَتہٕ شیران۔ سون کلچر چھےٚ سوہ یتہٕ زنگہٕ سوٚنزل یتھ منز ایران وتوران، روم تہٕ شام ہیتھ بیشمار ملکن تہٕ خطن ہندین عناصرن ہُنز آمیزش چھےٚ مگر انہار چھُس خالص کاشُر۔ نسلی اعتبارٕ تہٕ چھےٚ کشیر سو کارن تھاج یتھ منز کمکاسہٕ دُنیاہکین تمام نسلن ہُند خوان رَلہٕ گٔژھتھ اکہ نوٚوے گُلستان برجستہٕ پھولمُت چھُ۔

کلچرس چھُ زندگی ہندِس مادّی سازسامانس ستۍ کِہۍ پہن واٹھ۔ کلچر چھُہ تمہِ خاص وَتہٕ ہنٛز نشاندہی کران یتھ اَکِس مخصوص ماحولس منٛز بنیادی قدرہٕ پھیرِ پھاہ چھےٚ دِوان۔ یہ چھُہ قدرَن ہُند مول تہٕ منٛز یتھ فن، مذہب، ادب، سماجی ادارہٕ تہٕ وۄہتھ بیٚیہ باوژِ چھُہ کھٔڈان۔ کلچر چھُہ مشترکہ خاہشہٕ زاین دِوان تہٕ اَتھ عملہٕ منٛز چھُہ فرد سُند تہٕ جمہٕ تہٕ جماژ ہندتہٕ۔

یوڈوے ریڈیو تہٕ ٹیلی وِجن بنیادی رول پروپیگنڈا، تشہیر تہٕ تفریح فراہم کرُن چھُہ مگر کاشُر کلچرٕ خاطرٕ کرٕ ریڈیوہن خاص کرِتھ اکہٕ مولادار ادارٕچ کام۔ ریڈیو آو تمہِ ساتہٕ وُجودس ییلہٕ کشیر منٛز کانٛہہ تہذیبی یا تمدنی ادارٕ سرگرم اوس نہٕ۔ زبان چھےٚ کلچرٕچ ترجمان تہٕ ذریعہ مگر کاشُر زبانۍ وۄہتھ بوٚدِ نگ اوس نہٕ کانٛسہِ سادَن۔ سورُے اوس آدرِ وادرِ۔ ریڈیوہن کرٕ گوڈنیچ کام یہ زِ کاشری کلچرل کارکُن تُلن نندرِ تہٕ تہندِ خاطرٕ کوٚرُن اکھ کارگر پلیٹ فارم فراہم تہٕ تمن کرٕن وۄنہ باوژِ ہندی وسیلہٕ فراہم۔ کلچرل کارکنن ہندِ خاطرٕ بنٛاوِن محدود سوتھرس پیٹھےٚ صحی تہذیبی سرگرمیہ آمدنی ہنٛز ضمانت۔ نتیجہٕ دراو یہ زِ تمن گیٚنیہ پننس شوقس تہٕ امارس بروٚنہہ پکنادنچ ژژرکل۔ ادب، موسیقی تہٕ ڈراما، ییم تمام شعبہ رَن وۄتھی نندرِ۔ ہنگ دارَن ہُند اثر تہٕ رُسوخ ختم گژھنہٕ آس کاشرِ صوفیانہٕ موسیقی آوِلنس منٛز ہینہٕ آشرٕ لگہٕ گیوٚن اوس صرف نٔو نغمس تام ژھوکان ژھوکان آمُت ڈراما اوس زاین لگتھ وُٹھ پھیشان۔ ریڈیوہن

دِرٕ ساری ہے اکھ تہٕ نیٖہ ڈٕنڈی ووہ شلنگ ڈیٖشِن یاس۔ کاشُر زبان آس اَتھ تام صرف شاعرَن ہنٛز گیٖنٛگرا یہٕ تام ژھوٚٹرِتھ۔ مگر ریڈیوہَن کوٚر نثر، ڈراما، فیچر، تقریر، فیچر، غنا یہٕ، اوپیرا تہٕ سکِرٹ لیکھنٕچ ضرورت پاد تہٕ اَمہِ ضرورژ ڈیٖت صلاحیت تھوَن والین وُتشس۔ اَمہِ برونٛہہ تہٕ آسی صلاحیت تھاوَن وٲلۍ مگر تِمن اوس نہٕ ماژنس کانٛہہ۔ نہٕ اوس بازرس تہٕ نہٕ خریدار۔ ریڈیو بنیو یمَن سارِنٕے چیٖزن خریدار۔ یہ چھُہ دُرُس زِ یہِ کینژھا ریڈیو باپتھ لیکھنہٕ آو سُہ ووت لوٗکن تام ضرور مگر نوٚین نسلَن تام ہیٚوک نہٕ واتِتھ اکھ روایت گٔیہِ قٲیم۔ لیکھن والین ہیوٚ لیکھُن تہٕ رژھا برونٛہہ کُن پکِتھ ژھاری نَو دوٚیمِ وسیلہٕ تہٕ یم وسیلہٕ بنیٚ یہ اخبار تہٕ رِسالہٕ گوڈٕ ہیوٚت بہرحال ریڈیوہَن۔ ریڈیوکہ برکتہٕ آے وارِیاہ تِم فنکار برونٛہہ کُن یِمو ناو تہٕ شوہرتھ پراو۔ قومی اعزاز آکھ باگہِ تہٕ سون تہذیبی کاروان سُپد سرگرمِ عمل۔

ریڈیوٚک بڈٕ لوٚڈ ڈیٖت چھُہ تہذیبی شعور تہٕ تتھ برونٛہہ پکناوُنُک اَمار۔ تہذیبی شعور بیدار گژھنہٕ آے وارِیاہ نوٚۍ لیکھن وٲلۍ، فنکار، شاعر بتیر برونٛہہ کُن یِمو کاروان برونٛہہ پکنوو۔ ریڈیوہَن کوٚر گوڈنچہِ لٹہِ تِمن لوٗکن منٛز کاشرِ زبانۍ تہٕ کاشرِ تہذیبُک احساس پاد یِم اَور کُن وچھُن حماقت آسی زانان۔ اُمی اَمارَن اُنۍ تِم وارِیاہ ادیب شاعر تہٕ عالِم کاشرس کُن یِم دوٚیمین زبانین منٛز لیکھان آسی۔

کاشرِس نثرس یوہ سہٕ زارژ وار کشادٕ گیٚ تتہٕ مین بنیٖژ ہَن وٕرین

منٛز باگہِ آیہِ تمیُک ہنگہ پھیوٚت کھسہِ ریڈیوٚ ہہسے۔ ڈرامانگاری ہنٛز چھیہٕ
کھتے، افسانہٕ، ایسے، تنقیدی مضمون، طنزیہٕ تحریرٕ، بیترِ گے گوڈٕ انوارِ
ریڈیوٚ پیٹھے نشر تہٕ اَد کُھتی کُنہِ رسالہٕ کین ورقن۔ باقاعدٕ ادبی پروگرام نشر
کرِتھ کوٚر ریڈیوٚہن ادیبن تہٕ شاعرن ہُند لیکھنُک شوق تیٖز۔ رٕ ستس منٛز
نہٕ کاشِر ڈراما نشر کرنکی مقررٕ شیڈولن لیکھاوی ڈرامانگار باقاعدگی سان
ڈراما چھہِ ہرِتھ وٕری یہِ ڈراما فیسٹول ترتیب دِتھ کوٚر ریڈیوہن ہرن والین
ہندِ تفریحُک تہٕ تربیتُک سامانہٕ تہٕ ستی آے سیٹھا جان ڈراما تہٕ لیکھنہٕ
یِم سوان موٗلُل سرمایہِ چھہِ۔ یہِ کتھ چھےٚ وُتارٕ انان زِ واریاہ تِم اعلیٰ ڈرامایِم
ریڈیوٚ پیٹھٕ نشر سپدی ہیکیہٕ کتابی صوٗرتس منٛز اَنٕ تام تہٕ چھپتھ، یِتھے پاٹھی
سپدٕ دوٗیِمی اعلیٰ درجکی فن پارٕ ریڈیوٚ پیٹھٕ نشر مگرٕ گے گال کھاتس۔
مقامی زبانٕ ہندیو ڈرامہو علاوٕ روٗدی ریڈیوٚ پیٹھٕ ڈرامہن ہنٛدِس قومی
پروگرام عنوانس تحت دوٗیمین زبانٕ ہنٛدی ڈراما تہٕ کاشُر ترجمہ سپدِتھ
براڈکاسٹ سپدان یتھٕ پاٹھی لوٗگ کاشرس منٛز ترجمہ کاری فروغ۔ یُتھے
یوت نہٕ دُنی ہِکی کینہہ شاہکار ڈراما آے کاشُر ترجمہ کرِتھ نشر
کرنہٕ ییمہِ ستی بوزن والین ہنٛدِ سوچکی سرحد کافی کُشادٕ سپدی۔ ریڈیوٚہن
کرٕ "داستان گوٗیی" ہنٛز رِوایت زِندٕ تھاونچ تہٕ ممکن کوٗشش۔ موٗختہٕ میر
اوس تیٖتھ جان داستان گوٗیس گامن گُٹھن منٛز لوٗکن اَسس تروٚپ
دِتھ ہرارٕ وُن اوس تھاوان لوٗکھ اَسی براران روزان زِ تسُند پروگرام کرِ آسہِ۔
کشمیر شناسی ہُند فیضان عام کرنہٕ باپتھ آو ستی مِس ڈہی لس منٛز تقریرن ہُند

اکھ سلسلہ "کشیر غارٕ ملکین ہشرٕن نظرن منز" شروع کرٕ نہٕ یُس سیٹھا کامیاب رُود۔ کاشرِس تواریخس مُتلق تقریر اَسی چلہٕ وِلی روزان مگر یِتہٕ آو "تاریخ حسن" مکمل ترجمہ قسط وار نشر کرنہٕ۔ تحریک آزادی مُتلق "وبھہ رۄز پکان" ڈرامائی سلسلہ تہٕ اوس یادگار۔ امیُک اکھ ڈراما آو پتہٕ ٹیلی وِجنہٕ پیٹھ تہٕ ہاونہٕ۔

ریڈیوہَن دیُت دوہدِشکین عوامی مسلن کُن تہٕ توجہ۔ نندہ لال چاولہٕ سُندی وقتہٕ پیٹھ آو "زونہٕ ڈب" پروگرام دوہدِش نشر کرنہٕ۔ پروگرام رُود سیٹھا مقبول ییتھ خاص وجہ عوامی مسلن دِل دیُن اوس۔ زونہٕ ڈبہٕ منز یم عوامی مسلہٕ تُلنہٕ اَسی یوان تِمن اَس فورن دادرسی سپدان۔ تمہِ وقتکی حاکِم اَسی دوہ ہے یہِ پروگرام بوزان تہٕ کیازِ چیف منسٹر اوس پانہٕ بہِ پروگرام بوزان تہٕ افسرن پیٹھ گارٕ کران۔ "زونہٕ ڈب" رُوز وارِیاہن وُریِن چلان۔ یہِ اوس آل انڈیا ریڈیوہُک سارِوے کھوتہٕ زیادٕ وقتس چلن وول فیچر پروگرام۔ پروگرامچہٕ کامیابی ہِنٛدِ ماوضہ کنہٕ آو پروگرامکین ترٕن اداکارن پدم شری دِنہٕ۔

"دہتال پچیسی" نشر گژھتھ کوٚر ریڈیو کشیرن بوزن والین یہِ ٹیلی زَنہٕ جود۔ یہِ سلسلہ وار ڈراما رُود یِتہٕ وارِیاہن وُریَن پیٹھ وند نشر سپدان تہٕ بوزن والین اَس تہٕ یوزی یوزی تہٕ یڈیوان۔ "محاسہ ڈراماہس "گیہ شہ و نشراہ قسط نشر یمو اندرٕ وارِیاہ قسط جان پایکی اَسی تہٕ وُنہٕ تہٕ ہکن بوزن والین رُنسٕر ناوِتھ۔ کشیرِ ہِنٛدِس تواریخس تہٕ تہذیبس مُتلق کوٚر ریڈیوہَن ڈوڈس وُریلیس "ماجٕ کشیر" ناوی فیچر پروگرام نشر۔ یہِ پروگرام اوس رٕتس منز دوہیہِ

لٹہِ نشر سپدان تہٕ بوزن والین ہُنٛد حلقہ اوس واریاہ لوٗڈ تہٕ واہر آو کھ۔

"شیخ العالم سندِس شُہ ہتہ ؤری وہر وٲدس" پیٹھ کوٗر ریڈیوہن ہفتہٕ وار پروگرام "علم دار" شروع یُس برابر ؤری لیس چلان روٗد۔ اکھ پروگرامس منٛز آسی ریشتس متلق نکتہٕ وِشرھناوُنہٕ علاوٕ کاشُر کلچرچن مختلف جہژن وِشرھنے تہٕ وکھنے سپدان۔ یہ اوس کانٛسہِ مقامی شخصیژ متلق واحد پروگرام یُس ؤری لیس چلہٕ وُن روٗد۔ کاشرِس صوٗفی سلکس متلق روٗد ریڈیو برابر پروگرام نشر کران تہٕ کاشُر مخلوط کلچرک خدوخال وؤن تلاوان۔

ریڈیوہن کوٗر لوٗکن منٛز ناول پرٛنک شوق پاد کرنہٕ باپتھ قسط وار ناول نشر کرُن شروع لیکھن والین ہُنٛد اکھ وٲس ژھوکنہٕ گوٚ یہِ سلسلہ اکھ ناول نشر سپدنہٕ پتے ختم۔

ریڈیوہن کٔری کینٛہہ یادگار اوپیرا تہٕ نشر یمن کاشرِس ادبس منٛز ینٛنی منتقل جاے چھے۔ اوپیراہن منٛز آسی "بوٗمبر یمبرزل" "ہیٛلہٕ لول موٚتس پھوٗر" "وِیتھ" تہٕ "حیاتن زیوٗن" شامل۔ یِمو منٛز ژھِتر پتہٕ سٹیج تہٕ سپدی امایوٗز بڑو وُہہ کُن خبر کیاز لوٗگ ریڈیو پیٹھ اوپیرا نشر سپدنس ہٹنگ حالانکہ اوپیرا آے پتہٕ تہٕ لیکھنہٕ۔ طنز تہٕ ظرافتس رنگٕی اوس نہٕ شاعری علاوٕ کاشرِس منٛز دوٚیُم کانٛہہ سرمایہ موجوٗد۔ ریڈیوہن دِیتٕ ادرکن تہٕ توجہ تہٕ "بب جی"، "تُلی کاک"، "تہٕ مچامہ" ہی سلسلہ وار سکٹ آے نشر کرنہٕ یِم سیٹھا مقبول گٔے۔ اَمہٕ علاوٕ سپٕز ریڈیو پیٹھ واریاہ جان طنزیہ تہٕ مزاحیہ کتھ باتھ تہٕ ابلیسے نشر مگر اکثر چیز گٔژھتی نہٕ چھاپس۔

بوزن والین ہنرزان کاری بُرنزر کرنہ خاطرہ رُود ریڈیو پراگاش
پروگرام نشر کران۔ یہ پروگرام یوڈ وے تعلیمی اوس مگر پتھ بوزن والی
سندِس علمس تہٕ زان کاری اوس کینژھاہ ٹُلش دِوان تہٕ کینژھاہ ٹرنزر
کران۔

نوجوانن ہنزِ خاطرہ رُود ریڈیو الگ پروگرام مرتب کران زنانہٕ
پروگرامن آس تیتھہٕ پاٹھی ترتیب یوان دِنہٕ یُتھ تہند مسلہٕ تہٕ وقہٕ تُلن تہٕ
تمن ذہنی تربیت تہٕ سپدِ۔ گاہے زنانن ہنزِ باپتھ پروگرام "پوشہٕ مال"
اوس گاہے مسلن کو مہٕ انان امہٕ پروگرامہٕ برکتہٕ اوس ٹکہ بأتن تہٕ
ٹکہ گیونس محفوظ سپدنک سلسلہ تہٕ سپدان۔ خبر چھا پراٹنی ریکارڈنگ
چھا وُنہٕ محفوظ کنہٕ نہٕ۔

کأشرِ موسیقی تہٕ ٹکہ طرزن محفوظ کرنس تہٕ بروٗنہہ پکناونس
منز کوٗر ریڈیوہن سِٹھاہ جان پأٹھی پنُن رول ادا۔ کأشرِ ہن گیون والین حوصلہٕ
دِتھ کوٗر ریڈیوہن اکھ سِٹھاہ جان اہم رول۔ کشیرِ منز نوین گیون والین رُود
ریڈیو برابر مدد کران۔ غلام نبی ڈولول کوٗڈ ریڈیو ہے نوٗن نتہٕ کتہٕ بنہٕ ہے
تس کشیر تام پنن پاے۔ کشیرِ منز یودوے تہٕ گیون والین ہنز لُو یا پراٹنی پے
چھے تتھ چھ اکِہ نتہٕ بیہ رنگہ ریڈیوہس ستی واٹھ تہٕ وابستگی۔

کأشرِ زبأنی علمی موضوعن ہنز بانہٕ تہٕ بیتر عطا کرنس منز تہٕ
رُود ریڈیوہس پنُن حصہٕ۔ زندگی ہنزین مختلف شوبن زمین، وزاعت،
باغوآنی، صحت، سائنس، بیترِ مضمون رُودی ریڈیو تقریرن منز یوان تہٕ

یِم مضمون ادا کرنہٕ باپتھ آیہِ نوِ ترکیبہٕ گرنہٕ تہٕ اصطلاحہٕ استعمال کرنہٕ یِیمہٕ ستی لفظاوٕ ترس منز برابر ہُرہٕ رسیدان رُود۔ یِتھے پاٹھی آو ضرورژ پیش نظر آو مختلف سیاسی، سماجی تہٕ اقتصادی اصطلاحن تہٕ کاشُر رُوپ دِنہٕ تہٕ قبول عام بخشنہٕ خاطرٕ وٕتھ شیرنہٕ۔ اَتھ منز سیٚز ضرور کیٚہہ ویچھ کنِتھ تہٕ مگر کام کران چھ یِمی چیز سیدان۔ یانٕہ پاٹھرس اَتھ رُوٹ کرنہٕ باپتھ آے پاٹھر نشر کرنہٕ، سو رنے تہٕ ڈول واین والی رُودی پروگرامن منز برابر حصہ نوان۔

شری پروگرام متواتر نشر کرنہٕ کِنی سپد شری ادلس منز تہٕ اضافہٕ۔ تہٕ اضافہ چھُ ہاوُن یاوُن لایق مگر گو چھلہٕ وُگرِ۔ یِتھے پاٹھی رُودی کاشرین اَتھ کامن ہُند حوالہ تقریر تہٕ دستاویزی پروگرام تہٕ پیش سپدان تہٕ کاڑی گرن ہندی مسلہٕ گاشر اونہٕ یوان۔ ریڈیو یتھ پیمانس پیٹھ کاشرس کلچرس ٹریٹر کران رُود سُہ چھُ ہاوُن یاوُن لایق کامیابی ہُند راز آسی تِم کارکن یِم گوڈ کالس منز اَتھ ستی وابستہ سپدی، تِم آسی نیٚبرِ ہیٚچھتھ آمتی، تِمن اَس کاشر کلچرچ ژِنی زان یِیمہٕ کِنی پروگرام ترتیب دِنس منز تِموینُن تجربہ تہٕ ینِنی زان وتہٕ ہاوکھ بناو۔ تِم آسی نہٕ صرف ملازمِ بلکہ اَس ریڈیوہس منز کام کرِہٕنی تھندٕ مِشن مٕے چھ ریڈیو ہک سُہ دور تہٕ نظر تَل یِیلہٕ پروگرام ریکارڈ کرنک کانٛہہ بندوبست اوس نہٕ۔ مگر تمہٕ وقتہٕ تہٕ آسی اَمکی چلاوُن واجی پنُن آرام ترأوتھ پروگرامس گوڈنچ انواری دِوان۔ ریڈیو کشمیر کین پروگرامن ہُند معیار اوس سٔہا جان تہٕ اَتھ منز اوس کام کرن والین ہُند

خونِ جگر شامل۔ سرکارکس اَتھس منز آسنہٕ تہٕ آسنہٕ کارکُن ریڈیوہس منز کام کرنہٕ سرکٲری ذِمہٕ دٲری زانان تمن اوس کیاہ تام وَسہٕ اَوے تہٕ اوس معیار ڈٲنجہٕ۔ مے چھِ "میانِ زندگی میون کار" تہٕ "محفل" ہی ریڈیو پروگرام اَز تہٕ ذہنس منز گتہٕ گیور کران۔ یِم پروگرام ہر گاہ اَز تہٕ قلمبند سپدن کشیرِ ہُنٛد تہذیبی تواریخ مرتب کرنس منز سپدِ داریاہ اَتھہٕ روٚٹ۔

ریڈیوہن کوٚر واریاہ یہِ ما چھےٚ چھاہ کٲم زِ ہیچہِ کھار آسہِ ہرؤنہہ کنہِ۔ سوٚرے گوہوہس منز تہٕ نوٚپے چھےٚ دیان زِ اَز یہِ چھےٚ تی اوس دوہے تمن چھےٚنہٕ یاد زِ یمو فرہاد ویل تُرٹھہِ یہِ کول گنڈ تمن کیا چھ گُذریوٚمُت۔

ریڈیو روٚد دِتھ مین ینشر ہَن وری ہن اکھ موٚثر کلچرل ادارٕ کنہِ کٲم کران تہٕ اَزِچ کٲم روز تحریکہٕ دِوان تہٕ نوہن سرحدن کُن اشارٕ کران۔ ریڈیوہن دِتی فنکارن عزت تہٕ ولقار۔ کاشُر زبٲنی کاسن تمہٕ ساری ینے ژھایہِ۔ یمو کنہِ اَکس باوٕ زبلس بیٹھ شک اوس یوان کرنہٕ۔ لوکن منز ینہِ کلچرک احساس وۄتلاونس منز کوٚرُن مقدور موجوٗب ینن رول ادا اماپوٚز شہ واد سپدنہٕ پوٚرہ یمہِ کنہِ اَزِچ ترٛیٛم چینل قٲیم سپدنس متلق وننہٕ اوس آمُت۔ ترٛیٛم چینل چالو سپدنہٕ سپدِ ہے سرگرمین ہُنٛد داریاہ کُشادٕ۔ امہِ ہر یمانہٕ روز بیا کھ یہِ گی کمزور ٹرانسمٹر آسنہٕ یوسہٕ اَکھ پروگرام تمام کاشُر بوزن والین تام واتنہٕ چھےٚنہٕ دِوان۔ ذِمہ دٲری چھےٚ بہر حال سرکارِچ تہٕ وۄنی پزِ سارِ بھارتی بوردِچ۔

ٹیلی وِجن آو وارِیاہ یِیہٕ بارسَس، ریڈیوہَس مُقابلہٕ چھُ ٹیلی وِجن زیادٕ زوردار میڈیم۔ یہِ زوردار ادارٕ چلاونہٕ باپتھ آیہِ کام کرن والین ہنٛز ہِشرٕی اکثر نوکری فراہم کرنہِ بُنیادِ پیٹھ کرنہٕ۔ ادارس منٛز یِمَن لوکن نوکری دِنہٕ آیہِ تِموٗ اَندرٕ آسی اکثر ناتجرُبہٕ کار تہٕ کأشُر کلچرٕ تہٕ تواریخ اُکھ لۄکُٹ ژھےٚ زان۔ تِمو دِیُت تیکنکی عملِکِن ژۄرٕ دِیان مگر بنیادی ضرورژَن کُن دِیُتکھ لۄکٕٹ ژھےٚ توجہ۔ کأشُر کلچر کأشرادَبس تہٕ برونٛہہ پکناوَنس آیہٕ نہٕ ترجیح دِنہٕ۔ ادارس منٛز رُود ژۄرٕ دِیان روٗپیہٕ زینٛنَس تہٕ خرچاونس کُن۔ ٹیلی وِجن پروگرامن رُود مێٚنٛز سِتی کہے واٹھ۔ فلمی باتھ، فلمہٕ تہٕ اَمہِ قسمکی پروگرام رُودی سرس تہٕ باقی پروگرام رُودی ییتھ پیتھ۔ اکھ کتھ چھےٚ ضرور زِ ٹیلی وِجن کٔرۍ وارِیاہ تِتھی ڈراما پیش یِمَن قبولِ عام حأصِل سُپد۔ یِتھے پأٹھۍ آے گوڈٕ گوڈٕ برگِ سبز، تارکھ مال، سونٛزل تہٕ کأشُر ہیٚچھناونکی پروگرام ہاونہٕ یِم سیٹھا کارگر آسی مگر پتہٕ رۄزنہٕ یِمن پروگرامَن سۄ شوٗب۔ بأنٛدِ پأٹھۍ طرزس پیٹھ پروگرام آے شروع کرنہٕ مگر پیشہ وَر بانڈن آونہٕ یِتھی پروگرام پیش کرنُک موقعہٕ دِنہٕ۔ یار برادری رۄز پروگرام باگرٕ، بابنٛدِ اصوٗل تہٕ رنٛگارنٛگی تہٕ ژُرژرکتہِ اوس اَتھ صورتس منٛز ممکن۔ بُتراتھ پروگرام آو تیۄت خشک بناونہٕ یاسان اوس زِ کأشرِ ہِن گامَن منٛز نہٕ چھُ کانٛہہ وُدان تہٕ نہٕ اَسان۔ صرف چھِ لۄکھ راتس دہَس زینٛنَس چھپہِ لگیٚ متی۔

ٹیلی وِجن چھُ موجودٕ دورُک سارِوٕے کھوتہٕ طاقتور ہتھیار مگر

تیّلی ییلہِ یہِ ہتھیار مناسب مقصدہٕ خاطرٕ استعمال سپدِ تلوارِ چھےٚ انسانس بچاو تہٕ تہٕ موت تہِ۔ انسانی تہٕ اخلاقی قدرن بحال کرنس منز چھُ ٹیلی وژن سحر کار رول ہکان ناوِتھ مگر یہ سحر زانن وول گژھہِ آسُن۔

ریڈیوہکی پاٹھی ہیوک نہٕ ٹیلی وژن کانْہہ رلوایتھ قایم کرِتھ سَنہٕ تفریح فراہم کرنُک کُونُن بندوبست۔ ٹیلی وژنن کرِ سپدٕ کم تھ پروگرام ہیش پیوستہٕ وُہ ندٕ ناگرادن ڈُنہٕ لگہِ ہے۔ یُتھ تتھ ادارس چھےٚ پننِ رسکہٕ بینہاونس منز ٹھونٹھ لوان یتھ گوڈٕ انفرادی اڈٕ کچھری تہٕ ان ہنٛہمیر لوکھ باگرِ ین۔ ادارٕ آسن تن کاتیاہ تہٕ عظیم لوٚتام نہٕ تتھ چلاون والی لُوہ خیتہٕ کار آسن لوٚتام چھُنہٕ ادارن اعتبار ہُران۔ تہذیبی ادارن ہُنز شُوب چھُنہٕ صرف ساز و سامان بلکہ ادارٕ چلاون والین ہُند حوصلہ تہٕ تگُن آسان۔

●

ناجی منورؔ

# کأشرِ زبٲنۍ تہٕ ادبس اندر تحقیق

(۱۹۴۷ء ——— ۱۹۹۷ء)

ساسہٕ واد وری پرانہٕ کأشرِ زبٲنۍ ہُندِ تحریری ادب ۱۹۴۷ء تام اَسہِ نِش ووت ژُہ اوس سیٹھاہ مُختصر تہٕ محدُود۔ کینہہ برائے نام نثری کِتابہٕ آسہٕ چھاپ گمژِمن مِنز عیسأیے مشنری ہِنز انجیل مقدس تہٕ تورات مقدس کینہہ کینژن حصن ہندی ترجمہٕ آسی۔ اکھ زٕ ڈراماہ تہٕ کینژن لکہٕ دلیلن ہِندِ رومن خطس مِنز تحریر تہٕ تِمن ہُند انگریزی ترجمہٕ۔ شارِ ادب اوس شُہلن ستن ہتن وَرین پیٹھ پھیلِتھ آسنہٕ باوجود تہٕ سیٹھاہ کم چھاپ سپدمُت۔ شاعرن ہُند کلام اوس گیونہٕ خٲطرٕ شراصفی واقن پیٹھ چھاپ سپدان، اَمہِ علاوٕ آسہٕ لولہ مثنوی یہِ کینہہ تہٕ کرٕژ تام جنگ نامہ داستان گوہن ہندِ خاطرٕ کتاب فروشن ہندین دُکانن پیٹھ دستیاب آسان۔ عام کأشرِ پرن والِ سندِ خاطرٕ اوس یس میٹے اَدبی سامانہٕ میسر تہٕ باقی یہِ اوس تہٕ اوس کینژن علمی گرن ہنزن الماریَن منز قلمی نُسخن ہندس صورتس مِنز موجوُد۔ یُس دوہہ پیٹھ دوہہ ضایہ چھُ سپدان روزان، اَمہِ علاوٕ یُس تہٕ تحقیق کأشرِ زبٲنۍ تہٕ شاعری پیٹھ سر جارج گریرسن تہٕ باقے یوٗرپی سکالرو کوٚرمُت اوس، سُہ اوس دوٚپر زبٲنۍ مَنزٕ موجود۔

۱۹۴۷ء مِنز یُتھے برصغیر ہند و پاک غلامی ہندِ زولانہ نِش آزاد گو، یتہِ کینہہ سیاسی، سماجی، اِقتصادی تہٕ ثقافتی پأٹھۍ لوگ بریٚھ پرُن تہٕ اَتھی ستۍ گو کأشرِ زبٲنۍ ہُند بخت تہٕ بیدار تہٕ یہِ زبان آیہ ہندوستانچن شُرہن زبانن ستۍ اکھ اہم علاقٲئی زبان تسلیم کرنہٕ۔ مگر یُتھے کأشر زبان ہندوستان کِس اٹھمس شیڈولس مَنز درج گژھتھ واتش کرڈن واجبی آسُس

ژھ ہیکہ ہے ڈیتھ یانے ووونی سو پیٹھ یتھ کڈِتھ ڈکھ اکھ تیمتھ تلہٕ شانو چھ امہ نیو ترتن دو
عبدالاحد آزاد اکھ پرُمغز تحقیق کار تہٕ اکھ نندٕبون شاعیر گو کو وقتہٕ جانہٕ مرگ۔ ۱۹۴۸ء منز
ییمی پننہٕ لوکچہِ واٗنسہِ منزے خبر کاٹتہٕ ہن وٕڑی ین پنُن خون جگر زاٗلتھ کاشرِ ادبی تواریخک
ییٚنز ووٚتُن تیار اوس کوٚرمُت مگر ژھ درتن دِتُس نہٕ امیک وشنیر چھاونہٕ تہٕ امہ پتہٕ دوہ یہٕ
ترینیہٕ ڈیہری گو مہجور صاٗبس تہٕ جنّت نقیب۔ ۱۹۵۲ء منز یُس اکھ عوامی شاعیر آسنس
ستی کشیر ہندِ تواریخُک تہٕ زبانٕ ہند نبض شناس اوس۔ خاطر عوامی حکومت بننہٕ نس ستہ
دوٚتھ کاشرِ زبانٕ ہند پرسان تہٕ۔ کاشرِ س آو اکھ باضابطہٕ رسم الخط دِنہٕ تہٕ یہٕ آیہٕ سکولن منز
تالیمہ ہند ذریہ بناونہٕ۔

سرکاری طور کاشر زبان تسلیم کرنس ستی گے کاشرِ زبانٕ ہندی لِکھاری تہٕ خاطر خواہ
تہٕ یکجا تہٕ کشمیر کلچرل فرنٹ آو وجودس منز۔ امہِ فرنٹکین اغراض و مقاصدن ہند باوٕ
یوٚدوے واراہ کُشادٕ اوس مگر کاشرِ زبانٕ تہٕ ادبچ بازیافت بنیو امہِ فرنٹُک بنیادی مقصد۔
کونگ پوش ماہنامہِ آو بارسس تہٕ ادب تخلیق سپدنس ستی ستی ہیوتُن سانین قلم کارن منز
تحقیقُک شوق تہٕ پادٕ سپدُن۔ کاشرِ پاٹھی دراو گوڈنیک مضمون "کاشر شاعری ہند گوڈکال"
پرتھوی ناتھ پُشپ سند قلمہٕ اتھی رِسالس منز۔ یوٚدوے اتھ مضمونس منز کانہہ نوو تحقیقی پرزر
اوس نہٕ مگر پتہٕ نِس ادبی یتھ کالس پیٹھ یوز شوز کرنُک تہٕ تمہ سنہٕ ہنگ دس دوٚتھ امی
مضمونہٕ ستی۔ کاشرِس لکہ ادبس پیٹھ یوٚدوے انگریز قلم کارو واراہ کینہ بروٚنہہ تہٕ لیوکھمُت
اوس خاص کر آرل سٹاین سنز جاتمز ٹیلز بیتر مگر کاشرِ پاٹھی چھپیو اتھی رِسالس یانے
"کونگ پوشس" منز دینا ناتھ نادم سند مضمون "سون گنڈُن در دکُن" عنوانس تحت یتھ منز
کاشرِن شرِن ہندس لکہ ادبس تفصیلی سام چھپے ہنہٕ آہش۔ کونگ پوش رِسالہٕ نیرنس ستی
دراو بیا کھ رسالہ "گُل ریز" یُس جناب مرزا عارف تہٕ مرحوم محی الدین حاجنی سنزن ذاتی

کوٗشش ہُند نتیجہ اوس تہٕ اَمیک دوٚیِم دور گو ۱۹۶۰ء منز شروع یتھ غارف صابُن ستۍ غُلام نبی خیال تہِ اوس۔ یِمن رِسالن منز یودوے کاشرِس اَدبس تہٕ زبانۍ پیٹھ وسیع تحقیقاتی کام آیہِ نہٕ کرنہٕ مگر اکھ تیتھ اَدبی ماحول سپد پاٚد۔ یتھ منز کاشُر قلم کار یتہٕ نس پیٹھ کانٛسہ مُتلق سوچنس مجبور سپد تہٕ سُہ لوٗگ اکھ زبانۍ تہٕ اَمہِ کِس شاندار یتھ کانٛس پیٹھ سنہٕ سوچنہٕ یتھ منز سُہ از کالہِ پننہِ وٚندرچ باوتھ اوس کران۔

اگست ۱۹۵۳ء کہِ واقہٕ ستۍ بیٚیہٕ کشیر منز سیاسی تہٕ سماجی زِندگی منز افراتفری تہٕ گھری پاٚد گے۔ تتہِ آو کاشرِ زبانۍ تہٕ زبردس دُلتہٕ زِ سکولو منز آیہِ یہِ زبان خارِج کرنہٕ تہٕ اَمیک لِپۍ رسم الخط مُقرر سپد مُت اوس سُہ آو منسوخ کرنہٕ بیٚیہِ زن یہِ رسم الخط تمہِ وقتکی پرٛی مِتی لیکھہِ مِتی طبقن قبوٗل کوٚر مُت اوس۔ اَمہِ دُلتہٕ ستۍ یُس نوقصان کاشرِ زبانۍ تہٕ اَدبس وٚدت تمیک اِزالہٕ گو ۱۹۵۸ء منز یوٗتہٕ بیٚیہِ رِیاستی کلچرل اکادمی وُجوٗدس منز آیہِ۔ کلچرل اکادمی یوس اَہم کام گوڈنیتھے درِ دس نیہِ سو اُس کاشُر یتھ کال بَرِ کٕڈنچ یانے کاشرِ زبانۍ ہندِ ین یتھ کال کین اَہم شاعِرن ہنزِ زِندگی تہٕ کارنامن پیٹھ آیہِ کتابچہ لیکھناونہٕ۔ یِمن منز شاعرن ہنزِ زِندگیہِ تہٕ تہندِ ین کارنامن مُتلق اُردو پاٹھۍ مضموٗن آسی گوڈٕ تہٕ پتہٕ شاعری ہُند انتخاب۔ یِمن شاعرن پیٹھ یِم کتابچہِ لیکھنہٕ آیہِ تِمن منز آسی پنڈت پرمانند، وہاب پرے، رُسل میر، حبہ خاتوٗن، عبدالاحد نادم تہٕ شمس فقیر تہٕ دوٚیمِس دورس منز آیہِ لل دیڈ، محموٗد گامی لکھمن جو بُلبُل ستۍ ہنزِ زِندگی تہٕ کلامُک اِنتخاب شایع کرنہٕ۔ یِم کتابہٕ بازرس منز نیرنہٕ ستۍ آو بوڈ فایدہ یہِ زِ کاشرِ تحقیق کارن گو ییٚنہٕ ین یتھ کالہٕ کین باگہٕ بٔرتھن شاعرن ہنزِ زِندگی تہٕ تہندِ ین کارنامن مُتلق پیٚزرن ہُند تلاش تہٕ تحقیق کرنہٕ چہ کامہِ گٔژھ۔

کلچرل اکادمی نِو ییٚنہٕ نس وُجوٗدس منز ییٚنس ستۍ اکھ سارِ دے کھوتہٕ بوڈ تحقیقی

پردجیکٹ دٕرِ دٕس یلہٕ نے اُمی اِدارن کوٗر مرحوم عبدالاحد آزادنہِ وآرِث دٕرن نِش سُہ مُسودہ حاصِل یُس کاشرِ زبانیٚ تہٕ ادبُک تواریخُک گوڈنیُک پڑاو ثابت سپد۔ "کشمیری زبان اور شاعری" کتاب آیہِ ترٛیَن جِلدن منز شایع کرنہٕ۔ اُردو زبانیٚ منز لیکھنہٕ یِنہٕ باوجود چھےٚ یہِ کِتاب کاشرِ زبانیٚ ہندِس تحقیقس تہٕ تنقیدس پیٹھ گوڈنچ کِتاب یوس پوٚزِ شین ہتین ڈٕریِن ہندِس شاعرٕ اَدیبس اِحاطہٕ چھےٚ کرِتھ۔ اَتھ کتابہِ منز چھُ گوڈنچہِ پھِرِ کاشرِس شاعرٕ اَدیبس پیٹھ تنقیدی تہٕ تحقیقی بحث کھُلہٕ ڈُلہٕ پاٹھۍ کرنہٕ آمُت۔ آزادن یمن ورقن پیٹھ کاشرِ شاعری ہنزن خصوصیژن تہٕ نزاکتن پیٹھ قلم چھُ تُلمُت تِم آیہِ اَلگ پاٹھۍ گوڈنِکِس جِلدس منز شایع کرنہٕ۔ "کشمیری زبان اور شاعری" ہُند دۆیِم تہٕ ترٛیِم حصہٕ پرٛتھ چھُ نَنان زِ اگر آزادس پننہِ زندگیہِ یاوری آسہٕ ہے کرِتھ تِمی آسہٕ ہے کاشرِ ادبُک مکمل تواریخ لازِمن تیار کورمُت۔ یوٚدوے اَتھ کتابہِ منز داریاہن شاعرن ہنزِ زندگی تہٕ کارنامن پیٹھ قلم تُلنہٕ آمُت تو تہٕ چھےٚ کاشرِ خاطرٕ یہِ اَکھ اَہم اَدبی دستاویز ژ اہمیت تھاوان۔

"کشمیری زبان اور شاعری" ہیوٚہ تحقیقی کارنامہٕ برونہہ کُن یِتھ ہیوٚتُن اَکِس اَکِس قابلِ قدر شاعرس متعلق تحقیق کرنُک دَس ودٕتھن۔ ہیوٚن بیوٚن تحقیق کارٕ لگۍ پننِس پننِس محبوب شاعرٕ سُند کلام جمع کرنہٕ تہٕ تِہنز زِندگی ہندۍ تِم گوشہٕ نٔنۍ کڈنہٕ یِمن پیٹھ نہٕ زاہ تہٕ پیوٚمُت اوس۔ اَسی کرو یِتھ شایہ اَکِس اَکِس شاعرس متعلق غور زِ تِہنز زِندگی تہٕ کلامٕکۍ کم پہلو چھِ نٔنۍ درامتۍ تہٕ ڈُنہٕ کیاہ کیاہ چھُ یِنہٕ والین تحقیق کارن ہندِ خاطرٕ یِتھ کُن کرُن گژھتھ باقے۔

لل دید تہٕ تِمس برونہہ شاعری متعلق سون تحقیق چھُنہٕ وُنِستام اَکھ قدم تہٕ برونہہ ہیوٚکمُت پیٹھ۔ سر جارج گریرسن تہٕ مکند رام شاستری ین یہِ کینژھا شتی کٔنِٹھس تہٕ تَس سٕنز شاعری

پیٹھ لیوٗکھمُت چھُ تمہِ علاوٕ چھِنہٕ کانٛہہ کتھ نوٕ سَرِ دریافت سپنٕز مُتٕر۔ شتی کنٹھی شاعری" مہاتے پرکاش" چھ ۱۹۱۸ء منٛز ریسرچ محکمہ طرفہ شایع آمٕتٕ کرنہٕ۔ فرو رتھ اوس یمہِ کتھِ ہُند زلل ڈیلہ برونٛہہ یہ کینٛژھا کاشُر شاعری ہُند مواد میسر گژھنک اِمکان آسہٕ ہے تہٕ پیٖیہٕ ہے باز یاف کرِتھ سِرکھیرٕ کرنہٕ تہٕ اَزکیو تقاضو مُطابق چھاپ کرنہٕ مگر اَمہ کامہِ خاطر گژھن تمہِ کینہٕ عالم آسٕنہِ یِم تمہِ دَقتہٕ کین شاردا خطس منٛز لیکھنہٕ آمتین نُسخن ستۍ ٹھہ ہیکن۔ لل ڈیدِ ہُند کلام یَدِ کَڈنس منٛز تہٕ چھنہٕ اُسی گریرسنس تہٕ مکند رام شاستری سٕنٛز کامہِ کانٛہہ ہرہ ہیکہٕ متی کرِتھ تہٕ چھ اَز تہٕ اُسی کران یمہ غلطی تموکرِ ہٕ چھ یا نے لل ڈیدِ ہندس کلامس ستی دۄیمین شاعرن ہُند کلامہِ درج کرن۔ کلچرل اکادمی لیُس کلام لل ڈیدِ ہُند شایع کوٚر تمیُک بُنیاد چھ یمنے دۄن ہندس تحقیقس پیٹھ ڈٕرِتھ۔ ریشی نامَن تہٕ نورنامَن منٛز یُس کلام لل ڈیدِ ہُند نُندریشی نسن کلامس تِر لوٚر لیکھنہٕ چھُ آمُت تمہ چھنہٕ وِنسام تہٕ لوٚرِ پاٹھۍ اُسی ستٕھ ہیکہٕ متی۔ خاص کرِتھ شُرکہ تہٕ واکھ یِم دۄشونی عظیم گونہٕ ماتن منٛز مشترک چھ۔

حضرت شیخ العالمؒ ہُند کلام آدِ گوٚڈنچہ وِزِ شایاں شان طریقہ امین کامل صابنہٕ دستہ کلچرل اکادمی ہندِ طرفہ ۱۹۶۵ء منٛز چھاپ کرنہٕ۔ "نورنامہٕ" ناوی اُتھ سوٚمبرنہٕ منٛز اوس نہٕ یہ دعوا آمُت کرنہٕ زِ یہ چھُ شیخ العالمؒ ہنٛز کلامُک "کُلیات"۔ اَتھ منٛز اُسی صرف ڈلے ہتھ ژٕمُہری شُرکہ دِنہٕ آمتی یِلہِ زَن اَمہ طریقہ کلام شیخ العالمؒ چھاپنہٕ ستی یہ ساس زٕ ساس شُرکین نام نشہٕ دأنتھ ہیکہ۔ امین کامل صاب چھ "نورنامہٕ" کِس دیباچس منٛز وَنان زِ "داہ پنداہ شُرکی یِم اَکہِ لٹہ کمی تام اَمہِ اندرٕ کَڈی، تِمنے رُودِ پتہ ساری اللہ کھوٚل کران تہٕ مزید اَتھ پیٹھ کام کرنک کوٚرنہٕ کانٛسہِ تہٕ تکلیف برداشت"، مگر کتھ چھ کامل صابنِس بیانس برعکس کاشُر قوم چھُ کلام شیخس گوڈ پیٹھے سینس منٛز جلے دِوان رُودمُت۔ وۄں گو تہنز یہِ کتھ چھے بلکل دُرس زِ کاشرس پنُن رسم الخط

نہ آسہٕ کنٛہ اُدس یہ کلام یرٚن سیٹھاہ مُشکل بنیو مُت۔ نوٚرُاس منٛز درج یہ کتھ تہٕ چھےٚ دُرس زِ "حضرت شیخ العالمؒ چھ ریشی سِلسِلہ قائم کراں" ییٚلہ زَن تم پانہٕ تہٕ پتہٕ مین ریشن ہُند ذکر چھ کراں تہٕ پننہِ زمانہٕ کین ریشن تِہنٛزِ پاٹھی کیٛٹھ چھ کڈان ییٚتھ پاٹھی تم بنٛنِ زمانہٕ کین ملن خلاف تبغاوتٕچ علم چھ لہراواں۔ کلامِ شیخس ییٚلہ ستنتہ یہین نظر چھ یوان دِنہٕ اکھ سلسلہ وار نظم یا زیوٗ کھ شرک چھ بروٚنہہ کُن یوان ییٚتھ اُسی ریشی نامہ ہکوٚ دُنتھ۔

امین کامِل صاحب نہ ریشی نامہ پتہٕ چھُ موتی لال ساقی کلیاتِ شیخ العالمؒ ترتیب دِوان۔ یہ کلیات چھ ۷۹۔۱۹۸۰ء منٛزمَتہٕ دقتہٕ بروٚنہہ کُن یوان ییٚلہِ کشیر منٛز حضرت شیخنِ ہندِس شیٛمِہ زاوری ہُک جشن چھُ مناونہٕ آمت آسان تہٕ تِہنٛزِ زِندگی تہٕ کلامکی۔ وارا پہلو چھ گِنادنہٕ آمتی آسان، یوٚت کرِتھ تہٕ ییٚلہِ کلیاتِ شیخ العالمس پیٹھ ستنتہ یہین نظر چھ یوان ترادنہٕ ساٹی توقہٕ چھ چھلہِ چھانگرِ گژھان۔ کُلیاتِ شیخ العالمک حجم برٛادنہٕ خاطرچھُ تہٕ سوٗے کینہہ اتھ منٛز برنہٕ آمُت یہ بجھ پنٛوکھ، مثلن شیخ العالمس تہٕ تِہندِ ین ہم کالن یانے تِہنٛزِ ماجہ، آتشنہ تہٕ زاٹن تہٕ دوستن ستی یوس کتھ باتھ شرکین ہندس صورتس منٛز وجوٗدس منٛز آمژ چھے سو نہٕ چھے اُکھتھ ماکِھتھ ژٕنہٕ واٹھ کرِتھ بیٛون بیٛون جاین کلیاتس منٛز درج سپزٕ مژ ییٚلہِ زَن دوٚنٛی سارِی کاشری قلم کار کہو محقق یہ کتھ مانان چھ زِ یم مکالمہ چھِ پتہٕ لیکھنہٕ آمتی ییٚتھ کنٛہ وارا ہن قومن ہندس لکہٕ ادبس منٛز پنہٕ نین ہیرٕ دِہن ہندس ینٛزٕتس منٛز ژھ شاعری موجوٗد چھ آسان۔ اگر یم مکالہ دار شرکی کلام شیخ مانہٕ نی اُسی تیلہِ گژھی یم الگ پاٹھی سالم صورتس منٛز دِنہٕ ییٚنہٕ۔ اَسہِ چھ یم مکالماتی شرکی ساہتہٕ اکادمی ہندِس میڈول انڈین لٹریچرکس کاشرِس حِقص منٛز ترجمہ کرِتھ دِتی متی۔[1]

کُلیاتِ شیخ العالمس چھُ اکثر شرکین ہندمتن تہٕ غلط پاٹھی دِنہٕ آمُت یانے ترتیب کارن چھُ شرکین سمجنس منٛز واراہ سہل انگاری تہٕ تِن آسانی یہ کامہٕ شیرِمژٕ۔ ییٚتھ جایہ کرد اُسی صرف

[1] صفحہ

کینژن ہنز نشان دِہی۔ "ین نو گوژھے رَنے گئے" بجایہ گوژھ لیکھنہ میین "اڈن نو کھوژانہ گئے"، "یم اندشو د ورشنہ کلی بجائے گوژھ "یم اندرٕ شیوٕ درشنہ گلی" تہٕ "تام زٕو تسکھ تہٕ آسکھ مُوے" بجائے گوژھ "تام زُو ہسو کھت آسکھ مو" لیکھت آسَن تہٕ یژھہٕ لاپرواہی ہنز مِثالہٕ چھے گنتیہ درینٹھی گژھان۔ حد چھ یہ زِ کُلیات شیخ العالمک مو چر ہرادنہ خاطرٕ چھ واریاہ شُرکی ددن دِن جاین دِنہٕ آمتی یم نہ ہام پرن والِس اُتھی ین۔

شیخ العالم سندین شُرکین ستی چھا تِمہ وقتہٕ کین باقی گونہ مات رِیشن ہند کلام رَل گومُت، چھ اکھ تیتھ سوال یمیک جواب ژھانڈُن فِل حال کافی مُشکل چھ۔ مگر کینہہ شُرکیم یہٕ کُنہٕ صورتہٕ حضرت شیخ سندی آسنٕ گژھن تہٕ چھ کُلیات شیخ العالمؒ منز درج کرنہٕ آمتی۔ مِثالے فی تون یہ شُرکے

| | |
|---|---|
| اَتھن ہاہیتھ دُکھن ہیپتن | کنن لگان لُشُن وادٕ |
| اُسی تتہ ڈرائلے پننہ دِلشن | دلیوٕ کُنہ تیر ہے رِلیش ناد |
| یتہ اسہٕ کھٹیو تتہ کرٕ تیتشن | رِلیشن کیا تاں ڈلیشن آو |

یہ شُرک چھ یانہٕ تہٕ دٕنان زِ یہ چھہ کشیرٕ منز بلکہ کُنہٕ ہنزٕ جایہ لیکھنہٕ آمُت۔ تہٕ رِلیشی نامن منز چھ دَرج یِیلہٕ بادشاہ زین العابدین زینہٕ شاہ صابس یہیتھٕ ژھ گوٗ تہٕ تمن دِتُن کشیرٕ منز نیرنک حکم تہٕ تِم واتی لداخ تتہ اڈن ہکھ اکھ مودٕ شہزادٕ زندٕ کرنہٕ بایتھ تہٕ تہٕ گیٖ کارَس منز چھ پنہٕ نین ستی باجن گُن لیھیٖ شُرک وٕنان۔ ییتھٕ کُنی چھ اُمین کامل صابٕ یہ کتھ دُنہ تہٕ بل گل بجایوس تمو نورنامہ کس دیباچس منز لیچھہٕ چھے ــــ

> "......حضرت شیخ العالمؒ سٕنز زندگی تہٕ کلامس ہیتھ تحقیق کرنچ چھے سیٹھاہ فِرد رتھ، یوسہ صبرٕ محنتھ تہٕ شوٗدمن چھے منگان۔ شودِ منو ورائے ہیکہ نہ کانہہ کام صحی نتیجس واتِتھ۔"

---

ع۱ اُسہٕ چھ یم مکالماتی شُرکی ساہتہ اکادمی ہندِس میڈدل انڈین لٹریچر کس کاشرس حصّس منز ترجمہ کرتھ دِتی مِتی۔

کلچرل اکادمی ہنٛدِ ذری یہِ کاشرِس شارد ادبہٕ کِس تحقیقس تہٕ ترتیبس دٕس وٕدتھٕنہٕ ستی کاشرِ قلم کار تہٕ تحقیقس ستی دِل چسپی تھاوَن واُلۍ ذاتی طور تہٕ تحقیق چین کامہِ پیٹھ اَوٕ قلم تُلنہٕ۔ شیرازٕ رسالہٕ تہٕ سون اَدب سالانہٕ اَدبی سومبرن منز آیہٕ وٕرٕ وٕرِ تحقیقی مقالہ اَسہِ برونٛہہ کُن۔ یِموٕ ستی دٕہہ پٕنٛہ دٕہہ کاشرِ زبانٕ تہٕ اَدبکۍ گِنٛٹ گوشہٕ گاشدار بنان گے۔

اَتھی سِلسِلس منز چھاپ اوتار کرشن رہبرن کاشرِ اَدبچ تاریخ یوس صرف کاشرِ اَدبہٕ کِس گوڈٕ کالس تام محدود آس۔ مگر رہبر صابُن چھِ اَتھ تواریخس منز تفصیلن منز تیتھ پاٹھۍ مینہٕ آمتۍ زِ کانٛہہ ٹاکار کتھ چھِنہٕ برونٛہہ کُن یوان۔

کاشرِ سارۍ محقق چھِ یتھ کتھِ پیٹھ مُتفق زِ حضرت شیخ سُند کلام اوس تِہُنٛد اَکھ ستی پوج باباقطب الدین (کٔتی پنڈت) ستی ستی لیکھان تہٕ یہِ کتھ چھِ تیلی لازمی زِ تِہُنٛدِ ہٕ قلمی نُسخو پیٹھٕ چھِ کلام حضرت شیخ تہٕ تتھ ستی لِلہِ واکھ تہٕ نقل سپدان رٕدی میتی دٕہن گو آسہِ تام چھِنہِ تِم نسخہٕ واتھ ہیکۍ میتی یِم تِہُنٛد جنت نصیب گژھنہٕ پتہٕ اکِس دٕہن میتی دٕرِ ین لیکھنہٕ آسہٕ ہن یوان۔ ریشی نامن پیٹھ یُس کلام تحریر چھُ سپدمُت سُتہٕ آسہِ قلمی نُسخو پیٹھٕ نقل سپدان رٕدمُت مگر ناقص رسم الخط آسنہٕ کِنہٕ چھُنہٕ صحی صورتس منز موجود رٕدمُت۔ کاشرِ شعرِ ادبچ اَکے گوٚنہ مات چھےٚ سوٚیمی سُند کلام قلمی نُسخن منز لیکھتھ چھُنہٕ میلان تہٕ سوٚ چھےٚ حبہٕ خوتون ہٕ اَمی سِے گوٚنہ ماتہٕ ہُنٛد کلام چھُ کاشرِ عام لوکو سینس منز ژھرتھ برونٛہہ پکنومُت۔ یوٚدوے یہِ کتھ چھےٚ وننہٕ یوان زِ موسیقی ہنرِ قلمی بیاضن منز چھُ واریاہ کلام حبہٕ خوتونہِ ہُنٛد لیکھتھ مگر لیٚنا و آسنہٕ کِنہٕ ہیکو نہٕ اَسۍ اَتھ مُتلق کانٛہہ کتھ کرِتھ۔

آخرکار کوٚر کلچرل اکادمی ۱۹۹۵ء منز "کُلیات حبہٕ خوتون" شایع یُس امین کامل صابن ۱۹۵۲ء منز زبانی رِوایتہٕ موجب قلم بند اوس کوٚرمُت، اَسی رٕدی ۴۳ء پتہٕ کلام حبہٕ خوتونس

oral

اوٚرۍ یوٚر گیٚتھ کران ۔ منٛز رائے اَتھ پیٚٹھ مضمون تہٕ منٛزی آوٚ ریڈیو پیٚٹھ یہٕ کلام گیوٚنہٕ ۔ حبہ خوتونہٕ ہنٛز زندگی پیٚٹھ آیہ ڈراما تہٕ گنڈنہٕ تہٕ فلم تہٕ بناونہٕ ، یوت کرتھ تہٕ ہیٚکہٕ کلیات حبہ خوتونہٕ تہٕنز زندگی تہٕ کلامس پیٚٹھ کینٛہہ کرنچ بنیاد دِنہٕ ۔ کُلیات حبہ خاتونس منٛز چھُ ترتیب کارن سُہ کلام تہٕ شامل کوٚرمُت یُس گاہے اَکِس شاعرس کُن منسوب چھُ سپدمُت تہٕ گاہے بییس کُن ۔ تہٕ اَکِس شخصہٕ سندِس (قدیم صاٖب) ونہٕ نِس پیٚٹھ سُہ پیٚٹھہٕ پاٹھی حبہ خوتونہٕ ہُند مانُن چھُ ہنا کرڈٕ کٹھ ۔ اَمین کامل صاٖبن یوٚس کینٛہہ اڑنہٕ مالہٕ ہندس نہ آنٛکس پیٚٹھ تجمہٕ چھُ ، سو چھہٕ کانٛہہ وزن دارتہٕ تہٕ بحث طلب تہٕ ۔ اَتھ سِلسِلس پیٚٹھ چھُ ونہٕ ساٖنین تحقیق کارن واراہ کینٛہہ سرُن سوچُن ۔

حبہ خوتونہٕ پیٚٹھ محمود گامی یُس تام یعنی قریبن ۱۵۷۵ء پیٚٹھ ۱۷۷۵ء تام دوٚن ہتن ورین ہُند زمانہٕ اوس کاشرِس اَدبی تواریخس منٛز اوترٕ تام ژھوٚرُے تہٕ چھوٚتُے بوزنہٕ یوان ۔ اَتھ زمانس منٛز اوس نہ کانٛہہ قٲبلِ قدر شاعر یُس کاشُری پاٹھی لیکھہے ، بڈ کڈنہٕ آمُت ۔ ژکہ اوس یہ فارسی اَدبُک زمانہٕ ۔ فارسی اُس کشیرِ ہنٛز سرکاری زبان بنیمٕژ تہٕ ییٚنگی شاعر اُسی فارسی یُس منٛزے پننہٕ دِوانہٕ باوتھ کرِتھ شاہی دربارن منٛز رسوخ ییٚژھان حاصل کرُن ۔ یوٚدوے غنی کشمیری یا حبیب اللہ نوشہری دربارن تہٕ چھِنہٕ لاٗری اُسی متی ۔ عبدالاحد آزادن چھُ کشمیری زبان اور شاعری منٛز حبہ خوتونہٕ پتہٕ کینژن شاعرن ہُند ذِکر کوٚرمُت مگر تِمس چھِنہٕ اَمہ زمانہٕ کین شاعرن ہنٛز کاشر شاعری پیٚٹھ پوٚر نظر تِتھہٕ پیٚٹھ ۔ تِمس اُسی نہٕ تِم وسیلہ دستیاب ، یِمو کِنہ سہ سارنے قلمی نسخن ہُند پے ہیٚکہ ہے لگاوِتھ تہٕ نہ کوٚر تِمس پننہٕ نہ زندگی وفا ۔

حبیب اللہ نوشہری تہٕ غنی کشمیری دوٚشوے اُسی باکمال تہٕ صاحبِ دیوان فارسی شاعر مگر تِموتہٕ چھِہ کاشرِچ اہمیت محسوس کرِتھ تہٕ منٛزی کاشری پاٹھی شعر ونی متی ۔ دوشونی ہُند کاشر کلام یوٚدوے ونہٕ سیٹھاہ قلیل چھُ اَتھ آمُت مگر کاشر شعر ادبہٕ کِس اِرتقاہس منٛز روزِ دوشونی ہنٛز اہمیت جاری ۔ غنی کشمیری سندِس فارسی کلامس منٛز کاشر اَکھ ترکیب

کرالہ پن ورتاوٕنس پیٹھ چھ یتہ پیٹھ ہورتام گنڈیوان تکنہٕ پیٹھ نہ سہ شار کُنہ قلمی نُسخن منز نظری چھ گژھان تہ وونی پیٹھ وارہ کاشری شعرا سہ نِس موجود چھ کونہ دِموکھ سیٹھاہ اہمیت۔ حبہ خوتونہ پتے یہن چھ اکھ سیٹھاہ اہم کاشر شاعر بدِ آمت کڈنہ تہ سہ چھ صاحب کول۔ یُس انداز موجب ۱۶۷٦ء منز یمہ عالمہ گذریومت چھ۔ صاحب کولنہ اکھ اہم نظم چھے کرشنہ لیلا یوس نہ وُنیستام مروجہ رسم الخط منز چھپنہ چھے آمژ۔ وومید چھے یہ طویل نظم رٹہِ کاشرس شعر و ادبس منز اہم مقام۔

محمود گامی یُس بروٚنہہ یمن شاعرن ہُند کلام نوم اچھ لیکھن واٚلی سندِ دُسی دریافت سیُد تم چھ سعد اللہ شاہ بادی۔ باباکمال، فاخر تہ میر عبداللہ بیہقی۔ یم ژوٚ شوے شاعر چھ پُرگو فارسی زبانٕ ہندی شاعر تہ مثلن سعد اللہ سعادت چھ مشہور مورخ آسنس ستی ستی اکھ نغز گو تہ نزاکت پسند فارسی شاعر مگر یُس کاشر غزل تہند قلمہ درامت چھُ سہ چھ کاشرِ غزلہ چہ عمارژہِ منز گوڈنچ مضبوط کنہٕ یتھ پیٹھ ازاکھ شاندار محل تیار چھُ گژھان۔

گاٚرن گری چھِی یار کرُس گرِ گرے گتھ

پانس نشے چھے جان دنِدس دم بہ دم لے دل

یمتے پاٹھی چھ باباکمال تہ فاخر سُند کلام تہ کاشرِس ادبی تواریخس منز تھکن لایق مقام تھاوان۔ دوشونی شاعرن پیٹھ چھ غلام نبی آتش صابن تحقیق تہ قابلِ قدر۔

کاشرس منز گوڈنیک مثنوی نگار شاعر سیُد دریافت میر عبداللہ بیہقی یمن ہُند کاشر کلامُک کُلیات شوقہ والین بروٚنہہ کُن عنقریب ییہ دِدل چھ۔ آزاد چھ کشمیری زبان اور شاعری منز پینژن فقط دون مذہبی تخلیقن ہند ذکر کران پیٹھ زن ییہند قلمہ

"قصۂ حضرت موسیٰ" "قصۂ سنگ تراش" "قصۂ شیخ صنعان" تہٕ بێیہ تہٕ داراہ لوکیچہ لوکیچہ مثنوٕیہ لیکھنہٕ چھےٚ آمژٕ۔ بێیون بێیون قلمی نُسخہ وُچھتھ چھُ نَنان زِ میر عبداللہ بیہقی ین چھنہٕ لوکیچہ لوکیچہ مثنوی یےٚ یوت تخلیق تہٕ ترجمہٕ کٔرِمٕژ بلکہ چھکھ نعت، مناجاتھ، وفات نامہٕ آنحضور صلی اللہ علیہ وسلم تہٕ کرامات فاطمہ زہرؓ تہٕ کاشرِ بن نظمن منز لیچھمٕژ۔ تم چھ ۱۷۹۸ء منز یمہ عالمہٕ گذرے متی۔ یہِ کنھ تہٕ سپٕز تحقیق زِ میر عبداللہ سندی فرزند میر خلیل تہٕ چھِ کاشرِ شاعر اُسی متی تہٕ تم چھ زُونیمہ بہٕ مالیُن سنگر لسان اُسی متی۔

میر عبداللہ بیہقی چھُ پنٕنہٕ نیو زنگار رنگ تخلیقو کنہٕ شہرگام سیٹھاہ مقبول رُودمت۔ تہندِ پنٕنہ قلمہٕ لیوکھمُت "قایدۃ الدعیٰ" فارسی مثنوی چھےٚ سالم حالتس منز محفوظ۔ تہندِ شاعری ہٕنز مقبولیتُک اثر آسہِ لازمن محمودنِس ابتدأیی کلامس پیٹھ پیوٚمُت تہِ یتھ کنٕ چھُ تمی تہٕ پنٕنہِ شاعری ہٕند ابتدا مذہبی شاعری سٟتی کوٚرمُت تہٕ عبداللہ بیہقی سٕنز کمز ور مثنوی "قصۂ شیخ صنعان" وُچھتھ آسہِ محمودن تہٕ پنٕنی مثنوی زور دار لفظن منز تحریر کٔرمٕژ۔ کلیات محمود گامی منز چھُ اَسہِ وُنمُت زِ یہِ مثنوی چھےٚ محمودن جوانی ہندِس زمانس منزٕ تحریر کٔرمٕژ تکیاز اَمکِ کینہٕ قلمی نُسخہ چھِ ۱۲۰۱ھ یانے ۱۷۸۶ء منز لیکھنہٕ آمتی۔

کُلیات محمود گامی یوس ۱۹۷۷ء منز ترتیب دِتھ چھےٚ میانہ یکھ کاشرِ ادبہٕ چہ تحقیقی عملہٕ منز اکھ بوٚڈ قدم۔ اَتھ کلیاتس منز کوٚرنہٕ اَسہِ یتے زِ کلاسکُک دُرس متن کوٚر تیار بلکہ آیہٕ تم داریاہ غزل، وژن، نظمہ تہٕ نعت چھاپس کھارنہٕ یم وُنہٕ قلمی پُرزن پیٹھےٚ کیمن ہٕند غذا بنان اُسی۔ اَکھتے آیہٕ تم کہنہ تخلیقہ تہٕ بَرکٕڈنہٕ یم محمود گامی تہٕ پنٕنہٕ نہٕ قلمہٕ موجود چھ۔ اَتھ کلیات کِس ترتیبس منزیُس اَتھ روٚٹ مرحوم محمد امین ابن مہجورن کوٚر تہ روزِ اَسہِ پھُرن لایق۔ تموتھاوِ پنٕنہِ کتب خانہٕ منز اَسہِ تم زٕ بیاض آیہِ یم کاشرِ ادبہٕ خاطرٕ انتہأیی موٚلیجہٕ آسہٕ تہٕ یم شاید دہ ذٕ نوٚہ دِلہٕ ہنزٕ آرکیولاجی آف انڈیا چہِ لائبیری منز چھےٚ۔ دوشونی

ہُند ذِکر چھُ محمد یوسف ٹینگ صاێبن تہٕ کُلیاتِ مقبول شاہ کرالہ وارِی کِس دیباچس منٛز کوٚرمُت مگر تِہند زبانٕی وَنُن چھُ زِ تِمو چھِنہٕ یِم ژٕ بیاضہٕ پانہٕ ژاہ وُچھمٕژ۔ یِمو منٛز چھ اَکھ بیاض بابا عبداللہ ٹینگہ پُن ۷۰-۱۲۶۸ھ منٛز ترتیب دِژمٕژ یتھ منٛز تِمہِ وَقتہٕ کِہن سارِنٕی اَہم تہٕ زندٕ شاعرن ہٕنز مثنوی تہٕ باقے کلام یکجا اوس آمُت کرنہٕ دوٚیِم بیاض اُس عزیز شاہ دِل سٕنٛز ترتیب دِژمٕژ یتھ منٛز تِمہٕ وَقتکۍ غزل کیو دوٚن سو میرا دِنہٕ اُسی آمٕتی۔ دۄشوٕنی بیاضن منٛز اوس مقبول کرالہ وارِی، ولی اللہ موٚت۔ ناظم تہٕ رسول میرنہٕ کلامہٕ علاوٕ مقبول امرتسری سُند کافی کلام تہٕ محفوظ کرنہٕ آمُت۔

قلمی نُسخن منٛز محمود گامی یُن کلام جمع کرنس سٟتۍ سٟتۍ گوٚو مقبول اَمرتسری سُند کافی کلام تہٕ یکجا یُس دُبسام اَوٕسیہ اَچھوپ روٗد زِ تَس سٕنٛز زندگی مُتلق گژھن کینہہ مزید کتھہٕ ننہٕ بیٛلہ زَن پروفیسر غلام محمد شاہ صاێبُن دعوا چھُ زِ مقبول اَمرتسری سُند کلام علاوٕ چھُ تِمو تِہنٛز زندگی مُتلق کافی مواد بہم کوٚرمُت۔ شاہ صاێبن یِمہٕ محمود گامیٔ سٕنٛز نایاب شاعری ہُند پانس نِش آسنُک ذِکر یونیورسٹی ہندس اَنہار کِس محمود گامی نمبرس منٛز کوٚرمُت چھُ تِم سٟتۍ سٟتۍ سید محمودنٕی شاعرانہ عظمت کھٕ گژھن سٟتۍ کاشُر زبانٕی ہُند دامن تہٕ ڈٕسی۔ شاہ صاب چھ رسول میرُن مکمل کلام ترتیب دِنک تہٕ داواکران یِیٛلہٕ زَن فِلحال تِہنٛز کلیات ناظمے یوت اَسہٕ برونٛہہ کُن آمٕژ چھِ شوٗبہ دار طریقہٕ ناظم سٕندِ شاعرانہٕ پَیس منظر سان۔

محمد یوسف ٹینگ صاێبٕنۍ تحقیقی نظر چھ کاشُر زبانٕی ہندِ خاطر فال نیک۔ تِمن چھُ عالمی ادبکۍ سوٚن مُطالعہٕ آسنہٕ علاوٕ کشیر ہندس توارێخس پیٹھ قدرتن سٕنٛز نظر عطا کرمٕژ۔ تِہندِ قلمہٕ یِم تحقیقی مقالہٕ تہٕ کتابن پیٹھ تِہندی دیباچہٕ موجوٗد چھِ تِم چھ

تہند مطالعہ تہٕ تحقیقی نظر ہُند ٹاکارٕ ثبوت۔ ٹینگ صاب نین تحقیقی مقالن ہنٛز سوٚمبرن تلاش تہٕ مہجور شناسی چھ باسہٕ دِوان زِ تِم چھِ کُنہٕ تہٕ فن پارکین نوزُک اشارن منٛز تہٕ سٕدرِچ ہِش وُسعت پیرن والین بروٚنہہ کنہِ تھاوان۔ مقبول کرالہٕ وارِکہ سٕنٛز کُلیات تہٕ گلریز مثنوی ہندی دیباچہ چھ تحقیقی سفرس پیٹھ نیرن والین ہندِ خاطرٕ وتہٕ ہاوِک۔ تیوٗت کرتھ تہٕ چھِ منٛزی منٛزی تِم جلد بازی ہندی شکار سپدان مثلن کُلیات رُسول میرس منٛز سُہ غزل درج کرُن یُس نہٕ رُسل میرُن چھُی بلکہ پریم ناتھ اُرپن سُنٛد "خوش یوٗن ژٕ نِہ لوٚن وٕسیے میون دلبر آوتے"، تہٕ رسول میرٕ نِس مقبرس پیٹھ یہ باتھ لوٗزِتھ بخشی غلام محمد سُنٛد وٕجدس ینُک چرچہ کرُن چھُنہٕ تحقیقی تقاضن پیٹھ پورٕ اُتران۔

کلچرل اکادمی یمن باقے شاعرن ہندی کُلیات یا تہند کلام دُنِسام شایع کوٗرِ تِمن منٛز چھِ سیف الدین تاربلی، وَلی اللہ موٗت، وہاب حاجنی، امیر شاہ کریری، واز محمود، پرکاش بٹ' پرمانند، ثناء اللہ کریری، خضر ملک صفائی سٕتھاہ اہم شاعر تہٕ یمن پیٹھ مزید تحقیق کرُن چھُ یِمن ہُند کلام بروٚنہہ کُن یِنہٕ سٕتی داراہ آسان بنیوٚمُت تہٕ یمن شاعرن ہُند کلام ترتیب دِنہٕ والیو حضراتو چھے مقدورٕ موجب ہر کانہہ کتھ بروٚنہہ کنہِ تھاومٕژ صوفی شاعرن پیٹھ چھےٚ اکادمی مرحلہ وار تحقیقی کام ہدس نوان۔ امین کامل صابن ییمہ وِزِ صوفی شاعر کتاب ترتیب دِژ، تمہ وِزِ اوس بازرس منٛز تِتھے کلام دستیاب یُس تمو کتابہِ منٛز بنمُت چھُ۔ کینٛژ وُہری پتے آو صوفی شاعرن ہُند کلام ترتیب وارنوٚ سرٕ ترتیب دِنہٕ تہٕ موتی لال ساقی صابس یہ کینٛژ ھادرِ دٕس اوس نی زِدٕنُے چھُ کُھم تہٕ دوٚن جلدن منٛز آیہ کاشُر صوفی شاعری ترتیب دِنہٕ۔ حالانکہ اگر اکس اکس شاعرس پیٹھ کام ییہِ ہیے کرنہٕ تہٕ سہل انگاری تہٕ وَدنہٕ بروٚنہہ نہے ہیٚر دِٹُنک شوق آسہِ ہیے نہٕ مُدا مقصد کام بنہِ ہیے جادِ پایدار۔ مثال دِموٚزییلہِ شاہ قلندرنہٕ مثنوی تہٕ باقے کلام کین قلمی نسخن ہُند چرچہ کوٚد تمیک

فایدٕ تُلنہٕ ورٲئی آو کٲشرِ صوفی شاعرِ منٛز کلام شاہ قلندرٕ غلط ملط طریقہٕ ترتیب دِنہٕ یِمٕ پاٹھۍ وانٛہہ محمود دٕ سُند موختصر کلام آو سوٗیئے زانہِ ییلہِ زَن مولوٗم اوس زِ تٔمۍ سُند گامِ کلام چھُ اوہریور ژھکرِتھ تہٕ کینٛہہ ڈیہری دٕبیت غلام محمد غمگین صابن تہنٛد شاندار کُلیات ترتیب ۔ بلجی ناتھ پنڈت صابن چھُ اِنتہایی محنتہٕ ساں پرکاش بٹ کرۍ گامۍ سٕنٛز کٲشرِ رامایَن ترتیب دِتھ قابل قدر تحقیقی کام کُرمُت اُس ۔ پرکاش بٹ نِ مینٛٹھۍ تہٕ مدٕری پاٹھ تہٕ تٔمۍ سُند طرحدار مثنوی ہِنٛز زباں دُچھت چھُنہٕ یقین یہان زِ تٔمۍ کیاہ آسہِ یُمِتۍ کٲشرِس منٛز لیوکھمُت تٔمۍ سٕنٛز شاعری پیٹھ مزید کام کرنٕچ چھےٚ وَنٛچ بٔڈ ضرورت ۔

علی شاہ ژوہ یہِ ڈاڑۍ تٔمۍ سٕنٛز زندگی تہٕ شاعری پیٹھ کام کرنٕچ تہِ چھےٚ کٲشرِ زبٲنۍ ہِنٛز بٔڈ منگ یمۍ خدیج نامہ یٔس مینٛٹھ تہٕ مدٕر لولہِ مثنوی تخلیق چھِ کُرمٕژ ییلہِ زَن وٕنہٕ ولی اللہ مٔتۍ سٕنٛدۍ سیتۍ بٲج ظریف خان (شاہ) تہٕ عزیز خان سُند کلام یکجا کرُن تہٕ باہتے چھُ ظریف یٔمِس غلام نبی آتشؔ "شاہ چھُ وَنان چھُ اَکھ اَکھ لولہِ موٗت وژن گو شاعر آسہِ علاوٕ عبدالاحد ناٗدِم سٕنٛدی پاٹھۍ نعت گوئی منٛز تہِ مُنفرد ، یتھہ پاٹھۍ عبدالرشید نازکی صابن کُلیات ناٗدم سٕہٕنٛدہ محنتہٕ ساں ترتیب چھےٚ دِژمٕژ ۔ آتش صابس پزِ یہے ظریف عزیز تہٕ ولی سُند کلام یکجا کرتھ ترتیب دِین ۔

کٲشرِ زبٲنۍ تہِ ادبس منٛز تحقیقچ کتھ تُلنہٕ وِزِ یژہٕ آسہِ کشمیر یونیورسٹی ہِنٛز کٲشرِ شوعبُک ذِکر کرُن ضروری اُن ۔ اَمہِ شوعبچ ذمہ واری چھِ یہے زِ سُہ کرِ جاد کھوتہٕ جاد تہٕ قابل ترین ذہینہٕ وٲلۍ سکالر پٲدٕ یِم یِنہٕ زبٲنۍ منٛز بے پناہ علمی وُسعت پٲدٕ ہیکن کرتھ تہٕ شُکر چھُ زِ یتی مین داہن پنداہن وریین منٛز گوسانہٕ یونیورسٹی ہُند کٲشر شوعبہ داراہس خدمت تام اتھ مقدسس منٛز کامیاب ۔ یہِ شوعبہ یتہِ کٲشرین طالب علمن تحقیقی ترتیب چھُ دِوان تہٕ

کوٚرٲمِتۍ یِتھ اکھ تحقیقی رِسالہ انہار تہٕ اجرا ٲسِتھ کیٚنہہ خاص نمبر ہمیشہ یادگار روزن یمن منٛز محمود گامی نمبر، نعت نمبر تہٕ مشرقی جمالیات نمبر تازٕ ترین تحقیقی کامہٕ چھپیٚہ۔ انہار رِسالس سٟتۍ چھُ کاشرِس شوبَس کتابن ہِنٛد اشاعتک پروگرام تہٕ تھکن لایق۔ تحقیقی پروگرامس تحت چھُ ڈُلسام اَمہٕ شوبک یوٚڈ حِصہٕ کاشرِ ادبُک تواریخ۔ ادبُک تواریخ بناونٕچ بُنیاد یوٚد وُکے مرحوم عبدالاحد آزادن ٲس آزٲدی برونہہ ترٲوِمٕژ تہٕ مرحوم محی الدّین حاجنی صاٮ۪بن تہٕ ٲسی ٲمِکی خال وخط ژٲنِتھ کڈی مٕتی۔ کاشُر شاعری انتھولوجی (یوس ۱۹۶۰ء منٛزے ساہتیہ اکادمی ٲس شایع کٔرمٕژ) منٛز ٲس حاجنی صاٮ۪بن کاشرِ شاعری ہنٛز دوربندی کٔرِتھ سانہِ خاطرِ کام واراہ سہل بناوِمٕژ۔ اَمہِ علاوٕ تہٕ اوٚس یِمو یِنہٕ مقالو ذٔریہ کاشرِ ادبی تواریخُک خاکہٕ ہیوٚ تہٕ اَسہٕ کیٚت ژٔھرِتھ تھوومُت۔ کاشرِ ادبُک تواریخس منٛز آیہٕ درجن واد تِم پرٲنۍ شاعر یِد کڈنہٕ یمن ہنٛزِ نہٕ کانٛسہٕ زان ٲس ییٚہ آیہٕ اَتھ منٛز کوشش کرنہِ زِ کاشرِ ادبک کانہہ گوٚشہِ گوٚژھہ نہٕ سہٕ روزُن ییٚتھ تہٕ گاش پیٚیہ۔

سیّد رسول پوٗنپر

# نوین کاشُر شاعری

## (اگوڈکال)

بہٕ آسہٕ ہا مساستہٕ وُہرِ، ییٚلہِ مُلک تقسیم سپد تہٕ ہندوستان، پاکستان قایم سپدٕ نس سیتی المناک فرقہ وارانہٕ فسادن کیتہِ بے گونا لوٗکھ چھیپہٕ لگ۔ سانہٕ جوٗم کشیٖر ریاسژ تہٕ گیہِ دُر زباگے، ڈوگرہٕ خاندانُک آخری حکمران مہاراجہ ہری سنگھ جی، ژٕول کشیٖر ترٲوِتھ تہٕ تمی سُند جواں سال کُنے رازہٕ کمار، یوٗراج کرن سنگھ جی، بنیوو ریاستُک صدر تہٕ شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ وزیر اعظم۔ ریاستکین دون حصن ہنٛد عارضی الحاق سپد ہندوستانس سیتی تہٕ باقی اکھ لیٖنِنے ترٛیِم حصہٕ چھُہ دُنہٕ تہٕ پاکستانکے اکھ انگ۔ بہٕ تہٕ اکہِ پتھ ہٕ لپسارٕ گامک روزن وول سیوٚد سادٕ شُر کیتھ پاٗٹھۍ سکہٕ پنُن پان، یمن تاریخی واقعاتن ہنٛد چشم دید گواہ اسِتھ۔ دون گوٚد بیٚہٕ چھُم کم کاسہٕ ژٕ تس زِ کانہہ ہیے پیہٕ مکایہٕ وچہٕ گُچھ ترٲوِ ہے تہٕ لوٗکھ اُسی ڈیپان شاید آدم ترادنہٕ تھیٚتے کنہِ یتھ کنہِ ازگا ڈِ ٹارہٕ نچہ گرٛتھہِ اچھنہِ اتہٕ لوٗکھ چھِہ ژٕماں زِ گتہِ تام گوٚو بم دماکے تہٕ خبر کس کس آسہِ سمن سمن آمتیٕ یہٕ اوس اکتوبر ۱۹۴۷ء۔

تواریخ چھُہ دِوان ہِر پھِرن۔ تِ گوٚو اَسہِ سیتی تہٕ۔ شیرِ کشمیر آو ۹ اگست ۱۹۵۳ء گرفتار کرنہٕ تہٕ بخشی غلام محمد بنیوو جوٗم کشمیر ریاستُک دوٚیُم وزیر اعظم۔ تِ سپد یمیُک نہٕ گُمانے اوس کشیٖر ہندی لوٗکھ آیہِ نکی بڈِ سڑکن تہٕ چوکن پیٹھ ژٕ سِتھ اتھ گرفتاری خلاف نعر دِوان، تکیا زِ تہنٛد محبت اوس رُتھہِ نہٕ آمت۔ حقہٕ تہٕ خلاف نعرن لوٗگ چلے جاو ــ اکہِ پاسہِ اُسی ڈنان "یہ مُلک ہمارا ہے، اسکا فیصلہ ہم کرینگے"۔ شیرِ کشمیر

زِندہ آباد۔ قائدِ اعظم سون شیرِ کشمیر" گوگن ہُند بیول' خُدا ین گول۔ تہٕ بیکہٕ پاسہٕ لگی تہٕ دِتکھ نعرٕ" اُمنِ عالم زِندٕ باد۔ کشمیر کو ریا نہیں بنے گا' خالدِ کشمیر زندہ آباد۔ خ کشمیر گیوو بخشی غلام محمد۔ وَنہٕ آو زِ شیرِ کشمیر اوس امریکی منصوبس نتہٕ وَنہٕ ہو زدہ یہ تخت کشمیرٕ ہُند خود مختار حکمران بنٕن۔ یہ چھُ اکھ الگ سیاسی بحث یہٕ نہٕ سُون موضوع چھُ۔ پیٚزٕ چھُ یہ زِ کشمیرٕ ہُند انا (ہتا EGO) کیمیٚ علامت پیٚتر کاٚڈ شیر کشمیر شیخ محمد عبداللہ سٕنز ذاتھ اُس بنیٚمژ' اوس ڈُدی گومُت۔ یہ سِلسلہٕ چھُ وُنہ تہٕ اکہٕ نتہٕ بیٚیہ رنگہٕ جاری۔ کرٕفیو لوگ تہٕ کیٚتی بے گناہ لوکھ گیہٕ مارٕ تہٕ۔ یہ اوس لولا یہ (داں زمین بیرن ہُند گاسہٕ لوٗنٕنک وَق۔ یہٕ اوسُس اَمہٕ دوہہٕ اِٹھی مہ جماژ پران ــــ گیون وال اُسی دٕہر باج ہیٚنی جایہ گیوٗن لاگان۔ مقبول آواز آسہٕ' گُپہ بچہ (گوپی ناتھ) احد نیامہٕ (عبدالاحد نعمہ)' عبدالغنی نمتہ ہالی' پیر غلام رسول تکیہٕ نلورہ' پیر حبیب اللہ زینہ پورہ بیتر تہٕ مقبولِ عام کلام اوس :

۱. وَدہ لو ہا باغوانو نوبہارُک شان پیدا کر
پھولن گُل گَتھ کرن بُلبُل تھِتی سامان پیدا کر (مہجور)

۲. ژٕ اوسکھ گاٹہٕ جاژک نور لوٗگتھ نارِ انسانو
کرٕتھ اِنسانیتھ بدنام ہا بے عار انسانو (آزاد)

۳. وَدہ تھہٕ باغیچ گلکہٕ لی' کوکوکڑی کرٕی جَل تہٕ قُمری مَنہ نادٕ نے
دُچھ سوٗنتکہٕ وِاُدک ہوہو آمُت باغہٕ بوٗمبر دُزنادٕ نے
گوٗژھے لیوٗد نارِ جوٗشاہ نادِس نش حبہ کدل پیٚزٕ ہے
بیرن لیوٗد تارٕی اُسی نوبہارو دارِ دارِ تل پیٚزٕ ہے
(دینا ناتھ نادم)

یِمہٕ واقعہٕ چھِنہٕ اَچانک سپدان۔ یِمن پتہٕ کُنہٕ چھِ سوچھ سٕنز تہٕ منصوبہ آسان۔ کأشِر شاعری تہٕ ادس نہٕ اَوت تامُک سفر اَچھ ژٹہٕ وارِیہٕ منٛز طے کوٚرمت۔ اتھ سِلسلس منٛز یِمو کأشِر شاعرن، دانشورن تہٕ دِگدار اَدیبن مہجور، نادم ہیوٚ شاعر تہٕ کأشرس کُن پھِرِ سہ چھُ مرزا غلام حسن بیگ عارف، یُس عبدالاحد آزاد، غلام احمد مہجور تہٕ دینا ناتھ نادم سٕند ہم کال تہٕ ادس تہٕ ہم خیال تہٕ۔ یِہ ادس کیو ثقافتی کیو دہ نوٚنی سوتھرن پیٹھ معنہٕ سود تہٕ ہنگامہ پروَر زمانہٕ۔ ترقی پسند تحریک آس جوان سپدنس سٕتی سوتہ لجمٕر۔

۱۹۱۸ کرِ گوڈنِکہ جنگِ عظیم پتہٕ گوٚو لینن نہٕ رہنمأیی منٛز روٗس اکتوبر ۱۹۱۷ء منٛز اِشتراکی بٔنِتھ۔ دوٚیِم عالمی جنگ دوٚتھ ۱۹۳۹ء کیٚت تہٕ گوٚو چین تہٕ اکتوبر ۱۹۴۹ء کیٚت ماوٗزی ڈنگ نہٕ سربراہی منٛز اِشتراکی بٔنِتھ۔ جرمنی گیہ زٕ حِصہٕ، مشرقی تہٕ مغربی جرمنی۔ ہتہٕ گوٚو اِشتراکی نظام قأیِم تہٕ بیٚیِس رود سرمایہ دأری نِظام برقرار۔ روٗسکہ پانژھ کروڑ لُکھ آیہٕ مارنہٕ۔ تو تہٕ ہورجرمَن فوجن، یُس تہٕ شیشنہٕ طوٗفانس برونٛہہ گیہ دِیان ہٹلرن کوٚر پانہٕ موٗر۔ حالانکہ موٚلہٕ کوتاہ ہیوٚ کٔنی گیہ سوویت روٗسس تہٕ ۱۵ دسمبر ۱۹۹۱ء کیٚت دَرِ زٕ باگے تہٕ اَمہٕ برونٛہہ ادس بٔرلن دِلوار تہٕ اکتوبر ۱۹۹۰ء سٕتکہٕ دوٚسہٕ ہِندی پأٹھی آو سیوٗمت کیٚ والنہٕ آمت۔ یِم چھِ تِم اہم واقعات یِمو پتھ پسارہٕ مُلکن ہِندی سوچہٕ وأل لُکھ زٕپتھ دِیأوی۔ دُنیاہ... ترٛیِیِم حِصہٕ ادس ووٚنی اِشتراکی گوٚمت سوویت روٗس نظامس کُن گی سأری ایشیاہکی لُکھ نجات ڈھُنڈ سٕنڈ ختی یتہٕ وُچھنہٕ۔ ادبس منٛز لوٚب ترقی پسند تحریکہ زور۔ ۱۹۳۵ء اندر سپُز ممتاز اُردوٗ ناول نِگار تہٕ اَفسانہ نِگار پریم چند نہٕ سربراہی منٛز انجمن ترقی پسند مصنفین قایِم۔ ادب آو زندگی تیوٗت نکھہٕ زٕ ادب تہٕ سیاستھ بنیہ اکی حقیقتُک ہِندی زٕ روٗپ۔ یُسکہٕ معیار بدلیہ تِمہٕ اندازٕ زٕ

اَدبُک فن تہٕ تمکی زاوی جار گییہ گال کھاتس نعرہٕ بازی آیہ بار سس ۔ یُس نہٕ تہٕ کرہے سہ ادس نہٕ ادیب یا شاعر ۔ ۱۹۱۸ ء منز چھ ییتھ پرٕ زور ہیبس تہٕ اپنارہٕ بٔرٕ ژلیہ منز چکبست وَنان ؂

ہو چکی قوم کے ماتم میں بہت سینہ زنی
اَب ہو اِس رنگ کا یہ ہے دِل میں ٹھنی
مادرِ ہند کی تصویر ہو سینے پہ بنی
بیڑیاں پیر میں ہوں گلے میں کفنی
ہو یہ صورت سے عیاں عاشقِ آزادی ہیں
قفل ہے جن کی زباں پر یہ وہ فریادی ہیں

علامہ اقبال ہیوِس پایہٕ بٔڈس شاعرس تہٕ مُفکرٕ سٕنز شاعری منز چھ یمن تبدیلین مُتلق یِم نٔئیِ تہٕ بُلکارٕ اِشارٕ میلان ؂

قوموں کی روش سے مجھے ہوتا ہے معلوم
بے سود نہیں روس کی یہ گرمیِ رفتار
اَندیشہ ہوا شوخیِ اِنکار پہ مجبور
فرسودہ طریقوں سے زمانہ ہوا بیزار
اِنسان کی ہوس نے جنہیں رکھا تھا چھپا کر
کھُلتے نظر آتے ہیں بتدریج وہ اسرار

—

اُٹھو میری دُنیا کے غریبوں کو جگا دو کاخِ اُمرا کے در و دیوار ہلا دو
گرماؤ غلاموں کا لہو سوزِ یقیں سے کنجشکِ فرومایہ کو شاہین سے لڑا دو

اُردوٗ ادب تہٕ شاعری ہنٛز کانہہ تہٕ لوکٕٹ یا بڈٕ آواز چھنہٕ اَمہٕ تبدیلی ہنٛدٕ اثرٕ نِشہٕ بچتھ رُوٗزمُت۔ یہِ چھِ اَلگ کتھ زِ ہنگامی شاعری ہُند گربہٕ ژھوکیو وبالہٕ وَسیٖ تہٕ آرِکی پأٹھی۔ زندگی ہنٛدِ ن مُولہٕ پزرن سِتۍ اَچھہ میٖل کرنس سِتۍ سِتۍ۔ ساٹھس وُہمہ صدی ہنٛدی ناد ہنٛس لایق مُمتاز تہٕ پایہٕ بڈی ہمکال پیرزادہ غلام احمد مہجورؔ، عبدالاحد آزادؔ، دینا ناتھ نادمؔ تہٕ مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ چھِ نوٚو زمانکین تقاضن ہنٛز شدت ژینتھ یاوٕ ژھندی نوٚی پیمانہٕ گرٕتھ کأشرٕ شاعری نوٚو وُزوٚزیتہٕ عطا کران۔ ۱۹۴۲ء کِیت سپُد مرزا عارفن تہٕ سربراہی منٛز کشمیر بزم اَدب قایم "یمہٕ پتہٕ دوٚن زبانہٕ ین کأشرِس تہٕ اُردوٗ ہس منٛز اکھ خوبصورت رِسالہٕ "گلریز" کوڈ۔ ۱۹۴۸ء منٛز کوٚر مہجورن "کشمیر کلچرل فرنٹ" نأوۍ تنظیم قایم یمیُک جنرل سکریٹری مرزا عارفؔ بناونہٕ آو۔ اَمی تنظیمہٕ ہنٛد طرفہٕ سپُد پتہٕ ۱۹۵۰ء کِیت "کونگ پوش" رِسالہٕ جأری یُس وُری ین جوریٖن نیٖران روٗد۔ یہِ اوس اکھ کاروان یُس ثقافتی، سیاسی تہٕ اَدبی سوٚتھرِس پیٹھ وُزھہ وأنی جہ مرن تُھرِتھ سرگرم عمل اوس۔ اتھ منٛز اسی دینا ناتھ نادمس علاوٕ پروفیسر محی الدین حاجنیؔ، تنہا انصاریؔ، محمد امین بٹرھ، نِشاط کشتواڑی، شوریدہ کشمیری، محی الدین نوازؔ، غلام نبی عارضؔ، غلام نبی فراقؔ، مکھن لال محوؔ، مُولوی ابراہیم جیالال کول ناظرؔ، پروفیسر رحمان راہیؔ، سیفی سوپوریؔ، رسا جاودانیؔ، سید شمس الدین غمگین بیترِ شامل۔ اَدب تہٕ ترقی پسندی اَسی ماز تہٕ نم۔ احد زرگر صأبُن، تہٕ صمد میر صأبُن ہوی پایہٕ بڈی صوفی شاعر تہٕ اَسی اتھی زمانس منٛز پننہٕ پُر اَسرار تخلیقی سفر جأری تھأوِتھ فاضل کشمیری صأبن غوٚدوین دکھہ اندازِ قایم تہٕ ماسٹر زندہ کولن تہٕ پننہٕ عارفانہٕ تخلیقی اظہار برقرار۔

اَتھی پوٚت منظرس منٛز چھِ پیرزادہ غلام احمد مہجورنی رُوحانی تہٕ سیأسی شاعری تہٕ تھنہٕ پھوان۔ سُہ چھُ رمزن تہٕ کنایَن منٛز کاشرِ بینہٕ دالہٕ زمانیچ لشار ننہ دوان تہٕ

کأشر جدید شاعری ہُندرُت آغاز تہِ کران۔

گیہ زٔج گاش آد گاہ ترودلالن — سنگر مالن پیوٚد پراگاش
سنگرٕ مالن کوہن تہٕ بالن — سنگر مالن پیوٚد پراگاش
باغکی ریشزل وارِہ گالن — بُلبُلہٕ غم تراو کڈ پکھن واش
بنیتہِ یور چونے مَذہب پالن — سنگر مالن پیوٚد پراگاش
ہَرمُک طوٗفان پوشہِ تھَر ژالن — سونتھ پِیہ دوہٕ اَکہِ تُلہِ پُرخاش
سُے پھولہِ تَن لُس دِیہِ جنجالن — سنگر مالن پیوٚد پراگاش
گُل آفتابَن موہ مہرٕ لزٕ تھالن — لولکہِ اَسمانہٕ ہیتھ آو راش
اِسید زدلُس آئے گُل لالن — سنگر مالن پیوٚد پراگاش
معنہٕ ژار مہجور سینزن مشالَن — ٹٔنزِ تھ دَنہٕ ہے سِر گرٹھ فاش
دانا بوزَن ناداں نالن — سنگر مالن پیوٚد پراگاش

تَس چھُ یہِ احساس تہِ پتہٕ أندری واٗنج کوٗران زِ

چھُنہٕ نوتوانن کانہہ تہِ واتَن فریادُس (دادُ) — کن کونہٕ تھاوان بُلبُلس گُل آلوٗن نالَن

"دوہ لوہا یا غوالوٗ نوبہارُک شان پیدا کر" بنیوٚ وکاشرِ ہند سیاسی تہٕ قومی نغمہ یوٗت زِ شیر کشمیر اوس پننہِ ہتہِ تہِ یہِ باتھ جلسن منز سٹیجن پیٹھ گیوان۔ منے چھُ پانہٕ تہٕ یہ اکادمی ہنزِ اَکِس تقریبہِ پیٹھ، زنانہٕ کالج مولانا آزاد روڈ سرینگرکِس آڈیٹوریمس منز ۱۹۷۵ء ہتیہ ہیوے باتھ سٹیجن پیٹھ لیہ سان گیوان بوٗزمُت ــ

دوہ لوہا باغوالو، نوبہارُک شان پیدا کر
پھولَن گُل گتھ کرن بُلبُل تِتھی سامان پیدا کر

اگر دُنیٚ ناد ہن لبتی دِلن منٛز تراو زیرو بم
بنیٚل کرواوکر گگرایہ کر طوفان پیدا کر

ہجوٗرن ژھرادِ کاشرِ شاعرٕ ریو امیٚر تہٕ واستاد بن نوٚو زمانچن تقاضن تام۔ تمۍ دِژ کاشرِ پرٕ زبٕنہٕ زلو۔ ارضی عشقس بخشِن نوٚو رنگ، نوٚو ہیبت تہٕ نیہ ہیتھ سے

اَکھ درد سوٗز پردٕ ترتھ گوٚو سُہ رسول میر

مہجوٗر لٲگِتھ آو بیییہ دوٚبارٕ اُتی روز
ہاکلو توہہ ما ساے وچھوون یار میون
بلبلو تہۍ ژھاریٚو تون دِلدار میون
ژٕلہ لار وچھکھ حال ونہٕ ہے وار وچھہے روے
گلہ زلو مے گیتم اوٚش وڈھتھم دد رٲ ے ونے کیا
نسیمہ لوٚزم ژھ بالہٕ دامنٕ کمند ہیتھ چھکھ شکار ژھاران
یہ شوقہ چانے شکار اندر نٔن یہ سِر ہیتھ ترے ہا لالو
کامہ دیو کرسال ڈل لوٚزم شبس گرتھ تیل بل
درشنس آبس اندر ہمپوٚشِ لٲگِتھ پرارٕ ہا

پوشہ ٹوٗری مشکہ بری تھکھ رسہ پاٹھی گنڈ مٕتری نھکھ
اسہ ونہ دہانہ کری تھکھ آوازٕ وار وارے
آے دوہ نزدیک جلدٕ گنڈ پچھ پھیر نوٗر
زوٗنہ ہندی پاٹھی درینٹھ ین دور گوٚ پھ تے غار میانی
مُبتہ ہیتھے اوٚسس نہٕ اوٚسس وقتہ اکہٕ با اختیار
دِن گواہی میانہٕ گنہٕ یم پرانی گنہٕ دلوار میانی

نظم "آزادی" چھ مہجورُن ہُند بر پوٗر کامیاب سیاسی کیوٚ سماجی طنز۔ یِیلہِ ساری برہم چھِس، اکھ دَرد مند دِلہٕ وول شاعر کیا ہیکہِ اَمہِ کھوتہٕ پٔہنٛز زورہ دِتھ وَنِتھ

ثَنا ساری پَرٛوسانہٕ گرن منٛز ترایہ آزادی
ستھ تھاییتھ کاٗلی اَسہ کُن جلوٕ ہاوان آیہ آزادی

یہ آزادی چھےٚ تراوان مغربس کُن رحمتہٕ باران
کران سائنس زہنس پیٹھ ژھری گگرایہ آزادی

غریبی مُفلِسی بے لوٗج ہَتی پیٹھہٕ خانہ وٲرانی
اَمی رٕژ ترایہ اَسہ پیٹھ سایہ تراوان آیہٕ آزادی

ٹکن پیٹھ گئے یہ آزادی سٔتھاہ گوٚب بارٕ پرٛیتھ زَن
چھنےٚ کینژن خوش نفیٖن پوٗشہ مُل زٕ ڈایہ آزادی

وَژُن یا غزل، نظم چھ ترانہٕ، مہجورنہٕ شاعری منٛز چھُ لوٗکہ لیہ ہِندی جامہٕ وٕلِتھ انسانی محبت، کشیٖر تہٕ کاشرِ سٔنٛز پرزنتھ تہٕ ماجہ کشیٖر ہِندُن لول زندگی ہِندِس ہُندہٕ سوٗتھرِس پیٹھ کِتھ ماران تہٕ آبہٕ پلرن ہِندی پٲٹھی اَکھ اَکِس نالہٕ مَتہٕ رٹان۔

عبدالاحد ڈار (آزاد) وفات ۱۹۴۸ء اوس مہجورُن کوٚنٹرھ ہم کال یمہِ کاشرِ زبٲنی تہٕ شاعری ہِند اُردو پٲٹھی گوڈنیک تذکرٕ لیوٚکھ تہٕ یُس ریاستی کلچرل اکیڈمی وُنیکتام دوٕ یہ پھر ترٛین جلدن منٛز چھوٚپ۔ ہِنٛز بڈ کام گرنس پتہٕ گٔنہ تہٕ اوس کشیٖرہٕ تہٕ کاشرِ سٔنٛز پرزنتھ بحال کرنک بے پناہ جذبے کارفرما۔ تِمہٕ تہٕ نیپچھ ناوٕ کاشرِ زبٲنی ہِنٛز شعرٕ روایتھ۔ فقط تیمی تاجی ڈٔری وٲنسہ مِنٛزٕ دِتی تِمہٕ پُر آشوب تہٕ ناساز حالاتن منٛز بڈ بار کارنامہٕ انجام۔ تِمہٕ دیت گوڈٕ چہ پھر کاشرِ زبٲنی طبقاتی شعوٗر۔ علامہ اقبال صاٮ۪بن سٔتھاسوٗن اثر قبوٗل کٔرتھ تہٕ کوٚڈن پننی وتھ پانے۔ تِمہٕ پوٗر غزلکس جامس منٛز نوٗدس رنٛگ تیز تہٕ تیہ میٖر کال پوشہٕ۔ تِمہٕ بناوٕ کاشرِ شاعری

تمہٕ بود دریاوٕچ تمثیل بروٗنٹھ کنہٕ ڈیٹھ زندگی ہند موٗلہٕ پژریتہٕ فقط اکھ اژھین تبدیلی سرس چھنے

ژلاں چھم شر حبابن اضطرابن دٕلوٗلن اندر
لوٗاں چھم زندگی ہند سوز سفرن منزلن اندر
منے عادتھ چھنے نہٕ پوٗت پھیرن منے نش گوٚد بروٚنہہ گژھنے نیرن
نہٕ چھس گل پان چھم شیرن نہٕ بلبل ادل چھم ییرن
بہٕ چھس خوش پیچ وتابن انقلابن زلزلن اندر
لوٗاں چھم زندگی ہند سوز سفرن منزلن اندر
نہٕ چھس رنداہ نہٕ فتاناہ بہٕ چھس اکھ لولہٕ دیواناہ
گژھے گرداب گاہ سالاب گاہے تیز طوفاناہ
ڈلن ہنز شوٗب سٕدرٕچ شان میانین ولولن اندر
لوٗاں چھم زندگی ہند سوز سفرن منزلن اندر
جگر چھس سنگرن کتران رفتارس سو گرمی چھم
مدنوارن بدن ناوان اطوارن سو نرمی چھم
سبزرتے لول چھم بژی بژی وٗرن ییچن دلن اندر
لوٗاں چھم زندگی ہند سوز سفرن منزلن اندر

رلوٗایتھ یکساو آزادن ہیمہٕ آدی لہٕ تہٕ ژاوی لہٕ انداز بروٚنہہ ۔
کمہٕ شوقہٕ آسس سنز کراں کیا ہتمام ژہٕ تس ہیوٗم
بیتاب اوٚش بادام چشمن سو رمہٕ چھس لتھ گوم

میٛے شاٗدی اٮ۪سم ژٮ۪ے داٗدی باوٕے یہٕ جاٗدی بالکل گیم ہا لالو
ژٮ۪ے کینہٕ رٕد ٹھتھ یہٕ سینہٕ ژٕد ٹھتھ میٛے لولہٕ کرٕتل پٮ۪یم ہا لالو

خشمہٕ چوٗنے چھُ محشرک ماٗدان     محشرس منٛز ولی تہٕ ہارن دِل
ماٗنزِ نمن، ہمن کرٕزل پوشہٕ بدن     زٕ پوشہٕ تل

نِتہٕ تِھس تمگرس ژٕ فہٕ بریہٕ دِل یہٕ تھاوِ ہا

بُلبلو ووٚد گُل ہرِتھ پٮ۪یہٕ سرٕ دِ گُلی گیہٕ روٗزی رکٕتری
چاک جامن دِتھ میٛے کیاہ پاکدامنس دنیوم

یہٕ چھےٚ خوش بختی کاٗشر زبانہِ تہٕ ادبچ زِ آزادس آو ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو صاٗبس ہیوٚہ دگدار دوست، امانتدار باگہِ یمو ۱۹۶۷ء کیت مطبوٗعہ تہٕ غاٗر مطبوٗعہ کلام ترتیب دِتھ ریاستی کلچرل اکیڈیمی چھاپنہٕ باپتھ حوالہ کوٗر۔ آزادُن کلام چھوپ اَز تام کلچرل اکیڈمی دوہ یہٕ لٹہٕ "کُلیاتِ آزاد"۔ نادِ کھینہٕ تہٕ اُسی تن آزادن، ژٕ ڈیٚژی پاٗٹھ سنگلات تہٕ لوٗ تخلیقی زبان عطا کرِتھ بدلووُن کاٗشرِ زبانہِ ہند مزاز تہٕ۔

مرزا غُلام حسن بیگ عارف (ولادت: ۱۹۱۰ء) چھُ کاشرِ زبانہِ ہندس دگدار یمو کاٗشرِ زبانہِ ہنٛز علم بلند تھوٗنہٕ باپتھ پننہِ جایہِ تہٕ تخلیقی کاٗم کرٕ تہٕ تنظیمی سوٚترس پیٹھ تہٕ اَمکہٕ دوہ تھِ بوٚ خاطرٕ تھٕکنہِ لایق کوٗشش کرِ۔ عارف صاٗب چھُ موجوٗدٕ صدی ہندٮ۪ن جدید دورٕکٮ۪ن تمن گوڈ کالکٮ۪ن شاعرن منٛز سرِ فہرست یمو کاٗشرِ زبانہِ ہند علم پننہِ تخلیقی جوہر وستہٕ بوٗر۔ یہ چھُ عارف صاٗبنی یمو سٔندِس ونس کن تھوِتھ کاٗشرِ زبانہِ ہندی پایہِ بٔڈی شاعر مہجوٗر تہٕ نادِم بیترِ کاٗشرس کُن پھیرِ۔ ظرافت چھےٚ تس وراثتن ترٛمٕژ تہٕ تمہٕ سٕنزِ شاعری منٛز تہٕ چھےٚ اَمچہ زبرِ مثالہٕ درینٛٹھ گژھان۔ عارفن ذہن چھُ سایٔنسی یمہٕ کِنی تمہِ (HUMAN ANATOMY) کاٗشرِس منٛز "آدِمی موٗر" ناوی تخلیق کرٕ تہٕ یمہٕ باپتھ تس

کلچرل اکیڈمی ہند ایوارڈ تہٕ میوٗل۔ "لولہٕ دیہ ژار" شعر سومبرٕنی باپتھ توٗرُس ساہتیہ اکادمی ینامہٕ۔ باقیے کتابن منز چھِ تمی "سنتر" آگر ووُنی" (۱۹۷۱ء) رموزِ عارف (۱۹۸۶ء) رُباعیات عارف (۱۹۸۵ء) تہٕ بانگ اوّل (۱۹۵۸ء) بیتر ناد ہنس لایق۔ عارف چھُ گوڈٕ پیٹھے شاعری تہٕ ادبکس سماجی تہٕ اِخلاقی مقصدس پیٹھ یژھ پرژھ تھاٗوِتھ لیکھان آمت تہٕ وُنہٕ تہٕ چھُس اتھ پیٹھ ایمان۔ تمی چھِ غزل، نظم، ژاکھ، واکھ، مرثی، مثنوی، وژن، نعت تہٕ منقبت تہٕ لیکھی مِتہٕ تہٕ وُنیکین چھُ قرآن کریمک نثری کیو منظوم ترجمہ تہٕ مکمل کرِتھ۔ تمہٕ چھپایہٕ ہنز رژہٕ کامہٕ کُن لگِتھ۔ عارفُن دور چھُ پننِس ہمکالن سان، کاشرِ ادبک گاشر تہٕ متحرک دور۔ عارف چھُنہٕ اکھ فرد بلکہ اکھ انجمن تہٕ اکھ روایت تہٕ۔ اَمی تھاو ہمیشہ پننہٕ شناخت قایم۔ تمی وژن نوٚ شعر زبان

تھران سے

گنہٕ ہیتھ گرگوم آبَس، سٕہلابس ونہٕ کیا

کونہٕ دنٛدِ ایم بےتابس سٕہلابس ونہٕ کیا

جان کھوٚرم تھان وانس پان چھیم ہیچھِ اندر

ییٚنہٕ ییرم گرِدابس، سٕہلابس ونہٕ کیا

شیتہٕ نیرتھ پان چھوٚدم سنگلاتن نار دزام

نوٗرہٕ ہرتس مٔتی آبس، سٕہلابس ونہٕ کیا

ماٚری مٔندی ستیٚن دِمایہ دکٕرس نارٕ تی چھس للہ دان

دُبہٕ دِل پھیوٚرم حُبابس سٕہلابس ونہٕ کیا

نالہٕ مٔتہٕ چھیم عالماہ اکھ بیر بٕھٹی کرناوکتھ

شیرکیا دِتھ اِضطرابس سٕہلابس ونہٕ کیا

اوٚش اٰچھن منٛز عارفن روٗچھ موکھتہٕ صدفن درجگر
شبنمن دوٚن آفتابس سٕہلابس و نے کیا

عوامی راج کھوٚت جیٚبن تہٕ کارن — وٕٹاں فریاد موچھہٕ ننہٕ وور لارن
بٹرتھ آد گردِد ڈنس چھکھ بٕلیومت — چھ کیا دوہتی داٹھ بے کارن' بیکارن
غریبن مال دیٚت' سردنیٚت تہٕ زر دیٚت — کموٚن راج پنن لیڈرن کیٚت
رمن شاہی اٰمس تلقین صبرکٕ — یہوے روزاں دوہے قربانین کیٚت
دمچھم اکہ دوہ تہٕ موکھ شمیرن بنان شال — لوٲں یم لبنہ ہٕتی آساں مس وال
پزٕیک اپزٕیک کرانٕ ماحول قایم — دبنداں شستر قلاتے آساں زلہری زال
وَ تہٕ گیہٕ بند جنگی ین ہند دور آو — زٕمیٹھ عوامک منتخب از یور آو
لورٕ ژٕنڈ کھیبہٕ فاقہٕ ہتی اکہ باکھ ژھٹ — ہاخدایو! از تہٕ بٕے چھس ہور کاد
سیاسی بازی گر وایان ڈابر — چھ پھٕڑا واں تٔید بن سادن اناں گرہ
نظر بندی کرٕتھ کاوس ونان یارٕ — پیواں ٹیٹر کاکی ھس آسان گمٹر پھر

دینا ناتھ کول نادِم (۱۹۱۶ - ۸۸)، چھ تہٕ اوس تہٕ کاشُر زبانٕ ہند ممتاز' جادوٗگار اَچھہٕ سوٚ ینن ہند سوداگار گرنہٕ دٕن تہٕ پُراسرار لوکہٕ لیہ ہند شاعر۔ تمی سٕنز شاعری ہند موٗلہٕ منزاز کاشرٕ میٹرٕ منز خوشبو یہ سارِے کھوتہٕ زیادے قریب چھ۔ یہ کتھ چھے تمی سٕندِ کلہم شعر منزاز تکنیکٕ تہٕ ٹاکارٕ۔ موضوع اٰسی تن سٕٹھے معمولی مگر نادمنہٕ قلمہ چھی چھے اَچھہٕ ٹہٕ دہرس منز سوٚنس سرتل بناداں۔ سوٚ تمی سٕنز "ماج کشیر" گوڈنیچ نظم اٰسٕ تن یاپوٚتس لیو کھمت کانہہ "حاری ناتھ" سہ چھ جادہٕ بٕرتس اچھہٕ فضاہس ژھایہٕ اکھ وسیع معنہ لوٚرت دُنیا آباد کران یمکی بے شمار معنہ ژاران ژاران اَسہِ دٕقتک خیالے چھنہٕ روزان ۔

ژٕنے کمی دوٚن نے چھ بُلبُل جانٕی ہٕرتھ — بہتھ داٲرانہٕ نے منٛز کاٚر مارِتھ

ژ چھکھ ہمالیہ زٹھی ٹاٹھ ہش کوٗر — توٚے چھےٚ نوٗرٕ آبوٗتن ژئے برپوٗر
دۍیِس آو نِندرِ منٛز سوٚپیا منس منٛز — وُچھن اکھ اَپسراہ ہش بوٗد دِلس منٛز
یہ بوٗزِتھ آو اَسُن تَس دراےِ وُزمل — سنگرمالن کٔھٹِتھ روٗز ژھایہ تل تل
یہے وُزمل تہندِ موکھ یام دراےٚ — بنٛتھ کشمیر دیوی پانہٕ آیے

(ماج کشیر)

یاد چھِتون یہ نظم یوٗسہٕ نادِم صابن ۱۹۴۶ء منٛز تتھ مُشاعرس منٛز پٔریُس مرزا عارف صابن نِشاطہٕ تھوٗومُت اوس

مہژ رادی بٔری تَے دارِ ویٚسی سونتھ ہے سالہٕ آو
گُل لالہ سونبلن ستی ستی کاٗلی کالہٕ ہیٚے آو
پھوٚج ٹیکہٕ بٹنٛز ستہٕ بٹھین مائے برائی
تَس نِندرِ ہٹِتَس ژھایہِ گٔپتن آیہ جوانی
یُس لالہٕ کٔھٹِتھ اوس ژٔٹِتھ جامہٕ سُہ نوٚن دراو
مہژ رادی بٔری تَے دارِ ویٚسی سونتھ ہے سالہٕ آو
گلاب تھرِ لو خابہٕ منٛزے آب چھ چومُت
بے تاب نرِن مبگرِ نرِن چھونی چھ ہُریومُت
خُمار ہِتن پوٚشہٕ پھیتن وُچھتہٕ کوتاہ چھاو
مہژ رادی بٔری تَے دارِ ویٚسی سونتھ ہے سالہٕ آو
تمٚہ آسہِ ژومہژ لولہٕ ہتن کارِ پیتن ستی
یا آسہِ شونگمت میانہٕ دلکن نارِ تتن ستی
نتہٕ کیازِ وۍ شلیومُت چھ بالَن ژھایہِ صبحک واو
مہژ رادی بٔری تَے دارِ ویٚسی سونتھ ہے سالہٕ آو

دہ تھی باغچ کُکلی کوکوکرٕی کرٕی جل تہٕ تُھرِ منٛز ناوٕ نے
دُچھی سونٛتکہٕ وادُک ہوٚ ہوٚ آمُت باغہٕ لوٚ مبُر وُزناوٕ نے
گاہ لوٚگ گٔنڈہٕ سِتیٚ مٕتیٚ کرنے
شبنم لوٚگ باغس پٕھتی برنے
منٛے چھُہ باساں شاید اوٚ برس تل دُزمل لیٚج مَس ہٕرزاوٕ نے
پاڑٕ مستس عطر تہٕ پھٔلی لیٚہ ملیٚتھ
رہ پہٕ ستٕنز تنہٕ سوچنہٕ سُند جامہ ڈلتھ
کمہٕ تیہہ ساں نورٕ یہہ آمُت چھُے لوٚڈ جوٗد گلن وُزناوٕ نے

سونتھ تہٕ ہرُد' نعرۂ شباب' نعرۂ انقلاب' گزاو کشیر ہند دعوی' سوٚ وِزِ' پرژھن چھم' منٛے چھم آتش یکیچ' بہ گیونہٕ از' منٛے چھم کام باقی' کاٹھی دروازہ بیٹھ گرتام بیٚترٕ چھ تمہٕ نظمہ یمن منٛز نادم زور زبردستی ہندِس دُنیاہس سپنہ دأرتھ دہ کھہ لدانسانہٕ سُند انسانیتک نغمہٕ خان بٔنیتھ کاروان تہٕ ترانہ گیوٚی گیوٚی تانہٕ دَم چھُہ کران ۔

۱۹۵۳ء گیت چھُہ پرولتاری دنیہک بوڈ بارٕ سخت گیر لیڈر تہٕ سوویت روٗسک ڈکٹیٹر حکمران اکھوٗ دُہن وٕری ین حکومت کرٕتھ مران یمہٕ پتے نرم روی ہنٛز پالیسی ہنٛدی آکار نٔنی آسن نیرنی ہیٚتہٕ مٕتی ــــ خروشچیف آو برسر اقتدار تہٕ تمی بخش ہٕ ستالن سٕندِس شوٗرس تہٕ تیز رفتار زندگی آیہ علامتہٕ نکھہ ۔ تکنیکی طور بدلہٕ دُن دُنیا کس گنڈتھ تھوٗن رُدنہٕ ممکنے ۔ یکیاز یہ کنٛژھا کرن اوس تہٕ چھُہ تہٕ زندگی ہنٛدِس موٗلہ پرٕزس تہٕ انسانی سوبادس تہٕ برکرٕ ژعأنٕ خلاف ۔ یتھ رُوز مفادن آدیز سیاست سوچھے گاسہٕ کرٕچین تہٕ تھپہ کران آمٕتہٕ ساری برہم پھٔٹ' تل کٕتری دُچھ تا پہٕ لیے اکھ تہٕ ولگیوہ ۔ ۱۹۶۸ء اد یور چھُہ نادم " نابدتہٕ بٔنیتھ دہنہ" ہماری ثاتھ تہٕ زنہ تہٕ تخلیق کران ۔ نادمنٛز شاعری چھنے زیادٕ معنہٕ سأد ۔ رنبہٕ دُنی سرتازٕ

تہٕ بیٛیہِ ہِن سدا بہار بنان۔

سماجی، اخلاقی تہٕ اشتراکی مَقصدٕ تیٚمِس آدیزٕ اَدبی کاروانس دِیت وارٕ دارٕ تھکھ۔ پروفیسر رَحمان راہی، پروفیسر غلام نبی فراقؔ، محمد امین کاملؔ، اَرجن دیو مجبورؔ، غلام نبی عارضؔ، عبدالستار رنجورؔ، پتامبر ناتھ درفانیؔ، مکھن لال کَھوبیتر ساری ٹھِگی پنٕ پننہٕ آیہٕ دوہ نٕہ باوٕژ کتی باوٕژ بِل اَزماونہٕ تہٕ اَزکی چھہ کأشر جدید شاعری ہُنر زندٕ روایت یمکی موٗلدار مجبورؔ تہٕ آزاد چھہٕ۔ وأتر دِہہ بدلان، نوٚی رنگ ژھٹان اَسہِ تام، سوٚن گوٚن تہٕ معنہٕ لوٚرٕ ت آوازٕ لہرن ہُند روٗپ دارِتھ۔

کھوکھ دیت کمہِ تال ژھوٚپ اِشکالن
آگرِ ناگرِ ژھیٚود پرٕ ہتھ کھپرٕ دو
اَنہِ گٕمہِ کمہِ ژٕکھ کوسہٕ بُت زالن
ویٚنی معنہِ میانٕ نالن رود

(اَمین کاملؔ)

پروفیسر غلام نبی فراقؔ

# کأشُر زبان تہٕ سون تعلیٖمی نظام

۱۹۳۱ء مَنٛز ییٚلہِ کأشرۍ واریاہ واریاہ کال گُزٕرِتھ بیٚیہِ اَکہِ پھِرِ مُنظم سَپدۍ زِندہ یاد تہٕ مُردہ بادٕ ہِنٛز آوازِ سٟتی سٟتی ہیٚتِن تِمَو پننۍ حقوٗق تہٕ ژھانٛڑنۍ۔ اَمہِ کِہِ نتیجس مَنٛز آے کٔشیرِ اندر سکوٗل تراوٕنہٕ یِمَن اندر شُرۍ جبرَن واتناوِتھ دٔرج کرٕنہٕ آے۔ أتھۍ جَبرس پیشِ نظر آو یِمَن سکوٗلَن جبری سکوٗل ناو دِنہٕ۔ دٔرج کرناونہٕ دِنہٕ اُس شُرس دٔرسی کتابو عَلاوٕ اَکھ مَشقہِ ٹیٛٹ تہٕ سَرتِلو دوات تہٕ دِنہٕ یِوان۔ یہِ اوس سُہ وَق ییٚلہِ کٔشیر تعلیٖمی لِحاظہٕ اِنتِہأیی پسمانٛدٕ اُس۔ چِٹھۍ لیکھنہٕ یا پَرناونہٕ باپتھ اوس تہٕ تلاش کرٕنہٕ دٔرلٔے اِنسان دستیاب سَپدان۔ اَدٕ ییٚلہِ ۱۹۴۷ء اندر ہِنٛدوستان تقسیم سَپدِتھ آزاد کرٕنہٕ آو تمہِ کِس نتیجس مَنٛز ووت ییٚتہِ شخصی راج تہٕ اَنٛد۔ نۆو حکومت آیہٕ تہٕ تٔتھۍ سٟتی سَپد اِصلاحاتَن ہُنٛد بےمثال دور شروع۔ تعلیم کٔرتھ پأٹھۍ روزِ ہے اَمہِ نِش الگ۔ اَتھ دٔری بَس تام اُسۍ کٔشیرِ اندر اَکھ ڈِگری تہٕ اَکھ انٹر کالج سِری نگرہِ۔ بیٚیہِ اوس

لۆکُٹ موکُٹ ٹریننگ سکوٗل ووستادن ہٕنٛدِ باپتھ۔ نہ ادس
کانٛہہ پروفیشنل کالج نہ کانٛہہ تحقیقی اَدارٕ تہٕ نہ کانٛہہ یونیورسٹی۔ یِہِ
طرفٕ اٖس ناخواندگی، غربت، افلاس تہٕ مویوسی۔ کشیرٕ ہٕنٛدی
یِم کیٛنٛہہ تعلیمی اَدارٕ آسی پنجاب یونیورسٹی لاہورس سٟتی مُلحق

تہٕ ۱۹۴۷ء پتہٕ ڈُرِ لیٛس کھنٛڈس پنجاب یونیورسٹی سوٗلنٛس
سٟتی وابستہٕ۔ کُرٛکن ہُنٛد تیداد تہٕ ادس کالجَن منٛز سیٹھاہ کَم۔
تَوے اٖس کالجَن منٛز مخلوط تعلیم تہٕ رٲیِج۔
قبل ۱۹۴۷ء ادس خاص کر کالجَن اندر مُسلمان کورِن ہُنٛد
تیداد نہ آسنَس برابر۔ یوہے ہیٛتہٕ اکھاہ۔ مگر ۱۹۴۷ء پتہٕ سپنز یہ
مویوس کُن حالت پٕوٚ پاٹھی تبدیل۔ پرائمری مِڈل تہٕ ہائی سکولَن
ہُنٛد تیداد آو وُچھان وُچھان کیٚتہٕ کور بڑادنہٕ۔ اَتھی سٟتی آے یونیورسٹی
علاوٕ میڈیکل کالج تہٕ انجینئرنگ کالج تہٕ ترادنہٕ۔ پتہٕ سپُدیمِن اَندر
تہٕ ہُرہٕ رتہٕ یہ سہولت آیہٕ جومی صوٗبس منٛز تہٕ مویسر تھادنہٕ۔ وقتس
سٟتی سٟتی سپُدیمِن سکولَن، کالجَن، ڈِگری کالجَن یونیورسٹی تہٕ
پروفیشنل کالجَن منٛز تہٕ ہُرہٕ۔ یِتھے پاٹھی اوس ۱۹۴۷ء برونٛہہ
نیٚتھ ریاستس اَندر پرائیویٹ سکولَن ہُنٛد تیداد اوٚنگجن پیٛٹھ گنزراونس
برابر۔ مگر وۄنی چھِ یہ حالت زِ یِتھی سکوٗل چھِ جایہ جایہ نظرِ گژھان۔
یوٚتام ڈِگری کالجَن ہُنٛد تعلق چھُ ازِ چھِ صِرف کٔشیر اندرٕے یوت

پرٛینہٕ ضلعس منٛز کم کھوتہٕ کم اکھ ڈِگری کالج تہٕ کینٛشن منٛز اکھ کھوتہٕ جادٕ۔ رٛود سِری نگر ییٚتہِ چھ نِصف درجن پیٚٹھی ڈِگری کالج یِمن اندر کینٛہہ زنانن ہٕنٛدِ باپت مخصوص چھ۔ یِمو علاوٕ چھ میڈِکل کالج، انجنیرنگ کالج زرعی یونیورسٹی تہٕ کالج تہٕ۔ اتھ بجہ تہٕ بے مثال تبدیلی کُن وُچھتھ ہیٚکو اسی ؤنِتھ زِ سائنس تعلیمی نظامس چُھ یِمن پنٛژہن ؤری یِن پرٛنہِ پاٹھی پوچھر دِنہٕ آمُت تہٕ یہ مُبارک کام چھ ازتہٕ ؤتِھ ؤانٛجہِ انجام دِنہٕ یِوان۔ یِمن ؤری یِن اندر گٔرِ اَسہِ واریاہ واریاہ تہٕ بے شمار وُستاد، بیروکریٹ، انجنیر، ڈاکٹر سُرجن، زرعی ماہر تہٕ کارنٛد تیار یِمن ہٕنٛز سماجس ضرورت آسان چھ۔ یِم ساری چھ یِن پننِس تہٕ دانس منٛز پننہِ یِمن صلاحیژن ہُنٛد بر پوٗر اظہار کران۔ وہتھن تہٕ وولرن بنٛد کھارٕنی، تعمیرات کھڑا کرٕنی، سڑکہٕ تہٕ شاہراہ بناوٕنہٕ، باغ بناوٕنی، سرتہٕ سوٚدُر پاہٕنی زمین زراعتُک بر پوٗر استعمال کرُن، نوٚو نوٚو زرعی طریقہٕ عملہ منٛز انٕنی، نوٚو نوٚو بیاٚلی ایجاد کرٕنی، نوٚو میوٚو وٕ پداوٕنی چھ یِمن ہٕنٛز موٚہلیج کام۔ یِمن تہٕ یِژھن کامن ہُنٛد سر انجام دُین چھ پانے پہ کنہِ صاف کران زِ سانہٕ تعلیمی پالیسی منٛز چھ زُو زِ تہٕ موٗجوٗد، یِتھ نصف صدی منٛز آے واریاہ تجربہٕ کرنہٕ۔ کیٚتی قدم ؤتھی ٹلی گٔی تہٕ مگر تِمی سٕتی آو سیوٚد پکنُک شعور تہٕ۔ غلطی آسُن تہٕ چھ وُنہٕ تہٕ موٗجوٗد مگر تِمہ سُدھارٕنچ کل چھ زِنٛدٕ۔

مگر نِصف صدی گُزرنہٕ پتہٕ چھُ اِنسان شدتہٕ سان محسوٗس کران زِ یہِ ہٕز ترقی روٗز کینٛہہ لحاظو غاٚر متوازن۔ اَمہِ کِس نتیجس منٛز کینٛہہ تِتھی اہم مسلہٕ تہٕ پادٕ گٔے یِم اگر نہٕ ساٚنہٕ اہم توجہک مرکز بنَن تہٕ حل سپدن اَسہِ واتہٕ بے حد نوٗقصان۔ یُس آسہِ نہٕ مادی نوٗقصان اگرچہ اُمیٖک ساپہٕ تمِتہٕ پییہ۔ تاہم یِتھ چیٖزِس سٟتۍ متاثر گرِتمیٖک زیادٕ تر تعلق آسہِ ساٚنہٕ غاٚر مادی، ذٔہنی، ثقافتی تہٕ روٗحانی زندگی سٟتۍ۔ اَمہِ سٟتۍ سپدِ ساٚنۍ شخصیت متاثر۔ اَمہِ سٟتۍ لبو نہٕ اَسی سو شناخت یُس پرٛیتھ قومس پرٛزنتھ بخشان چھِ تہٕ یکتیٖک احساس دِوان چھُ۔ یہِ چھُ سُہ نوٗقصان ییٚمی اَسہِ وِزِ وِزِ دٲرِ واتنو مُت چھُ تہٕ یُس پورٕ ونس کٲفی وقت بکار آسان چھُ۔ تکیازِ اَتھ شکلَس چھُ وارِیاہ وقت لگان۔ اگر نہٕ پاٚیِس ہینہٕ ییہِ یہِ حُسن چھُ ہمیشہِ باپتھ رٲوِتھ تہٕ ہیکان۔ اَمِچ اہمیت چھِ یِیتھر زِ شناخت ییٚلہِ راوان چھِ تِتھی سٟتۍ چھُ پتہٕ سورُے کینٛہہ راوان۔

یہِ قومی شناخت برقرار تھاونس منٛز یُس چیز اَسہِ نِشِ مرکزی حیثیت تھاوان چھُ تمیٖک سیٚدِ سیوٗد واٹھ چھُ ماجہ زیوِ سٟتۍ خاص کرِ ییٚلہِ اَتھ زیوِ ہُنٛد علاقہٕ آسہِ تہٕ اَتھ منٛز روزَن وٲلۍ ساٚری پنٕہانٛے زبان بولان آسَن یِتھ منٛز پرٛتھ مذہبکی، پرٛتھ فکرِ ہُنٛد تہٕ پرٛتھ کارِس سٟتۍ تہٕ پرٛتھ طبقس سٟتۍ وابستہٕ لُکھ شامل آسَن۔

سو زبان یتھ منز ادب تہٕ تخلیق پیدان آسہٕ تہٕ یوسہٕ یمن لوکن ہنز جذباتی ضرورت تہٕ پوٗرٕ کران آسہٕ یا کرتھ ہیکہٕ۔ سو زبان یوسہٕ کانٛہہ تہٕ نوٚکتہٕ فہماونس منز کانٛہہ ٹھوٗر بنتھ ہیکہٕ نہٕ یلہِ کٕہ ٹھرٕ کاسِتھ ہیکہٕ۔ سو زبان یوسہٕ یمن اکھ ناو دِتھ راچھ راوٕنٹ کرنٕچ ضامن آسہٕ۔ سو زبان یوسہٕ اَتھ علاقس منز روزن والین ماجہ ہنٛدِس دوٚدس منز تران چھےٚ۔ سو زبان ییٚمچ گوڈٕنچ درسگاہ ماجہ ہنز کوٚچھ آسہٕ۔ اَسہِ چھُ یتھ کتھ پیٹھ افسوس زِ اَتھ زبٲنی آیہٕ نہٕ اَتھ عظیم تعلیمی نظامس منز موٗلے کانٛہہ جاے دنہٕ۔ یہ چھُ ساٚنس تعلیمی نظامس اکھ کمزوری یوسہٕ یوٗتام نہٕ دوٗر کرنہٕ ییہٕ اَمیک دوٗر سیدن چھُ ناممکن۔

شُرٕن دِتہٕ اَسہِ خاص کر غاٚر مادری زبانن منز ابتدا پیٹھے تعلیم، تمہٕ غاٚر مادری زبانہٕ یمہٕ یہندین گرن منز کانٛہہ تہٕ اکھ پننہٕ دوہہ بیٹھ تہٕ کامہٕ کارس منز ورتاوان چھُنہٕ۔ اتھ صوٗرتِ حالس منز چھُنہٕ آدم بروٗنٹھ پکتھ تہٕ کُنے واتان۔ یہ شُر چھُنہٕ اَتھ غاٚر مادری تہٕ دویمہٕ زبٲنی جذباتن ہنز زبان بناوِتھ ہیکان۔ اَمِس منز چھُنہٕ یہ زبان ظرافت، مزاح، طنز، حاضر جوابی تہٕ سنجیدہ مزاجی ہنز سو بنیاد کھاٚرتھ ہیکان یوسہٕ اَمِس بروٗنٹھ پکتھ پریتھ ماداٚنس منز اکھ روٗٹ کرتھ ہیکہٕ ہے۔ اَمِس چھُ قیمتی وق لگان دویمہٕ زبانن ہنٛدی اظہار بعد کڈنس

تہٕ لفظَن معنہٕ ژھارنَس منٛز۔ مگر اَتھ ماداُنس منٛز چھُنہٕ شخص داُنِسہٕ
یِتھ تہٕ کُنے واتان۔ یہِ شُر چھُ پَتہٕ اِظہارٕ رٕنگی وِزٕ وِزٕ پچھ رتہٕ گرٛھان
تہٕ جذباتی لحاظہٕ پٮ۪تھ سوٚتھرس پیٚٹھ نابالغ روزان۔

زبٲنۍ ہٕنٛدِ حوالہٕ اَتھ صوٗرتِ حالس منٛز چھُ وونۍ پیٚتِمہِ
دُہَے پنٛژہَو وَرِیَو پیٚٹھ بیاکھ دِلچسپ روٗخ وۄتلان۔ یِمَن
وَرِیَن اَندر آے کٔشیرِ اَنٛدر جایہِ جایہِ انگلش میڈیم سکوٗل
تراوُنہٕ۔ اَدٕ تام یوٚس کام یتھ علاقس منٛز فارسی زبٲنۍ پَتہٕ یتھ
صدی منٛز اُردوٗ زبٲنۍ ہیٚنہٕ یوان آس یِم سکوٗل چھُ سہ امتیاز
وونۍ انگریزی زبٲنۍ بخشُن یِژھان۔ تِہنٛدِ دَپُن چھُ زِ سانیٚنے
تُہُنٛد تعلیم چھُ شُرِس برٛوٚنٛہہ کُنِتھ اَتھی انگریزی زبٲنۍ منٛز دِنہٕ
یوان تَوے پَزِ اَسہِ اَمی ہٕنٛدی مُشکل حل کرنہٕ باپتھ گوڈٕ پیٚٹھے
اَمِس انگریزی زبٲنۍ ہُنٛد ادب ژوپ کرُن۔ استدلال چھُ
دُرُس۔ اَمیُک نتیجہٕ چھُ وُنی کیٚس سکوٗلَن کُن وُچھتھ پی۔ نیران
زِ شُرین ہُنٛد اُردوٗ یا ہندی چھُ دوہَے پتہٕ دوہَے کمزور سپدان۔
تعلیم دِنکۍ ذٔرِیَن رٹ انگریزی زبٲنۍ ہٕنٛز جاے تہٕ باقی زبانہٕ
پلیٚپہٕ پانے۔ کٔشیرِ اَندر چھُ سکوٗل باقی زبانَن مادری زبان ہیتھ
کم توجہ دِوان تہٕ یِمَن بطورِ اختیاری مضموٗن پرناوان تہٕ بلکہٕ
ساری مضموٗن مثلَن سائنس، ریاضی، سوشل سائنس، جغرافیہ،
وَغَیرٕ باپتھ چھِ انگریزی زبان وَرتاونہٕ یِوان۔ یِتھ پاٹھی چھُ وونۍ

یِمَن شُرِین لوکچارٕ پیٹھے اَکہِ ترٛٮ۪ہ زَبانۍ ہُنٛد اوپ ژوپ کرنہٕ پَوان
پٮ۪یمہِ زَبٲنۍ ہِندی اَصلی بولَن وٲلۍ یِمَو نِش دوٗر واریاہ دوٗر یُس
مَنٛز یہِ زَبان بولان چھہ۔ تِمَن چھہ تِتھہِ یہِ زَبان مادری زَبان نَہٕ تہٕ
علم حاصل کرنچ زَبان تہِ۔ تِمَن چھِنہٕ سانِین شُرِین ہِندی پٲٹھی
مادری زَبٲنۍ ہُنٛز لاشہِ پیٹھ باقی غٲرٕ مادری زَبانَن سٟتۍ دَبہٕ دَب
کَرٕنۍ آسان۔ اَتھ مقابلہٕ چھہ سکوٗلَن مَنٛز سانۍ شُری انگریزی پرٛایمر
تہٕ کِتابہٕ پَران۔ مگر سکوٗلَو تہٕ کِتابَو نٕسبر چھِنہٕ یِم طالب علم اَمہِ باپتھ
پَنِنہٕ نِین دینی، سیاسی، سماجی یِمَن بلَن مَنٛز اَمیُک نیب نِشانہٕ
تہٕ لَبان۔ اَمہِ نَوِ صوٗرت حالہٕ کِنۍ گیہِ اُردوٗ تہٕ ہِندی زَبانہٕ تہٕ پَننہِ
اَہمیتہٕ نِش محروٗم یِیہ سپہٕ یِمَن خاص کرٕ اُردوٗ زَبٲنۍ کٔشیرِ اَندر تعلیمی
نِظامَس یِتھ صدی مَنٛز اَس۔ یِمَن سکوٗلَن مَنٛز چھہ عام طورٕ اُردوٗ
زَبٲنۍ ہُنٛز حالت سیٹھا نوٗزُک تہٕ شُری تہٕ چھِنہٕ انگریزی زَبٲنۍ ہِنٛدِس
قیمتَس پیٹھ اُردو یا ہِندی پَرُن پَرٕھان تِکیازِ تَمہِ تعلیمہِ ہِنٛدِ
حصوٗلہٕ باپتھ چھُہ پَزی تِمَن انگریزی زَبٲنۍ ہُنٛد سہارٕ پرِتھ حالتَس
مَنٛز نیُن۔ اَتھ انتخابَس چھہ بٔنیہِ نہٕ کیٚنٛہہ وُجوٗہات یِم اَسی مَشرٲوِتھ
ہیکوکھ نہٕ۔ مثلَن عالمی سطحَس پیٹھ انگریزی زَبٲنۍ ہُنٛز اَہمیتھ۔ اَتھ
زَبٲنۍ مَنٛز جدید تر علمچ تہٕ ٹیکنالوجی ہُنٛز دٔسیابی۔ اَمہِ زَبٲنۍ ہُنٛد
سانِین کارٕبٲری اَدارَن تہٕ دَفترَن پیٹھ قبضہٕ کَرُن۔ اَمہِ زَبٲنۍ ہُنٛد
رسم الخط، ہِندوستانَس مَنٛز اُردو زَبٲنۍ ہُنٛد کَم اَہَم سپدُن بیترِ۔

پَس چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ اَکھ یہ مانٛنہٕ باپتھ تیار زِ اَتھ انگریزی زَبانٛی مَنٛز درس و تدریس گژھِ بنٛد گژھن۔ بلکہ چھ سرکارٕ تہٕ اَمیُک اہمیت نَظرِ تَل تھاوِتھ یہ زبان یوٗنی ہٕنٛزن کلاسن تام واتناونس خوشی۔ وجہ چھُ یِہ زِ سوٗچَن ہنٛدِ اَمہ چہ اہمیتہ ہٕنٛد احساس۔ یہ احساس گژھہ تہٕ آسُن پَرنٕک نِسہ نظرن تَل۔ ریاستی سرکارن کوٚر یہ پرایمری تہٕ مِڈل کلاسن مَنٛز انگریزی زبانٛی مقابلہٕ اُردوٗ زَبانٛی مَنٛز تعلیم دِنُک رِواج۔ یوٚدوَے پَسنٛد مگر پَتہٕ یِم انگلش میڈیم سکوٗل ریاستس پَرچھ علاقن مَنٛز تراونہٕ آے تِمو کوٚر واریاہس حدس تام سرکارٕ تہٕ یِتِس سوٗچس پھیٖر دِنہٕ باپت تیار۔ سرکارٕ تہٕ چھ وونی یِنہٕ نِش قریب خالی گامَن پرایمری تہٕ مِڈل سکوٗلن یِتھ چُھری گژھ والیس دِنہٕ باپتھ انگریزی زبان ابتدا پیٹھے لاگو کرنٕکی اقدام کران۔ سرکارٕ تہٕ چھ یِیمہٕ پَرزُنِس پوٗرہ پاٹھی آگاہ زِ انگریزی تراونٕکہ ہِکن نہٕ مقرر کرنہٕ آمِژ رِوایتی زبانہٕ سٕہ مقام واپس حاصل کرِتھ یُس یِمن زبانن اَز برونٛہہ مَحَض وُہہ پَنٛژہ وری یہ تام نصیب اوس۔ یِمن کتھن کُن کوٚر مے ابتداء پیٹھے اَکِہ نَتہٕ بیٚیہ طریقہٕ واضح تہٕ تسلی بخش اِشارہ۔

اَتھ سارِی سے نہٕ پیٹھ زمانس مَنٛز یوسہٕ زبان شُرن تہٕ بُڈٕ ین برابر ساتھ دِوان رُوزٕ تہٕ اَز تہٕ دِوان چھُ سو گژھہٕ کاشُر زبان تہٕ مُلکن ہٕنٛز مادری زبان۔ سکوٗلن مَنٛز نہٕ پَرنادِنہٕ باوجود تہٕ

روٗز یہ کأشر زبان سکوٗلن منٛز تہٕ زندٕ سے تہٕ تمن گرن أندر تہٕ یمو
منٛز شُری یمن سکوٗلن منٛز تعلیم حاصِل کرنہٕ باپت واتان چھ۔ أسی
چھِنہٕ یہ زبان ہیٚچھناونہٕ تہٕ پرناونہٕ ورأے تہٕ اعتماد سان یتھ میو
ہتہٕ بدبو وُری یو پیٹھ دِژس پأٹھی بوٗلتھ ہیکان۔ أسی چھ أتھی منٛز
کھُلہٕ ڈُلہٕ پأٹھی پینہٕ نین نوٗزک ایٚحساسن تہٕ جذباتن ہُنٛد پوٗرٕ
کامیأبی سان اِظہار تہٕ کران۔ یہ گیہ امہٕ زبأنی ہنٛز کارکردگی سکوٗلو
نٮ۪بر روٗزتھ۔ اگر اتھ زبأنی أسی پینہٕ نِس تعلیمی نظامس منٛز سوے
جاے دِوان آہتی آسہو تیلی آسہٕ ہے یقیٖنن صوٗرتِ حال بلکل
بدل۔ اگر أسی اَز تہٕ اتھ زبأنی پیننس تعلیمی نظامس منٛز سوے
جاے دِمو یٚنیٚمیچ یہ حقدار چھ اسہٕ واتہٕ پرتھ لحاظہٕ فأیدٕ۔ پرتھ
منٛز لگ سفر سیدٕ یہ کرنہٕ ہیٚتی آسان تہٕ سہل۔ امہٕ کتھہٕ ہُنٛد ایٚحساس
چھُ مےٚ پرتھ تمہٕ ساعتہٕ سپدان یٚیلہٕ یہٕ یتہٕ مٮ۪ن ہتہٕ بدرن وُری ین
ہنٛز ثقافتی تہٕ تہذیبی توأریخ پرنہٕ یہان چھُس۔ یہ ایٚحساس چھُ مےٚ
تمہٕ ساعتہٕ تہٕ پننہٕ وُجوٗد محسوٗس کرناوان یٚیلہٕ یہ ہندوستانہٕ کین مختلف
علاقن ہنٛزن زبانن ہنٛز کتھ ٹُلان چھُس۔ مےٚ چھ پننی آگہی امہٕ
ایٚحساسہٕ کس دِژس آسنس پیٹھ پرتھ سوچن وِزہٕ قأیل کران۔ یمہٕ
زبانہٕ اسہٕ پننہٕ آسہٕ نہٕ۔ یوٚدوے تمن کٲشر ہندرن درباران منٛز
برپوٗر چلن روٗد تاہم ہیوٚک نہٕ تمو یتھ علاقس منٛز دوام حأصل
کرِتھ۔ تمہٕ تہٕ گیہ شکار تمن سیأسی تہٕ سماجی تبدیلین ہُنٛد یمہٕ یتھ

علاقن مَنز رونُما سپنہٕ۔ اَتھ سِلسِلس مَنز ہیکہٕ سنسکرت زبانۍ ہُنٛد تہٕ حوالہٕ پیش کٔرِتھ یتھ تہٕ فارسی زبانۍ ہُنٛد تہٕ۔ مُمکِن چھُ بیٚیہٕ کانٛہہ زَبان تہٕ رٔٹہِ بہانہٕ دِتھ یا آسہِ یہِ دِتھ وارٕ وارٕ قدماوان۔ اما پوٚز زمانکۍ انقلاب بَرداش کٔرِتھ یوسہٕ زبان آسہِ ساتھ دِوان روزِتھ اَسہِ پانس سیتی سیتی پٔرِتھ سو گیہ یہانٛے کاشُر ماجہ زیو۔ اگر اَسہِ اَتھی پننہِ ماجہ زیوِ لول بَرنُک موقعہٕ میوٗلمُت آسہِ ہا سورُے داستان آسہِ ہا بدَل۔

سون مُشکِل تعلیمی سفر کوتاہ آسان آسہِ ہا سانہِ باپت سِدمُت۔ پَننہِ پت کالچ جِس اَگہی آسہِ ہا سائنس اَز کالس مَنز جذب گٔژھتھ سانٛین زِندگی زیادٕ فائدٕ مَنٛد بناوِتھ ہیکان۔ سون اِظہار تہٕ آسہِ ہا پرِتھ لحاظٕ دولت مَنٛد نہٕ اَسی آسہو علم و ادب تہٕ تعلیمی لحاظٕ اکھ خاص خوٗد کفالت پٔرادان۔ پَننی ماجہ زیو مُشترکہ تہٕ دوٗری داون اَکھ تہٕ جادٕ وو پَر زبانہٕ پٔرِتھ تہٕ چھِ اَسی وقتس پیٹھ پَننی پان کُلہی محسوس کران۔ سانہِ باپت چھُ عجیب مسلہٕ یاد گومُت یوسہٕ زبان اَسہِ بوٗلنۍ لگان چھُ سو چھنہٕ کتابن مَنز نظر گژھان تہٕ یمہٕ زبانہٕ کتابن ہنٛدِ ذری یہِ اَسہِ تام واتان چھ تمن پیٹھ چھنہٕ اَسہِ عام طور سو تھپ روزِتھ ہیکان یوسہٕ سانہِن توٗرک جذبن تہٕ ایحساسن نہٕ پَننی پاٹھی کٔتھ کرناوِ ہیے۔ تمن ایحساسن چھنہٕ اظہارٕچ سو پھُلے لگِتھ ہیکان یوسہٕ لگنی گژھہ۔ پَس چھِ تِم سانٛس لاشعورس مَنز اظہار نہٕ لبنہٕ کنی اکثر پوشیدٕ روزان۔ مگر یتہٕ چھُ اکھ پزر زِ دانشگاہو

تہٕ سکوٗلوٗ نش دوٗر تھاوُنہٕ باوجوٗد چھ بعضے اَسہٕ بیٚتھین نوٗزکے وَقن پیٹھ پٔنٕنہِ ماجہ زیوٗہے اَتھہ روٚٹ کرِمٕن۔ کٔنہہ ساعتہٕ چھُس بہٕ سوٗنچان زِ اگر سانہٕ اَتھہ ماجہ زیوٗ سکوٗلن تہٕ دانش گھرن ہنٛدۍ دروازٕ ڈٕبھی روٗدۍ مٕتۍ آسہن کتھ آسہٕ ہا بدل۔ پٔزۍ پاٹھۍ آسہٕ ہا سون اظہار سَنہٕ دُن تہٕ تہٕ خوبصوٗرت تہٕ بٕنیامُت۔

یمہٕ کتھہٕ ڈٕنتھ چھُس نہٕ بہٕ دوٚیہِ زبانہٕ ہٕنٛچھنس مخالفت کران تہٕ تمن منٛز موجوٗد علم و آگہی ہنٛدِ نوٗرٕ نش محروٗم روزنہٕ باپت وَنان۔ نہٕ وَنہٕ کانٛہہ چوٗر تہٕ بٔنۍ خبرٕے۔ میٚون وَنُن چھُ زِ اگر کانٛسہٕ شوقہٕ وٲلِس انسانس علم و عرفان حاصل کرنہٕ باپتھ واریاہ زبانہٕ پٔرٕنک تہٕ ہیٚچھنک بٔتر آسہٕ تس گژھہ تمہٕ باپتھ شاباش کرُن۔ اَزۍ کس یتھ دُنیاہس منٛز یتھ وِزِ گلوبل گام تہٕ وَننہٕ یوان چھُ کُس اِنسان آسہٕ سُہ یُس الگ تھلگ روٗزِتھ برٛوٗنٛہہ پکنٕچ خاب رٔچھہِ تہٕ وُچھ۔ اَلبتہٕ چھُس بہٕ زور دِتھ یہ وَنُن یژھان زِ مادری زبانٕ ہنٛدِس قیمتس پیٹھ گوٚژھ نہٕ یہ سورُے کینٛہہ انجام دِنہٕ یُن۔ یہ گژھہِ نہٕ سکوٗلو تہٕ درس گاہو نش نیبر تھاوِنہٕ ینی یِیلہٕ اَسۍ تموٚ نیبر اَمہٕ زبانٕ ہُنٛد امتحان صُبح شام کران روزان چھ۔ میٚون مُدا چھُ زِ زندگی ہنٛدِس دُشوار سفرس منٛز گژھی اَسی مادری زبان تہٕ پانس سٟتۍ تھاوٕنۍ۔ اَمہٕ علاوٕ گژھو اَسی سُہ سورُے علم اَمہٕ زبانٕ ہنٛدِس خزانس منٛز واتناوٕنۍ یُس اَتھ سفرس منٛز اَسہٕ حاصل یِیہِ۔

یہ کرنہٕ سٟتؠ واتن اَسہِ بسیار پٲسِل فٲیدٕہ۔ سون اِظہار سپد بجا تہٕ وار،
سون قومی تشخص لبہِ واضح اَنہار۔ علم تہٕ آگہی حاصل کرنچہِ دُشوار
دَتہٕ سپدِن سانہِ باپتھ آسان۔ علمہٕ کِس روشن خانن تام واتنس
لگہِ اَسہِ بینہٕ پاٹھی مقابلن وارِیاہ کم وَق۔

پتہٕ میو واریاہو وَری یو پیٚٹھ چھہ سانین تواریخ شناسن،
سماجی زِندگی سٟتؠ وابستہٕ اِنسانن، سیاسی مُفکرن، دانشورن تہٕ
ادیبن یہ رُت احساس بیدار سپد مُت زِ مادری زبٲنؠ گژھہ
پٔرتھ تعلیمی نِظامس مَنز پیٹھ کینہٕ جاے آسٕنؠ۔ اَتھ احساسس
پیش نظر تہٕ آواز بۄد تھہ داہ دُہہ وَری کشمیر یونیورسٹی ہٕنٛدِ
ذٔری یہ کٲشُر زبان پوسٹ گریجویٹ سوٚتھرس پیٹھ پرناوُنک
بوٚنِ لُس گرناوِنہٕ۔ کینٛہہ بےخبر اَسی تِم یموٚ اَتھ فٲصلس مُخالفت
کٔر تہٕ کینٛہہ تِم یِمن فٲصلس پیٹھ پرٛاژن طنزی اَسِن پھوٚل۔ مگر اکثر
اَسی تِم یموٚ اَتھ فٲصلس تٲریخ ساز فٲصلہٕ قرار دِتھ پُرجوش حمایت
کٔر۔ چنانچہ اَز کَل چھہ تِم مخالف تہٕ اَمہِ فٲصلکی تعریف کران بیٚیہِ
تِم اَکی نتیجہ وُچھان چھہ۔ کٲشرِ زبٲنؠ آو پننی اَہلیتھ ہاوُنک موقہٕ۔
کٲشرِ زبٲنؠ مَنز ووت سُہ علم لیُس نہٕ سہل سہل اَتھ مَنز واتہٕ ہی
اَسہِ سپدی تِم سکالر تہٕ عالم دستیاب یِم دِونی وارکاہ کشیر ہُنٛز
ثقافتی زِندگی مَنز انتہٲیی مفید کام انجام دِوان چھہ۔ یِتہٕ آو دِچھنہٕ
زِ اَمہِ شعبکی تعلیم یافتہ چھنہٕ اَمی یونیورسٹی ہندِس آرٹ فیکلٹی ہندِس

بٔیین طالب علمن مُقابلہٕ کرنہٕ لحاظہٕ پتھ، بلکہ ہیرٕ ونیتھ۔

یہ شعور تہٕ چھُ مُبارک یاد دِنس لایق تہٕ یہ ترقی تہٕ۔ باقی اَہم کتھو عَلاوٕ روزِ ییتھ پاٹھی یہ زبان سانٛنی پرٛزنتھ تہٕ بنیتھ۔ توے چھُس بہٕ ییتھ کتھ پیٹھ وزمُت زِ یوتام نہٕ کشیرِ اندر کاشُر زبان خاص کر سانہین تعلیمی ادارن اندر پنُن مقام پراوِ توتام ہیکو نہٕ اَسی یہ ونتھ زِ اَسی چھِ کاشِری۔ سانہٕ تعلیمی نظامس منز یہ کمی یوتاہ جلد دور کرنہٕ ییہِ تیوتاہ آسہِ اَسہِ سارنی ہندِ باپتھ یہ رُت تہٕ جان۔ خاص کر گرٛزھن اَمہِ زبانی ہندِ باپتھ سانہین پرایمری تہٕ مڈل کلاسن منز بر پور انتظامات کرنہٕ یِنی۔

یہ اَہم کتھ وَنہی تہٕ چھُس بہٕ ضروری زانان زِ ۱۹۴۹ء پتہٕ آیہ رِیاستس اندر اَدلہٕ پیٹھ پوسٹ گریجویٹ سطحس تام تعلیم مُفت قرار دِنہٕ۔ سٕتی آے شہرن، سرین تہٕ گامن گٹھن منز سکول قایم کرنہٕ۔ یہ قدم اوس تہٕ چھُ تعریفُن لایق مگر اَمیُک اسلوب گوژھ بدل آسُن۔ مُفت تعلیم گژھِ تمَن دِنہٕ ینی یم مالی لحاظہٕ کمزور تہٕ پسمانٛدٕ درگن سٕتی تعلق تھاوان آسہن۔ تہٕ پیٛدٕ نہٕ کینہہ۔ اَمیُک اَکھ نتیجہ دراو ییتہٕ زِ لوکو نیو۔ یہ اَہم سیاسی حق غار سنجید گی سان۔ تہٕ اَمیُک ناکارٕ اثر نہٕ پیوو سانٛنس تعلیمی معیارس پیٹھ۔ لیُس گرٛان گرٛان پریشان کرٕ ونس حدس تام گرٕ یوتہٕ اَمیُک حال چھُ اَسہِ اَچھن تل۔

گوڈٕ گوڈٕ آسی انتظامی مشری ہیندِ بایتھ واقعی پٔرِی متی لیکھو متی نفر ضرورت۔ توٚے آسی جواں یودٕ تعلیمی ادارو منٛز نیٖران تہٕ یورکنؠ اُس تمن سرکاری نوکری میلان۔ ہکیاہ سوٗے یاژ آس تہٕ چھِ کشیرِ اندر ساروٕے کھوتہٕ بٔڈ انڈسٹری۔ بییلہِ اَتہٕ سوٗ زبردس ضرورت وارٕ وارٕ کم سپدان گیہ تعلیم یافتہٕ بے روزگارن ہندِس تعدادس منٛز سیُد سیٹھا کم وقتس منٛز زبردس ہُریر۔ اَمی چیٖزن دیٖت اَکس نوٚس صورتِ حالس زنم۔ بے کار انسانہٕ سُند دماغ چھُ شیطان سُند ورک شاپ ونہٕ یوان۔ سماجس منٛز گوٚسُہ عنصرُ تہٕ تیار یُس روزگار نہٕ میلنہٕ کنی سماجی امن وسکونس منٛز ہلچل پاد کرنہٕ لوٚگ۔ اَمیُک بوٚڈ وجہ اوس سانی ناقص تعلیمی پالیسی۔ سانین تعلیمی منصوٗبن منٛز اُس نہٕ کانہہ نترٕ خاطر خواہ گنجایِش تھاونہٕ آمٕژ۔ بیٚیمہِ کہِ برکتہٕ نارمل تعلیمہِ سیتی سیتی جوانن، سکوٗلن تہٕ تعلیمی ادارن منٛز پیشہِ ورانہٕ تعلیم تہٕ دِنہٕ ییہِ ہیے۔ اَمہٕ سیتی سپدن تم پننہٕ نین کوٚٹھن پیٹھ استاد سپدنس لایق۔ یہِ سسٹم بناوِ ہیے تِہندِس حصوٗلِ روزگارس تہٕ آسان۔

یتھ وتتس منٛز سپُد پیٹھ بیا کھ اَہم مسلہ ہُرونہٕ آبادی ہُند یتھ رفتارس پیٹھ آبادی ہُران گیہ سانی تعمیری منصوٗبہ تہٕ گے نہٕ تمی انداز بدلان۔ نتیجہِ چھُ اَسہِ برونٛہہ کنہٕ۔ پانیٛو پانیٛو ایحساس گو ہُران۔ ہمدردی ہُند جذبہٕ گو وارٕ وارٕ کم گژھان۔ خود غرضی ہیوٚر وو پان۔ نوجوانن چھُنہٕ عام طور پننِ آینٛدہ کال یژی محفوٗظ باسان۔

تِم چھِ ذہنی طور پریشان روزان تہٕ اَتھ حالس مَنٛز ہیکَن تِم غلط دَتہٕ کُن تہٕ لگِتھ۔ وَقتس پیٹھ چھِ تِم پننِہِن سَنداتَن کُن وُچھنہٕ بغیٖر بوٗزِت اَسُن تہٕ ترٛاوان۔

یِم ساری خدشہٕ تہٕ ٹیٚنچھر مَدِ نظر تھاوِتھ چھِ ضرورت ییٚمہٕ کتھہٕ ہٕنٛز زِ تعلیمی منصوبہٕ یِن نوٚ سرٕ ترتیب دِنہٕ۔ تاکہ تِمن کوتاہِین تہٕ کمیٚ یِن ہُنٛد تدورک بَنہٕ مُمکِن یِمو وُنی کیٚس سانہٕ بایٚت بٔڑی بٔڑی مسلہٕ پاد کٔری ہٕتی چھِ۔ اگر ادٕ کُن سنجیدٕ توجہ دِنہٕ ییِہ نہٕ سون سماج سپدِ اقرالقری ہُنٛد تہٕ ییٚیہِ انتشارُک شکار ؛؛

•




کتابن ہٕنز نمائش ۔ کلچرل اکادمی




نو آموز شاعرن تربیت دِنہٕ باپتھ، پوئٹری ورک شاپ









صوٗفی شاعرن ہنز اکھ شعرٕ محفل



عبدالاحد زرگر













نامور شخصیژن سٕتی مُلاقاتھ —




اکادمی ہٕنٛدی منعقد کرٕۍ متی رایٹرس کیمپ ۔


غلام رسول کامگار کشتواڑی


امین کامل


دینا ناتھ نادم


فاضل کشمیری


پروفیسر غلام نبی فراق


اختر محی الدین

کلچرل اکادمی ہندِ طرفہٖ دِنہٕ آمتی اعزاز تہٕ خلعت







کلچرل اکیڈیمی ہندِ طرفہٕ شاعرن تہٕ ادیبن ہندین مقبرن نصب کرنہٕ آمتی یادگاری لوح









نَبَس مٔتے گَنجہِ نَے تاپہٕ لولو ــــــ لوک موسیقی تہٕ رَقص



بزمِ شیرازہ - کلچرل اکیڈیمی سری نگر



وٚلر راژٕ تہٕ وتستا

اوپیرا وتستاہکۍ ژٕ مرکزی کردار۔ سٹیج ٹیگور ہال



کأشرِ ادیبن ہنٛز کانفرنس۔ سامعین منٛز چھ قیصر قلندر، جی آر سنتوش، علی محمد لون، پران کشور
غلام نبی ڈولوال، صوفی غلام محمد، پروفیسر پُشپ، حامدی کاشمیری، پروفیسر رٛہی، غلام نبی شاہ تہٕ محمد سُبحان بھگت تہٕ شأمل۔



اکیڈیمی ہٕندِس محافظ خانس اندر محفوظ نادِر مسوُدَن ہٕنز نمائش







کلچرل اکادمی ہنٛدِ طرفہٕ منعقد کرنہٕ آمٕتی فوک ڈراما فیسٹول



ثرار شریف کس استانس پیٹھ تہذیبہ کلچر ہندوستانچن مختلف زبانن ہندی ادیب تہٕ شاعر



کاشرین بزرگ ادیبن ہندٕ اکھ یادگار تصویر

پروفیسر جے ایل کول، دینا ناتھ نادم، پروفیسر محی الدین حاجنی، محمد امین برتھ، پروفیسر رحمان راہی، مرزا غلام عارف بیگ تہٕ پروفیسر رفیق



ثرار شریف انز سالانہ علمدار سیمینارس منز اکھ پروگرام

تصویرس اندر چھِ دینا ناتھ نادم، پروفیسر مرزی کنتھ، توشہ خانی، محمد یوسف ٹینگ، موتی لال کیمو، سراج الدین تہٕ بدری ناتھ کول



مُسوَدات جمع کرنَس سِتی سِتی چھپے کلچرل اکادمی توآریخی
عمارژن پیٹھ بناوَنہٕ آمتین مۆڈٕ تِھرَن ہنٛد REVIVAL
باپَتھ تہٕ قدم تُلان ۔ ہیٚرِمس اَندر چھُ مدین صابنہٕ مسجدِ
اَندر بناوَنہٕ آمتہٕ اَکہٕ مۆڈٕ تِھرُک REPRODUCTION



صوفیانہٕ موسیقی ہنٛز اکھ محفل



اکھ یادگار تصویر: اکادمی ہنٛدِس اَکِس مُشاعرس اندر کمال احمد صدیقی، علی جواد زیدی
مرزا کمال الدین شیدا (اوّلین سیکرٹری اکادمی)، میر نصر اللہ، بخشی غلام محمد (وزیرِ اعظم) تہٕ ماسٹر زندہ کول



دویم یادگار فوٹو: مرحوم صادق صاحب (وزیرِ اعلیٰ جموں و کشمیر) چھِ اَکِس بچّی انعام دوان۔



بشیر اختر، علی محمد لون، غلام نبی فراق، دینا ناتھ نادم، احمد زرگر، غلام رسول نازکی
محمد یوسف ٹینگ، رحمان راہی، محمد یوسف ہمدانی، موتی لال ساقی، ظریف احمد۔







مُصحفِ عثمانی۔



والصاحب بالجنب وابن السبيل
وما ملكت أيمانكم إن الله
لا يحب من كان مختالا فخورا
الذين يبخلون ويأمرون الناس
بالبخل ويكتمون ما آتاهم
الله من فضله وأعتدنا للكافرين
عذابا مهينا والذين ينفقون
أموالهم رئاء الناس ولا يؤمنون
بالله ولا باليوم الآخر ومن يكن
الشيطان له قرينا فساء قرينا وما
ذا عليهم لو آمنوا بالله واليوم

نسخۂ قرآنِ کریم۔ حواشی از شیخ احمد صاحب تارہ بلیؒ



(نمونہ از خروارے)

ڈیتھ پچھے کاپہ ڈونس ڈیس پیپٹھ ویٹشو، لیڈر، سپندر ٹرارتہ بلقے کولہ تہ آر ہیپتھ وولر رازن گرکن پکان
اوپیرا وتستا ــــــ سٹیج ٹیگور ہال سری نگر



لمبودری (لیڈر) وتستاپہ ہشزرار دار ویس
اوپیرا وتستا ــ سٹیج ٹیگور ہال







شہرِ سرینگرس اندر موجود تواریخی مزارن ہندین کتبن ہُند چربہٕ یُس پرس پیٹھ تُلتھ
کلچرل اکادمی ہٕنٛزِ نس محافظ خانس اندر محفوظ کوٚر



اکادمی ہُنٛد اکھ کلچرل پروگرام ۔ کھپور



ڈرٛز پاتھر — (فوک ڈراما فیسٹول)






بسمہ ژول — ژھتی پھیر وان دام کرین وہ لرنا تہٕ تتھ ہتھ میٹل وون اپھن اوس کران
اوپیرا وتستا۔ سیٹھ ٹیگور ہال



رۄپہٕ سۄنہٕ وس ہیتھ دِوتا آیے ناگہٕ کنیایے پٲرانے
سۄنہٕ شران کٔری توس رۄپہ کایلیے ازدوستایے مٲنزِ راکھ

ولیہٕ تہٕ سۄدرٕ چھےٚ وۄتھِتھ مٲنزِ راتہٕ دہہ پٲراد کران۔

